تمام حقوق چھ مولف سنٛدِ ناوِ محفوظ

| | |
|---|---|
| ۱۔ناو۔ | کأشر لعل بدخشان<br>وحشی سعید |
| ۲۔مصنف۔ | عبدالخالق شمس |
| ۳۔زبان۔ | کأشر |
| ۴۔چھپن ؤری۔ | ۲۰۲۱ء |
| ۵۔شایع کار۔ | |
| ۶۔نوعیت مقالہ | تحقیقی/ تذکرہ |
| ۷۔کمپیوٹر کمپوزنگ۔ | زبیر احمد کمبے 7006405509<br>(زبیر کمپیوٹرس ہایگام) |
| ۸۔تعداد کاپیہ:۔ | ۳۰۰ |
| ۹۔مول:۔ | ۴۵۰ |

میلنک پَے۔ ۱۔ نگینہ انٹرنیشنل شہنشا پیلس ہوٹل بلیوارڈ سرینگر

۲۔ عبدالخالق شمس 7780861567

۳۔ رشید کانسپوری:۔ کأنسپوروِ مُل

۴۔ جموں وکشمیر ادبی محاذ



## انتساب

أکس باگہِ بٔڑتس اردوٗ ادیب

وحشی سعید

تہٕ

أکس پایہِ بڈس ترجمہ کار

رشید کانسپوری

سنٛدِ ناوٕ




ولف سنٛدِ ناوٕ محفوظ

ٔر لعل بدخشان

ی سعید

دالخالق شمس

شر

ء

یقی/ تذکرہ

ر احمد کمہِ 7006405509

یر کمپیوٹرس ہایگام)

۳

۴

شا پیلس ہوٹل بلیوارڈ سرینگر

7780

ٹل



## ماہانہٕ

’’دٕہن دٕہن ہندی ژورنوٹ اٚسی تمی سنٛز ایمانداری ہندموٗل تہٕ بی
اے ڈگری ہنٛزِ سنٛدِ ہنٛد موٗل اوس ما؟ تہٕ ہتھ روپیہ۔ دَہن دٕہن روپین
ہنٛدی ژورنوٹ اتھس منٛز رٹانی گوغوطن زیمن ژٕ تجہن روپین منٛزِ کتھٕ
کٔنٛز ژومراوِسہٕ ہتہ روپیک خرچ ریٚتس ۔۔۔۔!‘‘

سُہ گرکیتھ آسہ

وٕدٕون غریب

صفحہ ۳۰۴





ہانہٕ

وتمی سنٛز ایمانداری ہندموٚل تہٕ بی

ا؟ تہٕ ہتھ روپیہ۔ دَہن دہن روپین

وطن زیمن ژٕ تجہن روپین منٛز۔ کتھ

نس ۔۔۔۔!"

سُہ گرکیتھ آسہ

وٕدون غریب

صفحہ ۳۰۴





# ترتیب

## ’’گوڑ کتھ‘‘

کائینات کس پید کرِن وٲلس کُن شُکر تہٕ ثنایم یہ قلم دُیت تہٕ پتہٕ تژھ صلاحیژ عطاہ گرزأسی ہکو تہندِ مخلوٗق تہٕ تخلیق کأری ہنٛدی حسن وقبوٗح امہِ ذریعہ گنزرأوِتھ یا عکساوتھ۔ حُسن ومحاسن ہٕگنٛزرٕنی چھ قبوٗح گنزرنہٕ نِشہٕ زیادٕ اصل۔ تہِ کیازقبوٗح گنزراؤنی ہکہ انسانس کبرس منٛز تہِ مبتلا کُرتھ۔ امہِ ہریمانہ ہکِن امہِ ستی تنازعہ تہِ ووتلِتھ۔ میون مدعا چھُ شخصیاتن ہنٛدِ حوالہٕ فن تہٕ ادبی تنقید کہ حوالہ نہٕ۔ فن تہٕ ادب چھ بہرحال تنقید کرنہِ ینک تقاضہ کران مگر سُہ گژھ تعمیری آسُن۔ اِنتقام گیری، کأنٛسہِ پاوِدالنہ تہٕ پٔنُن پان کیا ہتام ہاونہ خأطرنہٕ تہٕیہ نٕہ چھے زہرقأتل اِنسانی سماجہِ خأطرتہِ تہٕ ادبہ خأطرتہِ۔ میٚے چھُ یہ ذیہنس منٛز آمُت زِ انسان گژھِ تمہِ ژندن دارٕ کی پأٹھی آسُن یُس اَتھ پھالون وٲلس تہٕ پھالون واجنہِ مکٕژ تہِ چھُ ادفری مُشکہِ مشکاوان۔ توے کُر میٚے پننہِ تأریخہِ ہنٛد اکہ جزکہ حثیتہِ کأشرٕن مشاہیرن ہنٛد خأطر تذکرہ نگاری شروع۔

تذکرٕ نگاری چھُ اکھ بہترین فن یُس اکہِ جاندار تہٕ شاندار

وٕ ڈ کتھ''

ی کُن شُکر تہٕ ثنایم یہ قلم دُیت تہٕ پتہٕ
ہنٛدِ مخلوٗق تہٕ تخلیق کأری ہنٛدی حسن
لسا وتھ۔ حُسن ومحاسن ٕگنٛزرٕنۍ چھ
ہٕ کیاز قبوٗح گنٛزراوٕنۍ ہیٚکہ انسانس
ہریمانہ ہیٚکن اَمہِ ستۍ تنازعہ تہٕ
ہنٛدِ حوالہِ فن تہٕ ادبی تنقید کہ حوالہ
کرنہِ ینک تقاضہ کران مگر سُہ گژھ
نٛسہِ پاوِ دالنہ تہٕ پٔژن پان کیا ہتام
تل اِنسانی سماجہِ خأطر تہٕ تہٕ ادبہ
نٛز آمُت ز انسان گژھِ تمہِ ژندن
ون وألس تہٕ پھالون واجنہِ مکٕژ تہٕ
ے گرمیٚ پننہِ تأریخہِ ہنٛد اکہ جزکہ
ر تذکرہ نگاری شروع۔

ی فن یُس اکہِ جاندار تہٕ شاندار



بخشک تقاضہ چھ کران اَوٕ کنۍ تہٕ ز یہ چھےٚ وُنس تام تہٕ کأشرِ زبأنۍ
اکادمی یا کأنسہِ ادبی رضا کار تنظیمہِ بارسس أنۍ یِیمہٕ بعض شاہیرن
ہنٛد یِیمہِ عالمہ روخصت سپدنہٕ پتہٕ بارسس آئے۔ حالانکہ بعض
صرف زٕ ترے آسن تمہٕ تہِ یمہٕ بعض مشاہیرن ہنٛز حیأتی منٛزے
بارسس آئے۔ اصل کمال چھُ یہوے ز زندِ زُوِ اِیہِ کأنسہِ پیٹھ کینٛہہ
لیکھنہ یِتھ تمس حوصلہ افزأیی تہٕ میلہِ تہٕ تمس پننہِ وزنک اندازٕ سپدِ
یُس تمس بروٹھہ کن لیکھنس منٛز دلچسپی پیدٕ کرِ۔ مگر افسوٗس چھُ یہ زِ
کأشرِ زبأنۍ اندر چھنہ وُنہ تہٕ تذکرہ نگاری ہنٛز نٛہج شروٗع سپدان۔
اَسہِ گیِیہ وأنُس شاعری کران۔ شاعری  بوزان تہٕ شاعری
تھٲکان، شاعری، شاعری تہٕ شاعری مگر پتہ یِیلہِ یہ شاعری أسۍ
وچھان چھ مَسا مسا چھ زٕ ژور نفر تم یم شأعری اندر کینٛہہ ہر برٕ گرتھ چھ
ہیٚکان بأتھِ چھ بأر والہِ نے ستۍ تھکھ دوان۔ ہرگاہ یم زٕ ژور
شاعری خأطر وقف کرتھ أسۍ علم وو پداونچ کأم شروع کروٲسہِ چھ
بُتھ اَمہِ خأطرٕ أنتھ رستی میدان۔ علمِ ریاضی، نفسیات، اخلاقیات،
عمرانیات، جغرافی۔ تاریخ، فلسفہ، طب وحکمت۔ تنقید، تحقیق،

تذکرہ تہٕ ترجمہ ہوی چھ اَنتھ رستی موضوٗع یم اُسی کاشرِ زبانٔی اندر ووٚپدٲ وتھ ہکو۔مگر نہٕ اَب تہٕ شاعرتہٕ بب تہٕ شاعر۔وۄنی چھ حال یہ زٹوٹکہ ونن واجنی بٔلی یندرٕ گاس گاٮ۪ن کرن واجنی تہٕ چھے بارصوفی شاعرٕنتھ عالمی ادبی تنظیمہ سربراہ بناونہٕ آمت۔

بہرحال میےٚ کوٚرنٔس فروغ دنہٕ خاطرتہٕ شخصیاتن بلکہ جاٮ۪ز ادبی شخصیاتن تہٕ کاشرٚن مشاہیرن ہنٛدی تذکرہ لیکھنی شروع یمِ نہ کاشرس اندر کانٛہہ روایتھے اُس۔ اندر چھےٚ املی اشارٕ تہٕ شواہد میلان زِ تتہٕ چھےٚ سوانحی خاکہ یا سوانح عمری بیترِ تاٗوی تِتھی قدم باضاٗبطِ تُلنہٕ آمتی ،فردن ہٕنٛد ذریعہ تہٕ تہٕ ادارن ہٕنٛدِ ذریعہ تہٕ مگر کاشُر چھُ اتہٕ تہٕ پَتھ۔شاید چھُنہ کاشرس بی یہ سنٛدی تعریف کرٕنی پسند گژھان۔بیتہٕ اُسی تن ادب یا سماج،اقتدار اُسی تن یا شخصیاتن ہنٛد دنیاپر۔یتھ کانٛہہ چھُ ونان پانس زبےٕ چھُس بوٚڈ۔پانہٕ سےٕ چھ بوٚڈ دانا کلاکار خیال کران۔ساٮ۪نی بعض دوست چھ علم واَدبہٕ کس مادانس اندرتہٕ سیاست کران لبنہٕ یوان۔دویمین قریبی دوستن تام دھوکہ دُین چھ فخر زانان تہٕ اَتھ چھ فخرٕ سان ونان زبہٕ چھُس مادرزاد

موضوٗع یم أسی کأشرِ زبأنی اندر
عرتہٕ بب تہِ شاعر۔ وۄنی چھ حال
گأن کرن واجنۍ تہ چھے بارصوفی
ہ بناونہٕ آمٕژ۔

ع دنہٕ خأطرتہٕ شخصیاتن  بلکہ جأیز
رن ہنٛدۍ تذکرہ لیکھنۍ شروع یِچ نہ
س۔ اندر چھےٚ املی اشارٕ تہٕ شواہد
یا سوانح عمری بیترِ تأوی تِتھی قدم
ریعہ تہِ تہٕ ادارن ہٕنٛدِ ذریعہ تہِ مگر
نہ کأشرس بی یہِ سنٛدۍ تعریف کرٕنی
یا سماج، اقتدار أسی تن یا شخصیاتن
س زبٕے چھُس بۄ ڈ۔ پانہٕ سےٕ چھ
نی بعض دوست چھ علم وأدبہٕ کس
ہٕ یوان۔ دویمین قریبی دوستن تام
ہٕ فخرٕ سان ونان زبہٕ چھُس مادرزاد



سیاست کار۔ یہ چھِنہ تصورس منٛز تہِ انان ز یتھ سُہ سیاست چھُ
ونان سُہ چھُ ژکہٕ اکھ دھوکہ یَتھ پگاہ پکڑ سپدِ۔

کینٛہہ ؤری گیئے میےٚ پنٕہٕ نس قابل دوست رشید کانسپورٙی سٟتۍ
دوستی ہٕنٛدِ برکتہٕ اردٕو دنیا کہٕن بارستہ ادیبن سٟتۍ  واقفیت۔ بعض
آئے میے وریاہ زیادٕ قریب فأصلہ پٕٹھ وچھنک موقعہ تہِ۔ میےٚ لۄب
کأشر ادبی منظر نامہ مقابلہ اَتہِ  بے لۄث مُروت تہٕ بے ریا ء
برادری۔ اکھ أکس عزت دنک درجہ سبٕٹھاہ تھدِ درجک تیمی بہٕ متاثر
کورُس۔ یموے باگہِ بٕری تو بایومنٛز لۄب میےٚ اکھ شخص زیادے پہٕن
امہ چیزک پیکر یمس خبر کیاز (''وحشی'' سعید) ناو پیٚلہٕ زنہٕ نہٕ میےٚ
أمس نش وحشی آسنک ہٕشر نہ پیتس سُمب تہِ کینٛہہ لبنہٕ آو۔ ممکن چھُ ز
یہ ما آسہِ پچھ رسوم گالنہ خأطر قلمی لڑٕ أے کرنکہ حوالہ وحشی۔ سُہ
''وحشی'' یُس بد عادتن کوپأٹھی بدلاونک ہُنر آسہِ زانان تہ بدیہِ
رٕژرس منٛز تبدیل کرنک اخلاقی ول آسہِ تہٕ یہ ممکن چھُ ''یقینی'' طور
ثابت سپدان پیٚلہ انسان یمن تہٕ یہنٛدٕن قلمپارن نزدیک چھ
گرٛھان تہٕ یہوے چیر بنیاو میانہِ خأطر یمن قریب گرٛھتھ یہ تذکرہ

بارسس آنہٕ نک وجہہ۔میۍ چھے پے یہ چھے کاشرزبانیٕ اندرٕ سلابہ آسنہٕ کنہٕ تہٕ اکھ کڈرعمل تہٕ کیازِ تذکرہ نگاری چھےٚ بعض اوقات تذکرہ نگارسٕنٛدِ خاطر پریشانی ہُنٛد سبب تہٕ بنٛتھ ہیٚکان خاص پأٹھۍ ییٚلہِ تذکرہ کرنہٕ ینہٕ وول شخص یقید حیات آسہِ مگراکھ کتھ چھے یتہِ انتھاہی اہم زامہِ روٗس چھُنہٕ چارٕ تہٕ کانٛہہ تہٕ کیازِ انسان چھُ اکھ سماجی حیوان اُمس چھُ سماجس اندر روزتھ تھٕ وریاہ چیزٕ وُچھنۍ یمہِ روٗس أمۍ سنٛز نشونما بلکل ناممکن چھے۔ادیبس خاطر چھےٚ یہ کتھ اہم زٕنٛمس میلہِ حوصلہ افزایی۔ادیبس ایژ ہے حوصلہ افزایی میلہٕ تیوتے میلہِ تسندِس ادب پارس نکھار تہٕ معیار۔بلکل۔تسندِ لیکھنک مقدار تہٕ ہُرِ۔توٚے چھ واہ واہ ادیبہٕ سٕنٛدِ خاطر اہم۔غالبن چھ انعام و اکرام تہٕ ادیبن ہٕنٛدِ خاطر اوٚے تھاونہٕ آمتۍ یتھ یمہٕ رٹنہٕ پتہٕ ادیب پننہِ صلاحیژ مزید ماٚری منٛز بناون۔الہ پلہٕ چھےٚ یہ نٛہج پوٚرٕ دُنیہس اندر تہٕ اَمسے آیہِ۔مگر کشیر اندر چھ وۄنی تمنۍ مرنہٕ پتہٕ بڈی بڈی ایوارڈ میلان یمہٕ زِندٕ زِلو کٹیوانعامو خاطر تہٕ رَد چھ کرنہٕ یوان پتہٕ چھ تم یا تہٕ اَڈلہِ کُے مشن ترأوتھ پننہِ شغلہ نشہٕ دست بردار

سپد ان ۔ یاچھےٟ تہٕنز دلچسپی پننہِ کامہ نِشہِ نصفانیصف سپد ان یاچھِ تمہٕ
پتہٕ مزید لیکھنہ نِشہِ قلمےٟ پتھ رٹان ۔ واریاہ مثالہ چھے میےٚ نش ییتہِ
جان ادیبو وۄن ز ''میانہِ مرنہٕ پتہٕ کاثہہ چھاپِٕ تن یا متہٕ چھاپِٕ
تن ۔ ہشی کتھاہ چھے ۔ ۔'' اڑبو وۄن ییتہِ زُ ۔ ۔ ۔ ادبک منظرنامے
چھ اغوا کرنہٕ آمت ۔ کیا لیکھو تہٕ کمہ شوقہٕ ۔ ۔''' شوق چھُ حوصلہ
افزایی سٟتی تھٕرِ کھسان ۔ بٕگارِتہِ ہرگاہ شاباش کرنہٕ اِییہِ سُتہِ مارِ پان
تاہم چھُنہ شوق بیگٲری ۔ یہ چھُ وارٕ وارٕ اکھ اورزٕو تہٕ خاب بنان
یمیک تعبیر ٲمی سُنٛد سماج  میٹھِ پھلہٕ کس رٕو پس منٛز پراوان چھُ ۔
لہازا چھُ لٲزم زادیبن اِییہِ حوصلہ افزایی کرنہٕ ۔ جایز ادیبن ۔ تہِ
کیاز یہندی لیکھٕ چھ سماجی فلاح واصلاح تہٕ بہبوٗد خاطر سونتہ واوٕ چ
کأم کران ۔ بٲقے زبانن اندر چھے یہ نٕہج امہ آیہِ رائج زتہِ چھ زندٕ
زُوَے ادیبن ہُنٛز صلاحیژ تھیکنہ یوان تہِ اَوَے چھے تمہٕ زبٲنٕ ترقی
کران ۔ مگر اَسہِ کأشرن اندر چھُنہ وُنہِ یہ نٕہج قایم سپدیمٕژ زأسی تہِ
کھالہ ہو زٕنٛد ادیبن تھٕر ۔ تمن گنڈ ہو ماری منٛزن کامن ہنٛدس
اعترافس منٛز دستار ییتھ تٔہنٛز صلاحیژ سوٗزلہِ ہٕنٛدِ رنگہ شولہٕ ہن ۔ اتھ



...پے یہ چھے کاشر زبانٕ اندرٕ سلابہ
...کرہ نگاری چھےٚ بعض اوقات تذکرہ
...تہِ بٔنتھ ہٕکان خاص پأٹھی ییٚلہِ
...حیات آسہِ مگر اکھ کتھ چھے ییتن
...پارٕ تہِ کاثہہ تہِ کیاز انسان چھُ اکھ
...ندر روزتھ تِتھی وریاہ چیز وُچھنی یمہِ
...چھےٚ ۔ ادیبس خاطر چھےٚ یہ کتھ اہم
...ں اپژٕ ے حوصلہ افزایی میلہَ تیوٗتےٕ
...معیار ۔ بلکل ۔ تسندِ لیکھنک مقدار
...نٛدِ خاطر اہم ۔ غالبن چھ انعام و
...ے تھاونہٕ آمٕتی یتھ یمہِ رٹنہٕ پتہٕ
...نٛز بناون ۔ الہ پلہٕ چھےٚ یہ نٕہج پوٗرٕ
...یر اندر چھ وۄنی تمنےٕ مرنہٕ پتہٕ بٔڈی
...یوانعامو خاطر تہِ رَد چھ کرنہٕ یوان
...ٲوتھ پننہِ شغلہ نِشہِ دست بردار

برعکس چھے اَسہِ ریوایت زأسی چھ اِنتقالہٕ پتہٕ قبرستانہٕ تہٕ دؤرمرن وأنلی سٔنڈِ گرِتھہنڈس دروازس پیٹھ مگافون لأ گتھ پنہٕ نئن تقریرن ہنڈی بل تہٕ ول ازماوان یمیک نہ مرن وأنلس کانٛہہ پے پتاہ، کانٛہہ احسان تہٕ کانٛہے فأید چھُ واتان تہٕ نہ زبأنی تہٕ نہ ادبس۔ ’’اللہ اللہ خیر صلاح‘‘

یہ صورت حال نظرِ تل رٔٹتھ کوٚر میۓ ’’قد آوار سیریز‘‘ ناوٕ تذکرہ نگاری ہُنڈ سلسلہ شروٗع۔ یہ سلسلہ چھُسن بہ پنہٕ نس تاریخی تذکرس ستی واٹان یتھ تحت وُنس تام میۓ علمدار کشمیرؒ۔ شاعر کشمیر مہجوٗر۔ خاموش کریریؔ۔ حنفی سوپوریؔ، غلام نبی گوہرؔ، پروانہ عشمیؔ، رشید نازکیؔ۔ غلام محمد غمگینؔ تہٕ ڈاکٹر غلام محمد آجرؔ مکمل کٔری تہٕ زیرِ نظر وحشی سعیدؔ ڈاکٹر عزیز حاجنی چھ اللہ تعالیٰ سٔنڈ خأر و برکتہِ اَسہِ درمیان یہنٛد تذکرہ میۓ وُنس تام حالے حیاتو اندرٕ مکمل کٔری۔ یِیمہٕ تذکرہ قلمبند کرنک چھُ میوٚن مدعا مقصد یہوے زأسی تہِ کروٚ بأتے زبانئن ہنڈی پأٹھی حالے حیات ادیبن ہنٛز زندگی، تہنٛد ن کارنامن تہِ تہنٛد شخصیتکی مأری مندی انہار نمایاں یُتھ تمن تہِ پننہِ جوہرک پنہٕ نئن

صلاٰحیژن تہٕ پننہٕ ہنرک پے لگہ۔عوامس اندر پننہِ مقبولیتک علم سَپد ِ
تہٕ عوامس تہِ اَمہِ چیزک گیان سپدِ زسائنس سماجس اندر کوٚ مہ دردانہٕ
چھِ موجوٗد۔اَمہ آیہِ کرن تمہٕ یمن دردانن قدرٕ تہٕ فطرتک اصوٗل چھُ ز
یتھ نعمتس انسان قدر کرِ سہٕ چھُ ہُران تمہِ کہٕو برکاتو چھُ انسان فیض
یاب تہِ سپدان۔وحشی سعیدؔ تہِ چھُ یتھے ہیوٗ اکھ دُردان یم ماجہِ کشیرِ
ہُنٛد شکمہ زنم لوٚب اَمہِ پتہٕ سَپُد اردوٗ زبأنٛی اندر کأشرِ دگہِ ہنٛز ترجمانی
خأطر وقف یوسہٕ یمہِ سرزمینہِ ہندہٕو ڈورہٕو تہٕ ڈارومنٛز وُشکہ،ٕ کنکھ تہِ
مکایہِ بدلہٕ وٕنٛی وہٕ پدان چھےٚ۔یہٕ دگ دود تہٕ کرب چھُ سُہٕ فصل یُس
موسمہٕ پتہٕ موسمہٕ پیٚن چھون تہٕ وہٕ پزایش ہُر روان چھُ۔

انسانی کلن ہنٛدی یمہٕ میوہ وأٹنٛی چھنہ کانٛسیے خوٗش کران مگر تَمہِ
باوجوٗد چھُ یمہٕ اَڈپیٚی میوہ سانٛہن ہلمن منٛز پیٹھ ہایہٕ تہٕ ضایہِ سپدان تہ
امیک چھُنہ کانٛہہ علاجے سپدان تہٕ نہ کانٛہہ مداوٕے یا سدبابٕے
نظرن تل۔وَاریہواد یہٕو چھ وٕنٛی اَمہِ دَگہِ ہنٛد احساس یوت سوٚن
پرٕومت زِتمو چھ کأشرِ زبأنٛی علاوٕ وٕنٛی اچھ ترجمانی بأتے زبانٛہن
اندرٕ کرٕنٛی تہِ شروع کٔرمٕژ، انگریزی لیکھن والہٕو انگریزی پأٹھی تہٕ

اردؤ والىو اردؤ پأٹھی، نظم لیکھن والىو منظوم تہٕ نثر لیکھن والىو نثرس اندر۔وحشی سعید چھ فکشن نگاریم چھ فکشن کہ ذریعہ ادبی کھڈارن اندر امکو رودادبیان کران۔یہند دگ محسوٗس کرنک طریقہ تہٕ چھُ سے یُس یتھ یُتلہ پتھ روزن وأ کس پنجأبؚ پأٹھی کتھ کرن وألی سُند محسوٗس کرنک طریقہ چھُ یا کأشرؚ یا انگریزی پأٹھی دگ چھے بہر حال دگ اَتھ چھَنہ کانٛہہ خاص زبان۔اچھ زبان چھے عالمس اندر کُنی۔ہشی تہٕ سمجھنک طریقہ تہٕ سُے یُس عالمس اندر کُنہٕ تہ خطس اندر دگ تہٕ دودژینن والین ہُنٛد چھُ۔

وحشی سعید چھُ اردؤ زبأنؠ ہُنٛد ادیب۔یموچھُ تتھ وأنسہٕ اندر اردو چہٕ مسولہٕ ستی محبت کرن شروع کورمت یُس وأنس محبت کرنکہٕ حوالہ انتہأیی اہم چھے۔ذہن چھ صفاچٹہٕ کاغذ ورقکی پأٹھی آسان۔وارٕ وارٕ چھ اَتھ پٹھ الفاظ تہٕ الفاظن ہُنٛدی میلہٕ رنگ کھسان یمہٕ نہ پنسل رٕکھن ہنٛدی پأٹھی نہنأوِتھ ہکو کھ بلکہ چھ تم عکسہ یم ورق فناسپدِ نہٕ پتہٕ تہٕ مستقل تہٕ بأتےٕ چھ روزان لہازا چھ اردؤ زبأنؠ ستی وحشی سعیدن رشتہٕ زندگی تہٕ محبتک ہیوٗ۔محبت چھُ تہٕ زندگی چھےٚ۔محبت موکلیاوتہٕ

زندگی موکلیے یہِ اَوے چھُ اردوٗ یہندس رَتس اَ ڈرتھ برابر رتہٕ رنٛگٕکی
پأٹھی یُس نہٕ عالمس اندر کُنہِ تہِ جایہِ وَنہِ ینہٕ والہِ معروف رنگہٕ نِشہ
بیوٚن اَستھ ہیکہ۔ تتھے کن ییتھ کنہٕ نہٕ اردوٗ عالمس اندر لیکھنہ ینہٕ
والہِ اردوٗ نِشہِ بیوٚن آسہِ مگر اَمہِ باوجوٗد چھ وحشی سعیدؔ کأشُر۔ یہُندس
فکشنس چھُ اردوٗ آسنہٕ باوجوٗد درنگ کأشُر، موٗضوع کشیر تہٕ مضموٗن
تہٕ روٗدار کأشرِ بُتلہ ہٕنٛز پیداوار۔ یہوے اوس وجہہ زِ یمو کرنوٚ وأتھ
ترجمہ تہِ کأشُر یہِ وُنتھ زِ ''کأشر چھےٚ میأنی ماجہ زبان ۔ بہٕ چھُس
یڑھان زمیانٛن تمام قلمپارن گژھِ نہٕ صرف کأشرِ پأٹھی یوٗت
ترجمہ سپدن بلکہ بأتیٚ زبانٛن اندر تہِ''۔شاید چھُ غرض اِی زِ کأشر
دگ گژھ بأتے زبانٛن اندر تہِ محسوٗس کرنہٕ ینی۔لہاذا چھُ یہِ طے زِ
وحشی سعیدؔ چھُ کأشر أدیب بلکہ دوطرفی کأشُر۔ اوٚ کَنہِ تہِ زِ یہُنٛد
موضوٗع چھےٚ کشیر۔ دویم یہِ زِ یہنٛز أڈرن چھے کأشر۔ یہوے چھُ
وجہہ زِ میےٚ کوٚر وحشی سعید پنہٕ نِس تحریرس اندر کأشرٛن قدآورن
اندر شامل۔

قدآور سیریز چھُ دراصل میانہ تأریخہ ہُنٛد اکھ جُز۔ یوسہِ میےٚ

پرأنس کأشرس تأرٚخس متعلق تحریر کٔر۔ اَصل گَتھ تہِ چھےٚ یہأے تہٕ تأرٚیخ نویسی تہِ چھےٚ یہأے تقاضہ کران زِ اَتھ اندرین قومی مشاہیر تہِ ذکر کرنہِ یِموکأنٛہہ مثبت کأم کٔرمٕژ چھےٚ تہٕ تمہ تہِ یِمہٕ منفی یا غیر معمولی کارو کِنہِ بدنام یا مشہور چھہ۔ سُلہِ اوس تاریخ لفظ کُنہِ قومہٕ کِہن رازن ہٕنٛد تذکرہ خأطر مخصوص مگر پتہٕ آو یہِ وننہٕ زِ تاریخ چھُنہ شاہنامے یوت بلکہ چھ تمن رازن ہٕنٛدس دورس منٛز عام لۄکن ہٕنٛز زندگی، طرز زندگی، معشیات، سیاست، ثقافت، فن زبان، تمدن، ضرب آثار قدیمہ تہٕ تمہِ قومکۍ زمینی حدۄد تہٕ تتھ اندر سپدن واجنہن تمام طبعی یا مصنوعی تبدیلی ونان بیترِ بیترِ۔ اَمہِ حٲثیتہِ یوسہٕ تأرٚیخ لیکھنہٕ میےٚ شروع کٔرمٕژ چھے سو اِییہِ نہٕ توٚت تام شاید میانہِ خیالہ مکمل خیال کرنہٕ یوت تام نہٕ یِم تمام چیز زیرِ قلم یِن مگر انسانی وٲنٛس چھے وریاہ قلیل۔ وریاہ وخ کھوٚ زندگی ہٕنٛزِ گٕھما گٕھمی۔ تمہ پتہٕ نوکری اَتھ دوران آو نہٕ تمہِ آیہِ لیکھنک موقعہ یِمہِ آیہِ قلمک تہٕ خیالک بہاو اوس۔ وۄنۍ آیاو موقعہ مگر وۄنۍ چھُ بُتھِ بجر تہٕ بجرک یہِ عالم وچھتھ اتھن کھورن نظرن زنگن ہُنٛد پۄت رفتار چھُنہ باسان دِیہِ شاید

تیوٚت ساتھ زوٗنی ہکوتَمہِ آیہِ پنٕنہِ قلمی رستمن ہنٛز بہوٗ دری ہنٛدی

نغمہ لیکھتھ یمہِ آیہِ زمانٕہ تقاضہ چھ کران یا یمہِ آیہِ میٚے اچھ بساط

پھہلاؤ مژ چھےٚ تہٕ یہ صورت حال زیرِ نظر أنتھ چھُس بہٕ اکثر ای

ٕگنگراوان زے

''کارِ جہاں دراز ہے اب میرا انتظار کر''

کأشرلعل بدخشان

''وحشی سعید'' ناؤوی میون یہ سوانحی تذکرہ چھُ وٕنی تہند ہن ہلمن

اندر ووٚمید چھے زکتاب حأصل کرن وألی کرن میٚے یہ پرٕتھ بڑٕ

عنایت تہِ کیا زادیبس خأطر چھُ سارو ے کھوتہٕ انعام اِی آسان ز

سُہ ایہِ پرنہٕ تہِ پتہٕ ہرگاہ کأنہہ لیکھ تہِ سُہ چھُ اَمہِ باپارک نفع۔ واقعی

چھ ادیب پنٕنہِ نس پرن وألس پرزناوان تہٕ تمس چھ کتابہِ ہُنٛد مولہ یا

رعایتی مولہٕ کہ لحاظ مشنٛی سپدتھ کتاب ارپن تہِ کران۔ سخ دوکھ

تہِ چھ سپدان ییٚلہِ کأنٛسہِ دوستہ سنٛدِ گرِ پنٕنہِ کتابہِ ہُنٛد ٹائٹل پیج کتابہ

نِشہ چھُٹہ سپدتھ آنگنچہِ لرٛ ھ منٛز ڈولان نظرِ چھُ گژھان۔ یہ نے

ناقدری چھے تہٕ اَدِ کیا۔ علمی تہِ ادبی برژرتہِ باگہِ برژر خأطر چھُ یہ



ریٔ گر۔ اَصل کتھ تہِ چھےٚ یہاے تہٕ

ہ کران زاَتھ اندر ین قومی مشاہیر

مژ چھےٚ تہٕ تم تہِ یمہٕ منقی یا غیر معموٗلی

اوس تاریخ لفظ کُنہِ قومہٕ کیٛن رازن

آو یہِ وننہٕ ز تاریخ چھُنہ شاہنامے

ورس منٛز عام لوٗکن ہنٛز زندگی، طرز

ت، فن زبان، تمدن، ضرب آثار

ہ تتھ اندر سپدن واجنٛن تمام طبعی یا

اَمہِ حٔثیتہِ یوسہٕ تأریخ لیکھنٕ میٚے

ت تام شاید میانہِ خیالہ مکمل خیال

رِ قلم ین مگر انسانی وأنس چھے وریاہ

نٛزِ گھہما گھہمی۔ تمہ پتہٕ نوکری اَتھ

وقعہ یمہِ آیہِ قلمک تہٕ خیالک بہاو

ھُ بُتھِ بجر تہٕ بجرک یہ عالم وچھتھ

ت رفتار چھُنہ باسان دِیہِ شاید

ضروری زأسی کرو علمی تہِ ادبی اوراقن قدر۔ادیبن تہٕ عألمن کرو قدر تہِ کیاز یہ چھُ اکھ فطری قایدز ''لان شکرتم لایز یدَ نکم'' تہِ فطرتس ہتی چھیڑ خانی چھےٚ سخ دردج پیوان۔ فطرتس نش چھنہِ کانٛہہ معافی۔ سکوٗٹر تیز چلاون وألس چھُ ضرور حادثک شکار سپدن یہ چھُ فطرتک قاعدٕ۔ دریاوس وۄ ٹھتراون وألس چھُ ضرور پھٹُن۔ اتہِ چھُنہ لحاظہِ میٚنے چھے وومید ز یہ یہ کتاب پرن وألی کرن میٚنے ''قدر اوار سلسلکی''۔ بأ تے شمار لیکھنس منٛز یہ کتاب پُرتھ اَمہِ حوالہ پیٛنہٕ نو مولابو مشورہ سرفراز یُتھ بہٕ اَتھ اندر مزید مأری منٛز رتہٕ باگہ برژرانٛہٕ۔

بہٕ چھُس کأشرِ زبأنی ہنٛدس مخلص ادیب شاعرتہٕ بہلہ پایہِ ترجمہ کارتہٕ پیٛنہٕ نس محسن دوست رشید کانسپورؔی صابن شکرگذار یمو نہ صرف یہ کتاب لیکھنک مشورٕ دِتھ اکھ رٕژ کام انجام دِژ بلکہ کریکھ میٚنے بعض تژ ھ کتابہٕ تہِ مہیا یمہٕ یمہِ کتابہٕ ہنٛدِ تحریر خأطر لأزم آسہٕ۔ رشؔید صابس تھأوِن پروردگار صحت، تندرستی سان زیٛٹھ تہ میٹھ وانس یمہٕ چھ میأنی ڈکھ تہِ میانہِ زندگی ہنٛد بدترین وَختکو سہارٕ روٗدی متی۔ تہٕ

یم نہ بنذٕ سُنٛد شکر کۅ رسہٕ کتہِ کرِ خدایہِ سُنٛد ۔

بہٕ چھُس پنہٕ نٮ۪ن گرِ کٮ۪ن تمام باژن ہُنٛد شکر گذار یمہ میٚے لیکھنک ماحول فراہم کرنس منٛز پنٕنۍ خوشی تہٕ مسرت ای چھ خیال کران زکۅنس اندر تنہا روزنس دوران گرٕھی أمس بظأہر معذوٗ رقلمکارس تم تمام چیز واتنۍ یمہٕ دوہہِ دشدشٕچ زندگی گذارنہٕ خأطرلأ زِم چھ ۔ اللہ تعالیٰ کری نکھ پنہٕ نیے طرفہ امیک بہترین جزا ء عنایت ۔ فرارندا کبرایڈووکیٹ عبید شمؔس سُنٛد تہِ چھُس ممنوٗن زتم چھ تمام گرٕ بأژن میانس یتھ جنٛونس ہم جنٛوٗن کرنچ تلقین کران اللہ تعالیٰ تھاونس وارٕ کارٕ تہٕ تمام ضروریات کرینس پنہٕ نیے طرفہٕ پوٗرٕ بأتہٕ بنٮ۪ن باین سان ۔ شکریہ

عبدالخالق شمس

کانسپور ورمل

۱ جولائی ۲۰۲۱ء

## پرأ وش

وحشی سعید چھِ برِصغیر کِہن تمن قدآور تہٕ بہلہِ پایہِ قلمکارن اندر شأمل یمہٕ ویکِہن فکشن نگأری ہنٛدۍ نبہٕ دندۍ گاشہٕ راوٕنس منٛز مصروف چھِ۔ یم چھِ افسانہٕ تہِ لیکھان تہٕ ناول تہِ۔ یہنٛدۍ اکثر افسانہٕ چھِ علامتی۔ یم چھِ پننِہ افسانن ہُنٛد مواد بترأ ژھنڈِ کھرِ لدٕسطح تہٕ اندۍ پکھ ماحولہٕ نشہٕ حاصل کران۔

افسانہٕ لیکھنس منٛز چھِ تمن پنن اکھ وکھرٕ تہٕ بیون اسلوب تہٕ منفرد انمان۔ یہندٕن افسانن ہنٛز زبان چھِ مُدٕر، میٹھۍ تہٕ روان۔ یم چھِ دلکش تہٕ خوبصورت پلاٹ تھٲرنس اندر تہٕ اکھا الگ پزٕ زنتھ تھاوان۔ یمن چھِ لفظن ہند خزانہٕ بدس یُس یمہٕ نہایت فنکارانہٕ تہٕ ہنر مندۍ سان ورتاوان چھِ۔ یہنٛزِ زندگی ہندٕو اگرٕ ندۍ تجربو تہٕ مشأہداتو چھِ یہندۍ افسانہٕ نوِس فکرو فنکِس قألبس اندر پیش کرٕنس منٛز اہم تہٕ تھکِہن لایق رول ادا کوٗرمت۔ یہندین لکھِن اندر چھِ خوشبو۔ سُہ خوشبو یُس فقط ژینہٕ ہیکہِ یتھ۔ زندگی ہندۍ گرٕزٕ روٗس کھس وس وچھنہٕ باوجود تہٕ پننس تجارتس ستۍ دوہ راتھ آور روزتھ تہِ

چھ سعید صأب کنہٕ ونہٕ وق کڈتھ پننٕ خیالات تہٕ ژینن ترایہٕ قلمس حوالہٕ کرِتھ کاغذِس پیٹھ عکساوان۔

سعید صأبنٕ افسانہٕ پرتھ سپد میٚ یمہٕ کتھِ ہُنٛد پورٕ یقین تہٕ دٕر پڑھ زِ تم چھنہٕ پننہٕ تخلیقی عملہٕ اندر کنہٕ مذہبکی طرفدار تہٕ نہ کُنہٕ قومس یا ملکس مخألف۔ تم چھ پننٮ۪ن افسانن اندر انسان تہٕ انسأنیتچ کتھ کران۔ پزر پٔزراوان۔ تم چھ وفا، وفاداری، پڑھ، بروسہٕ، یقین، اعتماد، اَمن وآشتی، سلامتی تہٕ حسن و قبح بدِ کڈتھ قأری یَس سٔتھے نفاستہٕ سان بروٚنٛہہ کنہٕ تراوان۔ یمو چھ أنٛتھ رِستی افسانہٕ لیکھی متی تہٕ ستھ ناولٹ تہٕ چھکھ تحریر کری متی۔ یہندٮ۪ن افسانن چھ کأشر، انگریزی، پنجأبی، کنڑ، ہندی بیترِ کہی یا زبانن منٛز ترجمہٕ تہِ کرنہٕ آمت۔ تہٕ کینٛژن یونیورسٹین ہندِ ذریعہ چھ واریاہو طالبہٕ علمو یہنٛز زندگی، شخصیتس تہٕ فکشن نگأری ہندٮ۪ن بیون بیون موضوعن پیٹھ کأم کرِتھ ایم فل تہٕ پی ایچ ڈی ڈگری یہِ تہِ حأصل کرِمژٕ۔

امہٕ سٕے ہمہ جہت شخصیتہٕ کِس مأ لکھ، یِمہٕ سندی پوشہٕ کھوتہٕ نرم تہٕ نوزک زٕہ تہٕ ہمیشہٕ خوشبوے چھکران چھ آسان۔ کتھ کرنس دوران

چھ یہند بلند اخلاق آسن ، شرافت تہٕ شایستگی دورے پر بڈان
اوَے چھ یمن ستۍ اکہ لٹہِ ملاقات کرن وول گرِ گرِ امس با اخلاق ،
سخی مُسُتھ تہٕ کھلہٕ ڈیکہٕ انسانس سمکھن یژھان ۔ یُہوے چھ وجہ زِ
یمن چھ یارن دوستن تہٕ خأرخاہن ہندِ اکھ وسیع حلقہٕ ۔ سعید صابنہٕ
یمنے یارن تہٕ رت کانچھن والین منز چھ کأشرِ زبأنۍ ہُندا کھ معتبر تہٕ ناو
دار قلمکار عبدالخالق شمسؔ تہٕ شأمل ۔

عبدالخالق شمسؔ چھ کاشرِ زبأنۍ تہٕ کأشرِ ادبک اکھ نیہ نیہ کرُون
گاشہٕ منار ۔ یمہٕ بیک وقت شاعری ہُر یمانہٕ اکھ معتبر نقاد، محقق ،
ترجمہٕ کار، مبصر، تأریخ نویس تذکر نگار تہٕ سیرت نگار چھ ۔ یمن چھ
کاشرِ ہر یمانہٕ اردؤ ، انگریزی تہٕ فارسی زبانن پیٹھ تہِ دسترس حأصل
تہٕ عربی زبأنۍ ہنز تہِ چھکھ جان زانکأری ۔ شمسؔ صأبن چھ وُنس تام
الہٕ پلہٕ شیتھ کتابہٕ تحریر کرمژ یمو منزٕ ترٕ ے درجن پیٹھی شایع تہِ سپز مژ
چھ ۔ یمن منز ''گلشن انبیا'' (زٕ جلد یتھ زٕ ایڈیشن شایع سپدی تہٕ از کل
عوامس منز زبردس منگ چھےٚ ) ''کأشر زبأنۍ ہندی لسانی آثار'' ، ''شعر
تہٕ شعرت'' ، ''پراچین تأریخ'' تہٕ ''نکتہ نگاہ'' ہشہٕ باگہٕ بُرژ کتابہٕ

شأمل چھےٚ۔

شمس صأب چھ ازکل ''قداور'' موضوعس تحت کاشرٕن تہٕ اردوٗ کٕہن بہلہ پایہٕ تہٕ قدآور کأشرٕن قلمکارن ہنٛز زندگی تہٕ فنس پٮ۪ٹھ تحقیق کرتھ تمہٕ لِکھٕ (کتابی) صورتس اندر شایع کران۔ ونکتام چھ یِموالہٕ پلہٕ دۄن درجن کأشرٕن قدآور شأعرن تہٕ ادیبن ہنٛز زندگی، تہندس فنس تہٕ تہنٛزن زندگین ہندٕن مختلف پہلوون پٮ۪ٹھ مفصل زانکأری قأری ین برونٹھ کنہِ ترأومٕژ۔ زیرِ نظر کتاب ''کأشر لعلِ بدخشان'' تہِ چھ امے ہانکلہِ ہنداکھ اہم کۆر۔ یتھ منٛز شمٓس صأبن وَحشی سعیٓد صأبس متعلق تمہٕ گوشہٕ گاشہٕ رأومتی چھ تہٕ تمہٕ چیزبدِ کڈٕی متی چھ یِمن کُن نہٕ شاید پانس تہٕ سعید صأبس ظۄن آسہِ۔ مثالے سعید صأبنہ خاندانک آگر، تتہِ پٮ۪ٹھ کشیرِ واتن، یتہِ مصیبت کٕہن دۄہن کأشرٕن ہنٛز خدمتھ کرٕنی تہٕ رنگہٕ رنگہٕ پلزن تہٕ اتھ رۄٹ کرن۔ پتہٕ یتی قیام کرن۔ تہُند تجارت، سعید صأبنہ قلمکار بننٕکی محرکات، نگینہ انٹرنیشنل شایع کرٕنک مدعا تہٕ مقصد اوٕ پتہٕ پورٕ ملکس منٛز تہٕ ملکہٕ نبر اتھ رسالس پذیرایی سپدنی، یھٕنزٕن زٕ درجن پٮ۪ٹھی افسانہٕ

سُمبرنن تہٕ ناوِلٹن پٔیٹھ کتھ کرٕنۍ۔ بوٗن بوٗن مبصرن ہندی تبصرٕ تہٕ وحشی صأبنس فنس پٔیٹھ تہنٛز رائے بیتر۔یمن تہٕ باقی موضوعن پٔیٹھ چھ شمسؔ صابن وِستارٕ سان کتھ کرٕمژ۔ وحشی صابنہٕ زندگی تہٕ فنس چھ بے شمار پہلو۔ میٚ چھ باسان تہنٛز زندگی تہٕ فنکأری نِسبت آسہٕ خالے کانٛہہ گوشہٕ ژھایہِ رودمت۔یہِ کتاب آسہِ میانہِ خیالہٕ نِوٕ پُیہ خاصکر تحقیق کرن والین طالبہٕ علمن باپتھ اکھ وتہٕ ہاوچ تہٕ ریضرنس بک۔

بہٕ چھُس ذأتی طور شمسؔ صابس یہ شہکار کتاب تحقیق کرنس تہٕ ترتیب دِنس پٔیٹھ مبارکباد دوان۔اللہ تعالےٰ کرِنس زورِ قلم زیادہ۔

رشید کانپوری
کأنسپور
۱۲ ستمبر ۲۰۲۱

۔ ہوٚن ہوٚن مبصرن ہندی تبصرٕ تہٕ
یتر۔ یمن تہٕ باقی موضوعن پیٹھ چھ
مژ۔ وحشی صابنہ زندگی تہٕ فنس چھ
ہنٛز زندگی تہٕ فنکاری نسبت آسہٕ
ب۔ یہٕ کتاب آسہِ میانہِ خیالہٕ نہٕ پُیہ
ن باپتھ اکھ وتہٕ ہاوچ تہٕ ریضرنس

س یہٕ شہکار کتاب تحقیق کرنس تہٕ
۔ اللہ تعالیٰ کرِنس زورِ قلم زیادہ۔

رشید کانسپوری
کانسپور
۱۲ ستمبر ۲۰۲۱



## وحشی سعید ۔ اکھ مختصر سوانحی خاکہ

ناو: محمد سعید ترٛنبو
ولدیت: محمد عبداللہ ترنبو
بُڑی بب: خواجہ محمد رمضان جوترنبو
اسلاف: حضرت شیخ نعمتُ اللہ
خواجہ خلیل جوترنبو
خواجہ عبدالصمد ترنبو
قلمی ناو: وحشی سعید
جاے پیدایش: نایدکدل سرینگر
تاریخ پیدایش: ۱۶۔نومبر۔۱۹۴۶ء
تعلیم: پوسٹ گریجویشن (ایم۔اے اُردو) کشمیر یونیورسٹی
میٹریکوٗیشن۔ٹنڈل بسکو سکول سرینگر
گریجویشن۔سری پرتاپ کالج سرینگر
مقبوٗل استاد: ۱۔ پروفسر غلام قادر سروری
۲۔ پروفسر شکیل الرحمان
۳۔ پروفسر حامدی کشمیری
ہم عصرتہٕ ساتھی: بشیر شاہ، نورشاہ، حکیم منظور، مظفر ایرج، عمر مجید ،
ظہور ترنبو، اشرف آثاری
ماجہ زبان: کاشُر
پیشہ: تجارت

شغل: تحریر و تخلیق فکشن

مطبوعات: ۱۔ سڑک جا رہی ہے، افسانہ سمبرن

۲۔ کنوارے الفاظ کا جزیرہ افسانہ سمبرن

۳۔ خواب حقیقت افسانہ سمبرن

۴۔ آسمان میری مٹھی میں افسانہ سمبرن

۵۔ ماضی حال اور مستقبل (۱) ناولٹن ہنز سمبرن

۶۔ ماضی حال اور مستقبل (۲) افسانہ سمبرن

۷۔ ماضی حال اور مستقبل (۳) افسانہ سمبرن

۸۔ ارسطو کی واپسی افسانہ سمبرن

۹۔ آخر کب تک افسانہ سمبرن

۱۰۔ شیشے کا سمندر افسانہ سمبرن

۱۱۔ وہ گھر کیسا ہوگا افسانہ سمبرن

۱۲۔ پتھر پتھر آئینہ ناولٹ

ترجمہ: ''سُہ گرکیتھ آسہ'' کأشر رشید کانپوری افسانہ سمبرن

How that abode would be انگریزی (مشتاق برق)

کٔنۍ کٔنۍ أنہٕ کأشر رشید کانپوری کأشر (ناولٹن ہنز سمبرن)

وحشی سعید نہٕ ناوِلیکھنہ آمژ تصنیفات، مقالات، مضامین

۱۔ لمحے لمحے۔ سہ ماہی رسالک خصوٗصی نمبر۔ تحریک ادب بدایون

۲۔ وحشی سعید اپنی مثبت وحشتوں کے آئینے میں۔

لشن

رہی ہے، افسانہ سمبرن

ے الفاظ کا جزیرہ افسانہ سمبرن

قیقت افسانہ سمبرن

یری مٹھی میں افسانہ سمبرن

ں اور مستقبل (۱) ناولٹن ہنز سمبرن

ں اور مستقبل (۲) افسانہ سمبرن

ل اور مستقبل (۳) افسانہ سمبرن

ں واپسی افسانہ سمبرن

تک افسانہ سمبرن

سمندر افسانہ سمبرن

ا ہوگا افسانہ سمبرن

آئینہ ناولٹ

ئشر رشید کانپوری افسانہ سمبرن

How انگریزی (مشتاق برق)

پوری کائشر (ناولٹن ہنز سمبرن)

قالات، مضامین

وصی نمبر۔ تحریک ادب بدایون

ینے میں۔



تحریک ادب وارانسی (خصوصی شمارہ)۔ سکالر۔ جاوید انور

۳۔ ''وحشی سعید کی افسانہ نگاری''۔ (ایم فل خاطر مقالہ)۔

سکالر ۔ روضیہ تبسم

۴۔ وحشی سعید ایک مطالعہ۔ (پی ایچ ڈی خاطر مقالہ)

سکالر۔ ڈاکٹر شیخ کاینات

۵۔ وحشی سعید ایک منفرد فکشن نگار۔ میزان پبلی شرز

سکالر سیفی سرونجی (انتساب پبلکیشنز)

سیفی سرونج لاہریری مدھہ پردیس

۶۔ وحشی سعید کے افسانوں کا تنقیدی جایزہ

سکالر۔ اویس احمد

وحشی سعید س پٹھ لیکھنہ آمتی گوشہ شعبہ اردؤ یونیورسٹی آف حیدرآباد

۱۔ رسالہ تحریک ادب

۲۔ رسالہ تحریر نو

۳۔ رسالہ ابجد

۴۔ کشمیر عظمیٰ کشمیر۔

۵۔ روزنامہ آفتاب ۔ سرینگر کشمیر۔

۶۔ شاعر۔ ممبی، اردو اکادمی

۷۔ تعمیل ارشاد کشمیر

۸۔ پرتاب۔ایس پی کالج سرینگر

۹۔ خصوصی پروگرام (ریڈیو کشمیر) سرینگر

۱۰۔ دوردرشن کیندر سرینگر

اِدارت۔ نگینہ انٹرنیشنل، پرتاپ۔ایس پی کالج سال ۱۹۶۰ء

پسندیدہ ادیب۔ منشی پریم چند، کرشن چندر، ناصر کاظمی۔احمد ندیم قاسمی، فیض احمد فیضؔ

رہایش:۔رمضان ہاوس کرن نگر سرینگر۔

پسندیدہ کھیٚن :۔ کاشرِ وازہ وان۔طیق ماز۔رستہ۔گشتاب

پسندیدہ لباس:۔ سفید، کرٛہن

پٔنُن پسندیدہ افسانہ:۔ آسمان میری مٹھی میں۔

پسندیدہ سفر:۔ ٹونیشیا، افریقہ

# شجرہ خاندان ترنبو

(حسبِ تحریر منشی محمد الدین فوق مورخِ کشمیر صفحہ ۱۹ جلد ۲)

خواجہ محمد مقبول ترنبو

خواجہ حبیب اللہ ترنبو

خواجہ سخی جو ترنبو




۲۔خواجہ فتح



اسلافن متعلق وحشی سعیدن یادداشت

خواجہ عظیم الدین

یُس دٔسلابس کشیر باضابطہ پأٹھی مقیم سپُد )



## کاشُر لعل بدخشان ۔اکھ عنوان

کتھ باتھِ ہُندس تُلہ تراوس اندر مُدری، ملایم تہٕ شایستہٕ۔ مزاجس اندر نرمی تیزی تہٕ حلیمی، دوستی ورتاونس اندر مُخلص تہٕ مہربان، مہمان نوازی اندر بہترین سرچاون تہٕ خرچاون وأ لی، اِنتظأمی اموراتن ہُنٛد حوالہٕ بردباری تہٕ شاہانہ وطیرہ تھاون وأ لی، دلچسپ انسانی پیکر خواجہ محمد سعید ترنبو چھ اردؤ ادبہٕ کِس دُنی یہس اندر وحشی سعید ناوٕ مشہور۔

وحشی سعید زاو شہر خاص یعنے دارالخلافہ سرینگر کس نایدکدل علاقس اندر تَمہِ وزِ ۲۶ نومبر ۱۹۴۶ ء ییلہِ برِصغیر غلأمی ہُنٛز ہانکلہٕ ژٹان آزأدی ہُندی ترانہٕ سونچان اوس تہٕ سأزشہِ یمن ترانن تھانتھ أنہ نکی منصوبہ۔ سعید صابن خاندان اوس سورے تجارتس ستی وابستہ لہٰذا أسی اندی پکی روزن والین اندر رمعاشی طور جان حالتس منٛز یمہِ کِنی یونکی اولاد آسنہ سببہٕ تہِ سعید صأب قندٕ قلی چھوٕ تہٕ دوٕد دانور چھنہ آئے۔ یہ زنہٕ یونہٕ کٔمن ہنٛد ازلے بوگ چھُ روودت۔

اَثرات:۔ سعید صابنہِ زندگی پٔژھ چھ مأ لی سٔنٛدِ نِشہ زیاد پہن ماجہِ



ہنٛد کردارچ زیادٕ گنٛی چھاپ وننہِ یوان اگر چہ تم سعیٖد صاب نس مائلس بروٚنٹھےٚ یمہِ عالمہ گٔمژ ٲس۔ سعید صابس ستیٚ کتھ باتھ کرنس دوران چھُ معلوٗم سپدان زِ یہنٛدِ شخصیتہ کس وو برنس تہٕ یہنٛدس ادبی دُنی یہس اندر اکھ ناوتہٕ مقام پراونس اندر چھ زیادٕ پہن ماجہ ہنٛدُ ے رول تہٕ تہنٛز ے حوصلہ افزٲیی ہنٛد اکھ نُمایاں حصہٕ یتھ بظاہر تہٕ بعض شوٲہد تہٕ اندازٕ تائید چھ کران مثالے یہ زِ وٲلد صاب ٲسی حصوٗلِ معاش کس سلسلس منٛز والدہ سنٛدِ نِشہِ زیادٕ نبر ے روزان تہٕ شُربن ہُنٛد بیشتر وقت اوس قدرتی طور وٲلدِ سنٛدی سےٚ ہلمس تل گٔذران۔ دویم چھُ یتہِ معلوم سپدان زِ سعید صابنۍ وٲلد صاب چھ موٚنہہ والہِ شخصیتکی مالک ٲسی مُتی تہٕ موٚنہہِ وٲلی یعنے رعب دار بُتھ تھاون والین ستیٚ چھ اکثر لۄکھ کمے پہن بےتکلف سپدتھ ہیکان۔ یتہِ چھُ وننہِ یوان زِ تم ٲسی نظم و ضبطکی زبردَس پاس دار تہٕ یتہٕ اوس اکھ سبب شُربن بےتکلفی کُن قدم تراونہِ نِشہِ پتھ رٹنک۔ مگر یتہِ چھُ بزرزِ شُری یوٚت تام نہٕ شُرِل یا شُری لٲزکرن تہنٛز شخصیت چھنہ ہرگز تہ تکمیل پراوان تہٕ اَمہ لحاظ تہ اوس یہِ ماجہ ہٕنٛدی سےٚ ہلمس تل ممکن ز

یم پھٹراوہن پننہِ شخصیتکہ تکمیلہِ خأطر بعض نظم وضبطکی قأیدٕ یُتھ اَمہِ شُری لازِ ہُنٛد مزہ تُلن تہٕ یہ ینہٕ وألس زمانس اندر یمن بکارلگہِ۔ حالانکہ چھُ یتہِ معلوٗم سپدان زِ وألد صأب تہِ چھنہٕ کینٛہہ کم شفیق رودی مُتی مگر شُری لاز دوران یمہِ بےتکلفی تہٕ شرارتک تضاضہ وأنٛس کران أس تمیک بہترین پاسدار أس ماجی یمہِ کنٛی بارٕہن زیادٕ پہن ماجہِ ہنٛدٕ یے ذریعہ سپد یمٕ حوصلہ افزایی ہنٛدی واقعات یاد ورٕتس منٛز موجوٗد چھ۔

کرام تہٕ اسلاف۔

دانہٕ ہن ہُنٛد ونن چھُ زِ انسانہٕ سُنٛد رویہِ، اخلاق وعادات چھ نٔسلن ہُنٛد پےَ دِوان۔ ہرگاہ یہ قول دویمہِ طریقہ یمہِ آیہِ وَنٛو زانسانہ سنٛدی طورطریقہ چھ تہنٛد بن اسلافن ہٕنٛد وطیرک پےَ دوان امیک معنہٕ مفہوٗم گژھِ نہ ہرگز تہِ تبدیل تہٕ یہ چھُ اکھ ناطق پزر تہِ تہٕ موجوٗدٕ DNA ایجادن تہِ چھُ وۄنی یہ ثأبت کۆرمت زِ اسلافن ہٕنٛدی اخلاق وعادات چھنہ ہرگز تہِ ینہٕ والین نٔسلن اندر منتقل سپدنس منٛز پَتھ روزان بامیے تمہٕ وُچھتہٕ آمٕتی أسی تن یانہٕ۔ سعید صأبس ستی

گَتھ باتھ سپدنس دوران چھُ امیے آیہِ اندازٕ سپدان زِ یہندی اسلاف تہٕ آسہٕ ہن نہٕ کینٛہہ کم پایہِ۔ تأریخی دستاویزن ہٕنٛز ورق گردانی پتہٕ چھُ پےلگان زموصوٗفن ہٕنٛدی اسلاف چھ ''بدخشانی''۔ یہ چھےٚ ؤ کھر کتھ زتمو چھُنہٕ پنہٕ نٕہن ناون ستی بعض غأرساداتس یا اَدٕ ساداتن ہنٛدی پأٹھی وطنی نیسبت یعنے ''بدخشی'' یا بذحشأنی وأٹتھ تھوومت۔یتھ کُنہٕ نُسلس اندر بعض غأرساداتن ہٕنٛدی پأٹھی اتھ ستی صرف اکہِ ''سیّد'' لفظک ہربرٕ کٔرتھ کٔشیر اندر راکٹر سپدیمتٕہن واقعہ ہن ہٕنٛدی پأٹھی پٕتُن پان اصل ساداتن ہٕنٛدس نسبس ستی واٹتھ آسنک کامیاب تجربہ کٔرتھ ہکہٕ ہن۔حالانکہ اَتھ اندر رہکہٕ ہن بعضن ہندی پأٹھی زمینی شوأہد تہٕ ساتھ دِتھ مثالے محمد الدین فوقؔ چھُ پننہٕ تأریخہِ تہٕ تأریخِ اقوام کشمیرس اندر یہندٕ ن اَسلافن متعلق واضح تہٕ غیرمُبہم پأٹھی ونان زِ اَمہِ خاندانک اکھ برگزیدٕ شخص اوس شیخ نعت اللہ ''بدخشی''، یُس حضرت مرزااکمل الدین خان بیگ بدخشی (یعنے مہرٕ زِ کامل صأبؒ) سُنٛد خاصہٕ مرید اوس تہٕ یم حضرت شیخ یعقوب صرفی یعنے ایشان صابنس تربت رِکس صحنس اندر تمن

ہمسایہ آسۆدِ چھ۔ یعنے یتھٕ کنہ چھُ اَمہِ خاندانک دینی پتہٕ بجرتہِ معلوٗم سپدان۔ فوٚق چھُ حضرت شیخ نعت اللہؒ ہَس اکھ اہل اللہ بزرگ ؤنتھ ونان زموصوٗف اٲسی اَمر بالمعروف تہٕ نہی عن المنکر کِس فریضَس اندر ااتی نڈر تہٕ بے باک زِ وختہٕ کِس بَڈِ بڈٕس صاحب اِقتدارس تہِ اٲسی نہٕ تنبیہہ کرنہِ نِشہ پتھ روزان۔ فوٚقنہ مطاٲبق اٲسی تم دنیادار تہِ تہٕ تمن نِش چھُ خلق خدایس دینی تہٕ دنیاوی فائدِ تہِ میولمت تہٕ بہ ییٚلہ وحشی صابنٮ۪س دورس منٛز یہ واقعہ بوزان چھُس زیموکۆ رڈلہِ کِس ماٲری مندس ساٲحلس تہٕ زبرون بالہٕ کِس خوبصورت ہلمس پیٹھ واقعہ پٔنٕن مشہوٗر ہوٹل ''شہنشاہ پیلس'' سیون سٹار بناونہ نِشہٕ صرف اَوٕ موکھ اِنکار تہٕ کیاٚزِ تمہِ خاطراوس یمن اَتھ ہتی بارروم تہٕ ڈالسنگ فلور منسلک کرن تہٕ تتھ متعلق اوس والدینو واضح پاٹھی وونمت زِ''۔۔۔ اٲسی چھ مسلمان۔ خدایس چھُ بُتھ دُین ییٚمی اَسہِ یوٗتاہ عطا ٕ کوٗر۔ حرام کاٲمکٕرتھ کیاز کرون سُہ ناراض۔۔۔'' میےٚ چھ فورن یہِ ذیہنس منٛز یوان زیہوے چھُ اسلافن ہنٛد سُہ ''DNA'' یاسُہ اثریُس اَسہِ یہ گواٲہی چھ دوان زیم

چھ اسلافہ نے ہنٛدی نموٗنہٕ تہٕ تہند وٕ ے اوصافو کاٗم کران تہٕ تموٕ ے اوصافو موصوٗف تہِ یہِ زِن میٛے ہیرِ دعویٰ کوٚرتہٕ اُتھی چھُکھ وۄنمت

''ایں سعادت بزور بازو نیست

تانہٕ بخشد خدائے بخشندہ''

تہٕ یم چھ امیے اسلافن ہٕنٛدِ اثرٕ کی برکات زیموکوٚر رامہِ برعکس اَتھ کارس لرلوٚر زیوراتن تہٕ نگینن ہُنٛد کاروبار پنہٕ عنٛن آور برٛن اندر شاٗمل ییٚمی تمہِ نشہِ وریاہ زیادٕ دینی تہٕ دنیاوی برکات میسر کٔری یہِ زنہٕ حرام کارٕ ستی معموٗلی دنیاوی کمایہِ ہنٛدِ رنگہ حاٗصل سپدِ یے تہٕ یہِ چھُ اَتھ شجرس بیاکھ تائیدی ثبطت بنان زِ وحشی سعیدن خاندان چھُ اُمی سے اہل اللہ حضرت شیخ نعت اللہؒ سٕندس نسبس ستی تعلق تھاوان۔

''شیخ نعت اللہ اوس'' ''بدخشی'' یعنے بدخشاٗنی ۔ بدخشان چھُ موجوٗدٕ افغانستانک اکھ سرحدی صوبہ یُس قیمتی نگینو خاٗطرٕ سخ مشہوٗر چھُ۔ پاکستان تہٕ تاجکستان طرفہٕ بلتستان کشیر ستی رلان اوس۔ پراچین کالہِ اوس بدخشان پوٚر ملک افغانستان، پوٚر موجوٗد ملک پاکستان

بلکہٕ ترکمانستانچہ تِمہٕ تمام ریاسژ ہٮ۪تھ یمہٕ پتہٕ چینس تہٕ روٗسس تل آیہِ پامیرتام کشیٖر ماتحت۔کأشرٕن پراچیٖن راز کتھن تہٕ لُکہ دٲلیلن اندر چھ تتھۍ واقعات یسلہٕ موجوٗد ییٚلہِ کأشرۍ شہزادِ تہٕ سودا گار پننٮ۪ن شرٕن کُنہِ سفرس پٮ۪ٹھ سوزنہٕ وختہ یمہٕ بدخشأنۍ موللۍ تہٕ مأرۍ مندۍ گُنہِ قسم یعنے بدخشی یا بدخشانۍ لعل تھٔژن مژھن أسۍ گنڈتھ تھاوان یُتھ تِمہٕ بحالت ضُرورت یمن خرچاوٕہن یا پننۍ شناخت ظأہر کرنس منٛز بطورِ ثبوٗت پیش کرٕہن ۔ وحشی سعیدٕنۍ اسلاف تہِ وأتۍ کشیٖر أتھۍ تجارتہٕ کس سلسلس منٛز۔تَمہِ وِزِ أسۍ نہٕ کشیٖرِ ہٕنٛدۍ موجوٗد سرحدٕ نیائے ۔آزادانہٕ أسۍ یوان گژھان۔ملک تہِ اوس کُنے ۔پیٚتہِ أسۍ باپارکران تہٕ سوداسلف موکلأوتھ أسۍ واپس پنن وطن کُن روانہ سپدان۔ یہ سلسلہ چوٚل أکس زیٛٹھس زمانس ،کُژن تام صدین یتھے کن ۔امایٚلہِ پتہِ سرحدتہٕ موژنہِ لگۍ ۔بیٚون بیٚون سیاسی نظریاتو سببہٕ سرحدٕ نِیاے تہِ ووتلنہ لگۍ ۔ ین گژھن بنیاو کلہٕ دود۔ دویمہِ طرفہٕ اوس اسلأمی حکمرانو کأشر مملکتہ نِشہ تہِ کھنڈا کھنڈا ژٹتھ وٕکھرٕ ملکھاہ ملکھاہ بارسس اوٗنمت تہٕ کشیٖرِ ہنٛز خاص وادی اندر تہِ أس

پرٲمن تہٕ دوستانہٕ دعوت، تبلیغچ کأم چلان ۔ یتھ اندر مسلمان سفیر، سودا گار، دینی مبلغو تہٕ روحأنی ہتیو تہٕ زبردس کأم کٔر۔ وار یاہ ڈوکیے یموو جوٗ ہاتو ٚکنٕز تہِ ییٚتہِ۔ وحشی سعیدٓنی اسلاف أسی کوٹھٕ دارٕ ے۔ تہنٛزٕ باپأری کو چھ آسہِ سرٟینگر، گلمرگ، پٹن تہٕ سوپر ہریمانہٕ۔ آگرہ۔ دلہٕ۔ لکھنوتہٕ کلکتہٕ ہس اَنٛد رتہِ۔ لہٰذا آوُستہ زمانہٕ ییٚلہِ یمہٕ تہِ اَدٕ یاتہِ باپأری ضرٗ رتو یا دینی جوش وجذبہ یا اَدٕ عبورومُرٗ رچو سیاسی دشوأر ہو سببہٕ ییٚتی مُستقلن مقیم سپٕدی۔ اندازٕ چھُ سپدان زِ اوٗت تام چھ یم بطوٗر ''تروٚنبہٕ'' کرام ییٚتہِ۔ معروف سپدیمتی أسی مُتی تہٕ یہنٛدی بعض اسلاف چھ ییتہِ روحأنی طورمعروف تہٕ مقبوٗل عام پرأ وتھ أسودہ تہِ سپدیمتی أسی مُتی تہٕ عزت تہٕ اکرامہ روٗحانی کمال پرأوتھ شیخ، خواجہ، جو تہٕ صأب لقبو قبوٗل عام پراونس منٛز سرخرو سپدیمتی أسی مُتی۔

وحشی سعیدٓنی اصلی ذات کیا چھےٚ۔

تاریخی دستاویزن ہنٛز گرددوننہ پتہٕ چھُ اندازٕ سپدان زکشیر اندر چھ یہنٛدی اسلاف خواجہ عظیم الدین ''ترنبوٗ'' ئندِس زمانس تام یوان گرٕ ھان أسی مُتی۔ خواجہ عظیم جو ترنبوٗ' چھُ گوڈنیک شخص یمس متعلق

اندازٕ چھُ سپدان زیمو چھ دٕسلابس اَمہَ خاندانہٕ أنٛدرٕ کشیر اندر منتقل رہایش اختیار کٔرمژ بلکہ چھُنہٕ اؤت تام یہنٛدس خاندانی ذاتس'' یعنے کرامہِ متعلق کانٛہہ شقہٕ بیانٕے بروٗنٛہہ کن یوان۔ عظیم جوٗ ترونبو چھ شیخ نعت اللہ سُنٛد کانٛہہ ذُراوسمت تہٕ أسی چھ أمی سندی سےٕ ناوس سٟتی ''ترنبوٗ'' ذاتھ وأٹتھ وچھان۔ اَمہِ پتہٕ چھُ اکھ دویم ناوتہِ بروٗنٛہہ کن یوان خواجہ صأبر جوٗ ''ترنبوٗ'' سُنٛد یُس شہنشاہ اورنگ زیب عالمگیر سٕنٛدِ زمانہ کشیر اندر باپارٕکس سلسلس اندر موجود وچھنہٕ چھ یوان۔ تأریخ اندر چھے کلکتہ تہٕ آگرہ چہِ کو چھ أمی سنزے ملکیتی جایداد آسنک بیان موجوٗد۔ بہمہ صدی ہجری اندر چھُ بیا کھ شخص خواجہ خلیل جوٗ ''ترنبوٗ'' سُنٛد ناو بروٗنٛہہ کن یوان۔ اگر أری پأٹھی واقعاتن ہُنٛد گہرٕ مطالعہ کرو تیلہِ چھ اصلی أمی سندیے حوالہ اَمہِ خاندانک ''ترنبوٗ'' ناو مشہوٗر یا زبان زد عام سپدنک اشارٕ میلان۔ تہٕ أمی چھےٚ تَمہِ زمانٕہ اندازن ''ترنبہٕ'' کٔشیرِ أنٛز مژییٚلہِ ییتہٕ ہتھے ہو کھیہٕ، سُہلا بہ تہٕ ووٚبہٕ ہو کشیر ٹھوٗس اوس پھُیرمت تہٕ أنٛدرٕ نہٕ اوس کانٛہہ وٕ ڈراون وولاہ بچھومت تہٕ نہٕ فصل یا اِد بیأٹلی پھوٚل تہٕ، نہٕ غلات یُس

کأشرٕن مزید زندٕ روزنک سبب بنتھ ہکہِ ہیے۔ یہِ کتھ چھِے یتھن
قابل ذکر زِ کٔشیر چھےٚ دریاوٕ سٔہلابن ہٕنٛد حوالہِ ہمیشہِ مغلوٗب
سپدان روزمٕژ۔ یموسہلابو چھ ہمیشہ جأنی تہِ مأنی نقصان کٔرِمٕتؠ۔
فصلات تباہ و برباد کرِمٕتؠ تہِ یتہِ طاعون تہِ وبہٕکیٚ اَسباب تہِ بنیمتؠ
یمہِ ستؠ نٔوی فصلات رُوَن وأنؠ تام یاتہِ بچیے ییِ نہٕ یاہیٚکہِ نہ اَدٕ بیأنؠ
نہٕ بٹنہٕ کنہٕ نو ولاگنے کٔرِتھی۔ یتھن حالاتن اندر چھےٚ اکثر وا؛ ری
اندرم نہبر مِس مَدتس اٰویز روزمٕژ تہِ لأزِم اوس زنہبرم یاتہِ کرِ ہے
مدد کُنہِ زمہ وأری ہٕنٛدِ سببہٕ یاپننہِ نفع تہِ فایدچہِ لالچہٕ یا اَدٕ خداخوفہ یا
خدایہِ سٕنٛدس مخلوٗقس خدایہ سٕنٛد خأطر تسنٛد عیال زأنتھ آرام
واتناونک جذبہٕ۔ ترشوے چیز اٰسی ممکن تہِ تہِ تی اوس سپدان تہِ۔
وحشی سعیدن خیال چھُ زِ تہندٕن اسلافن اوس دویمٕ وُجہہ نظر تل یمہِ
کنہٕ کأشر بو یمن منفی آیہِ ''ترنبوٗ'' وٕن۔ بہٕ ہکہٕ نہٕ سعید صابنہِ رایہِ
ستؠ واد واد تہِ کٔرِتھ مگر میےٚ یمہِ بیان ہیرِ یہندٕن اسلافن ہنٛدس
بارس منٛز پننہٕ نس دعوہس انٛد رتار تخن ہنٛدِ حوالہِ پھِری میےٚ چھُنہ
سعید صابنس خیالس ستؠ اتفاق کرنک کانٛہہ وجہ بنان۔ تہِ کیاز

بنتھ ہیکہِ ہیے۔ یہ کتھ چھے یتھن
ہلا بن ہئند حوالہِ ہمیشہِ مغلوٗب
یشہ جائنی تہٕ مأ لی نقصان گری مُتر۔
طاعون تہٕ ووبہٕ ہِکی اَسباب تہِ بنیمتی
ام یاتہِ بچیے ییی نہٕ یا ہیکی نہ اَدِ بیأ لی
صبن حالاتن اندر چھےٚ اکثر وا؛ ری
ژتہٕ لأ زِم اوس زنہبرم یاتہِ کرِ ہے
نفع تہٕ فاید چہِ لالچہِ یا اَدِ خدا خوفہ یا
د خأ طر تسنٛد عیال زأ نتھ آرام
آسی ممکن تہِ تہٕ تی اوس سپد ان تہِ۔
اسلافن اوس دوییم وُجہہ نظر تل یمہِ
وۄن۔ بہ ہیکہٕ نہٕ سعید صابنہِ رایہِ
بیان ہیرِ یہنٛد ین اسلافن ہنٛدس
رتخن ہنٛدِ حوالہِ پھری میےٚ چھُنہ
کرنک کأنہہ وجہے بنان۔ تہِ کیاز



’’ترنبوٗ‘‘ لفظ یمن یمن یہنٛد ین اسلافن ستی واٹنہٕ چھُ آمت تمہٕ چھ
دینی تہٕ روحأنی تعارفہ تأرتخن اندر عزت تہٕ عقید تہٕ سان مذکوٗر
بلکہ یہِ بیان ہیتھ تہِ زِ تم آسی اہل اللہ یمن نِش لۄکو دینی تہٕ دنیاوی
فأید تہٕ فیض حأصل گری۔ مثالیے بہمہ ۱۲ صدی ہجری ہُنٛد خواجہ
خلیل جوترنبو یم اہل اللہ مشہوٗر چھ تہٕ یم تأریخ کشیر کہ بیانہ مطابق
بہلہ پایہِ ولی آسی تہٕ یم ۱۲۴۲ء ہجری رحمت حق سپدی۔ دپان کشیر
چھ یموٕ ے ترونبہٕ أنی مُژ غالین تمہِ وِزِ ییٚلہ کأشرِ ین سرکارس نِشہِ
محروٗمی تہٕ أنٛدرِ کینٛہہ بٹنہٕ نِشہٕ مایوسی ورأ ے کہین تہِ بدس اوس
نہٕ۔ اَمہ پتہٕ چھُ عبدالصمد ترنبو تہِ اکھ شخص ترونبہِ کشیر واتناونکہِ حوالہِ
مشہوٗر ریٚس ۱۳۱۸ھ ہجری گذریاو۔ دپان کأشر بۄئی یمن نِش دینی تہٕ
دُنیاوی فواید تہِ۔ خواجہ صابر جوترونبس متعلق تہِ چھُ ای لیکھتھ زِ تم
أسی اہل اللہ تہٕ ہرگاہ تہِ چھُ زِ تم آسی اہل اللہ تہ دینی جذبہ سرشار میےٚ
نِش چھُنہ یہِ پژھ کرنس تیلہِ کانہہ تہِ وجہہ زِ اہل اللہ کیا کرہ خداے
سندِ حکمہٕ خلاف چور بازأری یا گران بازاری۔ لہاذا چھُ یہ اندازٕ
پیٚٹھ بانیے غلط زِ ’’ترنبوٗ‘‘ ذات کیا چھے منفی ناوٕچ تشکیل۔ میےٚ چھ

اندازٕ سپدان زکأشر بو چھُ یہ ناواِو موکھ یمن دیتمت یُتھ یہِ احسان اَتھ اندر رٔچھتھ روزِ زأمی خاندانن کۆر ضرۆرتہ وزِ کأشرن نادارن تہٕ مظلومن مدد۔ نتہِ چھےٚ یہ تجربہ تہٕ مشاہدچ کتھ تہِ زکأشری چھ شایدے پانس متعلق پچھ کتھ یار بڑھ برداشت کران چہ جائیہ ز تِم کرن پننٕی ذاتھ ترک گٔرتھ اکھ ربڑھ بطورِ ذات قبوٗل یا سُہ مشرأوتھ لیکھن سو ربڑھ یوسہٕ تہنٛدٕن اسلافن ہنٛدس شانس اندر بظاہر توہین برژیاخنک آمیز آسہِ ہیے۔ وونی چھُ اکھ سوال توتہِ پتھ کن روزان زتیلہ کیا زنہٕ چھےٚ اَمہِ خاندانٕچ اصلی یا آگرہ ذاتھ أسمژ۔ تارٖیخن اندر یمہٕ اَسہِ وُنِس تام پھرِ چھ ژور لفظ یہنٛدٕن ناون ستی مذکور مثالے۔ ١ شیخ ٢ خواجہ ٣ جوٗتہٕ ٤ ترنبو۔ ژورمس لفظس متعلق سپد خلاصہ زِ یہ چھَنہٕ اَمہِ خاندانٕچ آگرِ ذأتھ بلکہ چھےٚ یہِ کأشریولولہٕ تہٕ عقیدتہٕ اکہ واقعہ کہ حوالہ یمن تحفس منٛز بطور لقب درِ راوٗ مژتہٕ یمو ریاء تہٕ ہاوباوِ نِشہِ پاک تہٕ کھوڑ پھریچو نِشہ لاعلم لۆکو زأنی لولہ عطا سپدیمژ یہأے لسأنی لوک اصطلاح پننہِ ذأژ ہٕنٛد حیثتہٕ پننہِ اصلی ذأژ پیٹھ اہم تہٕ پننٕی ذاتھے

ؤ موکھ یمن دِیتمت یُتھ یہِ احسان
ھاندانن کۆر ضرۆرتہ وزِ کأشرٕن
یہ تجربہ تہٕ مشاہدٕچ کتھ تہِ زکأشری
یار بۄڈ ھ برداشت کران چہ جائیہ ز
کھ ربۄڈ ھ بطورِ ذات قبۆل یا سُہ
ہنٛدٕن اسلافن ہنٛدس شانس اندر
ہیے۔ وونی چھُ اکھ سوال تو تہِ پتھ کن
خاندانٕچ اصلی یا آگرہ ذاتھ آسمٕژ۔
پھرِ چھ ژورلفظ یہنٛدٕن ناون ستی
خواجہ ۳ جۆتہٕ ۴
خلاصہ زِ یہ چھَنہٕ اَمہِ خاندانٕچ آگرِ
عقیدتہٕ اکہ واقعہ کہ حوالہ یمن تحفس
ریاٗ تہٕ ہاوباوٕ نِشہِ پاک تہٕ کھوڈ
عطا سپدیمٕژ یہأے لسأنی لوک
اصلی ذأژ پیٹھ اہم تہٕ پنٛنی ذاتھے



ترأ وکھ مشرفس منٛز۔ بعض چھ اندازٕ کران ز ''شیخ'' اَسہِ یہنٛز اصلی ذاتھ مگر تاریخی شوأہد تہِ چھنہ تتھ تائید ے کران تہِ کیاز ''شیخ'' آسی اَتھ زمانس تام کشیٖر اندر روٗحانی کمالس وأتی متس تہٕ دینی علومن اندر فضیلت تھاون والس ونان یَتھٕ گنہِ یہِ وُنس تام عرب یا مسلمان ملکن اندر یمنے یا امبٕ قسمہٕ کیٚن لۆکن خأطر ورتاوس منٛز یوان چھےٚ۔ اَہہِ پتہ چھُ دویم لفظ خواجہ۔ یُس اَمہِ شجرہ کیٚن بعض ناون ستی واٹتھ چھ۔۔ مگر کشیٖر انٛد رذأ ژن ہنٛد حوالہٕ تجزیہ کرنہ پتہٕ چھُ معلوم سپدان ز باوجود یتہِ زِ یہ چھےٚ واریہن کأشرٕن ہنٛز ذاتھ چھَنہٕ یتہِ سعید صابنٛی ذاتھ انداز سپدان تہِ کیاؔ زیتہِ چھ وفورِ عقیدت تہِ جذبہ احترامہ اَمہِ خاندانکیٚن اسلافن ہنٛدٕن ناون ستی واٹنہٕ آمت یتھ کنہ یہ عمل وُنس تام بعض معزز کأشرٕن ناون ستی لیکھنہ وزِ واٹنہٕ چھ یوان تہٕ اَمہِ قسمکی لۆکھ چھ وُنس تام سماجس اندر کانٛہہ نمایاں امتیاز تھاوان یمن ناوس بروٗنٛہہ ''خواجہ'' اوس لکھنہ یوان مثالے خواجہ صمد پنڈت۔ خواجہ رمضان جووانی۔ خواجہ مقیم کنٹ بیترِ یتہِ چھ کأشرس سماجی نظامس اندر وچھنہ آمت ز ''خوجہ'' چھ بعض

جاین وٚنس تام تلوٲنس ونان۔ تہٕ واریاہن جاین چھ یہ ناو علاقس
اندر دکانداری اندر بوڈ اتھہِ تھاون وٲلس خاطر وُنِس تام مستعمل
۔اَمہ پتہٕ چھُ ترتیم ناوُیس اَمہِ شجرہ کہٕن بعض اسلافن ہٕتی واٹتھ
چھُ تہٕ سُہ چھُ ''جوٗ'' واریاہن لوٗکن ہُنٛد خیال چھُ ز ''جوٗ'' چھے باضابط
پاٹھی ذاتھ (کرام) تتھے کن ییتھ کنہٕ خواجہ تہٕ شیٚخ چھےٚ مگرأری پاٹھی
وُچھنہ پتہٕ چھُ معلوٗم سپدان ز ''جوٗ'' چھِ عام پاٹھی واریاہن
''وانہٕن'' ہنٛدس ناوس ہٕتی تہٕ مشتعمل گومت گویا کہ چھُنہٕ ییتہِ ذاتھ
معلوٗم سپدان بلکہ چھےٚ ییتہِ عقیدت تہٕ احترامٕچ علامت تہٕ فرق چھ
ایژٕے زخواجہ یا جناب چھُ ناوٕکس ڈٕسلابس لیکھنہ یوان تہٕ ''جوٗ'' چھ
ناوس پتہٕ مگر کرامہِ برونٛہہ مثالیے خواجہ عبدالکریم ''جوٗ'' وانی لہاذا چھنہ
''جوٗ'' تہِ یہنٛز ذاتھ یا کرام اندازٕ سپدتھ ہیٚکان۔ أری پاٹھی غور کرتہٕ
پتہٕ چھُ معلوٗم سپدان ز نمبر پٔہٹھ آمژن اکثر ٹوکن ہنٛزٕ اصل ذأژ چھےٚ
وُنِس تام یا تہٕ مشکوک یا اِ اندحقیتھےٚ رٲوِس تل تہٕ ذأژن ہٕنٛدس
بارس اندر چھے کشیٖر واقعی اکھ کھُری دأج ہش معلوٗم سپدان ووں گو
اسلام چھُنہٕ ذأژن کانٛہہ اہمیت دوان تہٕ کیازِ، انسانہٕ سُنٛد بجر چھُ

انسانہٕ سٕنٛدِس خصلتس تہٕ عادتن ہٕتۍ مشرۄط توَے چھُ اَمہِ شجرہ کںوٗ اسلافو پٔنٛنۍ ذاتھ غأر اہم زأنتھ تمیک لیکھن رٕواجٕ متروک کۆرمت۔ یُس تہندس دٟینی جذبس اَنٛد رسرشار تہٕ مخلص اٖسن ثأبت چھُ کران تاہم یُس ذأژن ہنٛدِ تشکیل پراونک سفر یا اَرتقایی عمل چھےٚ تمہِ حوالہٕ چھےٚ وۄنۍ یہ بٔکنٛ اکہ حسابہٕ فضۄل ا(وچھومیانٛۍ کتاب ''کأشر زبأنۍ ہنٛدۍ لسأنۍ آثار'')تہِ کیاہٕ زیم ذأژے چھےٚ ژکہ عجیب طریقو بنیمژ۔ حالژن ہنٛدٕ حوالہ۔انسانی انگن ہنٛد حوالہٕ۔ جانورن، پرندن چرندن تہٕ درندن ہنٛد حوالہ۔ کھٮ۪نہ چیزن ہنٛد حوالہٕ ۔مصالن ہنٛدِ حوالہ بیترِ بیترِ تہٕ ''ترنبوٗ'' تہِ چھُ اکھ کھٮ۪نہ چیز یُس تَمہِ زمانہ بلکہ ازتہِ صغیرس اندر وۄ پداونہ چھےٚ یوان تہٕ کشیر اندر چھُ وُنس تام گریزس اندر امیک فصل وۄ پداونہٕ یوان۔اندازٕ چھُ سپدان زوحشی سعیدٕنۍ اسلاف چھ ترٛنبہٕ (غلات) کشیر اندر واتناونس لرِلۆر قیمتی نگینن ہُنٛد تہِ باپار کران آسۍ مُتۍ یتھ کنہٕ آسۍ اسلام کِس زمانس تام تہِ تأرِیخن اندر کأشرٕن رازن ہٕندس دربارس اندر مولہٕ للٕن نگینن ہندٕن باپارٕن ہُنٛد تسلسلہ سان ینہٕ گرژھنٕکۍ واقعات مذکور

وچھان چھ تہٕ کأشرٕ ن ہندو راژن ہُنٛد یمن باپارٕ ن ہٕتۍ زبردس باپأرۍ تعلقات تہٕ سرون یارانہٕ وچھان چھ۔

خواجہ صابر جوترونبو تہِ چھ تموٚے باپارٕ و اندر أسۍ مُتۍ یم دین تہٕ دنیاداری دوشوٕنی اندر ممتاز چھ أسمتۍ یہنٛدِ ذٔریتہٕ منٛز خواجہ حبیب جُو ترونبو آئے۔خواجہ حبیب جوترونبس زٲے زٕ نیچوٕ خواجہ محمد رمضان جوتہٕ خواجہ خضر محمد تُرنبو۔دپان خواجہ رمضان جوترنبواوس سیٹھاہ خوٚ برو آسنس ہٕتۍ ہٕتۍ زبردس ذہین تہٕ بہلہ پایہِ اثر ورسوخ تھاون وٲلی باپأرۍ۔یم أسۍ شہر کیٚ تاجر وتہٕ رئیسو أنٛدر۔کاروبأرۍ کی ہُنر أسۍ لوکچار سے یمن نِش شہر کیوٚ باپارٕ و محسوس کٔری مُتۍ یمہِ کِنۍ بعض باپأرۍ یمن نیٚتھر دِنکۍ خواہان أسۍ۔چنانچہ نِ یم أکی بڑی ترامہ باپأرۍ گرٕ داماد سنٛدِ حثیتہٕ یمن نرینہ اولادِ ےاوس نہٕ۔اَتہِ آو خواجہ رمضان جوٚ ترونبس پنہٕ نین صلاحیژن ہوا دِنک زبردس موقعہ بدس تہٕ دِژن باپارس زبردس وسعت۔وُچھان وُچھان گوٚ یہنٛد اثر ونفوٗ ذیوٗت عام زیم أسۍ ہمیشہ مہاراجہ سنٛز شأہی نیلأمی ہٕنٛدۍ شریک تہِ روزان یتھ اندر شرکت پٕتۍ مہِ وُریچہِ کامیأبی ہٕتۍ مشروٗط أس آسان۔شُری زٕ نہٕ

پتہٕ دُیت أمی پنٕنۍ شُری ستی رٹتھ ''اہٕم اے رمضانا'' ناوچہِ فرمہ زنم یوسہٕ وُنِس تام قأیم چھےٚ تہٕ گیۓ کٔشیرِ ہٕنٛدٕن مشاہیرن اندر شأمِل۔ خواجہ محمد رمضانس أسی ژور نیچوِ۔ ۱ۓ غلام محی الدین ''مرحوم'' ۲ۓ خواجہ محمد عبداللہ ''مرحوم'' ۳ۓ خواجہ حبیب اللہ تہٕ ۴ۓ خواجہ محمد امین۔ محمد عبداللہ اوس دویم۔ سعید صأب چھ یہنٛد ؤبے اولاد ومٕنٛزٕ۔ محمد عبداللہ گذریائے ۱۷ فروری ۲۰۰۷ ءیَیلہِ زَنہ سعید صأبنۍ والدہ محترمہ سارہ ترٛٹھو ۵ جنوری ۱۹۹۳ء بروٛنٛٹھے یمہِ عالمہ گأمٕژ أس۔ یہنٛدی اوصاف تہٕ حوصلہ افزأیی ہٕنٛدی واقعات وُنِس تام وحشی سعیٓد بارٕنٕ ہٕنٛز زیو پٮ۪ٹھ جأری چھ۔ سعیٓد صأب چھ اکثر ونان زِ تم أسی نہٕ شرٕن ہٕنٛدی شوق پوٗرٕ کرنس منٛز پنٕن ذاتی سرمایہِ صرف کرنس کاٛنہہ وایہِ بران۔ چنانچہٕ چھ پانہٕ فرماوان زِ۔

''۔۔۔ ۔ ژٕ سلابس أسی أسی پھٕٹہٕ پھراٹہٕ شأعری کران تہٕ میأنۍ وألدٕ أس خوش گژھان۔ تم دوہہ تہِ چھ یادٕ یَیلہِ سانہِ گرِ چھُٹی دوہہ صُبح پٮ۪ٹھ شام تام تہٕ عامدوٕہن رأژ پہرن تام افسانہ نگارن تہٕ

شاعرن ہُنٛد جم غفیر اوس روزان تہٕ میانٛی ماجٕ اُس یمو محفلو محظوٗظ سپدان تہٕ سون حوصلہٕ تھزراونہٕ موکھ اُس چاین پٹھ چایہٕ سوزان۔ اُکس دوہس اندر زٕ ڈایئے ہتھ چایہٕ کپ بناونہٕ چھُ کومن کومن ادیبن تہٕ شاعرن کمر پھٹان مگر میانٛی ماجٕ یوسہٕ نہٕ شاعرٕ ے اُس تہٕ نہ افسانہ نگارے سو اُس شرٕ بن ہنٛزٕ مایہٕ ایژ برٕتھ زسو اُس سانہٕ لوکچہٕ کھوٚتہٕ لوکچہٕ خوشی خاطر سورے کینٛہہ نثار کرنس اعمادٕ روزان۔۔۔''

انداز ہکو کٔرتھ زِ والدٕ اُسمژ چھےٚ صرف شرٕ بن ہنٛدِ حوصلہ ہُر راونہ تہٕ تمن شرمندٕ نہٕ سپدنہٕ موکھٕ پنٕن پان ادب تہٕ ادیب پسند ہاون پنٕن اخلاقی فرض خیال کران تہٕ یہوے چھُ پتہٕ شرٕ بن ہُنٛد ذوقِ جمال پھانُھلہٕ نک وجہہ تہِ بنان تہٕ واقعی چھےٚ عظیم اِنسانن ہنٛزٕ ماجہِ پزٕ ھے آسان یم شرٕ بن اندر رٕتی تہٕ پسندیدٕ اوصاف وو براونہٕ موکھٕ تتھی رنگس منٛز رنگنہٕ یُن پنٕن فرض چھ خیال کران یٚیمہ شرٕ بن اندر تہنٛدِ شخصیتہٕ کہِ ماٗری منٛز رموکھ تمہ مناسب خیال چھےٚ کران۔۔لہازا چھ تم تتھِ ماحولکی روادار بنان یُس شُرٕ بن ہُنٛدِ شوقہٕ کہ وو تلنہٕ خاطر سازگار آسہِ تہٕ شرٕ بن تہِ باسہِ نہِ زماجٕ چھَنہ یمو چیز ونشہٕ بےفکر تہٕ

لاپروا۔ أمی شوقن دیُت وحشی سعید بارنٛن یمہِ چیزک تحریک زتمو کوٚ رپننہِ شاندار ہوٹلہِ کس احاطس اندر تأریخی ''دربارادب'' اکہِ مأری منڈِ ایوانک انتظام تہٕ اہتمام یُس پرٛتھ زبأنۍ ہنٛدٕن ادیبن ، شاعرن تہٕ لسأنی کہوٕ سماجی رضا کارن ہنزو تأریخی کاروایو خأطر معروٗف چھُ بیٚتہِ پوٗرٕ ووبأیِ کالس اندر تہِ مثألی محفلہِ اہتمامہ تہٕ احتیاطٕ سان سپدان روزٕ تہٕ بیٚتہِ ریاستی ،ملکی تہٕ قومی سوتھرِ کہٕن علمی ،ادبی ، لسأنی تہِ سماجی شخصیاتن ہنٛد وروٗد اکھ عام کتھ چھےٚ ۔ دلچسپ کتھ چھےٚ یہِ زِ وحشی سعید بارنٛو چھ پانس أنٛدی أنٛدی اکھ تیتھ لسأنی ماحول بنوومت زیمن محفلن اندر چھ یہندی لسأنی ذوق تھاون وألی ملازم تام سرگرم عمل وچھنہ یوان ۔یاردوس گیہے أسی تھی۔أتھی چھِ ونان زِ

> ہرگز نہٕ میرد ہرآنکہ دلس زندہ شد بہ عشق
>
> ثبت است بر جریدہ عالم دوام ما

ببٕنہِ بأے۔

وحشی صابس چھنہ کانٛہہ ببٕنہِ ۔البتہِ چھکھ زِ بأے یم وحشی سعیدس



ن تہٕ میاٚنی مأج أس یموٗ محفلو محظوٗ ظ
وکھ أس چاین پٹھ چایہِ سوزان۔
یہِ کپ بناونہٕ چھُ کومن کومن ادیبن
مأج یوسہٕ نہٕ شاعرٕ ے أس تہٕ نہ
ر مایہِ ایژ برٛتھ زسو أس سانہِ لوکچہِ
نٛہہ نثار کرنس اعمادٕ روزان ۔۔''
ھےٚ صرف شرٕن ہنٛدِ حوصلہ ہُر راونہ
ن پان ادب تہٕ ادیب پسند ہاون
ہٕ یہوے چھُ پتہٕ شرٕن ہُنٛد ذوقِ
تہٕ واقعی چھےٚ عظیم اِنسانن ہنٛزٕ ماجہِ
تہٕ پسندیدٕ اوصاف وو براونہٕ موکھ
ل چھ خیال کران یٚیمہ شرٕن اندر
مناسب خیال چھےٚ کران ۔۔لہازا
ں شُرٕن ہنٛدِ شوقہٕ کہ ووتلنہٕ خأطر
ز مأج چھَنہ یموٗ چیز ونِشہٕ بےفکر تہٕ

کأنسی چھا کھ ظہوٗر احمد تہٕ دویم عبدالمجید۔ظہوٗر احمد چھ منزم برادریُس وحشی صابس ستۍ کاروبارس اندر شریک چھُ تہٕ ہوٹلکۍ شب وروز وچھان چھ۔ظہوٗر صابس تہٕ وحشی سعید صابس چھےٚ زٕ بینہٕ نکحِن یم یمن پترٕ بینہٕ تہِ چھےٚ یعنے دوشوے بینہِ چھےٚ خواجہ حبیب اللہ ترونبو سنٛزٕ دخترٕ۔دوشوے بائنی چھ کاربارس اندر جوڑی دار۔ترییٚم بوئے عبدالمجید چھُ لندنس اندر مقیم یُس تتہٕ بیرسٹر عبدالمجید ترنبو ناوٕ کس معروف قانون دان سُندِ حیثیتہٕ مشہوٗر چھُ۔سعید صابن خاندر سپُد ۱۸ جولایی ۱۹۶۸ء تِمن چھُ سلیمہ ترنبو ناویمن نِش زٕ اولاد عنایت سپدِ کھ۔اشتیاق احمد لڑکہ تہٕ کوٗر صبیحہ۔صبیحہ چھےٚ دِلہِ اندر لجٕمٕژ تہٕ یہند خانہ دار چھ محمد پراچا سپریم کورٹک اکھ ناودار وکیل۔صبیحہ چھے جان پرٕمژ۔یم چھ مضامین تہٕ فیچر لیکھنۍ پسند کران۔اشتیاق احمد چھُ بڑی بب ایم اے رمضانا فرمہِ تحت بحرینس اندر مولہٕ لبن زیوراتن ہُنٛد کاربارتہِ کران۔ظہوٗر احمدس چھ زٕ لڑکہٕ سہیل احمد تہٕ طفیل احمد۔ دوشوے چھ تجارتس ستۍ وابستہ۔

تعلیم وتربیت:۔

بیشتر غار نقلی ادیب تہٕ دانشور چھ بہترین ماحولکی پیداوار آسان۔
وحشی سعیدس تہِ میول سازگار ماحول۔ یونک اولاد آسنہٕ کنہٕ زیادَے
پہن یتھ اندر ماجہ ہُنٛد یوگدان زیادَے پہن چھُ۔ وحشی صابن کوٚر
شہرَکس مشہوٗر تہٕ قدیم ترین چرچ مشنری سکوٗلس اندر میٹرک۔
ٹنڈل بسکو سکول ناوی یہِ ادارٕ یمہٕ منٛز وریاہ کاشرٕ منتری سماجی علمی تہٕ
لسانی شخصیات پُرتھ درآے یمن اندر سابقہ وزیراعلیٰ جناب فاروق
عبداللہ سابق کاشرٕ وزیراعظم بخشی غلام محمد، گورنر محمد شفیع قریشی
آغا شوکت علی تہٕ ڈی پی درہوی شخصیات قابل ذکر چھ چھُ ۱۸۸۰ء
الہٕ پلہٕ اٹھن اکرن زمینہِ ٹکرس پیٹھ قائیم کرنہ آمُت۔ وننہٕ چھُ
یوان زِ یہُنٛدِ ادبی سفرک آغاز تہِ چھُ امیے ادارِ پیٹھ سپد یمت۔ بہمہ
پاس کرنہٕ پتہٕ آے سرینگرکس مشہوٗر ایس پی کالجس اندر داخل
کرنہٕ یتہِ یموگریجویشن کٔر۔ یہ چھُ امیے کالجکہِ ادبی ماحولک اثر زاتہِ
لوٚب یہندی ادبی ذوقن زبردس جہار تہٕ یہنٛز گوڈنچ کہانی ''دھن نہ
دے'' سپز ۱۹۶۵ء پرتاپ کالج میگزینس منٛز شایع۔ ایس پی کالجکہ
پرتاپ میگزین کہ حوالہ یتہِ کاشرِ زبانٕی ہٕنٛد روشن مستقبل کہِ آنہِ منٛزی

52

المجید۔ ظہوٗر احمد چھ منزم برادریُس
ر شریک چھُ تہٕ ہوٹلکی شب وروز
ی سعید صابس چھےٚ زِ بہنیہِ نکحن یم
ے بہنہِ چھےٚ خواجہ حبیب اللہ ترونبو
ارس اندر جوڈی دار۔ تریٚیم بوئے
ں تتہِ بیرسٹر عبدالمجید ترنبوناوٕکس
ہوٗر چھُ۔ سعید صابن خاندرسپُد ۱۸
ترنبوناویمن نش زِ اولاد عنایت
یحہ۔ صبیحہ چھےٚ دِلہِ اندر لگُمژ تہٕ یہند
اکھناو دار وکیل۔ صبیحہ چھے جان
پسند کران۔ اشتیاق احمد چھُ بڈی
حرینس اندر مولہٕ للہن زیوراتن ہُنٛد
چھ زِ لڑکہٕ سہیل احمد تہٕ طفیل احمد۔
۔

بیشتر تاریخی واقعات کأشرٕن ادبٕین ہنٛد ذریعہ پھرنہٕ تہٕ تھیکنہ یوان چھ تتہٕ چھُنہ بأتے شعبن تہٕ خاص پأٹھی کشیرِ اندر اردوٗ زبأنی ہُنٛدِ حوالہ تہٕ اَمہِ ادارک کانٛہہ کم رول وننہِ یوان۔یتھ اندر وحشی سعید ہوس کأشرس اردوٗ نوازتہٕ اردو پرور فکشن نگارسنٛز مثال تہٕ اکھ تھکن لایق چیز چھُ۔ یتھ پٹھ بُتھ یڈ بٔرتھ کتھ سَپد۔امیے ادارٕ پٹھ کوٚر ریمو ۱۹۶۸ء بی اے۔یہوے اوس سُہ زمانہ ییٚلہِ کأشرِ بُتلہِ ہنٛدس مشہوٗر اردوٗ روزنامہ ''آفتابس'' اندر أکس وریس أکس وٗکھر ادبی شمارس اندر وحشی سعیدنٛ مخصوص کالم ''تاش کے باون پتے'' چھپان روٗ دیمہِ کس بنیادس پٹھ وحشی سعیدٚ کالج میگزینکہ اردوٗ شمارٕکی مدیر مقرر سٕپدی۔یتھ متعلق پانہٕ وحشی سعیدنےٚ بیان چھُ ز۔

''۔۔۔ ییٚلہِ بہ کالجس اندر اوسس تمہ وزاوس ایس پی کالجہِ ''پرتاپ'' ناوک میگزین نیران سُہ اوس ترٕن زبانٕن منٛز نیران۔ انگریزی، ہندی تہٕ اردوٗ بہ آس ''پرتاپ'' کہ اردوٗ شعبک مدیر' بناونہٕ۔۔۔'

۱۹۶۹ ہس ءنیٚ وحشی سعیدن کشمیر یونیورسٹی منٛز اردوٗ مضمونس منٛز دٲخلہٕ یونیورسٹی ہُنٛد ادبی ماحول اوس طَبٕبَس پٕٹھ یمیکی جمکاون وٲلی پروفیسر عبدالقادر سروری، پروفیسر شکیل الرحمان تہٕ بہلہ پایہِ پروفیسر حامدی کشمیری ہوی مشہوٗر وبدوان ٲسی یم وحشی سعیدنہ صلاحیژ وُچھتھ وحشی سعیدنہِ وَتہِ ہنٛدی خضر بنیے تہٕ وحشی سعید گویمن یوٗت قریب زٲمی سٕنٛد ادبی ذوقک الاوگوٲکس بڈٕس نارس منٛز تبدیل۔ یمہ شخصیات ٲسی اتھ دلچشپ زیمن متعلق واقعات تام ٲسی غاٲبی آوازِ ہنٛدی پاٹھی لوکہٕ دلن وولساون وٲلی۔ مثالے پروفیسر عبدالقادر سروری یس متعلق زپانہٕ پی ایچ ڈی نہٕ ٲستھ تہِ ٲسی أمی نٕصف ہتھ سکالر پی ایچ ڈی کرناوی مُتی۔ یتھے کن چھ پروفیسر شکیل الرحمانس متعلق پانہٕ وحشی سعید صاب یمہِ آیہِ راون تیٚول دٲریراوان ز

''یٚلہِ تم ییتہِ (کشیر) درائے تہ آئے پٹنہٕ یونیورسٹی ہنٛدی وایس چانسلر مقرر کرنہٕ تمن روٗد زندگی ہنٛدٕن ٲخری دوہن تام کشیر نِشہ دورروزنک صدمہ۔

یتھے کن چھ ترشوٗنی استادن ہُنٛد یادیمہِ آیہِ پھران ز

''۔۔۔ یتھ چھ تمام استاد میٲنۍ ستی محبت تھاوان ۔مگر سروری صاب اٰسی بطورِ خاص میٲنۍ ادبکۍ اسرار ورموز سمجھاوان۔ شکیل الرحمان سُنٛد خاص میدان اوس تقوف یم بہٕ مذہبچہٕ صوفی ریوایژن ہنٛز اہمیژ تہٕ افادیژ نشہ روشناس کورُس ۔حامدی کاشمیری اٰسی پانہٕ تہٕ نفیس افسانہ لیکھان تموکوڈ میون اندرم گیتھ افسانہ نگار رٹتھ تہٕ میے دتکھ بطور خاص افسانس کن ظوٗن دنک مشور۔۔۔''

اردوٗ زبانٛۍ اندر ایم اے کرنہٕ ستی پرٲو وحشی سعیدن اتھ زبانٛۍ پیٹھ ڈٲکٹریٹ تہٕ اٰسی بعضے دوہس اندر زِ ز ترٛے ترٛے افسانہٕ تہٕ تحریر کران تہٕ یتھ کنہٕ کوٗر ریمو کاشرٮ۪ن تمن ادیبن اندر أکس اردو فکشن نگار سٕنٛدِ حیثتہ اکھ نمایاں مقام یمہٕ پتہٕ مہ صدی ہنٛدِ نصف ہتہٕ لہِ یورکن وُنس تام روان دوان چھ۔

**ملکی تہٕ غیر ملکی سفر:۔**

سفر چھ انسانی زندگی ہُنٛد اکھ اہم حِصہٕ ۔ یہ چھُ انسانی دماغ کہ نشو ونما خاطرا اکھ سبٕٹھہے نفیس دوایُس انسانی اعصابن ہٕنٛد صحتہ خاطر اکھ کیمیا ء چھُ ۔ ماحولُچ تبدیلی چھے بطور خاص قلمکارس اندر لیکھنہٕ

چھِن صلاحیژن منز ہُر برتہٕ ماری منز رپاڑ کران بامیے یم سفر کمہ تہٕ نو عیتگی کونہٕ آسی تن ۔ بطور خاص چھ بہترین تہٕ زیٹھی سفر انسانی دماغ کہِ فروغہٕ نموخاطر تژھے کام کران یژھ تھکہ متہٕ ذیہنہ خاطر نندر چھے کران ۔ اَمہِ ستی چھے انسانی افسردگی منز کمی یوان۔ سفرس اندر یوسہٕ قوت مدافعت موجوٗد چھُ سُہ چھ انسانی وآنسہِ تہٕ جسمانی صحتہٕ خاطر تہٕ آب حیات قرار دِنہٕ آمُت تہٕ وحشی سعیدس چھُ سفر کرن اسلافہ نےٚ ہنٛد پٔٹھ وراثتس منز تو رمت ۔ ڈٔسلابہ زمانس منز آسی یہنٛدی اسلاف کاروبارکس سلسلس منز پوٗرعالمس پھیران یمہٕ اندازن تمن نگینن ہنٛدی سوداگر آسی یمہٕ کأشرن راژ محلن اندر بدخشان ہوِ لعل وجواہرن ہنٛدِ حوالہ پتہٕ وتھ بدخشان ہو نا ماوار صوبکی خاص مولٔکی تہٕ نایاب تحفہ زاننہٕ آسی یوان ۔ یتھ سلسلس منز کأشرس تاریخس اندر وریاہ اشارٕ موجوٗد چھ ۔ پتہٕ ییٚلہِ یہ خاندان دینی جوشہ وجنوٗنہ سرشار پنہٕ نن رتِن اسلافن ہنٛد زمانہٕ پیتی مقیم سپدی وار وارٕ آسہِ یہ کاروبار تبدیل کرنہٕ آمت ۔ یتھ اندر پتہٕ یموتر وٕنبہ أنتھ امیے ناوپنٕنی ذاتھ تہِ پرأو ۔ یہ خاندان روٗ داتہِ پٔٹھ ھیتھے أکس یابِیس

میے ستی محبت تھاوان ۔ مگر سروری
لکو اسرار ورموز سمجھاوان ۔ شکیل
توف یم بہٕ مذہچھن صوفی ریوایژن
رُس ۔ حامدی کاشمیری أسی پانہٕ تہٕ
ن اندرم گپتھ افسانہ نگار رُٹھ تہٕ میے
ن دنک مشور ۔ ۔ ۔ ''
تی پرأو وحشی سعیدن اتھ زبأنی پٔٹھ
ٕ زتژے تژے افسانہٕ تہٕ تحریر کران
دیپن اندر أکس اردو فکشن نگار سٕنٛدِ
سدی ہنٛدِ نصف ہتی لہِ یورکن وُنس

اہم حِصہٕ ۔ یہ چھُ انسانی دماغ کہ
س انسانی اعصابن ہٕنٛد صحتہ خاطر
چھے بطور خاص قلمکارس اندر لیکھنہٕ

کاروبارس ستی وابستہٕ تہٕ وأ لدتہ بُڈی بب سٕنٛدٕ زمانہٕ تہٕ روٗ دی یم ملکی کاروبارس منٛزٕ پٔتھٕ آسن باسہ ناوان۔ کاروبارکس سلسلس اندر چھ یمہٕند خاندانکو بعض افراد ازتہٕ ملکی تہٕ غیر ملکی سفرن پیٹھ یوان گژھان تہٕ یمن سفرن ہنٛد اثر چھُ ازتہٕ وحشی سعیدنس تحریرس اندر نمایاں لبنہٕ یوان ۔ یمہٕند کاروبأری تہٕ ادبی سفرک آنگن یُس دستاویزی مطالعہ تلہٕ معلوم چھُ سپدان چھُ یمہٕ آیہٕ وننہ یوان۔

اندرونِ ملک:۔ اروناچل پردیس، ناگالینڈ، بنگلورو

میزورم، دمن دیو، گوا، دِلہ،

کلکتہ، ممبے، جوٗم،

بیرونِ ملک:۔ سویزرلینڈ، برطانیہ، جرمنی

فرانس، کنیڈا،

سہے منٛز ایشیاء:۔ قطر، بحرین، تھاے لینڈ

ہانک کانگ، پاکستان، سعودی

عربیہ

سعودی عربیہ چھ یم عمرہ کس سلسلس منٛز حاضر سپدیمتی۔ کأشرٕ

بُڈی بب سٔنڈِ زمانہٕ تہِ رۄدی یم ملکی

ناوان۔ کاروبارکس سلسلس اندر

تہِ ملکی تہٕ غیر ملکی سفرن پیٹھ یوان

ٹھُ از تہِ وحشی سعیدنس تحریرس اندر

بأری تہٕ ادبی سفرک آنگن یُس

پدان چھُ یمہِ آیہ وننہ یوان۔

دیس، ناگالینڈ، بنگلورو

دمن دیو، گوا، دِلہ،

ممبے، جۆم،

، برطانیہ، جرمنی

کنیڈا،

حرین، تھائے لینڈ

، پاکستان، سعودی

لسلس منز حاضر سپد یمتی۔ کأشرِ



بُتلہِ ہنٛد مشہوٗر اردو فکشن نگار چھ یہنٛدِ سفرکہٕن یمن سرگرمین متعلق لیکھان ز

''۔۔۔سعید صاب چھ سادگی، نفاست، شرافت تہٕ شایستگی ہنٛدی پیکر یم چھ اکھ بیدار ذہن تہ شایستہ سوچن ہندی مالک۔ یہندس لہجس منز چھُ مِٹھر۔ یہنٛدس بارس منز ہکہٕ کُنہِ تمھید ورائے وننہٕ یتھ زیم چھ اکھ کامیاب بزنس مین تہِ تہٕ پننہِ بزنس کہ سببہ چھ پرٛتھ وریہ یمن کینٛہہ زمانہٕ پننہِ ملکہٕ نیبر گرٛھنک موقعہ میسر سپدان تہٕ أتھی پس منظرس منز چھ عالمی سوتھرٕ کی موضوع تہ نوی نوی کردار یہندٕن افسانن اندر لبنہ یوان۔''ڈاکٹر کاینات۔''وحشی سعید ایک مطالعہ۔'' صفحہ ۵۶

یہ کتھ تہِ چھےٚ قابل ذکر ز وحشی سعید چھنہ یمن سارنٕے سفرن پیٹھ صرف کاروبارکہ سےٕ سلسلس منز نیران بلکہ چھ اکثر ادبی کانفرنس تہٕ سمینارن اندر دعوتہ کس تعمیلس منز تہِ، یمن بعض سفر نصیبہ سپدان۔ یم چھ تیونیشیا کس سفرس انتھائی پسند کران۔ دپان ہرگاہ میےٚ دوییمہ پھرِہ پادٕ سپد نہ خأطر وٕنن بہ کر پسند تیونشیاہس اندر پأدٕ

سپدن۔

## ادبی سفرتہٕ کأم۔

کشیرِ اندر چھےٚ لیکھنٕچ پرٕنٛچ ریوایت تہٕ تاریخ وریہہ پرأنۍ شاید تیژٕ ے ایژاہ یتھ بُتلہِ پٹھ روزن والین ہٕنٛز وأنس آسہِ۔ کأشرِ زبان تہِ چھےٚ تیژٕ ے پرأنۍ مگر اکھ کتھ چھےٚ اتھ اندر غور طلب ز کأشرٕن لکھارٕن چھےٚ غیر کأشرِ زبأنۍ اندر لیکھنٕچ بروٚنہہ پٹھے کیاہتام مجبوری روزمژ یمہِ کِنۍ سأنۍ قدیم قلمپارٕ سنسکرت یا اِد وسطی دوٚرکۍ فارسی تہِ ہم عصر دورٕ کہِ ڈٕسلابہ زمانکۍ اردوٗ زبأنۍ اندر وُچھنہٕ چھ یوان یمن اندر کلھن پنڈتنہِ ''راج ترنگنی''۔ حسن شاہ تہٕ ملا طاہر غنی کشمیری سٕندی فارسی شاہپارٕ تہٕ فوق تہٕ عبدالاحد آزادٕنی اردوٗ قلمپارٕ بطور مثال پیش کٔرِتھ ہیکو یا تمن ہنٛدی ناوہتھ ہیکو۔ بغور تحقیق کرنہ پتہٕ ہیکٕن اَتھ آنتھ رٕتی وجوہات معلوم سپدتھ یا اندازٕ کرنہٕ یتھ مثالیے یہ ز سنسکرت دورس اندر اٗسی سنسکرت پرن والین شاہی انعام واکرام دِنہٕ یوان۔ سنسکرت رایج کرن والین فکر گاہ کٕن ارکانن اٗسی اگر ہاردنہٕ یوان۔ زبان اٗس شاہی نگرأنی تحت پرناونہ

یوان بیترِ بیترِ ۔ اَمہِ پتہٕ سپُد فارسی دورس اندر تہٕ الہِ پلہٕ امیے آیٔک ہیوٗ وطیرہ فارسی پرن پرناون والین ہستی اگرچہِ سُہ گوڈ نکہِ نِشہِ مالی طور کمٕے مقدارک اوس مگر انعام وسہولیاتن ہٕنٛدِ حوالہ اوس سنسکرت دورِ نِشہِ زیادٕ وُتشاول یم پتہٕ بُڈی بُڈی ادیب اَمہِ کس اَنہِ کھلہِ تقلیدی اثرس تل آئٔی یُس وریاہ ژیرتام جاری روٗ دیوت تام اردوٗ اثرٕ کی طاقتور جِنن فارسی ادبچہِ مندورِ ہنٛز آخری کٔنہٕ کٔنز پراٹتھ اۆنی مگر اَتھ ہلس منٛز دُیت اَتھ تُمی رسم الخطن تہٕ زبردس ساتھ یُس اۆت تام یمن تمام اَنٛدی پکی بولنہ ینہٕ واجِنین زبانین مشترکہ اوس بنیوٗمت یعنے نستعلیق یُس عربی فارسی تہٕ اردوٗ زبانو وۆنی پٔنن مشترکہ رسم الخط اوس زونمت تہٕ یمکہِ برکتہٕ کأشرتہِ امکہ اِستفادٕ تہٕ اَتھ اندر عربی، فارسی تہٕ اردوٗ والین ہنٛد ذریعہ ایجادوٗ ترقی تہٕ جدید دریافتو سرفراز اوس کوٚرمت ۔ لہٰذا اوس کأشرتہِ پننی تأریخ ادبی ریوایژ سماجی تہٕ لسأنی داتھُر اُتھی رسم الخطس بلکہ اردوٗ زبأنی منٛزے رقم گٔرتھرٕ چھتھ تھاونکی ول اَزماوان یوٚت تام ۱۹۴۷ ء برِصغیر جسمانی غُلامی ہستی ہستی ذہنی تہٕ لسأنی غلأمی نش تہٕ آزادسپُد تہٕ اُتھی زمانس



وایت تہٕ تاریخ وریہہ پرأنی شاید
ن والین ہنٛز وأنس آسہِ ۔ کأشرِ
اکھ کتھ چھےٚ اتھ اندر غورطلب ز
زبأنی اندر لیکھنچ بروٗنہہ پٹھے کیاہتام
م قلمپارِ سنسکرت یا اِد وسطی دوٗرکی
رزمانکی اردوٗ زبأنی اندر وُچھنہٕ چھ
ج ترنگنی'' ۔ حسن شاہ تہٕ ملا طاہر غنی
ق تہٕ عبدالاحد آزادٕنی اردوٗ قلمپارِ
ہنٛدی ناو ہیتھ ہکو ۔ بغور تحقیق کرنہ
ت معلوم سپدتھ یا اندازٕ کرنہٕ یتھ
رأسی سنسکرت پرن والین شاہی
ت رایج کرن والین فکرگاہ کین
یان اُس شاہی نگرأنی تحت پرناونہ

اندر آے بعض کأشری سپۄ ت تہٕ لگی پنٕنہِ ادبی ذوقکی جوہر پن پنٕنہٕ نوٕ صلأحیژ ومطأبق پن پنٕنہٕ آیہِ ہاونہِ۔ وحشی سعید اوس وۄنی کأشُر بلکہِ نُسلن کأشر مگر یمو اوس درسن اردو کالجس اندر پورمت اتھ اندر گریجویشن کُرمژ تہٕ اردۄ زبأنی منٛز ے ام اے تہِ کۄرمت۔ استاد تہِ رودس تمِے یم اردو ادبہ کس دُنی یہس اندر نامورے یأتی اُسی نہٕ بلکہ اُسی پانہٕ تہِ ادبی ذوق تھاوان تہٕ اردۄ ادبکی تھنگی زانٕنہٕ یوان۔ اثرات حأصل کرن اوس اکھ لازمی امر تہٕ لہاذا اثری تم۔ گرتہِ اوس لوکچارٕ پیٹھے وۄنی یہوے ماحول بنیومت لہاذا اوس یہ اتھ سونتہٕ واۄ کی پأٹھی سبز ارعطا کران یوت تام وحشی سعیدنس ادبی گلستانس تہِ بہار آوتہٕ آو فلکشنی رنگو ستی برجستہ پھولتھ۔ ۱۹۷۲ء کۄر وحشی سعیدن اردۄ مضموٗنس اندر ام اے۔ یم یہندس اردۄ نوازی ہنٛدس تتھ زُتنہِ زوٗلس الاو بنوویس پروفیسر سروری۔ شکیل الرحمان تہٕ حامدی کشمیری ہِی یو وہٕ وانو زوو رومت اوس۔ توٚ ے چھ وحشی سعید یمن ترٛ ن استادن متعلق بے ساختہ وَنہِ نس مجبۄ رز

"۔۔۔ مجھے ان تینوں اساتذہ کی سرپرستی اور شفقت بالخصوص

حاصل رہی ہے''

وحشی سعید چھُ پننِہٕ نِن یمن قابِل قدر ووستادن ہنزن صلاحیژن ہنٛدی اثرات پننِہٕ نس وجوٗ دس منز اُڈرتھ آسنک ڈنڈوٗرِ یمہِ آیہِ دوان ۔پننِہٕ خاطر یہنٛد مقام یمہِ آیہِ تھٲوکان ز

''بحیثیت اکھ مُسلمان چھُ خُدا ایس تہٕ رسوٗلسؑ نبین تہٕ وِلین پتہ استاد سُنٛد مقام اَسی تھےٕ ۔لہاذا چھ اَمہِ واسطہ ترے استاد جناب عبدالقادر سروری مرحوم، شکیل الرحمان تہٕ حامدی کاشمیری صاحبان میانہ خاطرا اہمیت تھاوان ۔یتھ اَسی سأری ووستاد میےٚ ستی محبت تھاوان مگر سروری صأب اَسی بطورِ خاص میےٚ ادبکۍ اسرار و رموٗز سمجھاوان ۔شکیل الرحمان صابن خاص میدان اوس تصوف یم بہ مذہب چھِن صوفیانہ ریوایژن نشہِ وأقف کورُس ۔حامدی کاشمیری صأب اَسی پانہٕ تہِ نفیس افسانہ لکھان ۔تمواۄن میوٚن اندرم فکشن نگارژ ھانڈتھ تہٕ پھیورنس بہ خاص پأٹھۍ افسانس کن ۔

وحشی سعید چھُ پننِہٕ نس افسانہ نگار بنِہٕ نس متعلق پانَے یہ انکشاف کران زِ سُہ اوس شوراہ وری وأنسہِ منزٕ ے کینژن دوستن ہنٛدِ ذریعہ

افسانہ لیکھنچہ ئرٕ کرنہٕ کس چلینجس منٛز افسانہ لیکھنک اصل ہنر ہاوٗ ن
وبڑھان یعنے تِمس اَسی نہ بعض دوستن ہنٛدی افسانہٕ یم تمہِ دیکھا
دیکھی تھٕکان اَسی اَچھی تلی یوان۔ لہاذا اوس افسانہ نگاَری ہنٛدی
اصل جوہر ہاونچ اورزوتھاوان تہٕ لاَ گنٛی شوراہؤ رشہِ وانٛسہِ منٛز بے
افسانہٕ لیکھنٕ۔ وُنہ اوس کہو میے پران زیہنٛد بن افسانن ہُنٛد مجموعہ
''غریبوں کا دیس'' سپُد شایع۔اَمہِ پتہٕ رؤ دی وقفہ وقفہ پتہ منٛزی منٛز
نچہِ نچہ افسانہٕ سمبرنہٕ ''خون اور محبت'' ''منزل اور تلاش'' ''قحط''
''الٹا انسان'' ''بدلہ'' تہٕ ''خالی پڑا ہے'' ناوی تہِ شاتع سپدان۔
دپان یہنٛد گوڈنیک افسانہ یُس ''شاعر'' ناوٕ بمبیہِ پیٹھ نیرن وٲلس
ماہنامس منٛز شایع سپد اوس ''جموٗد کا جنازہ'' یُس تمہ زمانہ یعنے ۱۹۷۰ء
اندر زبردس مقبول سَپُد تہٕ یہ بنیاواردؤ دُنی یہس اندر یُہنٛد اکھ نمایاں
مقام پراونک سبب تہِ۔ یتھ پیٹھ یہنٛدی اُستاد پروفیسر حامدی کشمیری
ہوِی ذہین نقادن کلاس روٗمس منٛز ''فل پیریڈ'' '' Full
Period' لیکچر دُیت تہٕ افسانکی حسن وقبٕح تکنیک تہٕ افسانوی
معیار دٲیراوان وحشی سعید نہِ ینہِ والہ زمانہ کس ؤکھرٕ انہار تھاون

وٲلی سٕنٛدِ حیثیتہٕ وو برٛنٛچ پیش گویی کٔر۔ امہ افسانہ کہ شایع سپد نہ پتہٕ یُس خوشی یہنٛدٕ ن استادن ہندٕ ن دلن اندر پیدٕ سپٕز تتھ پھٔلی پتہٕ تِتھی گلاب زونس تام چھ وحشی سعید تہنٛزِ خوشبویہِ پانہٕ پٔنن ذہن ودل تہٕ پٔنن اوٚنٛد پوٚک مشکاوان تہٕ معطر کران۔ یتھ اندر یہنٛزِ الہ پلہٕ درجن پیٹھی افسانہٕ تہٕ ناولٹ سمبرنہٕ وُنس تام شایع سپٕز یمن ہنٛد أسی یتھن کم کاسہٕ تعارف کرو۔

ا۔ ''سڑک جارہی ہے''

یہِ افسانہٕ سمبرن سپز ڈٔسلابس ۱۹۴۹؁ء شایع یتھ اندر شونزاہ افسانہٕ أسی تہٕ انتساب اوس مصنفن پنہٕ نس ٹائٹھس تہٕ ہردلعزیز استاد پروفیسر عبدالقادر سروری سٕنٛدِ ناوِ کوٚرمت۔ اَمہِ پتہٕ آو امیک دویم ایڈیشن اردوٗ تہٕ ہندی رسم الخطس اندر جون ۲۰۱۴؁ء تحریکِ ادب (اردوٗ آشیانہ) کہ اہتمامہ وارانس پیٹھ شاتع کرنہٕ۔ اتھ اندر أسی ۱۶۸ صفحس پیٹھ پھہلتھ ترہہ ژٔ أرتھ افسانہ شامل کرنہٕ آمتی۔ امہِ افسانہ سمبرنہِ ہنٛدِس ٹائٹل کورٕ کس اندرمس وٕتھرس چھُ صدر جوہری فاونڈیشن جلگاوٗں مہاراشٹرا جنابِ عثمان جوہری افسانہ نگار وحشی

سعیدن تعارف یمہِ آیہِ دوان ز

''وحشی سعید چھ اردۄ افسانوی ادبس پٹھ یمہِ آیہِ وۄ بریمتی تہٕ یمہِ آیہ پرزلیمتی ز جموں وکشمیرک افسانوی ادبی منظر چھُ مزید تابناک لبنہٕ یوان یہ تابناکی چھےاِو موکھ پٹُن ؤ کھر مقام پراوان زیمہِ آیچ زبان یمو پنہٕ نس افسانوی تحریرس خأطر ورتاوٕمژ چھےٚ سُے چھُ شوٗد افسانوی اسلوٗب تہٕ مختصر افسانو خاطر وریاہ موزوٗن۔ از کل اردوٗ رسالن تہٕ جریدن اندر شایع سپدن والین جموں وکشمیرکین افسانہ نگارن ہنٛدین افسانن ہُنٛد ہرگاہ مطالعہ کرنہٕ اِییہِ معلوٗم چھ سپدان زتمہٕ افسانہٕ چھ وحشی سعیدنین افسانن ہٕنٛزِ وُسعژ ہنٛدس مقابلس منٛز محدوٗد دایرس سفر کران یہ وسعت چھےٚ دۄشوٚنی فکری تہٕ فنی اعتبارٕ تہٕ تہٕ مکالمہ، منظر، کردار، واقعہ غرض پرٛتھ جایہِ چھُ وحشی سعیدن اختصارک لحاظ کوٚرمت یُس یہنٛدین افسانن ہنٛز کامیابی ہٕنٛز بڈ تہٕ اہم خصوصیت چھےٚ''

امیے کتابہ ہٕنٛدس اختتامی، ٹایٹل کورٕکس اندرمس ؤتھرس چھُ نایب صدر ہندوستانی ادبی کلچر وارانسی ڈاکٹر بختیار نواز کتابہ ہنٛدس

تعارفس منز لیکھان ز۔

''۔۔۔پننہِ عنوان کیے اعتبارٕ چھا اَتھا (سمبرنہ) منز شامل افسانہ حیرت تہٕ جستجا زک اکھ تیُتھ فضا وٕتلاوان یُس پرن والین ہُنڈ توجہ پانس کن لمنس منز پوٗرٕ پاٗٹھی کامیاب چھُ۔ یہنٛد ٕن افسانن منز شاٗمل موضوٗعن ہنٛز وسعت چھےٚ بین الاقوامی مسلن تام پھٕہلتھ۔ جموں وکشمیر کس افسانوی ادبی تاٗریخ تہٕ موجوٗدٕ دورس منز لیکھنہٕ ینہ والین افسانن ہنٛد ٕن موضوعوس ہنٛد ہرگاہ مطالعہ کرنہٕ اِییہِ تمن اندر چھنہٕ تیژ وُسعت ایژ وحشی سعید نٕبن موضوعن اندر چھےٚ اَمہِ اعتبار چھ وحشی سعید پننہٕ نٕبن ہم کالن اندر قاٗبل تحسین تہٕ تہٕ قابل تقلید تہِ۔ یتھ سمبرنہ اندر چھ بعض موضوع افسانن ہنٛدی تَتھی تہِ ز حیرت چھے سپدان زیمن موضوٗعن پیٹھ تہِ ہیکیا افسانہٕ تخلیق سپد تھ''۔

امیے سمبرنہِ ہنٛدس پوٚت کورس چھُ وحشی سعید نس تصویرس تل یونہِ پتہٕ کس پوٚت منظر تصویرس پیٹھ جاوید انوار یمہِ آیہِ رقم طراز زِ۔۔۔

''وحشی سعید چھُ جموں وکشمیر کی تم نمایندہ افسانہ نگار یم سٹھہے کم

کالس منٛز اردو افسانوی ادبس پیٹھ پئنٕز ڈٕ ر چھاپ ترٲو۔ بیانیہ ہچہِ واپسی پتہٕ چھ موجود کالس اندر یہندٕن افسانن ہُنٛد اسلوٗب افسانس اندر قصہٕ گویی ہٕنٛد بہترین ورتاوچ اکھ نفیس مثال۔ موجوٗدٕ دورس اندر ہرگاہ فکشنچہِ شاعری ہٕنٛدی غالب عنصر افسانن اندر وچھنہ یِن آتہِ چھےٚ مکالمہ، منظر تہٕ کردار نگاری ہنٛدِ انسلاٛ کچ ڈنڈ تہٕ موضوعن ہنٛز ژٲرحد روٗس اہمیت تھاوان۔ کاثہہ نٔرل مضموٗن ہرگاہ افسانس اندر بیان کرنہ یِوان آسہِ اتھ اندر چھ فکشنچہ شاعری (یا شعرہ گی) ہنٛدی دویم لوازمات اٗسنٕ تہِ اثر انداز سپدنہٕ موکھ اکھ شرط۔ اختصار تہِ چھُ یموے منٛز اکھ کوٚریمہ ذریعہ قاری پورٕ پاٗٹھی دلچسپی سان افسانس ستۍ پنن رشتہٕ درراوان چھُ۔ وحشی سعید نٕن الہٕ پلہٕ تمام افسانن اندر چھے یہ خصوٗصیت لبنہٕ یِوان۔"

اَمہ سمبرنہ ہنٛدس اتھ دویمس ایڈیشنس چھے گوڈنکہ نِشہِ وریاہ تبدیلی اَننہِ آمٕژ تہِ اتھ اندر چھُنہ انتساب تہِ موجوٗد تہِ امیک ہندی ایڈیشن آسنک تہِ چھُ اشارٕ میلان۔

۲ ''کنوارے الفاظ کا جزیرہ''

یہ سمبرن آیہ ٔ سلابس ۱۹۸۳ ؁ء بازرتہٕ تمہ وِزِ آسی اتھ اندر لوکٹ

بڑی کل بُیل اکوہہ ۲۱ افسانہِ ۔ امہ پتہ آیہ یتہِ دۄن زبانٕن اردو تہ

ہندی پأٹھی ستمبر ۲۰۱۳ ؁ عیسوی شایع کرنہٕ ۔ یتہِ آیہِ مہاویر پریس

وارانس پٹھ چھپتھ ۔ کتابہِ چھ مصنف اِنتسابہ حیثیتہٕ یمہِ آیہ لیکھان

(میں جب بھی تنہا ہوتا ہوں

تم میرے قریب ہوتے ہو!

''ب'' کی نذر

وحشی سعید

اَمہِ کتابہ ہنٛدس ٹایٹل پچس چھُ اندرمس ؤتھرس جنرل سکرٹری

انڈین کلچرل سوسایٹی نوِ دل جناب مکیش امروہوی وحشی سعید نہ

افسانہِ نگاری ہنٛدس فنس متعلق لکھان ز

''بنارس پٹھ نیرن والین ادبی رسالہ ''تحریک ادب'' کین أکِس

دۄن شمارن اندر میلیٖ مے وحشی سعیدٕنی کینٛہہ افسانہ مطالعہ خأطر

۔ میٚے سپز وریاہ خوشی زفنس پٹھ قدرت تھاون وول یہ فنکار چھُ پنہٕ

نٕن تخلیقاتن ہٕنٛدِس اشاعتس پٹھ توجہہ دوان ۔ یہنٛدِ یہِ قدم چھُ

تحریک ادب خاطر باعث فخر زیمو کوٚر پننہٕ افسانن ہنٛدِ اشاعتہ خاطرٕ امیے (ادارک) انتخاب تہٕ ووٚنی چھُ امہ کیے اہتمامہ یُہنٛد یہ افسانوی مجموٗعہ ''کنوارے الفاظ کا جزیرہ'' تہِ شایع سپدان۔۔۔''

۳ ''خواب حقیقت''

جون ۲۰۱۴ء آیہِ وحشی سعیدٕنی تریم افسانہ سمبرن ''خواب حقیقت'' بازر۔ اَتھ اندر آسی ستووہہ ۲۷ کینٛہہ نٔوی تہٕ کینٛہہ پرٲنی معموٗلی تبدیلی کٔرِتھ شامل کرنہٕ آمٕتی افسانہ موجود۔ یہ سمبرن تہِ چھے اردوٗ ہندی دوٗن زبانن اندر شایع کرنہٕ آمژ۔

۴ ''آسمان میری مٹھی میں''

یہ افسانہ سمبرن آیہِ ۲۰۱۶ء اندر بازر۔ یہ تہِ آیہِ دوٗن زبانن ہندی تہٕ اردوٗ پاٹھی انتساب پبلی کیشنز مہاویر پریس وارانسی ہنٛد اہتمامہ شایع کرنہٕ۔

۵ ''ماضی اور حال'' (۱)

۲۰۱۵ء آیہِ پانژن ناولٹن پیٹھ مشتمل ''ماضی اور حال'' جلد اول ناوٕ اکھ سمبرن بازر۔ یہ تہِ آیہِ تحریک ادب اردوٗ آشیانہ وارانسی کیے

اہتمامہ شایع کرنہٕ ۔اتھ سمبرنہٕ اندریُس وحشی سعیدنٛن ۱۹۶۴ ءپێٹھ ۲۰۱۴ء تام لیکھنہٕ آمتٕنٛ ''عجیب زندگی۔۔ غضب موت'' ،جایز ناجایز'' ''فطرت۔۔۔محبت۔۔۔ندامت'' ''وحشت محبت'' تہٕ ''قحط'' ناوٕ پانژن ناولٹن پێٹھ شامل دون ہتن دویہٕ ترٛہن ورقن پێٹھ پھٔہلتھ چھٕے چھُ انتساب ''خواجہ محمد رمضان ترنبوٗ'' سُنٛدِ ناوٕ یُس وحشی سعیدن بٔڈی بب چھُ اَمہِ ؔستی چھُ اَسہِ یہ اندازٕ کرن کافی سہل بنان زِ وحشی سعیدن خاندان چھُ اسلاف نوازی ہُنٛد زبردس دلدادٕ ۔اَوَے چھِ یم اسلافن ہٕنٛدی فیوٗض تہٕ برکات وُنِس تام پننہِ نِس ہلمس منٛز شالمأر باغکی پأٹھی پھولان تہٕ پھبان لبان تہٕ وژھوا چھوتمیک ہرتر پراوان ۔امہِ کتابہِ ہنٛدس پوٚت کورِکس اندمس ؤتھرس چھُ جاوید انورفنہٕ رِکس تعارفس منٛز یمہِ آیہِ اردوٗ زبأنی اندر رقمطراز زِ

''پننہِ ذٔسلابہٕ شکلہِ اندر کیازن آسن یمہٕ ناولٹ رودی متی تتھ بارس منٛز ہکو نہ کہین تہِ ؤنتھ مگراز یتھ روٗپس منٛز یم ناولٹ چھ پوٚر وٕثوٗ قہ سان ہکہٕ وننہٕ یتھ زِ یہنٛدی موضوٗع چھ از دِلس منز وسن وألی ۔

ناولٹن ہنٛدی عنوان تہٕ چھ خاصہ اثر کرن وآلی تہٕ یمہٕ چیزک اشارٕ کران ز ناوژارنس اندر تہٕ چھےٚ وحشی سعیدن بار محنت کٔرمٕژ۔ یمو بیتہٕ یمو ناولٹو ذریعہ پنٕنہٕن تخلیقی صلاحیژن ہُنٛد اکھ نوو روخ نمایاں کوٚر تتہٕ کوٚر کھ اردوٗ فکشنس منٛز معیاری ناولٹن ہُنٛد اضافہ تہٕ۔ موضوٗع، زبان، منظر کشی، کردار نگاری، تہٕ مکالمہ نگاری پٔتھ ہرگاہ غور کرنہٕ ایِیہِ یمن تمامن اندر یُس کأم یمو اختصارس ہیٚژ مژ چھےٚ تہٕ یتھ کنہٕ اکہِ اکہِ لفظک خیال تھوومت چھُ زِ کنہٕ گوژھہ نہ کانٛہہ لفظ ایزادی یا کم گژھن تمِی چیزن چھُ یِہند ناولٹ سبٹھاہ معیاری تہٕ اردو فکشنس اندر چھےٚ اُمی بڈٕ قدر و قیمت پرأوِمتۍ۔''

''ماضی اور حال'' (۲)

یہ چھےٚ افسانہ سمبرن یتھ اندرا کتاجی اردوٗ افسانہ چھ کتاب چھےٚ مصنفن پنٕنس والد محمد عبد اللہ ترنبو تہٕ والدہ سارہ ترنبو سٕنٛدِ ناوِ منسوب کٔرٕمٕژ تتھے کن یتھ کن امیک جلدا کھ بڈی بس کن منسوب کٔرتھ اسلاف نوآزی تہٕ اسلافن ہنٛز قدر شناسی ہنٛد انداز کرناونہ آمُت چھُ۔ یُس زنہٕ اگرچہ بعض لوٗکھ معمولۍ خیال کرن مگر غور

کرن والین خاطر چھُ یہ چیز اِنتھایی اہم تہٕ قابل تقلید تہ زاکھ
انسان چھُ پنٕنۍ صلاحیژ و اندر پنٕنین اسلافن ہنٛدِ خاطر جاے
کڈتھ تہنٛد حصہ تہِ کڈان۔ یہ سُمبرن تہِ چھےٚ تحریک ادب
مہاویر پریس وارانس کہِ اہتمامہٕ ۲۰۱۵ء شایع کرنہٕ آمژ۔شامل
افسانن ہنٛدی بعض عنوان تہٕ جُملہ ورتاوت چھُ ڈٕسلابس بعض جاین
چھاپنہٕ آمتہٕ متنہٕ نِشہ تبدیل کرنہ آمت تہ یتھ کنہ چھُ افسانہ نگار پنٕنہٕ
ارتقائی مہارتک تہ استفادٕ کٔرتھ پنٕنۍ قلمپارہ معیاری بناونس منٛز سرخرو
سپدان۔بعض افسانن ہٕنٛدی ناو تہِ چھ تبدیل کرنہٕ آمتۍ۔بعض
افسانن ہُنٛد ورتاو چھُ مزاحیہ تہِ کُنہِ کُنہِ چھ جُملہ ورتاوت تہِ بلکہٕ
ظریفانہ لبنہٕ یوان یُس پرن وٲلس بروٚنہہ پکہٕ نس منٛز کھر بایی
کشش چھ وۄتلاوان دوشوے جلد ۱ تہٕ جلد ۲ چھ دوشوٚنۍ اردٕ
تہٕ ہندی زبانین اندر شایع کرنہٕ آمٕتۍ۔

ماضی اور حال دوشوٚنۍ جلدن اندر چھ وریاہ پرٲنۍ قلپارہ نوٚ سرہ
شیرتھ تہٕ معیاری طرح دِتھ نو روپ بخشنہ پتہِ چھاپنہٕ آمتۍ یمہٕ کِنۍ
امیک یایہنٛد ناو ''ماضی اور حال'' تھاونہٕ آمت چھُ۔شاید چھ امیک

اکھ فلسفہ یتہٕ ز یموٕیمہٕ یھنٛزن بعض کتابن ، رسالن، اخبارن یا جریدن اندر پرٛٮ۪متی آسن تمہٕ ہنٛکن مصنف سٕنٛدِ ادبی ارتقایی سفرک تہٕ اندازٕ تہٕ تجزیہ کٔرِتھ تہٕ یہٕ نٕہ چھےٚ مگر وُنہٕ ساننٮ۪ن تحقیق کارن تہٕ نقادن ہٕنٛد توجہ نٕبرِ ے حالانکہ یہ چھا کھوٗ کھرٕ موضوٗع یورکن لیکھن والٮ۪ن تذکرہ نگارن، سکالرن تہٕ نقادن پٔرتو جہہ دُین پزِ۔

۷ ماضی اورحال (۳)

یہ چھےٚ ہیرٕ بیان کرنہٕ آمتہٕ سلسلٕچ بیاکھ کوٗشش یتہٕ چھےٚ اَفسانہ سُمبرن یتھ اندرترہہ ۱۳۰ افسانہ شأمل چھ یمن اندر تہٕ چھ بعض پرأنی افسانہ نوٕ آیہٕ ترایہٕ پأرتھ یاناو تہٕ جُملہ ورتاوشیرتھ دبارٕ شامل کرنہٕ آمتی ۔ یہ سمبرن چھےٚ افسانہ نگارن پننہٕ شریک حیات سٕنٛدِ ناومنسوب کٔرِتھ یمہٕ احساسک اظہار کوٚرمت زتموٕکٔری پننہٕ زندگی ہنٛدی خاب تہٕ اورزومصنف سٕنٛد جنٛوٗن شوق کہ ناوٕمنسوب۔ یہ سمبرن تہٕ چھےٚ تحریک اَدب مہاویر پریس وارانس کہٕ اہتمامہٕ شایع سپدیمٕژ تہٕ اردوٗ تہٕ ہندی زبانٮ۪ن اندر بازر پیمٕژ ۔ یہ سمبرن آیہٕ ۲۰۱۶ ء شایع کرنہٕ۔

### ۸ ''ارسطوکی واپسی''

یہ چھےٚ وحشی سعیدٔنی بیاکھ افسانہ سمبرن یوٚسہ ۲۰۱۷ء شایع سپد تھ بازر آیہِ۔ یہ آیہِ میزان پبلی شیرز سرینگر کہ اہتمامہ بازرتہٕ یہ چھےٚ وحشی سعیدنٛن افسانن ہنٛدٮ۪ن تجزین پیٹھ مشتمل تصنیب تہٕ اتھ اندر چھےٚ کھُلہ پأٹھی کتھ کرنہٕ آمٕژ۔

### ۹ آخرکب تک۔۔۔''

یہِ چھے وحشی سعیدٔنی بیاکھ افسانہ سمبرن یوٚسہٕ میزان پبلشرز کہ اہتمامہ ۲۰۱۹ء ترٛن ہتن صنعفن پیٹھ پھٔہلتھ زتوہن ۱۲۲ افسانن پیٹھ مشتمل چھےٚ۔ کتابہِ ہنٛدٮ۪ن دٔسلابہ ورقن پیٹھ چھُ ڈاکٹر خالد اشرف وحشی سعیدس بجا طور انسانی دردو کربک راوی عنوان دِتھ وحشی سعیدنٛن افسانن ہنٛدی تم محاسن پھِران یمہٕ اکھ فکشن نگار اصل حقیقژ افسانوی وردن پاراونس دوران ووٚنان چھُ۔ سُہ چھُ وحشی سعیدن ادبی سفر یاد کران ونان زِ

''یوٚت تام وحشی سعید نہ تخلیقی وأنسہِ ہُنٛد تعلق چھُ یموکر ۱۹۶۲ء اندر کہانیہ وننہِ شروٗع۔ امہ پتہٕ ینہٕ والٮ۪ن دہن ورین منٛزٕ لٔگی یہندی

لیکھِ اردوٚکین معروف ادبی رسالن اندر باقاعدپاٹھۍ شایع سپدنہِ۔ یہنٛد تخلیقی بل اوس یوٚت شدید زِ یہنٛدی لیکھ رودی اکیے ساتہٕ ۔۔۔۔ محمد بن عبداللہ، میر اکبر علی، اسرار عظمت، اختر سعید احمد ، زبیدہ خان، شہزادہ شوکت نسیم ،نقیب صدیقی ،زاہدہ نسرین، خاقان کرشن لال، نصرت راہی، جعفر ایوب، قیصر عرفان، راہی بے وفا تہٕ م جاوید فرضی ناون تحت أکس اسرآ ری ادیب سنٛدِ حیثیتہ شایع سپدان مگر چھیکرس رودی وحشی سعید سأحل تہِ پتہٕ وحشی سعید ناوے افسانہ کس منظر نامس پیٹھ چھأوتھ ۔۔۔۔'' یہ چیز چھُنہ صرف تخلیقی بل کُے یوت پے دوان بلکہ چھُ سُہ جوش وجنون اندازٕ کرناوان یمہِ کس مژرس منٛزیم یوٚت لیکھان أسی زیمن اوس مختلف ناوو پٔنٛز فکشن پار ازماونک تہٕ نیشناوک شوق غالب۔ اَوے چھ شاید علیم صبا نویدیؔ یمن متعلق یمہِ آیہِ سانیٹ لیکھتھ شعرگویی کران لبنہ یوان زِ

نقشہ بدل کے رکھد یا وحشی سعید نے
اوراق گلستان میں مہک ہے سعید کی
افسانوی ادب میں چمک ہے سعید کی

کتنا عجیب سفر کیا وحشی سعید نے
خامہ ہے اُن کے گوہر اظہار کی دھنک
تحریر ان کی جنت کشمیر کی بہار
اوراق اُن کی سوچ پر کرتے ہیں جان نثار
ہے اُنکی انگلیوں میں نئے دور کی مہک

ڈاکٹر خالد چھُ پننہِ عنوان کس تائیدس منٛز وحشی سعیدنۍ کرب انگیز موضوٗع تہٕ متن دوننہِ روستےٕ اتفاق تہٕ منزی اکھ افسانا ''ملک کا آخری بادشاہ'' عنوانہٕ تُلان یتھ اندر ملکک بادشاہ صرف فوجی بل بوتس پیٹھ حکومت چھ کران یمن نہ پتمہ نصف ؤریک تنخواہے وُنہِ میولمت چھُ آسان۔ یہ بادشاہ چھُ أکس تعویز پیرس تل آسان آمُت یم سنٛدی نوجوان خدمت گارأمس رازِ سنٛز گدِ چھ زاگان یم چھیکرس کُنہِ وُنہِ پأٹھی رازِ گدِ پیٹھ قصبہِ کرنس منٛز کامیاب چھ سپدان تہٕ بس یہ چھُ ظلم و جبرک اکھ نوو دور شروع کران یمہِ ستیٚ لۆکھ تختہ مشق چھ سپدان۔ اَمہِ افسانکۍ کینٛہہ جُملہ کرہ بہ یتہِ ترجمہ یُتھ یہِ اندازِ سپدِ زافسانہ نگار سنٛد تخلیقی بل، باون بُترِ تہٕ ہُنر کوتاہ مأری موٗنٛد

تہٕ باگہِ بۆرت چھُ۔

''ملکس میول نوو راز ئو حکومت میچ، اَمہ دوہہِ پٹھ وُ چھ نہ اُمِ ملکن ظلم وستمہ ورأے کہین تہِ۔ آہ وزأری ہندۍ نالو رؤس بییہِ کہین تہِ۔ اتھ واقعہٕس گےیہِ وۄنی کٔژ صدیہِ مگر ازتہِ چھُ سُہ ملک ماتمچ مرگ اَتھ ملکس انْدر چھُ ظُلم وتشدد کے راج چلان۔۔۔'' اَمہِ پتہٕ چھُ مذکوٗرہ تجزیہ نگار یہنْدِ ''ارسطو کی واپسی'' اکہ دویمہِ افسانک تذکرہ کٔرتھ پنہٕ یمہِ دعویٰ زِ وحشی سعید چھُ ''انسانی کرب و دردک راوی'' تائیدی مواد پیش کران۔ یہٕ کرہ امہِ اندر تہِ صرف کینژن جملن ہنْد کأشر ترجمہ پیش۔

''سُہ صُبح تہِ اوس تاریکھے تہٕ سو راتھ اُس کرہنی یم اکھ عام شہری انسانی سپر بنان وُچھ۔ یم فوجی ین انسان اِنسانیت پامال کٔرسہ نووۄز پننۍ کمانڈرن بہودری ہٕنْدِ تمعہ ٕستی۔۔۔''

یتھی ہوی آنتھ رستی افسانہٕ چھ پرن وألس وطن دارس پانس اندۍ انْدری سپدن والین واقعہٕن انسانی کرب، دگ تہٕ دادِچ یاد پاوان تمہِ دَگہِ تہِ دادچ یوسہٕ صرف مقامی چھےٚ فرق تِچھے ایژ ے ز

زبان چھَس مقامیتہٕ نِشہٕ ہنا وسیع پھٕہن اَمہ سمبرنہ ہنٛدس موادس متعلق چھ وحشی سعید نٕے استاد پروفیسر حامدی کشمیری مرحوم ونان زِ ''۔۔۔یم افسانہ تہٕ چھِ ہم کال زندگی' معاشرت، سیاست، تہٕ حکومت کس پس منظرس منٛز سپدن واجنہ اقدار شکنی تہٕ حالات وواقعاتن ہنٛز تصویر کشی کران۔ اتھ اندر چھ مختصر افسانن لرلوٗ رطویل افسانہ تہٕ یم تخلیقیتُک تقاضہ پوٚر کران چھ۔۔۔یمہٕ افسانہ چھے تاریخ، حکومت، تہذیب، سیاست، معاشرت تہ انسانیتہ کٮ۪ن واقعاتن تہٕ قدرن تخیلی روپس منٛز تبدیل کرنچہ عملہ ہنٛز صورت گری کرنہٕ آمٕژ۔ مصنفن چھے یمن افسانن ہنٛدس تشکیلس اندر اکھ خواب ناک دُنیٚ یِچ تخلیق کرٕمٕژ حالانکہ تاریخی حالات و واقعاتن ہنٛز صورت گری کرٕنی چھ نہ آسان۔ وحشی سعیدن چھے یہ کأم پوٚر ادراک تہٕ اعتماد سان انجام دِژمٕژ۔ یُس واقعتاً وحشی سعیدٕنی خصوٗصیت چھےٚ۔۔۔''

۱۰ شیشے کا سمندر:۔

یہ کتاب سنہ ۲۰۲۰ء شایع۔ اچھ طباعت تہٕ اُس میزان پبلشرز واللہٕن مٹہٕ۔ امیک انتساب چھُ ''نئی نسل کی نئی سوچ کے نام'' کرتھ

یہ ہاونہٕ آمُت زافسانہ نگار چھُ نَو نسلکہِ نوِ ہوا نو اخاطر پننہٕ ذہنکی در و
درواژٕ استقبالہ خاطر بہ رضا و رغبت ییلہ ترأوتھ تیار۔ کتابہ چھ ژٕ
حصہٕ گوڈنہ کس حصس اندر چھ پانژھ مضموٗن ''دیپک بدکی''۔ سلیم
انصاری۔ زکی طارق ڈاکٹر نعمان قیصر تہٕ ڈاکٹر مظفر احمد زرگر سنٛدی
یمن اندر وحشی سعیدنین تخلیقاتن ہنٛد تجزیاتی مطالعہ، یہنٛدین
افسانن اندر آفاقیتچ تلاش، تہٕ یہنٛز عصری معنویت دأریاونہ چھ
آمٕتی، یمن اندر چھ زندگی ہنٛز ژھأرتہِ یہنٛد شخصیتکس مطالعہس پیٹھ
بحث کرنہ آمت۔

کتابہ ہنٛد دویم حصہ چھُ وحشی سعیدنین افسانن پیٹھ مستمل تہٕ یہ
چھُ ص ۴۸ پیٹھ صفحہ ۸۱ تام تہٕ أتھی حصس اندر چھُ ستو افسانو پتہٕ
أٹھمس نمبرس پیٹھ یُہنٛد اَکھ ناولٹ ''میرے وقت کی
کہانی'' دہ ہاٹھن صفحن پیٹھ درج۔

ڈسلابہ کِس ''وحشی سعید کی تخلیقات کا تجزیاتی مطالعہ'' ناوی
عنوانس تل چھُ امہ مضمونک لکھاری ونان ز۔

''اکھ اہم نکتہ چھ یور کن توجہ دُین ضروری چھُ سُہ چھُ یہِ زا کثر

افسانن اندر ییلہ تضاد نقط عروجس پیٹھ واتناونہ یوان چھُ أتی چھُ چھیکرس امیک حل ضمیر چہِ آوازِ منز ژھانڈ نہٕ یوان۔ اَتھ ضمنس منز ہیکن سودا۔۔۔۔تہٕ ترک بطور مثال پیش کرنہ یتھ۔ ناولٹن اندر تہِ چھے یہ روش برقرار تھاونہٕ آمژ۔ یہِ ٹریٹمنٹ چھ آیڈیلزم یعنے آدرش وادی ہُنڈ دُیت۔ یچ بنیاد پریم چند تہٕ یلدرمن پنہٕ پننس اندازس منز ریوایتی افسانن اندر ترأومژ چھےٚ۔۔۔۔‘‘

بدکی چھ وحشی سعیدس کشیر ہنڈ نثری ادبک آزادی پتک اہم دستخط قرار دوان یُس ادبی میدانس منز تمہِ وزِ وأردسپُد ییٚلہِ ترقی پسند تحریک أخری شہہ أس نِوان تہٕ جدیدیتک سریہ اوس پھولمت۔۔۔‘‘ شیشے کا سمندر صفحہ ۱۰ و صفحہ ۲

مشہور اردو ادبی جرید ’’بیسویں صدی‘‘ ہُنڈ مدیر اعلیٰ ڈاکٹر شمع افروز زیدی چھُ اَمہِ کتابہِ ہنڈس آخری جلدس وحشی سعیدنس فل سائیز فوٹوَس أنڈی أنڈی یمہِ آیہِ پنٕنی تاثرات درج کران زِ۔

’’۔۔۔تم (یعنے وحشی سعید) چھنہ صرف انسانی نفسیاتس أنڈی أنڈی دلیل وونہ نکہِ فنہٕ نِشے یوت وأقف بلکہ چھ اندی پٔکی ماحولہٕ

نِشہ کہاٲنی ہنٛز بنیاد اِستادٕ کرنس منٛز تہِ طاق۔ تِم چھ فرد تہٕ معاشرکین باہمی رشتن پننہِ فن چہ کھوچہِ پیٹھ کھوٹ دِتھ (فنکارتہِ پانے تہٕ نقاد تہِ پانے) اتھ پرن والین ہٕنٛدِس عدالتس منٛز پیش کران۔ نفسانفسی ہٕنٛدِس یتھ دورس منٛز زندگی ہنٛد ٕن حقیقی قدرن ہنٛز عکاسی کرٕنۍ چھَنہ یہنٛدِ فنی اعتماد ٕچ دلیلے یاٴ ژ بلکہ چھےٚ یہنٛدِ اندازِ فکرچ تہِ غماز۔ پرٕتھ کانٛہہ فن کار چھُ صرف پننٕہ ین صلاحیژن ہٕنٛدِس بل بوتس پیٹھ قلمہٕ دراٴمتۍ نوشتن ہنٛدی ورق تمہِ آیہِ مژران زیم چھ تخلیقس زندٕ جاوید کران۔ وحشی سعیدس نِش چھ یمہٕ صفات ٹاکار پاٴٹھۍ موجوٗد۔ یمن نِش چھے اِظہاریت تہٕ تاثرچ ماٴری منٛز اٴڈرن میلان۔ غالبن چھُنہ یہ سانہ دورک المیہ یوتے بلکہ پزرتہِ زِ زندگی چھےٚ مشینہ ہٕنٛدی پاٴٹھۍ تیز رفتار سپدیمٕژ۔ معاشرس اندر چھ پھٕہلیمتیو جرمو، تناوتہٕ بگاڑن اخلاقی قدر پامال کرتھ تھاوِمٕژ۔ تہذیبن ہنٛز شکست وریخت، منافقانہ رویہ تہِ بے راہ روی چھے سماجس منٛز عام۔ انسانہ سُنٛد کردار چھُ پستی کن پکان تہٕ اٴمس پیٹھ چھے بے حسی ہٕنٛز کیفیت طاری۔ ییٚلہِ معاشرٕ چ حالت یژھ ہٕنہ ونٕۍ لایق بنٕنۍ ہیوان چھے۔ اخلاقی قدرٕ

چھےٚ زوال کٔس حدن ماہ کرنہِ ہوٕان۔ أتی چھُ اکھ ذی حِس افسانہ نگار معاشرس منٛز تمن خرابین پیٹھ افسوٗس کران، قدرن تہٕ اخلاقچہ پامالی چھےٚ أمس رنج وغمس منٛز مبتلا کران۔ تہٕ سُہ چھُ نیے سنگا قلم تلان تہٕ اَتی چھُ تٔمی سٔندِ قلمٕ تٔھی تٔھی فن پارٕ وجودس منٛز انان زلوٗ کھ چھ دندن تل انگج تراوتھ رٔہتھ گرٛھان۔ وحشی سعید چھ حسبہٕ وأ لی کہانی کار۔ توے چھ سماجس اندریمن پریڈن والین نوسورن ہنٛز کُنہِ اشارو، کنہ علامژو تہ استعارو تہ کُنہِ ٹاکارٕ اندازس منٛز ذکر کران۔
(شیشے کا سمندرٔ آخری کور)

اتھ کتابہ اندر موجود ناولٹ میرے وقت کی کہانی چھےٚ اخلاقی قدرن ہنٛز پامالی ہنٛز اکھ زندٕ روداد۔ یتھ اندر أری پأٹھی اخلاقی قدرن ہنٛز پاسداری ہنٛز اہمیت سمجھاونہٕ آمژ چھےٚ۔ یہ فکشن پارٕ چھ ذیہنس پیٹھ یمہِ کتھ ہُنٛد احساس تہٕ اندازٕ کرناوان زِ ظلم چھ بہر حال ظلمے تہِ یہ چھ چھیکرس ختم سپدنہ خأطرٕ وجودس منٛز یوان۔ بیاکھ پزٕر چھُ یمہِ آیہِ تہِ بروٗنہہ کُن یوان زِ حق کھیٚون چھُنہ زٕنہے تہِ فروٗژ نیران کأنٛسہِ ہنٛد حق دباون چھُ پتھ لاکن واپس کرنٕے پیوان تہٕ

یۆت تام یہ واپس کرنک پٕنُن زمانہ واتان چھُ تۆت تام چھ امیک دباون وول ننگہ تہٕ فرتوٗ زسپد یمت آسان تہٕ تمس چھےٚ گوردالی پاو ارداہ أنہ پہوٕان۔

یہ ناولٹ چھُ فطری پیرایو انسانی ذیہنس تموموڈو پکناوان یمو منزی فکشن نگارس ذاتی طور أزی کس انسانہ سنٛد سرگردان پھیرُن وچھنک تجربہٕ تہٕ مشاہدسپد یومیت چھُ۔اَمہِ ناولہٕ ہنٛد مطالعہ چھُ یہ سوچنک تہِ ظوٗن بخشان زپرتھ کُنہ چیز خأطر چھُ اکھ وقت مقرر تہٕ سُہ وخ ییٚلہِ واتان چھُ پتہٕ چھُنہ کانٛہہ تہِ چیز سپدنہٕ نِشہِ روکنہٕ یتھ ہہٕکان۔تہٕ یہ چھُ اکھ مسلمہ فطری اصوٗل۔

## ’’وحشی سعیدس متعلق لیکھنہ آمت مواد تہٕ یہند بن نوشتن ہنٛز ترجمہ کأری‘‘

وحشی سعید چھ پنہٕ نو مأری منٛز وصلاحیژ واعتبارٕ اکھ بسیار جہژ تھاون والہِ شخصیتک مألک ۔ گھریلو زندگی منٛبر اکھ مخلص تہٕ میوٗٹھ دوست، نقصان نِشہٕ بچاون والہٕ کاروبارک اکھ ماہر منتظم ، ادبی صلاحیژن ووتہ بودنہ موکھ جوش وجنوٗن ووتلاون والہِ جریدک تہٕ کاروآین ہُنٛد محرک تہٕ تحریک کار۔ تہ اَمہِ تمامہ ہریمانہٕ اکھ دردمند دِل تھاون وول سُہ روداد بیان کرن وول یُس اَمہِ دادِتہٕ دَگہِ ہنٛز ترجمأنی تمےِ آیہِ کران چھ یمہِ آیہِ متعلقین سُہ دگ ژہنان چھ تہ پانہٕ محسوٗس کران چھُ ۔ لہاذا چھُنہٕ کانٛہہ تہ تیُتھ انسان أمس دلچسپ انسان تہٕ قومی فایدہ مند راوی سنٛدی تعریف نشہٕ دوٗل دِنان یَس یمن قریب سپد نک موقعہ فراہم سپدِ ۔ یہ چھُ امے کرامتی کشش تھاون واجنہِ شخصیژ ہُنٛد اعجاز زیمن پیٛٹھ چھ ونس تام نہ صرف أنتھ رستی مقالہ، مضامین تہٕ تاثرات لیکھنہ تہٕ باونہٕ آمتی بلکہ چھ بعض تصنیفہ تہِ کلی طور یہنٛدے ناوٕ لیکھنہ آمژٕ یموٗ اندر کینژن ہُنٛد تذکرہ



مانہ واتان چھُ توٚت تام چھ امیک
ت آسان تہٕ تمس چھےٚ گوردالی پاو

انی ذیہنس تموموڑو پکناوان یمو
کس انسانہ سنٛد سرگردان پھیرُن
ت چھُ ۔ اَمہِ ناولہٕ ہنٛد مطالعہ چھُ یہ
کُنہ چیز خأطر چھُ اکھ وقت مقرر تہٕ
کانٛہہ تہِ چیز سپد نہٕ نِشہِ روکنہ یتھ
اصوٗل ۔

بہ یمہِ آیہِ یتھٕ پیش کرہٕ مثلن ۔

ا۔ لمحے لمحے:۔

یہ چھُ ژٕ کہ اکھ اُردوٗ میگزین یُس اتر پردیش کہ بدایون شہر پیٹھ ۱۹۸۲ء پیٹھ نیران چھُ ۔ وُنس تام چھامہ میگزینکۍ وریاہ قابل قدر شمار دراممتۍ یمن اندر شاہر ہوشیار پوری نمبر، مینک اکبرآبادی نمبر جگن ناتھ آزاد نمبر تہٕ ریختہ نمبر تھٕکنہ یوان چھ ۔ امی میگزینک وحشی سعید نمبر آو جون ۲۰۱۵ء شایع کرنہ یُس سیٹھاہ شاندار تہٕ مولہٕ لِس کاغذس پیٹھ ژٕون ہتن تری شیتن ۴۸۳ صفحن پیٹھ پھٔہلتھ نہایت دلکش تہٕ اچھن پریہِ ون چھُ ۔ اَمہِ سہ ماہی میگزینک مدیر چھ بدایون کُے اکھ ناودار ادیب تہٕ صحافی حبیب سوز یس پننہٕ نس اداریہ ہس اندر وحشی سعیدن تعارف یمہِ آیہِ کران چھُ زِ

''وحشی سعید چھُ یمہِ زمانہ کو ممتاز فکشن نگار و منز گنزرنہٕ یوان یمن نِش زندگی ہٕنٛدٕ تمام موضوٗعن پیٹھ سرٕ نٕ مشاہداتن ہٕنٛز ژٕرتھس تہٕ زبان و بیانچ خوٗبیہ لبنہٕ چھِ یوان ۔ وحشی سعیدن بناوِ پننہٕ نٕ افسانن اندر اکہِ تیتھِ اسلوٗبکس اثرٕس تل پٔنٕز ترٕشِھ پزٕ رٕنتھ یوسہ

پرن وألِس تخلیس ستی پؤر پأٹھی واتتھ تھاونس منز کامیاب چھے۔

۔۔۔۔۔وحشی سعید چھ پننہِ شب وروزکس أنس منز تیتۍ متحرک لبنہِ یوان یُس ذیہنس منز أننہِ حأرت چھُ سپدان۔ پننہِ سمأجی ہ کاروبأری آوریرو باوجوٗ دچھُنہ یہُند قلم زنٛہے رکان۔۔۔۔۔(وُنس تام) چھ تحریک ادب بنارس، تحریرنومی، مفاہیم رانچی والو یہنٛدی گوشہِ تہِ شایع کٔری مٕتۍ۔ أسۍ تہ چھ گوڈنچہِ پھرِ ہ یہنٛد افسانوی ادبہِ چین خدمژن ہٕندس اعتراف تہِ احترامس منز "لمحے لمحے" (میگزینک) یہِ خصوٗصی شُمار وحشی سعید نمبر پننہِ نبن پرن والین خأطر پیش کران۔۔۔۔"

ضخیم کتابہِ ہٕندس روٗپس منز یہِ کتاب چھے ترتیبہٕ کنۍ ترٛ بن حصن پیٹھ مُشتمل۔ گوڈنکس حصس اندر چھُ سبٹھاہ لوبوٗنس اندازس منز وحشی سعید نیے پننہِ زبأنی "میں اور میرا ادبی سفر" ۴۸ صفحن پیٹھ پھٔہلتھ یُس نصف فوٹو یعنے تصویرن ہٕنزِ زبأنی ہاونہِ چھُ آمت۔ اَمہ پتہِ چھُ "فکروفن اور شخصیت" عنوانس تل اکھ ہتھ دونمتھ ۱۹۲ صفحہ یہنٛز ادبی زندگی تہِ یہنٛدین افسانن ہُند تجزیہ درج۔ یمہِ خاکہ،

تجزیہ، تاثرات تہٕ تبصرہ یمو ادبی سکالرو نقادو تہٕ علمی شخصیا تو تحریر کٔری متۍ چھ تمن اندر چھ یہنٛد ٕن استادن، دوستن تہِ ساتھین ہندی تہِ کینٛہہ مولٕلی لیکھ شامل یمن اندر پروفسر حامدؔی کشمیری، پروفیسر قدوس جاوید، ظہیر انصاری (صحافی تہ ادیب) شان بھارتی۔ اشرف اثاری، کرشن کمارطور، دیپک بدکی، رئیس الدین رئیس، سیفی سرونجی، جاوید انور، شارق عدیل، سلیم انصاری، عرفان عارف، علی منؔیر، ڈاکٹر مشتاق احمد وانی، احمد عثمانی، محمد تبسم اختر، اصغر ویلوری، نٹ کھٹ عظیم آبادی، ایف آزاد دلنوی، ہوی ناو قابل ذکر چھ۔ اَمہِ ہریمانہ چھُ اکھ انٹرویو تہِ اَمہِ حصٕچ زینت تہٕ یمن تمام مضموٗنن، مقالن تہٕ مکالمن پیٹھ کتھ کرنہٕ خأطر چھے اکھؤ کھر تحقیق تہٕ تجزیہٕچ سبٹھاہ زبر گنٛزایش موجوٗد تہٕ أکس سکالرس خأطر بہترین، مأری موٗنٛد تہٕ باگہِ بورت مواد آیہِ تن تہٕ اَمہِ نشہٕ أچھ وٹنہٕ یا یہ حصہ یکسر نظر انداز کرن آسہِ نہ امہ نمبرک اہتمام کرن والین ستی پوت ناانصافی بلکہ ہیکہ نہٕ تَمہِ ورأے یژھِ پاسہٕ شخصیژ ہُنٛد صحیح تعارف تہِ ممکن سپدِتھ یہ زنہ میٚ پانس امہِ کہ مطالعہ تلہٕ زبر اندازٕ سپُد۔

اَمہِ کتابہِ ہنٛدِس ترٛیمِس حصس اندر چھ زیرِ بحث مصنف یعنے وحشی سعیدنٕ شیے افسانہٕ تہٕ پانٛژھ ناولٹ تہٕ صفحہ۴۸۳ تام اَکہِ پلہ دۄن ہتن ۲۰۰ پانٛژن صفحن پیٹھ پھٲہلتھ یمن پیٹھ بُتھِ انشاالله کتھ کرنہ اِییہِ۔

اَمہِ خوبصورت کتابہِ ہٕنٛدِس دوٛیمِس حصس یعنے ''فکروفن اور شخصیت'' عنوانس تحت چھُ ڈٕسلابس جموں وکشمیرک مشہوٗر تہٕ بہلہ پایہِ اردو افسانہ نگار نور شاہ وحشی سعیدنس تعارفس منٛز یمہِ آیہِ رقم طراز ز

''وحشی سعید چھُ کشیرِ ہنٛدِس أکس آسودہ حال بزنس خاندانس ستۍ تعلق تھاوان تہ ۱۹۷۱ء پیٹھ روزۍ ۱۹۸۲ء تام افسانن ہنٛز تخلیق کران۔ ایس پی کالجس اندر کورُکھ تعلیمہ دوران کالجہ کس معروف تہٕ قدیم (پرتاپ) میگزینس منٛز شامل سپدتھ پننہِ ادبی سفرک قدم شروٗع۔ أتھی دروان گرٕکھ ۱۹۷۲ء منٛز ماسٹرس آف ارٹس ڈگری حاصل۔ کینٛژن ورٛین رٕوۍ ''نگینہ'' ناوک اکھ رسالہ تہِ ترتیب دوان۔ اَمہِ رسالکۍ افسانہ نمبر تہٕ تخلیق نمبر چھ سٕبٹھاہ وٕری گذرنہ پتہٕ

تہٕ افسانوی ادبس اندر دلچسپی تھاون والین ہندس ذیہنس منز محفوٗظ۔تخلیقی نمبرس منز چھُ یہند ناولٹ ''ایک موسم کا خط'' تہٕ شامل۔''سڑک جارہی ہے'' چھُ یہند افسانوی مجموٗعہ یُس ۱۹۷۱ء شایع سپُد۔ یہ چھُ یہنزن ستوٗزہن کہانین پیٹھ مُشتمل۔یہنز دویم افسانہ سمبرن چھُ ''کنوارے الفاظ کا جزیرہ'' یُس ۱۹۸۳ء اندر شایع سپُز۔۔۔''

لمحے لمحے چھ اتر پردیس کہ بدآیوں شہرک اکھ معروف اردوٗ رسالہٕ تہٕ اَمہِ کس وحشی سعید نمبرس اندر چھُ بأتے چیز وعلاوٕ اصغر ویلوری ناوک اردوٗ ادیب تہٕ چاعر پنٕنۍ جذبات یمہٕ آیہٕ شاعری اندر وحشی سعیدس ارپن کران ز۔

داستان در داستان وحشی سعید
فکرو فن کی کہکشان وحشی سعید
جن سے ہے شاداب اردو کی زمین
ہیں اُسی کے آسمان وحشی سعید
گونجتا ہے نعرہ خوش آمدید

کیا فسانہ گر ہے کیا طرز جدید
فقط ہر ایک بولتا ہے آپ کا
آفرین صد آفرین وحشی سعید

## ۲ وحشی سعید۔۔اپنی مشبت وحشتوں کے آینے میں''

یہ کتاب چھےٚ تحریک ادب وارانسی ہنٛد اہتمامہ معروف ادیب جاوید انوارنہ اَتھ تحریر سپد یمٕژ تہٕ یہ سپز مولہِ لِس وزنی تہِ خوٗشوٗنس کاغذس پٮ۪ٹھ پانٛژِ کم دوٗ ن ہتن صفعن پٮ۪ٹھ ۲۰۱۶ ء انٛدرشایع۔جاوید انور چھ ''تحریک ادب'' ناوٕ امہ ترے رہتہ وارمیگزینکی مدیر۔یم چھ جموں وکشمیرکٮ۪ن اردوادیبن تہٕ ادبی شخصیژن تہِ پننہٕ نس اَتھ اُچھن پرِ یہِ وُنس رسالس منٛز جاے دوان روزان تہٕ یموٗ چھے پاکستانی اردوٗ شاعرتہِ بأـتے اردوٗ دنیاہس اندر متعارف کرنٛچ جان کأم کٔرمٕژ۔یہ کتاب چھے وحشی سعیدن پننہٕ ٮ۪ن دوٗ ن باین کٔن منسوب کٔرمٕژ یتھ ژوداہ عنوان چھ یمہٕ مختلف تہ نہٕرلٮ۪ن موضوٗعن پٮ۪ٹھ بحث کران چھ مثالیے۔

وحشی سعید اپنی وحشتوں کے آپینے میں'' یعنے ''وحشی سعید پننہٕ



...ھاون والٮ۪ن ہنٛدس ذیہنس منٛز
...نٛد ناولٹ ''ایک موسم کا خط'' تہِ
... یہنٛد افسانوی مجموٗعہ یُس ۱۹۷۱ ء
...ہٕن کہانٮ۪ن پٮ۪ٹھ مُشتمل۔یہنٛز دویم
...فاظ کا جزیرہ'' یُس ۱۹۸۳ ء اندر

...بدآیوں شہرک اکھ معروف اردوٗ
...س اندر چھُ بأـتے چیز وعلاوٕ اصغرو
...ر پننٛز جذبات یمہِ آیہِ شاعری اندر

...ستان وحشی سعید
...لشان وحشی سعید
...واب اردو کی زمین
...آسمان وحشی سعید
...رہ خوش آمدید

نٮ۪ن وحشؠ۪ن ہنٛدس اٚنس منٛز'' تہٕ شاید چھُ یہوے عنوان کتابہِ ہُنٛد پیش لفظ تہِ یمہِ ورأے پتہٕ کتابہِ ہنٛدی ترِوِہے عنوان روزان چھ یمہٕ جاوید انور پنہ نیے قلمہ لیکھتھ یہ وَنہٕ ناوان چھ ز جاوید انور چھ اکھ کینٛہہ مشق ادیب، نقاد تہٕ ادبی تجزیہ نگار۔ تہٕ أمس چھے فن تنقیدس تہِ تذکرہ نگاری پٮ۪ٹھ دُرتھچھ تہٕ ستی زبانٕ ہُنٛد شوٚ دلول تہٕ ژُکھ تہِ۔ جایہِ جایہِ چھ جاوید انورأکس ماہر تنقید نگارسٕنٛدِ حثیتہ حسن وقبوٚح تہٕ چھوٚتی کرہنٕ وٕکھرٕ کرنس ستی ستی اصل مصنف سنٛد قد تہِ ہُر راوان یُس یہنٛزن ناقدانہٕ رژرن ہنٛد ڈنڈورٕ دوان چھُ تہ أتی چھ جاوید انورنٮ۪ن صلاحیژن ہُنٛد اعتراف کرن پیوان۔ یہ کتاب چھے وحشی سعیدن فکروفن بلکہ یہنٛز شخصیت زانہٕ نس منٛز اکھ بورت گنج یمہِ کس ژأر کرنس تہٕ تمہٕ لال وجوأہر وٹنس وأنٛس لگہِ یمہٕ جاوید انورن اصل مصنف وحشی سعیدنس فکشنٕ کس مأری مندس نالس تہ ہلمس ژٕری مُتٕ چھ۔ اتھ تجزیاتی سمبرنہ اندر چھ جاوید انور وحشی سعیدنٮ۪ن افسانن اندر آنتھ رتی ادبی محاسن عنوانن ہٕنٛدی نیرٕ لی آ کار تہٕ موضوٗع تہ متنکی گُپتھ انہار بدکڈان تہٕ پرن والس خأطر نٔوی نٔوی

انکشافات بروٚنھہ کن اٚنتھ تہنٛدِ مطالعہ ہچہ بصیٖرژ وُسعت عطا کران۔تۄ یہ ونہٕ نس مجبور کران ز

''قدرِ زر زرگر بداند۔قدر جوہر جوہری''

## ۳۔ 'وحشی سعید کی افسانہ نگاری۔۔۔۔''

یہ چھےٚ تریم تصنیف یوسہٕ وحشی سعید نہٕ زندگی فن تہ شخصیتس پیٹھ تحریر سپدیمژ چھےٚ۔ یہ چھُ ژکہ اکھ تحقیقی مقالہ یُس روضیہٕ تبسم ناوٕی سکالرِ پننہٕ ایم فل اردوٗ ڈگری خاطرتحریر چھےٚ کٔرمژ یوسہ ڈاکٹر اشرف آثاری سنٛدس ترتیبس تہ تدوینس تل جموں یونیورسٹی ہنٛد شعبہ اردوٗ کہ اہتمامہ ۲۰۱۷ ہٕ شایع سپز۔ژوٗن بابن پیٹھ مشتمل یہ مقالہ چھ الہٕ پلہ اکھ ہتھ صفس پیٹھ پھٔہلتھ وحشی سعیدنس حیات وشخصیت،وحشی سعیدنٕی ہم کال یہنٛدِ ''سڑک جارہی ہے'' ناوٕی افسانوی سمبرنہٕ تنقیدی جایزہ تہٕ حاصل مطالعہ ناوٕی عنوانن تل سپدیمژ کتھ چھےٚ۔ اَمہِ کتابہِ ہنٛدی ناشر چھ نگینہ انٹرنیشنل پبلی کیشنز۔اشرف آثاری چھ کتابہِ ہنٛدِ پیش لفظ پتہٕ ''چند گذارشات'' عنوانس تحت اَمہِ کتابہِ ہٕنٛدی کینٛہہ الغابہ سپدیمتی وشفہ ذکر کٔرِتھ کتابہِ ہنٛدِ مواد چ بجادرستی



شاید چھُ یہوے عنوان کتابہِ ہُنٛد
ہنٛدی ترٕوِ ہے عنوان روزان چھ یمہٕ
وَنہٕ ناوان چھ ز جاوید انور چھ اکھ
زیہ نگار۔تہٕ اٚمس چھے فن تنقیدس
تی زبانٕی ہُنٛد شۆ دلول تہٕ ژُکھ تہِ۔
تنقید نگارسٕنٛدِ حثیتہ حسن وقبٕح تہٕ
اصل مصنف سنٛد قدتہِ ہُرراوان
ڈنڈورِ دوان چھُ تہ اٚتی چھ جاوید
کرن پیٚوان۔یہ کتاب چھے وحشی
زانہٕ نس منٛز اکھ بورت گنٛج یمہِ کس
نس وأنس لگہِ یمہٕ جاوید انورن
کِس مأری مندس نالس تہ ہلمس
اندر چھ جاوید انور وحشی سعیدنن
سن عنوانن ہٕنٛدی نیرٕلی آکار تہٕ
ان تہٕ پرن والس خاطر نٔوی نٔوی

کرتھ اطلاعات درست کرنٛچ بہترین سعی کران یوسہٕ حقیقت ننہ راونہ کس ضِمنس منٛز واقعی ضروری تہٕ اَس تہ یمہٕ ستۍ مصنفہ سُند ظوٚن ضرۄ رتھ گوشش کن گومت آسہٕ زٕ تھس ادبس پٮ۪ٹھ لیکھنہ خاطر گژھِ نہ ہرگز تہٕ سہل انگاری ورتاوٕنی یمس پٮ۪ٹھ بروٚنٛھے معروف ادارو یا ناماوار شخصیاتو لیوکھمت آسہٕ خاص کر یِیلہِ کانٛہہ سکالرن ہنٛدس کھڈارس منٛز داخل سپدن ہوان آسہٕ۔ اَمہٕ باوجوٗد چھے مصنفہ سٕنٛز کوشش قابل ستالیش اوٚ کنہٕ تہٕ زیمو چھ سودرلوٚٹس منٛز برنٛچ زبرکوشش کٔرمٕژ یتھ اندرتم وریاہس حدس تام کامیاب تہٕ سپدِ یمٕژ چھےٚ۔ ’’وحشی سعیدؔ کے معاصرین‘‘ عنوان تُلتھ چھےٚ مصنفہ پزٕنہ پأٹھی یمہٕ ہُنزک باس دوان زہم کالن ہنٛد تذکرہ چھُ ژکہ تہٕ بذاتی مونوگراف لیکھنک یا تذکرہ نگاری ہُنٛد اکھ لأزمی تقاضہ یُس زیر تذکرہ ادیبہ سُند زمانہ تہٕ حالات وواقعات سمجھس تہٕ تمیک بہترین اندازٕ کرنس منٛز صحیح مددمیلہِ تہٕ زبر رہنمایی سپدِ نہٕ موکھ لازمی چھُ۔ اگر چہ بعض ہم کالن ہنٛدِ ادبی سفرچ تہٕ کارنامن ہنٛز غیرضربری تشریح تہ سپد یمٕژ چھے۔

## ۴۔ وحشی سعید (ایک مطالعہ)

اَمہِ پتہٕ چھےٚ ژورم کتاب یوٗسہ وحشی سعید نہ زندگی شخصیت تہٕ ادبی کارنامن پیٹھ لیکھنہ آمٕژ چھے ''وحشی سعید ایک مطالعہ'' یہ چھُ ژکہ اکھ تحقیقی مقالہٕ یُس ڈاکٹر شیخ کاینات ناوی اکہِ کاٗشرِ سکالرِ لیوکھمت چھُ شاید کشمیر یونیورسٹی ہٕنٛدِ شعبہ اردو خاطر مگر امیک چھُنہ کتابہ اندر کُنہِ جایہِ اشارٕ میلان۔ اَمہِ ڈگری خاطر چھے ڈاکٹر کایناتہِ ہٕنٛز نگرانی ڈاکٹر بلقیس جہانہِ زمہ اٚسمٕژ تہٕ یہ کتاب چھے میزان پبلی شرز کہ اہتمامہ ۲۰۲۰ ء شایع سپدیمٕژ یوٗسہ ترییہ کم ترٛن ہتن صفن پیٹھ مُشتمل چھے۔ کتاب چھے مصنفہِ پننٛن والدینن ہنٛدِ ناو منسوب کرٕمٕژ تہِ اَتھ چھ شےٚ باب یمہٕ تذکرہ نگاری ہنٛدٕ تقاضو عاٗنِ مطابق چھ تہٕ یمہ عنوان چھ اردوٗ زباٗنۍ اندر یمہِ آیہِ۔

۱۔ حیات و شخصیت

۲۔ ادبی، سیاسی، سماجی، ذہنی پس منظر

۳۔ ادبی سفر

۴۔ ادبی صحافت

۵ ۔ نگینہ انٹرنیشنل اور وحشی سعید

٦ ۔ عمومی جایزہ اور کتابیات

ڈاکٹر کانیات چھے اَمہ تحقیقی کتابِہ ہنٛدس پیش لفظس منٛز وحشی سعیدس متعلق پنہٕ نِہ غیر مبہم لفظن منٛز یمہِ آیہِ رقم طراز (ترجمہ)

''وحشی سعید چھ اکھ جان ادیب تہٕ بہترین انسان ۔ اردوٗ علاوٕ چھکھ انگریزی ادبس پیٹھ تہِ سرٛنی نظر۔ وحشی سعیدن چھُ فکشن نگاری منٛز تھود مقام پرٛوومت یمن چھے افسانوی فن تہٕ زبانی پیٹھ ڈٲرتھچھ ۔ یہنٛدین افسانن ہنٛدی عنوان تہِ چھ پانس اندر علامتی اندازٕ چ اکھ تژھ مثال یوسہ اتھ میدانس اندر کأم کرن والین خأطر میلہٕ کُنہِ ثابت سپدتھ ہیکن ۔۔۔۔۔۔

وحشی سعید صاب چھ اکھ سلیم الفطرت تہِ شریف النفس انسان خلوٗص تہٕ ایثارٕ کی پیکر خند پیشانی تہِ فراخدلی ہنٛدی نموٗنہٕ ۔ یہنٛد دل چھُ انسانی ہمدردی ۔ اخوت تہٕ بابے بتدتکہ جزبہ بُرتھ یعنے أکس بہترین انسانس اندر یمہ اقدار تہٕ اوصاف موجود آسنی ضروری چھ وحشی سعید چھُ (تمن ہنٛز أڈرن أڈرتھ)۔۔۔۔'' یہ تحقیقی

(ریسرچ پیپر چھنہٕ پتہٕ) چھ وحشی سعید نہ زندگی تہٕ ادبی گوشن پیٹھ تَمہِ آیہ گاہ پیمت زِ یہ کتاب ہکہ وحشی سعید نہِ زندگی پیٹھ کأم کرن والین سکالرن تہ دلچسپی تھاون والین خأطر رہنمایی ہُند بیاکھ پرزلہٕ ون نشان راہ بنتھ۔

### ۵۔ وحشی سعید ایک منفرد فکشن نگار

میے لٔب نہ یہ کتاب۔البتہ چھُ معلوم سپدان زامیکٕی مصنف چھ ڈاکٹر سیفی سرونجی تہٕ یہ چھے دوٗنس ہتس صفس پیٹھ مشتمل یوٚسہ اِنتساب پبلی کیشن سیفی سرونج لائبریری مدھیہ پردیش کہ اہتمامہ ۲۰۱۵ ء شایع سپز

### ۶۔ وحشی سعید کے افسانوں کا تنقیدی جایزہ۔

یہ کتاب تہِ سپز نہ میےٚ دستیاب۔امیکٕی مصنف چھ اویس احمد تہٕ یہ چھےٚ شۓ یہِ کم دوٗڈس ہتس صفس پیٹھ پھٔہلتھ یوٚسہ ۲۰۱۷ء نگینہ انٹرنیشنل کہ اہتمامہ بازر آیہِ۔کتابہ ہنٛدِ عنوانہ تلے چھُ باسان ز اَتھ اندر چھ وحشی سعیدنس فنس تہِ افسانوی قلمپارن ہنٛز مولہٕ آنکون کرنہٕ آمٕژ۔

یموٗکٕلی تذکراتی تبصرو، مقالو، تصنیفو تہٕ تحقیقی پرچو (ریسرچ پیپر)
ہرہمانہ رؤ دی بعض مقامی کیو ملکی اخبار رسایل و جرأید تہٕ اِدارٕ تہٕ
وحشی سعید نہ ناؤ کی کڈان یا یہنٛدی قلمپارٕ ہتھ تذکراتی تبصرہ شایع
کران تہٕ اردؤ ادبچ تہٕ ادیبن ہنٛز حوصلہ افزأیی ستی عوامک ذوق
رنزوان یہند فہرس سبٹھاہ زیوٹھ چھ تاہم کرو أسی کینژن دستیاب
اِشارن ہنٛدِ حوالہٕ اکھ سرسری زان فراہم یُتھ بُتھِ یمن پیٹھ کأم کرن
والین یہ تمن کن ظوٗن پھرنک سبب بنہِ مثالے
(الف) ''تحریک ادب'' وارانسی چھ اکھ معروف جریدٕ یُس
اتر پردیس کہ اکہ تاریخی شہر وارانسی پیٹھ یُس کاشی تہٕ بنارس ناووتہِ
معروٗف چھُ۔ اَمہ رسالہ کہن واریہن شمارن اندر رؤ دی وحشی
سعیدس پیٹھ مضامین، گوشہ تہٕ یہنٛدی فکشن پارٕ چھپان یتھ اندر اکھ
اندہتھےٕ وحشی سعید نمبر چھُ ییلہ زن أکس شمارس اندر زٕ عنوان
''انتظار اور میں'' تہٕ ''میرا ادبی سفر'' شایع سپدی۔
(ب) امے رسالہ کس أکس شمارس منٛز سپدی وحشی سعدنی زٕ
فکشن پارٕ ''آسمان میری مٹھی میں'' تہٕ ''عجب زندگی غضب موت''

شایع

(ج) رسالہ تحریرنو۔

اتھ رسالس اندر تہٕ سپدی وحشی سعیدنی کینٛہہ فکشن پارٕ شایع مثلن ۲۰۱۴ء چھپن والس شمارہ کہس (۱۱) اندر سپُد ''آسمان میری مٹھی میں'' افسانہ۔ امے ورِیہ کس شمارہ اُکس منز چھپو ''گفتگو بند نہ ہوئی'' امہ ہریمانہ چھ بعض مضمون تہٕ وحشی سعیدٕنی اتھ اندر چھپان رودی مُتۍ

(د) رسالہ ابجد:۔ یہ چھُ دِلہ پیٹھ نیرن وول سہ ماہی اردوٗ رسالہٕ۔ یہ چھُ ووٚنی آن لاین سوشل نیٹ ورکن پیٹھ تہٕ دستیاب تھاونہ آمت۔ اَمہ کس اُکس شمارس اندر چھ مذکورہ افسانہ ''آسمان میری مٹھی میں'' ۲۰۱۵ء شایع سپدیمت اَمہ علاوٕ چھ وحشی سعیدنی افسانہ ریاست، ملکی تہٕ غیر ملکی اردو رسالن اندر تہٕ وِزِ وِزِ چھپان روزان تہٕ یہنٛدِ سےٚ اہتمامس تل شایع سپدن وألس ''نگینہ انٹرنیشنل'' رسالس اندر تہٕ۔ یمن اندر دِلہ پیٹھ شایع سپدن وول مشہوٗر ادبی تہٕ علمی جریدہ۔ ''بیسویں صدی'' بھوپالہ پیٹھ شایع

سپدن وول ''عالمی انتساب'' تہٕ تحریک ادب وارانسی تہ قابل ذکر چھ۔

وحشی سعیدنس ذاتس ،فنس تہٕ شخصیتس متعلق یمو لکھارو وِزٕ وِزٕ اخبارن ، رسالن یا جریدن اندر وُنس تام لیوٗکھ تہند فہرست چھُ وارِیاہ زیوٗٹھ تاہم یُس یاد داشت بعض رسالو تہٕ جرید و نِشہ میٚے حاصل سپُد تمہِ مطابق چھ وُنس تام یمہِ آیہِ یہنٛدِ ناوٗ کی گوشہِ یا مقالہ یا مضموٗن لیکھنہ آمتی مثلن

(الف)۔ا ۲۰۱۱ ء ناظم نذیر۔روزنامہ تعمیل ارشاد (سرینگر کشمیر)
۲ ۲۰۱۲ ء ناظم نذیر۔ روزنامہ تعمیل ارشاد (سرینگر کشمیر)
۳ ۲۰۱۳ ء ناظم نذیر۔ روزنامہ تعمیل ارشاد (سرینگر کشمیر)
۴ ۲۰۱۴ ء ناظم نذیر۔ روزنامہ تعمیل ارشاد (سرینگر کشمیر)
۵ اکتوبر۲۰۱۴ ء ظہیر انصاری ماہنامہ تحریر نو (ممبی)
٦ نومبر۲۰۱۴ ء ظہیر انصاری ماہنامہ تحریر نو (ممبی)
۷ دسمبر۲۰۱۴ ء ظہیر انصاری ماہنامہ تحریر نو (ممبی)
۸ ۲۰۱۴ ء جاوید انور تحریک ادب وارانسی (بنارس)
۹ اکتوبر۔دسمبر۲۰۱۴ ء جاوید انور تحریک ادب وارانسی (بنارس)
۱۰ ۲۰۱۵ ء کلچرل اکادمی شیراز کلچرل اکادمی سرینگر
۱۱ ۲۰۱۵ ء سرور عثمانی مفاہیم سہ ماہی رانچی (العصر پبلی کیشنز)

| نمبر | تاریخ | مصنف | رسالہ / اخبار |
|---|---|---|---|
| ۱۲ | ۲۰۱۵ء | ناظم نذیر | روزنامہ تعمیل ارشاد سرینگر |
| ۱۳ | جنوری ۲۰۱۵ء | ظہیر انصاری | ماہنامہ تحریر نو ممبے |
| ۱۴ | اکتوبر ۲۰۱۰ء | ضمیر کاظمی | ماہنامہ ترپاق ممبے |
| ۱۵ | ۲۰۱۶ء | ناظم نذیر | روزنامہ تعمیل ارشاد سرینگر |
| ۱۶ | اکتوبر۔دسمبر ۲۰۱۶ء | جاوید انور | تحریک ادب وارانسی |
| ۱۷ | ۲۰۱۷ء | جاوید آزر | روزنامہ کشمیر عظمیٰ سرینگر (۱) |
| ۱۸ | ۲۰۱۷ء | جاوید آزر | روزنامہ کشمیر عظمیٰ سرینگر (۲) |
| ۱۹ | ۲۰۱۷ء | افتخار امام صدیقی | شاعر (۱) |
| ۲۰ | ۲۰۱۷ء | افتخار امام صدیقی | شاعر (۲) |
| ۲۱ | ۲۰۱۷ء | ناظم نذید | تعمیل ارشاد سرینگر |
| ۲۲ | ۲۰۱۷ء | ضمیر کاظمی | ماہنامہ ترپاق ممبے |
| ۲۳ | ۲۰۱۷ء | ناظم نذید | تعمیل ارشاد سرینگر |
| ۲۴ | ۲۰۱۸ء | ضمیر کاظمی | ماہنامہ ترپاق ممبے |
| ۲۵ | ۲۰۱۸ء | ناظم نذید | تعمیل ارشاد سرینگر |
| ۲۶ | ۲۰۱۸ء | سید جاذب علی | روزنامہ اُڈان |
| ۲۷ | اگست ۲۰۱۸ء | جاوید انور | تحریک ادب وارانسی |
| ۲۸ | اکتوبر ۲۰۱۸ء | جاوید انور | تحریک ادب وارانسی |
| ۲۹ | دسمبر ۲۰۱۸ء | جاوید انور | تحریک ادب وارانسی |
| ۳۰ | ۲۰۱۹ء | ناظم نذیر | تعمیل ارشاد سرینگر |

(ب) رسالہٕ تہٕ جراید (وحشی سعید نمبر)

۱۔ وحشی سعید نمبر سہ ماہی ''لمحے لمحے'' جون ۲۰۱۵ء

جناب حسیب سوز بدایون (یوپی)

۲۔ وحشی سعید۔ ''اپنی مثبت وحشتوں کے آئینے میں'' تحریک ادب وارانسی ۲۰۱۶ء جاوید انور بنارس

۳۔ وحشی سعید اور فن نگاری میزان پبلشرز ۲۰۲۱ء شارق عربل

(ج) تحقیقی مقالہ۔

(۱)۔ مقالہ نگار روضیہ تبسم سرینگر

۔ زیر اہتمام شعبہ اردوٗ جموں یونیورسٹی

۔ عنوان مقالہ وحشی سعید کی افسانہ نگاری (سڑک جارہی ہے) کی روشنی میں

۔ نوعیت مقالہ تحقیقی مقالہ برائے ایم فِل

۔ نگران کورس ڈاکٹر فرحت شمیم

۔ طابع و ناشر مقالہ نگینہ پبلی کیشنز ہوٹل شہنشاہ پیلس بلیوارڈ ڈلگیٹ سرینگر

(۲)۔ مقالہ نگار اُویس احمد سوپور

۔ زیراہتمام حیدرآباد یونیورسٹی

۔عنوان وحشی سعید کے افسانوں کا تنقیدی جایزہ

۔نوعیت مقالہ

۔نگران کورس

طابع وناشر

(۳)۔ مقالہ نگار — شیخ کاینات سرینگر

۔ زیر اہتمام — برکت اللہ یونیورسٹی بھوپال

۔عنوان مقالہ — وحشی سعید ایک مطالعہ

۔نوعیت مقالہ — تحقیقی مقالہ برائے پی ایچ ڈی

۔ نگران کورس — ڈاکٹر بلقیس

۔طابع وناشر — میزان پبلی شرز اینڈ ڈسی بیوٹرز بالمقابل
فایر اینڈ ایمرجنسی سروس ہیڈ کواٹر بٹہ مالو سرینگر

(۴)۔ مقالہ نگار — جگ موہن سنگھ۔ڈوڈہ

۔ زیر اہتمام — پنجابی یونیورسٹی پٹیالہ پنجاب

۔عنوان مقالہ — وحشی سعید حیات اور تخلیقات کا معاصرین
کے ساتھ تقابلی جایزہ

۔نوعیت مقالہ — تحقیقی سمبرار پی ایچ ڈی

۔نگران کورس۔ — ڈاکٹر روبینہ شبنم

۔ طابع و ناشر — ہنوز غیر مطلوع

اَمہِ علاوٕ چھ یہندی فکشن پاٹھ ریڈیو، ٹی وی، اخبارن، ریاستی ملکہ
کٕن تہٕ ملکہ نٮ۪بر مٕنٛز ادبی رسالن ، جریدن تہٕ اخبارن اندر شایع
سپدان روزان بعضے یہٕندی گوشہ تہِ اجراء سپدان یہنٛز تفصیلی ذکر
یتھ مقالس اندر مذید طوالتک وجہہ بنہِ ۔ وحشی سعیدنی زندگی چھےٚ

بسیار پاسل بحثیت اکھ اردوٗ ادیب ،بحثیت کأشرِ زبأنی ہنٛدژ کر در۔ بحثیت افسانہ نگار بحثیت اکھ ناولٹ نگار یا ناول نگار بحثیت اکھ تأجر، بحثیت اکھ مول۔ بحثیت اکھ بوے یمہ تمام چھ وحشی سعید نہ زندگی ہنٛدی تمہ انہار یمہ ونہٕ کڈنی ،یہنٛز شخصیت تقاضہ چھے کران۔ وحشی سعید نٕن فکشن پارن ہنٛد ترجمہ تہٕ فن ترجمہ کاری عالمس اندر یموتہِ زبانو عروٗج پروو سُہ پروونہ تمو تخلیقی ادبہٕ ستی یوٗت اگرچہ تخلیقی ادب اکھ کُن چھُ مگر اکہ عمارتہٕ خأطریم چیز اہم چھ تم چھ امیکی ستوٗن یمہِ کُنس پیٹھ ووتھان چھ تہ یتھ پیٹھ عمارت استاد چھے سپدان۔ لہاذا چھُ لأزم زِ زبأنی اندر گژھِ تخلیقی ادبس لرِ لوٚر علمی سرمایہ تہِ جمع سپدن، یتھ زبأنی اندر امچ قلت آسہِ ضرور چھ تمہِ زبأنی ہنٛدی پرن وألی دویمہ زبأنی ہنٛدس انبرس دونہٕ دِنس مجبور سپدان تہ تم چھ پننہٕ زبأنی کنگال زأنتھ اَتھ نفرت کران۔ اَمہِ حوالہ یٖلہِ أسی اری پأٹھی غور چھ کران کأشرِ زبأنی چھِ اکھ بوٚڈ سفر وُنہٕ کڈنے۔ افسانہ چھ لیکھنہ آمُتی مگر ناولٹ اوس کأشر زبأنی اندرُونس تام تعارف سپدنَے ۔ وحشی سعیدن لیکھی اردوٗ پأٹھی تہٕ رشید کانسپوری صابن کُری یمہ

کأشرِ زبأنی ہٲنٛدس کھاتس منٛز جمع تہٕ یہ اوس نہ ہرگزتہٕ اکھ معمولی قدم بلکہ چھُ یہ اکھ غیر معمولی کأم کم از کم سپد ناولٹ کأشر زبأنی ہنٛدس نثرکس سرمایس اندر داخل گوکہ ترجمے صحیح۔ اَمہ بروٚنٛہہ زأسی کرواتھ سپد یمتس ترجمس پٔپٹھ کتھ۔ اتھ کروٚوقتچ اہمیت تہ زبأنی ہنٛدی تقاضہ زیرِنظر تھاوتھ گوڈ ترجمہ کاری متعلق زٕ ژور کتھ یہ کرہ بہ یتین اَوِ موکھ یُتھ اہل زبانن یہ کتھ ذیہنس اندر ایہ زِ ترجمہ کوتاہ ضروری چھ زبأنی ہنٛز زندگی تہٕ ووتھ واشہٕ خأطر خاص کرتمن زبانن یمو نٛثرس منٛز حالے قدم چھُ تروومت سرکأری زبان بننہ باوجود تہٕ قدیم ترین زبان آسنہٕ باوجود اتھ اندر علمی نثرنہ آسنس برابر آسنہ کنٛی چھُ وۄنی یہ تقاضہ زورلبان زِ کأشر زبان تہِ اِیہِ علمی سرمایہ ستی مالا مال کرنہ تہٕ اَمہِ خأطر چھُ ترجمہ تہِ اکھ اہم رول ادا کران۔

## فن ترجمہ کأری۔ اکھ سرسری جایزہ

لفظ ''ترجم'' چھُ ''ترَجَم''' ''ت، ج تہٕ م'' زبروتہٕ ''مرا'' جزمہٕ ستۍ عربی ڈکشنری اندر اٰزتہٕ موجوٗد۔ گرامری اصوٗلہ مطأبق چھُ یہ صنف یمیک جمع اتہ تراجم چھُ۔ ۱؎ (مصباح اللغات ۸۳) فارسی لوغتہٕ مطابق گو امیک معنہٕ ''دوٗیمہٕ زبأنؠ اندر مطلب بدلاون''۔

اردو لوغتہٕ مطابق چھ ''ترجمہ'' عربی زبأنؠ ہُنٛد مذکر اسم تہٕ معنہٕ چھُس ''اکہ زبأنؠ پٮ۪ٹھ دوٗیمہٕ زبأنؠ منٛز بیان کرنہٕ آمت'' ۳؎ ا(جامع فیروز اللغات ۳۵۴۔ اردوٗ انگریزؠ ڈکشنری اندر چھُ امیک انگریزؠ ترجمہ ''TRANSLATION '' وننہٕ آمت ۴؎ (سٹنڈارڈ اوفسٹ سنچری ڈکشنری ۱۸۷)۔

قدیم ترین عربی لوغتہٕ مطابق چھُ ''ترجمہ دوٗیمہٕ زبأنؠ اندر کلامچ تشریحہٕ یا تشریحن ونان'' یمہٕ نِشہ ''ترجمان'' درامت چھُ یمیک معنہ ''لسان العرب'' نأوؠ کتابہ اندر یمہٕ آیہ چھُ ز ''ترجمان گوسہ شخص یُس تشریح کران آسہٕ۔ انگریزؠ لغتن اندر چھُ لفظ ''ٹرانسلیشن'' یمہٕ آیہ وبٕژھنأوتھ۔

Turn word ,sentence, book, etc. from one language into another. انگریزی زبانۍ ہُنٛد لفظ ''ٹرانسلیشن'' چھُ لاطینی زبانۍ ہُنٛد ''TRABSLATIO'' لفظ منٛز درامت یمیک مدعا اکھ اقتباس اکہ زبانۍ پیٹھ دوٛیمہِ زبانۍ منٛز پھِرُن گو۔ امیک لفظٕ معنہ چھُ کانٛہہ چیز نتھ کانٛہہ وَتھ عبوٗر کرٕنۍ یمیک اصطلاحی معنہِ الفاظ اکہ زبانۍ ہنٛدی دوٛیمہِ زبانۍ ہنٛدس روٗپس منٛز پھِرنۍ ۔ گو انگریزی زبانۍ اندر چھُ اَتھ ''Interpret'' تہٕ ''Meaning'' تہِ معنہِ مفہوم وننہٕ یا زاننہٕ آمُتۍ ۔ کلس پیٹھ چھُ غور کرنہٕ پتہٕ ترجمس متعلق اِی تصور زِ ترجمہٕ گو اکہِ زبانۍ ہُنٛد لفظ ،جُملہ ، اقتباس یا کانٛہہ لیکھٕ دوٛیمہ زبانۍ ہٕنٛدس لسانٔی قالبس منٛز پھِرُن تِتھ کَنہ زِ کتھ بنہِ نہٕ اصلہ یعنے مولہ زبانۍ ہٕنٛدِ بیانہ نِشہِ مُبھم بلکہ سپدِ واضح تیوٗت زِ متنکہ اعتبار روزِ نہ مزید وضاحچ ضرورت بأقیٕ ۔ توَے چھ بعضو ونمت زِ ترجمہ گوٚنۍ مُشکتھ دویمہ زبانۍ اندر واضح کرٕنۍ یا واضح پأٹھۍ وَنٕۍ یتہِ چھُ اتھ ضمنس منٛز زاننہٕ آمت زِ ترجمہ گو کانٛسہِ مصنف یا مفکر سُنٛد وَنُن یا

لیکھِ دوٚیمہِ زبانٔی اندرتمہِ آیہِ پھرٕنی زاصل کتھ اِییہِ بروٚنہہ تتھ کنہِ ز زبانٔی ہنٛد حوالہ آسہِ نہ سُہ موٚلہ زبان تہٕ نہ تألیف بلکہ آسہِ تی یہ موٚلہ زبانٔی اندرونہٕ آسہِ آمُت بعضو چھُ کانٛہہ دوٚپ، جُملہ اقتباس یا لیکھ ترجمادُنہ ہریمانہ کانٛسہِ ہنٛز زندگی ہُنٛد تصویری خاکہ تہٕ ترجمہ کس اصطلاحی معنہٕ یہِ کس زمرس منٛز اومت ۔ ۵ (ترجمہ کی تاریخ (DDE MANUU (NET بلاک ا

یہ کتھ چھ یتھن قابلِ ذکر ز پرٛتھ کُنہِ زبانٔی چھ پننٛز ذاتی لسانٔی تأریخ آسان، تہذیب، سماجیات، ریوایات،لسانی اصوٗل و اسلوب تہ لفظِ گنج آسان۔ پننٛز ؤکھرِ محاورٕ ڈِ تہٕ تشبیہہ اِستعارٕ آسان یمن ہُنٛد اِستعمال کرِتھ مصنف یا مفکر پننٛز تصنیف یا تقریر یا خطاب بارسس چھ انان تہٕ یم چیز ییٚلہِ دوٚیمہِ زبانٔی اندر پھرنہ ین لازمن پپن ترجمہ کارس یم چیز زیرِ نظر تھاوٕنی لہازا چھُ تمس خاطر یہ لأزم زسُہ آسہِ دوشونی زبانٔہن ہُنٛد لسانٔی تفیات، اسلوٗب تہٕ اصوٗل زانان ۔ یتھ کتھِ ہنٛز بہترین ترسیل تہٕ وضاحت سپدِ۔ کتھ ہنٛد بہترین ترسیلہٕ خاطر چھُنہ یوٗتے کأفی ز ترجمہ کارس آسہِ الفاظن

ہنٛد ترجمک صحیح گیان تہٕ ہُنر بلکہ چھُ یتہِ ضروری زِ سُہ آسہِ دوشوٚنٛی زبانن ہٕنٛدِ ریوایتی اسلوٗبہ، تہذیبی ریوایژن تہٕ لسانٛی ہنرکارِیوٚ نِشہِ تہِ واقف تہِ کیازِ ہرگاہ بالفرض محال تٔمس شودٕ ترجمہ تہٕ معنہِ واکی الفاظ میلن تہِ ترجمہ واجنہِ زبانٛی اندرتہنٛد ورتاوتہِ چھَنہ کانٛہہ شُری کتھاہ بلکہ چھُ محاورن، ڈٕپتن تہٕ اصطلاحن ہُنٛد ترجمہ زیادے پٔہن دشوار۔ کُنہِ کُنہِ چھُ یتہِ وچھنہِ یوان زِ الفاظن ہُنٛد چھُ شود ترجمہ آسان مگر سیاق و سباق چھُنہ تمن تسلیمے کران نہ چھُ تمہِ سُہ مقصدِ ے پوٗرٕ کران یمیک مولہ زبانٛی ہُنٛد حوالہٕ لیکھِ تقاضہ چھُ کران تہِ کیازِ دون ہٕنٛدی نفسیأتی یالسأنی کراپر چھِ اکھ أکس نِش وٕکھرِ آسان یمہ کِنہِ گرامرکُنہِ کُنہِ برعکس تقاضہ تہِ کران چھُ۔

قومن ہٕنٛدس تہذیبی تارٛیخس اندر چھِ ترجمس زبردست اہمیت تہِ کیازِ یہ چھُ ہمیشہ دون قومن ہنٛدی سوتھی گنڈٕنٛچ کأم کران تہٕ کھن پرونس تہٕ ووپرأ زدورکرنس منٛز پٔژن رول ادا کران تہٕ یوٚتے یہِ رول معیاری، باگہ بورت تہِ مأری موٚنٛد آسہِ تیوٚتے آسہِ یہِ رابطہ کٔڈِل تہِ وُسوار، باگہ بورت تہِ مأری موٚنٛد، دویمبن لفظن اندر ونو زیوٚت

ترجمہ کارمۆلہ زبانٕی ہُنٛد تمدن پننہِ زبانٕی ہنٛدس تمدنس نکھ آنہٕ تس تہٕ اتھ ہِستی ہم آہنگ کرنس منٛز کامیاب روزِ تیٚوٗ تے روز دون قومن ہُنٛد رأبطہ تہِ کامیاب۔ ترجمہ چھُ گویا اکھ تیتھ ضرب یس الفاظن ہٕنٛدِ وأسطہٕ دۄن قومن ہٕنٛدِ لسأنی بجرک باپار چھ کران تہٕ امیے لفظہ باپارٕ سیمٹھ باجراکھ أکس فراہم گٔرتھ رابطک کٔدل استوار کران لہازا یوٗتے یہ مطالعہ سیوٚد آسہِ تیٚوٗتے آسہِ رابطک کٔدل تہٕ سیوٚد دیتھ پرن وألس حدو تہٕ سرحدو آزأدی نصیبہ سپدتھ ذہنی آسودگی تہٕ وسعتِ نظر باگہِ ایبہ تہٕ سُہ مؤلہٕ زبانٕی ہنٛد علمی بجر، فکری تھزر تہٕ معلوماتی ذخیرہ نِشہٕ زأنیاب سپدِ۔ ترجمہ چھُ واقعی اکھ تژھ دأریمہِ کِنٛز اَسہِ مولہٕ زبانٕی ہٕنٛدٕن تہٕ خانن تام نظر پلان چھِ۔ یہ چھُ ترجمے یُس اَسہِ دویمٕن زبانٕن اندر موجوٗد لعل وجوأہراتو نِشہِ استفادٕ کٔر موقعہ فراہم چھ کران یُس دویو طریقو سپدتھ ہیکہ مثالیے یا یہ زِپننہِ زبانٕی ہنٛدٕن جوأہر پارن کرو دویمٕن زبانٕن اندر ترجمہ یا یہ ز دویمہ زبانٕی ہنٛدٕن شاہپارن پأرو پننہِ زبانٕی ہُنٛد وردن، بشرطیکہٕ ترجمہ کارسنٛز ژأر باگہِ بٔرژ تہٕ موزوٗن آسہِ۔ مأہرن ہنٛد مطابق چھُ

بہترین ترجمہ سُے مانَنہٕ یا زانَنہٕ یِوان یمہِ کِس متنس لرِ لۆ ر موٗلہِ زبانٕی ہنٛد متبادل تہٕ درج آسہِ تہٕ ترجمہ آسہِ أری پٲٹھۍ موٗلہ یا حوالہ زبانٕی ہٕنٛدِ متنٕچ تہٕ فکر و خیالٕچ ترجمٲنی کران۔ بعضن ہٕنٛدِ مطابق چھ اڈلیک تہٕ مُبہم ترجمہ ناقص زانَنہٕ آمُت تہنٛدی کِنی گژھہِ ترجمس اندر تژھ تخلیقیت آسٕنۍ زِ یہ گژھہ نہٕ ترجمہ باسنہٕ یمن رائے گذارن ہٕنٛد مطابق چھُنہ ترجمہ علمہ کِس زمرس اندر یِوان بلکہ چھ فنہٕ کِس زمرس منٛز یِوان۔ یہنٛدی کِنی چھ علم محدوٗد، یتھ قاعیدہ تہٕ اصوٗلن ہنٛز حد بندی چھ ییٚلہِ زن فن لامحدوٗد چھُ۔ بندشو تہٕ حدو سرحدو نِشہٕ آزاد چھُ تہٕ یہ خصوٗصیت چھ تخلیقی ادبس اندر تہِ آسان لہاذا چھُ یموٕ وِد وانو امیے جواز کہ حوالہ ترجمہ تہِ ادب پارکس زمرس منٛز شامل کورمت۔ یمن لوٗکن ہُنٛد وَنُن چھُ زِ ادبس چھ ترجمس سٍتۍ باضابط پٲٹھۍ اکھ تعلق تہِ کیاژِ زِ یتہِ ہٮ۪کہِ طبع زاد تصنیفہ ہُنٛد ترجمہ آسنکہِ وأسد تمچ نمایندگی کرِتھ یتھ اندر ترجمہ کارسنٛدی ذاتی جذبات، احساسات تہٕ اسلوٗب عمل دخل آسہِ۔ اکھ ماہر لسانیات Clary چھ ترجمس ادبہ کہ سے کلس سٍتۍ واٹان تہٕ ترجمہ کارسنٛد ادبی ذوقہ سرفراز آسنس پٮ۪ٹھ زور دوان۔

''دِل'' تہٕ ''ندا'' ناۄ کی ماہر چھ ترجمس علمہ کس زمرس منز ٲنتھ ونان زاتھ چھ علمہ کی پاٹھی باضابط قسم تہٕ باگ موجوٗد۔ اتھ تہِ چھ اصوٗل تہٕ ضأبط مقرر یمہ کنٕی یہ علم چھُ بنان تمام راین پیٹھ غور کرنہ پتہ چھُ معلوٗم سپدان زترجمہ چھ بیک وقت علم تہٕ فن دوشونی زمرن اندر شامل تہ اتھ چھ باضابط پاٹھی پننی اکھ ۄکھر لسأنی تاریخ غالبن تیژے پرأنی ایژ انسأنی تأریخہِ ہنٛد نقل وحرکیژ چھ۔ یہ کتھ چھ اتھ پزرس پۄزِ پاٹھی وضاحت کران زسٔتمہِ پشتہ منز ییلہِ بابہ آدم سٕنز اولاد پۄزِ بُتلہِ پیٹھ پھٔہلے یہِ ٲتی آیہِ مختلف گوشن پیٹھ فطری اصولو مطابق مقامی تہ زمانی تقاضو مطابق زبانٕن ہنٛدی تتھی انہار بارسس یمہٕ زمانہ پتہٕ زمانہٕ اکھ ٲکس نِش ۄکھرِ تہٕ بدوٗن ٲسی لہٰذا اوس ووتھ بیٹھ تہٕ باپارس اندر یہنٛد ترجیح اہمیت اکھ لأزمی تقاضہ یم ترجمہ کس دستورس رواج بخش۔ ٲتھی سلسلس منز آیے قدیم یونأنی علوٗمن لاطینی تہ پننہ بأتے زبانٕن اندر ترجمہ کرنہٕ پننی پاٹھی ہے وَنو یتھ کتھ چھُنہ کانٛہہ شک تہٕ آثار قدیمہ ہکۍ نقوش تہِ چھ ٲتھی پزرس نئبر کران زدرس دُنی یہس اندر یمہٕ تہٕ ترجمہ ۄسلابہ زمانکۍ ونہٕ آے

یایوان چھ تمہٕ چھ تمے بابلی تہذیبکۍ جز معلوٗم سپدان ییٚتہٕ پٔتھ ژٔسلا بہ اِنسان درس بُتلہِ پھٔہلیاو تہٕ ہندوسندھ تہٕ مصروشام چھ یمنے علوٗمن تہٕ آثارن ہٕنٛدی جز۔

اسلامکہ ظہوٗ روزِ دُیت مسلمانو اتھ کُن زیادٕ ظوٗن بلکہ اوس تمن پننہ نِس رہبر سندے حکم یمہِ مطاۤبق تمو تمام عالمی علوم تہٕ زبانٕن ہنٛدی شاہپارٕ عربی زبانٕ اندر پھِری یوت تام اتھ زبانٕ اندر یتھ اندر قرآن ہِش آفاقی تہٕ باگہِ بٔرژ کتاب چھَ یوٗنانٕ، سریانی، عبرانٕ، سنسکرت، فارسی، قیطی تہٕ بٲقے زبانٕن ہنٛدی علوٗم وافکار پھِرنہٕ آے یمیک دس پانہٕ نبی علیہ السلام سندے زمانہٕ افرادو تہٕ برگزیدٕ شخصیاتو تلمت اوس تہٕ یتھ فارس، عراق، شام تہٕ مصر فتح سپد نہ پتہٕ پوٗ رشباب باگہِ آو تہٕ اوس پانہٕ نبی علیہ السلام سندے فرمانہٕ مطابق یمو پانہٕ بعض صحابن غأرعرب زبانٕ ہیچھنچ تلقین کٔر یتھ اندر حضرت زید بن ثابتن صرف کژن تام دوہن اندر سریانی تہٕ عمرو ن العاصن یونانٕ زبان ہیچھ خلافت راشدن ہندٮ۪ن دورس منٛز آس گورنرن تمن ملکن ہنٛدٮ۪ن لوٗکن ہٕنٛز زبان ہیچھٕنچ ہدایت کرنہٕ آمٕژ یمہٕ غأرعرب

ملکن اندر تعینات آسی یتھ سفارت کأری تہٕ فروغ دینک رول
أری پأٹھی انجام دِنہٕ ایِیہِ ہے۔ چنانچہ پروواُمی فنن یہنٛدِ ذریعہ یُتھ
فروغ زخلیفہ مامون رشیدنہ زمانہ اوس دوہم ہجری صدی سورنس ستی
ستی عربی زبأنی ہُنٛد دامن فارسی یونأنی سنسکرت، سریانی ، عبرأنی تہٕ
بأقے زبانن ہنٛدو علوٗمو تہٕ افکارو ستی برتھ تہٕ یہنٛدی فلسفہ نظر
یات، احداف، عقأید تہ علوٗم آسی عربن پۆرٕ پأٹھی معلوٗم گمتی تہٕ
عربی زبأنی ہنٛدس تأریخس اندر چھ از تہٕ اَل بختی شوع، یوصنابن
ماسویہ، عبداللہ بن المقفع ،آل حنین یوحنا بن بطریق تہ ثابت بن قرہ
سنٛدی ناو بحثیت عظیم ترجمہ کار موجوٗد یمو مختلف ضروٗژو تہٕ تقاضو
مطابق عربی زبأنی اندر مختلف زبانو پیٹھ علوٗم پھِری ۔سُہ بامیے طب
آس، ریاضی اوس، نجوم اوس، یا اَدعلمی ادبی سائینسی یا ثقافتی علوٗم یا
زانکأری آس۔

ترجمہ چھ پیٹھ یانیے دو یہ شاخہِ وننہ یوان
اکھ زبأنی یا تقریری۔ دویم لیکھِ یا تحریری۔

زبأنی ترجمس چھکھ ’’oral interpretation‘‘ تہٕ

وونمت اَمہِ خاطر چھُ یہ اَسہِ نظرنۍ تل زیٛیلہِ کانٛہہ مفکر یا لیڈر تقریر چھ کران یا دون قومن ہنٛدی زِ لیڈر پانہ وأنی پن پنٛنہن زبانٕن اندر تبادلہ خیال چھ کران أتی چھ تہنٛز کتھ ہُنٛد ترجمہ کرنہٕ خاطرا کھ ترجمان ''interpreter'' موقعس پیٹھ موجوٗد دیس کتھ کتھِ یا جُملہ پتہٕ جملہ دون ہندٕن خیالن ہنٛز ترجمأنی یا ترجمہ چھ کران۔ عقلی طور چھنہ اَتھ پیٹھ تحریری ترجمکی قأعدتہ اصول حاوی سپدان بلکہ یہِ ترجمانس فکرِ چھُ تران تی چھُ سُہ ونان گویا کہ چھُ سُہ فی البدیہہ ترجمہٕ ستی کتھ سمجتھ دوپمس تام واتناونچ کوشش کران مگر یہ چھُ لأزم ز ترجمہ کارآسہِ پورپأٹھی دوشوٕنی زبانٕن زانان۔ یتھ سُہ لفظ لفظ یا جُملہ جُملہ کتھن ہُنٛد ترجمہ کرِ۔ اَمہِ قسمہ کٕن ترجمن تہِ چھ زِ ذیلی باگ اکھ مسلسل ترجمہ تہٕ دویم متوأزی

''مسلسل ترجمہ consecutive interpreting

اَمہ قسمہٕ کس ترجمس اندر چھُ دوٗن یا واریاہن زبانٕن پیٹھ دسترس تھاون وألی کانٛسہِ نمایندٕ ہستی ہنٛدس کری متس تقریرس یا تحریرس موقعہ سے پیٹھ ترجمہ کران تہٕ یتھی چیز چھ عالمی جلسہ،

کانفرنسہ، سیمنار یا اقوام متحد کِبن عالمی اجلاسن ہنْدس موقعس پٹھ وچھنہ یوان ییتہ یم شخصیات پنن لیکھتھ دستاویز پران چھ۔ یتھ پٹھ پتہٕ دویم پننۍ رائے دوان چھ یا تبصرہ کران چھ یا تقریر بوزناوان چھُ لہاذا اچھُ اتہِ زبردس ذہین ترجمہ کارسنٛز ضرورت یسند دھیان حرفس حرفس کُن آسہِ تہ کیازا اَتہِ چھ الفاظن اندر گُپتھ تأریخ، تحقیق، تنقید تہٕ بعضے سأزش تہِ اٚستھ ہیٚکان۔ بعضے چھ کانٛہہ نٔو اصطلاح تہِ برونٛہہ کن یوان یوسہٕ دویمہ سنْدس کارس تہٕ مدعا مقصدس خلاف تہِ اٚستھ ہیٚکہِ یا یُس فتس ہُس دِییہِ یمہِ حوالہ کانٛہہ تنازعہ باونہ ہیٚکہ یتھ لہاذا چھ یہ ترجمہ سٹھاہ خطرناک تہِ تہٕ ترجمہ کارسنٛز کانٛہہ تہِ لغزش ہیٚکہ تمس یا وارہن خاطرٕ دارٕ واجنۍ تلوار ثابت سپدتھ تہٕ گڑبڑ تہٕ خرابی ہُنْد وجہہ بٔنتھ۔ امہ پتہ چھ دویم متوازی ترجمہ۔

متوازی ترجمہ"Simaltaneous interpreting"

اَتھ قسمس اندر چھ تقریر کرن وول یا کتھ کرن وول تقریر کران یا کتھ کران تہٕ ترجمہ کرن وول چھُ کتھ، کتھِ یا جُملہ جُملہ امیک ترجمہ بوزناوان تہ ترجمس دوران چھُ کتھ کرن وول ژھوپہ کران بامیے سُہ

ترجمہ سمجھان اُسی تن یا متہ اُسی تن

اَمہ پتہ چھُ دوٚیم قسم تحریری ترجمہ۔ تحریری ترجمہ چھ علمی، ادبی قانونی، مذہبی، سائنسی، ثقافتی تہٕ معلوماتی قسمہ کین لیکھن پیٹھ مشتمل آسان گویا کہ چھا تھ اندر مختلف قسمہ کین فنی تہ تکنیکی علومن ہُندٕ ترجمہ یوان یا یمن پیٹھ سپدیمژٕن راین یا بحث ومباحثن بامیے ریاضی اُسی تن، جغرافی اُسی تن طبعیات اُسی تن یا حیاتیات طب یا علوٗم الاعداد بیترِ۔

ترجمس متعلق پرنہٕ پتہٕ چھُ معلوٗم سپدان زِ گوڈٕ چھُ لفظ ترجمے کرنک رِواج اوسمت یعنے لفظن ہنٛدی ہم معنہ اُسی ژارتھ بدلس منٛز تھاونہ یوان۔ کُنہِ کُنہِ اُسی نہ یم لفظ اصل تہ ہو بہو کتھےٚ واتناوتھ ہیکان بلکہ اُسی مترادفکی پاٹھی آسان لہٰذا اُس مزید وضاحت کرنٕچ ضرورت محسوٗس سپدان یمہِ کِنی لیکھ ترجمس دوران اصلہ نِشہِ ہُران یا ژُمان اُسی۔ بعضے اوس تکرار تہِ بارسس یوان مگر کتھ اُس نہ اُری پاٹھی ادا سپدِتھے ہیکان پتہِ ییٚلہِ اسلامی دور وزِ عربس اندر اُمی اکہِ علم تہٕ فنٕچ شکل رٹٕ اُتی آے امیکو کینٛہہ اصوٗل بارسس مثالیے

یہ ز جملہ گژھ تتھ کنہ ترجمہ واجنہِ زبأنیٚ ہنٛد لسأنی اصولہ مطابق تھوٚ رنہِ
ین ز اصل کتھ گژھ تمہِ نِشہِ تہِ واضح اگر مولہِ تصنیفہ اندر مبہم آسہ یا
دویمہ زبأنیٚ اندر لیکھنہ ٚکنیٚ مبہم روزان آسہِ ۔ امہ ہریمانہ چھ ترجمانی
اصولہِ مطابق عربوا کھ اصطلاح ''تعریف'' بارسس أنی مُژ ۔ أسی
ہسکو پننہِ زبأنیٚ اندر امیک ترجمہ ''گاشراونٕ'' لفظ ونتھ، عرب چھ
ترجمس پتھ کتھ کرنس دوران ''تعریف'' لفظٕچ وہژ ھنے تراوٕنی اڈ ٕچ
کتھ خیال کران ۔ تعریف چھ تتھ عملہ ونان ییتھ تحت عربو ترجمس
دوران بعض تتھی الفاظ ''عربأوی'' یا تمن عربی روٗپ دُیت یمہ نہ عربی
زبأنیٚ اندر امہ بروٚنہہ أسی تہٕ یہ دستور چھُنہ عربہ نٕے یوت بدس بلکہ
چھُ یہ کل عالمچہ زبأنیٚ بولن والین تہِ ۔ حق تہِ تہٕ اصوٗل تہ ۔ یہ چھُ
صرف تمیے وِزِ ورتاوس منز یوان یمہ وِزِ أسی دویمہِ زبأنیٚ ہنٛدی الفاظ
دخیل چھ کران ۔ غأر دخیل لفظن ہٕنٛد خأطر چھنہ یہ عمل معقول
مثالے عربو ییٚلہِ یونأنی علوم عربی زبأنیٚ اندر پھری تمن اوسے نہ ''پ''
یونأنی زبأنیٚ اندر اوس لہاز ا اوس تمن اکھ لفظ (اصطلاح) ''پیلاسوپہ''
عربو بنوو اتھ ''فلسفہ'' کأشرس اندر تہِ چھُ بولن وول طبقہ امہ نِشہ

مستقید سپدان اگرچہ بعض نام ہنا دتہٕ اَڈٕ پُرٕ اتھ کوٚدکٲ کلی کونہٕ خیال کرِتن مثالے شاعر بدلہٕ شاعرٕ ونن ۔ مجسٹریٹ بدلہ ''محاسریٹھ'' ونن بیترِ بیترِ تمام وبد وانو چھ یہوے طریقہ ورتاوس اونمت مثالے یمہ وِزِ ابن رسینا پنٕنز ''القانون'' لیکھان اوس تمہِ لیوکھ ''Colon'' لفظ بجایہ القولون یا ''colite'' بدلہ کولنٛج ۔ کٲشر چھ ونان کولج۔ انگریز وتہِ کوٚرائی یمو عربی تہٕ لاطینی زبانٕ ہنٛدٕن اَنتھ رسہِ نےٚ الفاظن شکل تہٕ روٗپ بگرٲوِتھ چھیکرس پتہٕ لسانی کھسی پھرِ گٔرِتھ تمہٕ پنٕنز غاٗر دخیل ہاوٕ ۔ وۄنی چھُ یہ اکھ مسلمہ اصوٗل ز جُملہ ساخت گرٛھ آگرِ زبانٕ ہٕنٛد بناوٹہٕ بجایہِ ٹارگٹ زبانٕ ہٕنٛد قٲعدتہٕ لسانی اصولہٕ مطابق آسٕنز بلکہ تیوٗتاہ صاف زنہ پے یہِ کاٗتھہ اہم نکتہ تہٕ نہٕ گرٛھ بے جاہُر بر۔ البتہ ہکو أسی تقاضو تہٕ زبانٕ ہنٛد بو لسانی اصوٗلو مطابق لفظہ کم یا زیادٕ گٔرِتھ ییتھ جملک حُسن تہِ ہُر تہٕ کتھ تہِ أری پاٗٹھی تہٕ وضاحتہ سان واتہِ تہٕ اَمہِ خاطر چھُ ترجمہ کارس مولہ زبانٕ اندر لفظن ہٕنٛد ترتیب ڈٲلِتھ ٹارگیٹ زبانٕ ہنٛد موزون مناسب تہٕ معقوٗل محاورن ہنٛد استعمال کٕ تہِ اجازت قاعدن اندر مذکور بشرطیکہ

یمہِ کتھ ہُنٛد اِیِیہِ خیال تھاوُنہٕ زِ کُنہِ لفظُک یا اصطلاحُک یُس ترجمہ کُنہِ جایہِ کرنہٕ اِییہِ سُہ آسہ تِتھۍ معنہ یَس منٛز پرٛتھ جایہِ ورتاونہ یوان یتھ معنہٕ یٚچ یکسانیت تہٕ ہشر برقرار روزِ تہ پرن وألس کُنہ دُلملس اندر تراونہ یِیہٕ

("ترجمہ کا فن اور ریوایت" ڈاکٹر خمر ۷۰)

تحریری ترجمس تہٕ چھ وریاہ قسم مثالے موضوع کہ اعتبار چھ اتھ علمی، ادبی، مذہبی بیتر گاچھ وچھنہ آمٕژ۔

علمی ترجمس اندر چھ تکنیکی تہٕ فنی علمس پٮ۪ٹھ مبنی کتابن تہٕ لیکھن ہُنٛد ترجمہ شامل۔ اتھ اندر چھ یمن علومن پٮ۪ٹھ سپدیمٕژ بحث و مباحثہ تہٕ یوان مثالے سائنسی موضوعات، طبی شعبس ستۍ وابسط علوٗم ریاضی ہٕنٛدِس ضمنس منٛز لیکھنہ آمٕژ کتابہٕ یا کمپیوٗٹر سائنسی بیتر بیتر اَمہِ خأطر چھُ یہ لأزم زِ ترجمہ کارس آسہِ دوشوٕنٕی زبانٕن پٮ۪ٹھ ہٕشی تہٕ ستۍ واقفیت یتھ فنی یا علمی موضوٗعس پٮ۪ٹھ کتاب ترجمہ کرنہٕ آسہِ یوان ترجمہ کارس آسہِ تمہِ شعبہ تہٕ تمہِ موضوع کٕن تمام چیزن ہُنٛد پوٗرگیان یتھ اصطلاح سازی منٛز کانٛہہ تھانتھ اِییہ نہٕ گویا کہ گرٛٹھ ترجمہ کارس

متعلقہ شعبس منز باضابطہ پأٹھی مہارت آسٕنۍ۔

اَمہ پتہ چھُ دویم ادبی ترجمہ یوان۔ اَتھ چھ بامحاورٕ ترجمہ تہٕ
ونان اَتھ اندر چھ ادبی تخلیقت نمایان آسان۔ تشبیہن، استعارن،
محاورن اشارٕ وکنایہٕ تہٕ علامژن ہُنٛد تخلیقی ورتاو آسان۔ امہ خأطر
چھ ترجمہ کارسنٛد لسأنی صلاحیژ وٕستی ممتاز آسُن لأزمی یُتھ سُہ الفاظن
ہنٛدس ترجمس دوران اظہارِ بیانس ادبی پیرایہٕ تخلیقی زوزہ تہٕ عطا
کرِ۔ یہ چھ وریاہ دشوار قسم زاننہٕ یوان۔

اَمہِ پتہ چھ ترٛیُیم قسم اتھ چھ آزاد ترجمہ تہِ ونان تہ صحافتی ترجمہ تہِ
۔ اَتھ اندر چھُ مؤلہ لیکھک معنہ مفہوٗم سمجھتھ سُہ ٹارگیٹ زبأنۍ اندر
تمہِ اختصار تہ وضاحتہ سان بیان کرنہٕ یوان تمہِ آیہِ زکانٛہہ اہم کتھِ
سپدنہ نظرانداز یا متروٗک۔ نہ روز کانٛہہ کتھ مبہم یا اڈلچ اَمہ قسمکی
ترجمہ کارگژھن زبردس ذہین تہٕ یادوترِ کی تہِ مأہر آسٕنۍ۔ اَمہِ پتہٕ چھ
ژورمہ قسمک ترجمہ۔ اتھ چھ لفظ ترجمہ تہِ ونان۔ اتھ اندر چھ
ترجمک لفظ لفظ مؤلہ لکھأری سندِ یے ترتیبہ مطابق آسان۔ مؤلس تہ
ترجمس چھنہٕ زبأنۍ ہنٛدِ بنہ ہریمانہٕ کانٛہے فرق آسان۔ بعض لوٗکھ

چھ اتھ سہل قسمک ترجمہ ونان مگر یہ چھُنہ سُہ مقصد پوٗرہ ہیٚکان کٔرتھ یُس جُملہ جملہٕ کتھ یالیکھِ مکمل ترجمہٕ کران یہ چھ صرف لفظن ہُنٛد معنہٕ مترادف سمجھنس منٛزٕ یوت مدد کران۔ بعض دوست چھ اتھ بأتے ترجمونٛشہ مشکل خیال کران اَو کِنی تکیا زِ اتھ اندر چھ لفظن ہنٛدی شوٗدی معنہ تلاش کٔرنی پیوان یمہٕ بعضے غأب تہٕ بعضے موٗلہ لکھأری سُنٛد مدعا مقصد نِشہِ دور چھ آسان تہٕ اتھ اندر چھ کتھ پوٗر پأٹھی واضح کرنہ موکھ اپز أری حأشی یا بریکٹن ہُنٛد اِستعمال کرن پیوان۔ اَمہِ قسمک ترجمہ چھ صرف کینٛژن صورتن منٛزٕ یوت منأسب مثالے قرانی الفاظن ہنٛد ترجمہ۔

اَمہِ پتہٕ چھ پانٛژم قسم تفسیری ترجمہ ونہٕ آمت یہ چھُ مذہبی ترجمہ کس زمرس اندر یوان۔ اتھ اندر چھُ ہیرِ بیان کرنہ آمتہٕ طریقہ کتھ ہُنٛد معنہ تہٕ ترتیب خیال تھاونہ یوان تہٕ کتھ امانتھ پأٹھی واتناونک احتیاط رچھنہٕ یوان یہ چھ مأہر واریاہ مشکل قسمک ترجمہ خیال کران۔ اَوے چھ عالمس اندر صرف کینٛہہ گرٛنٛز سمبے مُفسر قران پأدٕ سپدیمٕتی۔

امہ پتہ چھُ اکھ ترجمہ قسم قانونی ترجمہ وننہٕ آمت یہ چھُ تمن قانونی دستاویزن وثیقن، حلف نامن، عدالتی فأصلن تہٕ کارواہُنْد ترجمہ آسان یمہٕ ملکہ کس اۄپنس ،قونونس یا عدالتس اندر رأ تج یا درج آسن۔ یہ چھُ بأ تے ترجمہ قسمو نِشہ زیادٕ نازک معاملہ یُس واریاہ دشوار تہ چھُ تہٕ اکھ سرٛ ون تجربہ آسنک تقاضہ تہِ کران چھ اَمہ قسمہ کس ترجمہ کارس خأطر چھ لأزم زِ تمن آسہِ لسأنی مہارٔژ ہستی ہستی قانوٗنی علومن ہنٛز تہِ بارٕ مہارت حأصل تہِ کیازِ قونونی اصطلاحن ہنٛدس ترجمس منٛز ہیکہ نہ لوغت تیٚژ مدد کٔرِتھ یوتاہ عدالتی نظامس منٛز روزتھ اچھ واقفیت آسنٕ کرِ۔

بہرحال یمہٕ تمام چیز پننہِ جایہِ اہم آسنہ باوجوٗد چھَ ترجُمٕ ضرورت پرٛتھ زمانس اندرماننہٕ نہ زاننہٕ آمژ تہٕ ہرگاہ یہ رأ تج سپد یمت آسہِ ہے تہ شاید آسہِ ہے نہ اِنسان دویمیو تہذیبو نِشہِ تابلدے یوت بلکہ آسہِ ہے زنتہِ انہٕن تہٕ کلہٕن زرہٕن ہنٛدس شہرس منٛز سرگردان تہٕ پریشان خیالن ہنٛدی پأٹھی زندگی ہنٛدی ژیہی گُذاران تہٕ ذہنی طور ہیکہ ہے نہ سُہ پننہِ آنگنکہِ دیوارنبر نیرنک خیال تہِ کٔرِتھ یعنے یہ چھَ

ترجمہ چی مہربانی زانسان چھ غأرزبانٕن ہنٛد بن تمدنن ہُنٛد باگہ دار بنتھ پنٕنہِ حاجت تہٕ تقاضکی چیز حأصل کران تہٕ پنٕنہِ نہِ مجبوٗری ہُنٛد علاج کران یُس زنہ ترجمک اصل مقصد تہِ چھُ۔

ترجمہ کاری ہنٛدی چھُ ژکہ ترٛے بڈی مقصدونہِ آمتی مثالیے اکھ یہ زامہِ ستی گژھ اکہ زبأنی ہُنٛد معلوماتی اثاثہِ ٹارگیٹ زبأنی اندر منتقل۔لہازا گژھ ترجمہ کارس ژأرکرنٕچ تھٔز صلأحیت آسنٕی تہ کیازِ ایژے أمی سٔنٛز ژأرشوٗز، باگہ بٔرژ،معیأری تہٕ مأری منٛزی آسہِ تیوٗت سپد امیک شوزر پزر، باگہ برژرتہ مأری منٛزرٹارگیٹ زبأنی اندرتہِ منتقل۔تہٕ دویمہ زبأنی اندرترجمہ کرنس تہِ چھُ یہوٗے مقصدزموٗلہ لیکھک مدعا مقصد،تہذیبی تہٕ لسأنی ثقافت تہ لسأنی تہذیب وتمدن سپد اتھ اندرمنتقل۔یتھ تمیک لسأنی سماجیات قومی تہذیب وثقافت تہٕ معلوماتی ذخیرأری پأٹھی سمجھنس منٛز مدد میلہِ۔ترجمہ کارس گژھن تژھ صلأحیژ آسنہِ یٔتھ سہٕ موٗلہ زبأنی ہُنٛد باگہ بٔرژرپنٕنہِ یاٹارگیٹ زبأنی ہنٛدس ہنگس فرِ تہٕ ہرگاہ تمہِ تھودتہِ کٔرتھ ہیکہ بشرطیکہ سُہ آسہِ زیادے پہن بوڈاحسان ٹارگیٹ زبأنی پیٹھ مگراکھ کتھ چھ بہرصورت

لأزم زتمس آسہِ ضرور یہ بُتر تہٕ صلأحیت زسُہ کرِ سورس زبأنۍ ہُنٛد
تہذیبی روٗح ٹارگیٹ زبأنۍ ہُنٛد ترجمہ کس مرس اندر دأخِل کم از کم
یٚتھے کن یتھ کنہٕ مولہ لکھأرۍ کوٚ رمت یا ویوٗژھمت آسہِ۔ یُس مولہ
لکھارس تہِ مولوہ تہٕ پرن وألس تہِ مؤلہٕ لیکھک ہیوٚ حظ تہٕ سیری
بخشہِ نتہ چھ عأنِ ممکن ز پرن وول گرٛھ مؤلہ لیکھٕ کہ شمہ تہذیبی پس
منظرِ نشے محروم یُس اَتھ اندر گُپتھ یا اأڈرتھ آسہِ۔

ترٛیم گو لفظن ہُنٛد جمالیاتی حُسن یُس بہرحال برقرار روزن
گرٛھ تہٕ یُس تہِ لفظ ٹارگیٹ زبأنۍ ہُنٛد ورتاونہٕ اِییہِ سُہ گرٛھ نہ کُنہِ
تہِ صوٗرتس منٛز تمن لفظن ہٕنٛدِ نِشہٕ کم پایہِ آسُن یتھ مؤلہ لکھأرۍ
ورتومت آسہِ یتہِ چھُ تجربس اندر آمُت ز لفظن ہٕنٛدۍ سطحی معنہِ چھ
پرن وألس نہ صرف بورے یأتی کران بلکہ چھس دُلمُلس منٛز تہِ
تراوان۔ لہازا چھُ ترجمکارس خأطر یہ لأزِم زِ سُہ تھاوِ ترجمس دوران
یمو چیزو ہریمانہ تہِ بأقے کینٛژن چیزن ہُنٛد خیال مثالیے گوڈنہ
کُے یہ ز۔

سُہ گرٛھ مؤلہ لیکھنٕچ زبان تمہِ کہ ادبٕچ، تمکہ قومی تہذیب تہٕ لسأنی

تمدنک تہٕ سماجیا تک نہ صرف گیان تھاوان آسن بلکہ گرٛھبس تتھ ہٕتۍ دلچسپی تہٕ ہمدردی تہٕ آسٕنۍ یتھ سٕہ تمیکۍ افکار کم از کم تمیے آیہِ محسوس کرِ تہٕ محسوٗس کرناونچ کوشش کریمہ آیہِ موٗلہ لکھاٗرۍ تم محسوٗس یا مشاہد کرۍ مُتۍ آسن تہٕ امہ خاطر چھُ یہ انتہاٗیی اہم زٕ تٔمس آسہِ دوشوٗنی زبانن تہٕ خاص پاٗٹھۍ موٗلہ لکھاٗرۍ سٕنٛزِ زباٗنۍ پٔٹھ پور نظر۔ سٕہ آسہِ تمچہ باریکہ تہہ داٗریہِ تہِ لسانی تمدنی نفاست زانان۔

دویم یہ زٕ سٕہ آسہِ پننہِ زباٗنۍ یعنے ٹارگیٹ زباٗنۍ پٔٹھ تہِ ہٕشی قدرت تھاوان تہٕ نٔوی نٔوی اصطلاحات تھٲرنس تہٕ ورتاونس تہٕ محاور تہٕ موزون الفاظ مناسب آیہِ ورتاونس پٔٹھ تہِ آسبس پوٗر صلاحیت باگہِ بورت بل تہِ بُتر بدس۔ ترییم یہ زٕ موٗلہ تصنیف یمہِ زمانہٕ تہٕ یتھ دورس ہٕتۍ تعلق آسہِ تھاوان ترجمہ کار آسہِ تتھ موضوٗعس تہٕ تتھ دورس متعلق پوٗر پاٗٹھۍ واقف یُتھ تمکہ پسِ منظرک عکس تہِ لاشعوری طور ترجمس اندر اٗڈرنہ اِییہِ

سارِوے کھوٚتہ اہم چھُ یہ چیز زٕ تٔمس آسہِ ترجچ پوٗرِ صلاٗحیت تہٕ امیک ولولہٕ تہٕ حوصلہ بدس۔ اَمہ ہٕتۍ چھ ترجمہ کاری ہنٛدی ہُنر

نیشناوتہ یوان، ترجمہ مأری منزٕ پراوان تہٕ ترجمہ کرنس منز دلچسپی

وۄتلان

دورِ جدیدس اندر چھ ترجیح اہمیت زیادٕ محسوٗس کرنہٕ یوان تہٕ کیاز زِ ووُنی چھُ دنیا اکھ گلوبل گام بنیومت ۔انسانی نقل وحمل چھ پرانہِ نِشہٕ زیادٕ ہریومت ۔ ہوأیی جہازک ایجاد، روپیہ ہنٛز فراوانی، نیٹ چیٹنگ بیترِ وسایلوَ کنٛی آے قوم تہٕ قومن ہٕنٛدی متضاد بول چال پوٗرٕ عالمس اندر دوٗ نزٕ راوِ تہٕ یم چیزن ترجیح ضرورت زیادٕ نمایاں کٔرتھ ہأوتہٕ ہُر رأ و ۔یتھ انسان تہٕ قوم اکھأکس ستی وکراونہٕ یِنہٕ کس صوٗرتس منزٕ کلوٗ گژھن۔ علمکی گیانن آنہٕ زبانن ہنٛز خصوٗصیژ بروٗنہہ کُن ۔یتہٕ آو سمجھ زِکتھ زبأنی کأژاہ توٗژھ تہٕ ذخیرٕ چھُ تہٕ یمہِ چیزچ تہٕ سٔپز ضروٗرت محسوس ز زبانن ہنٛدس لفظ گنجس ہربرٕ تہٕ باگہِ برژرکرنس اندر کمہِ چیزک خیال یے یہٕ تھاوُن ۔ترجمہ کارس چھ اورکن ظوٗن دنٛچ سخ ضرورت تمس چھ اکہِ زبأنی ہٕنٛدی خصوصیات تہٕ امتیازات دویمہِ زبأنی ہنٛدس ہنگس مرنہٕ موکھہٕ سخ جستجأز کرن تہٕ لأزمی تہٕ مناسب متبادل پیش کرُن مثالے کأشرِ زبأنی اندر چھُ ''سُہ'' ''ہُہ''

''بہ'' تہٕ ''ژٕ'' اردو زبٲنۍ اندر چھ صرف تیری حالژ ''وہٕ'' ''میں'' تہٕ ''تو'' اتہِ چھُ ''ہُہ'' تہٕ سُہ کُنہٕ انگریزی زبٲنۍ تہِ چھ ترٛی حالژ۔ یعنے یُتھ امتیاز ترجماونہ خٲطر چھ ترجمہ کارس منا سب لفظ ضرورت یمہِ خٲطر تمس کأشرِ لسأنی نفسیات بہ سماجیا تک تتھے گیان آسن گژھ یتھ کأشرس عام عقلہ وأ لس آسہِ مگر دویمہِ زبٲنۍ وأ لس خٲطر چھُنہ یہ ہرگز تہ تیوٗت سہل یوتاہ اَسہِ کأشرۍ بولن وأ لی آسنہٕ ۜکنۍ باسان چھُ۔ تہِ ہرگاہ ترجمہ کارس یہ واقفیت آسہ نہ لأزمن سپدِ تسند قلمہ ترجمانی گڑبڑ تہٕ یہ چیز چھُ یمہ کتھ ہنٛز اہمیت کھرِ کران زترجمہ کارس گژھ دوشونٛی آگر زبٲنۍ تہٕ ٹارگیٹ زبٲنۍ ہنٛد لسانیا تک یکسان درجک گیأنی تہٕ واقفکار آسُن ۔ تمس گژھِ جملن ہنٛد گرامری ساختیچ تہِ وأ قفیت آسٕنۍ یتھ جُملہ زبٲنۍ ہنٛدِ رائج لسأنی ڈھانچہ برعکس آسن نہ، مثالیے کأشرِ زبٲنۍ ہنٛد اکھ جُملہ ہرگاہ أسی نمون۔ ''الطافن سوٗزٕ کتابہٕ گرٕ'' تہٕ اتھ کرواردوٗ ترجمہ أسی ہکو نہ''الطاف نے بیجھے کتابیں گھر''، لیکھتھ یہ بنہ نہٕ معیاری جُملہ اتھ جملس اندر چھُ کأشرس اندر گوٚ فاعل 'الطاف' سوزٕ (فعل) کتابہٕ (فعوٗل) تہ گرِ (متعلق فعل)

ییٚلہ زنہ اردٕو زبانٛی اندر کأشرِس مقابلہ ''فعل مفعول فاعل تہٕ متعلق فعل'' جملچ ترتیبی تھٕرن بدلان چھَ۔ یہ چیز چھُ اَسہِ یمہِ پزٕرک ظوٚن دوان ززبانٛن چھ پننٛۍ پننٛۍ لسأنی کراپرٕ تہٕ گرامری نظام آسان مثالیے ہرگاہ أسی یہ انگریزی جملہ نمون '' There was a thief'' پتہٕ اَتھہاتھ لسأنی کراپرٕ برخلاف ترجمہ کرو ''یُس اردو زبانٛی اندر ''ایک چور تھا'' یا کأشرِ پأٹھۍ ''اکھاوس ژورا'' چھ بنان۔ ممکن چھُ تِم کرن امیک ترجمہ ''وہاں ایک چور تھا'' یا ''تتہٕ اوس اکھ ژوٗر'' تہٕ یہ چیز چھُ اَسہِ یمہِ کتھ ہُنٛد اندازکرناوان زِ پرٛتھ زبانٛی یمہٕ پننٛۍ ؤکھرِ اسلوٗب ،اندازِ بیان ،لسأنی کراپرٕ تہٕ گرامری نظام چھُ آسان سُہ زاننہٕ روٗستے ہیکہ نہ ہرگاہ تہٕ ترجمک تحریر کامیاب سپدتھ اَمہٕ ستیٚ چھ اَسہِ یہ حِس تہٕ میلان زِ أسی ہیکو ٹارگیٹ زبانٛی ہنٛد ہو لسأنی اصوٗلو مطابق بعض الفاظ ترأوتھ تہٕ بعض ہُرأوتھ تہٕ تہٕ بعضے ترتیب تہٕ ڈألِتھ یُتھ جملن ہُنٛدِس بناوٹس منٛز دوشونی زبانٛی ہنٛدس ہشرس تہٕ ہم آہنگی حوصلہ تہٕ رواج میلہِ تہٕ ترجمہ تہٕ مأری منزر پراوِ۔

ترجمہ کارس خأطر چھُ لازم زِ ترجمہ کرنہ پتہٕ پرِ سُہ باربار پننہٕ نِس

12

صرف تیری حالژ ''وہ'' ''میں'' تہٕ
انگریزی زبانٛی تہٕ چھ ترٛی حالژ۔ یعنے
ترجمہ کارس مناسب لفظ ضرورت یمہِ
سماجیا تک تتھے گیان آسن گژھ
مگر دویمہِ زبانٛی وألس خأطر چھُنہ
کأشرِ بولن وألی آسنہٕ کِنۍ باسان
کیفیت آسہ نہ لأزمن سپدِ تسند قلمہ
ہنٛز اہمیت کھرِ کران زِ ترجمہ کارس
ٹارگیٹ زبانٛی ہنٛد لسانیا تک یکسان
گژھِ جملن ہنٛد گرامری ساختہ
ہنٛدِ راتج لسأنی ڈھانچہ برعکس آسن
جملہ ہرگاہ أسی نمون۔ ''الطافن سوٗزِ
أسی ہیکو نہ ''الطاف نے بھیجے کتابیں
جملہ اتھ جملس اندر چھُ کأشرِس اندر
کتابہٕ (فعوٗل) تہٕ گرِ (متعلق فعل)

ترجمس ، بلکہ سٔبٹھاہ غورٕ سان ۔ یُتھ امیُکی گرامری سقم دوٗرین کرنہٕ تہٕ بیہٕ اِیپہٕ اتھ اندر مزید روانی تہ ہم آہنگی پأدٕ کرنہٕ ۔ ممکن چھُ الفاظ ژھانڈنس دوران تہٕ متبادل الفاظ ورتاونس دوران آسن اتھ اندر مغالطن مترادف یا الغابہ ہم شکل تہِ ہم وزن الفاظ آمُتی ، پرنس دوران ہیٚکن یمہٕ تہٕ شیرنہ یتھ ۔ ترجمہ کارس پیٚٹھ چھ لأزم زسُہ کرِ ترجمس دوران موٗلہ زبأنی ہنٛدی محاورٕ پھرنس منٛز زبردس زیرکی ہُنٛد مظأہرٕ ۔ یتھ نہ سُہ کاوِ گاٹہ جار ہاونہٕ پأٹھی ترجمس ہتی ہتی پنُن قلم تہِ لژھِ کرِ مثالیے ہرگاہ أسی انگریزی محاورٕ '' flmend your ways '' کأشرس محاورس منٛز آننہٕ بجایہِ تہٕ محاورٕ تلاش کرنہ بجایہِ أسی یہ ونوز '' مہربأنی کٔرِتھ کرِ پننہٕ وَتہِ مرمت '' یا اردوٗ پأٹھی یہ ونوز '' اپنے راستے درست کرو '' یہ کرترجم کارسندٕ ے ناوخٔجل ۔ دانا ترجم کارکرِ اَتھ پیٚٹھ پوٗرٕ غورزامیک اردوٗ یا کأشُر صحیح تہٕ موزوٗن محاورٕ کیا ہیٚکہِ دستیاب سپدتھ ۔ ممکن چھُ کانٛہہ بناوِ تہٕ پننہٕ منہ مطابق محاور مگرسُتہِ آسہِ بیقلأزی تہِ کیاز محاور چھنہ بناونہ یوان بلکہ چھ رَسہٕ رَسہٕ لسأنی ارتقأیی سفرس دوران پأنی پانے تہ نیے شونکی پأٹھی تمیے آیہٕ

زٕوان ییتھ کنہٕ کلٕن سونتہٕ بامن تہٕ تھرٕن پوش چھ زٕوان یا ییتھ کنہ بأتے لکہ ادب چھ زٕوان ۔ کأشر زبأنۍ اندر تہِ چھ ترجمکأری ہنٛز ریوایت سبٛٹھاہ پرأنۍ ییتہِ چھُ پالی دورس منٛز بدھ مت کٕن پیٹکسن پیٹھ مبنی تخلیقہ کأشرس اَنٛد رتالیف سپدیمٕژ یمن پتہٕ سنھأکی تہِ پالی زبانٕن اندر تہِ ترجمہ سپدۍ مگر بدقسمتی سۭتی چھُ کأشُر غأب تہٕ سنتھأکی تہٕ پأکی چھ وُنِس تام موجوٗد ۔ وننہٕ یوان یہ بیان ہتھ زیہِ چھ کأشری بودھ عالم ’’ناگ سینن‘‘ ’’ملندھ پانٛہہ‘‘ ناوِ کأشرِ زبأنۍ اندر تخلیق کٔرمٕژ ۔ یوٗتے نہ بلکہ چھ یہ اشارٕ تہِ نمایاں حٕس دوان سوال ووٚتلاوان زِ ہرگاہ وختہ وختہ لسأنی یلغار و لفظ متبادل کومتہٕ آسہِ ہییے نہٕ سأنۍ زبان کتہ آسہِ ہیے ونیکٕن لفظ راشتہ کنٛز اپٕژ مالا مال یہ چھا ییے وجہہ کنٛز زاَسہِ چھ أکس أکس چیزس کُٕژ کُٕژ معنہ مترادف بدس ۔ مثالے، اتھس، گُلہٕ تہٕ دست ۔ آبس وۄنۍ، پوٚنۍ تہٕ جل یا زمینہ، بتراتھ تہ درتی یا بُتل بیترِ بیتر گویا کہ چھ سانہ زبأنۍ یہ عمل پأنۍ پانے سپدیمٕژ سنسکرت، پالی، ہندو، انگریزی، ڈوگری تہِ فارسی زبأنۍ ہندٕن تمدنی یلغارن ہندٕن اروارن منٛز ۔ ووں گواَسہِ نش چھُنہٕ آثار و زیادٕ

امیک کانٛہہ ریکارڈے محفوٗظ یُس سائنس لفظ اشک اندر تاہم نمایاں، گیتھ یا اُڈرتھ چھُ۔ اسلام پتہٕ پتہٕ ییلہِ مسلمان سلاطین کشیٖر پیٹھ حاکم سپدی تمو دیت گوڈنچہِ پھرِ کاشرِ زبانِ اندر دینی ، تہذیبی تہٕ تمدنی لیکھن کاشرس اندر پھرنس کن ظوٗن تہٕ آے آنتھ رتی کاشرِن سنسکرت پارن ہنٛدی کاشری ترجمہ کرناونہ یمہِ ژکن ہنٛدِ ذریعہ زانہ گپر کس علمی دارالخلافس بار بار نار دِنہٕ کنٛہ اندھُتھے ضایہِ تہٕ ناپید سپدی ۔ زنہٕ تہِ اَسی نہ یمن پتہ سانہٕ ( کاشرہٕ ) فارسی دبہ وانومغل دورس اندر فارسی ترجمہ کوٚ ریمن ہنٛدی آثار وُنس تام کُنہِ کُنہِ نظر چھ گژھان ۔ امہ پتہٕ لُج کاشرِن علمی تہٕ ادبی ناگن اکھ موتہٕ ژھوپہ ہش نالی ۔ مگر اتھ دوران آے کُنہِ کُنہِ رازنامہ لیکھنہ یمہٕ فارسی زبانِ اندرے بارسس آے یوت تام مغل دورن روخصت نیوٗ ۔ امہ پتہٕ لگی کاشری اکہِ تہٕ دگہِ ہنٛز تشبیہہ دتہٕ اونہ موکھ دینی واقعہ ہن فارسی زبانِ ہنٛزن دلیلن ، قصن ، کہانٛن تہٕ مثنوین ہنٛدی کاشری ترجمہ بارسس اَنہِ مگر یمہٕ اَسی تمام منظوٗم ۔ نثرس اندر لیوکھے نہٕ کانٛسہِ یوٚت تام ۴۷ ہنٛد تقسیم ہنٛد بارسس آو۔ کاشرس تہٕ آوپننہِ

زبٲنۍ لول برنک پۄ ر موقعہ تہِ لگۍ مٔژری مٔژری یکے دوکے ادبی ترجمہ بارسس ینہٕ یموٚمٔژ اکثر بلکہ زیادٕ پٔہن ساہتہِ اکادمی ہٕنٛد امعا مکہ مارمتہِ تہِ بارسس آے۔

ازکل چھ بعض دوست تِتھی تہِ یم اَمہِ لالچہِ نِشہ تھود وتھتھ تہٕ علمی تصنیفن تہ علم پارن ہُنٛد ترجمہ بارسس أنہ نس پتہٕ چھ لگۍ مُتۍ یتھ اندر بعض دوستو ساینسی علومن تہ اصطلاحن ۔ بعضو ریاضی تہِ کینژ و افسانکۍ موضوٗع ترجمہ کٔری ۔ یتھ کأشرِ ہشہِ قدیم زبٲنۍ سرکٲری درجہ میلنہ پتہٕ نصابی ضرورژ پورسپدنس ہتی ہتی پاسہٕ علوم باگہِ ین مگر اَمہِ خأطر چھ یہ کتھ تہِ لأزم زلسأنی رضا کارکرن اجتماعی سوتھرس پٔٹھ امیک اہتمام۔ یونیورسٹی تہ اکادمی کرِ دارالترجمہٕ قایم یتھ علوٗمن ہٕنٛدی باگہِ برٕتی ترجمہ بارسس ین۔ حتیٰ کہ چھُ سکول بوڈس پٔٹھ تہِ یہ ذمہ دأری عاید سپدان زتمہِ کرن معیاری نصابی کتابہٕ بارسس آننہٕ موکھ سمی نارن تہٕ ورکشاپن ہُنٛد اہتمام یتھ زبٲنۍ تہِ سورے میلہ یچ یہ وأنسہِ وادو پٔٹھ حقدار آس۔ لسانی رضا کارادارن پٔٹھ چھ یہ ذمہ وأری زتم تہِ کرن ترجمہ الخاماتن ہُنٛد طریقہ رأتج پانہٕ تہِ

کرن امہِ خأطر تنظیمی دارالترجمہ قأیم تہٕ اتھ ستیٕ تھاون مأہر قلمکارن تہٕ پیشہ ورعألمن تہ سکالرن باضأبط پأٹھی یہ ذمہ وأری زِتم کرن اَمہِ ترجمہ کاروایی ہنٛز نگرانی۔ امہ ستیٕ ین معیاری ترجمہ بارسس تہ ژوپاسے ییٚلہِ چیدٕ چیدٕ کتابن تہٕ علوٗمن ہنٛدی کأشرِ ترجمہ بروٗنہہ کن ین یتھ زبأنۍ میلہِ جاودانی ستیٕ ستیٕ اکھ باگہ بورت ہُر برٕ تہٕ۔ لسأنی رضا کار تنظیمن پٮ۪ٹھ چھ یہ ذمہ واری تہِ عاید سپدان زتم دن حاکمن اندر امیک احساس پأدٕ کرنس ستیٕ ستیٕ عوامس اندر تہٕ امیک احساس ووتلاونکی پروگرام ترتیب یتھ تمن تہِ پننہِ زبأنۍ اندر پاسہ علوم پھرنٛچ اہمیت سمجھ ایِیہِ مگر فی الحال چھنہ اتھ ضمنس منٛز صرف ژویوترے یوالفرأدی کاوشوہر یمانہ کہین تہِ بروٗنہہ کن یا علمس منٛز یوان۔

حاشی:۔

۱؎ مصباح اللغات (ابوالفضل مولاناعبدالحفیظ بلیاری مکتبہ برہان اردوٗ بازار جامع مسجد دہلی ۱۹۵۰ ۸۳؎

۲۔ عکسی فرہنگ عامرہ مولانا عبداللہ خان خوہشگی ۱۹۸۰ء

اعتقاد پبلشنگ ہاوس سویی والان دہلی ۱۲۱ء

۳۔ جامع فیروز اللغات الحاج مولوی فیروز الدین ڈسکویی ادارہ

تبلیغ دین سویی والان دہلی ۳۵۴ء

۴۔ نیوسٹنڈ ارڑ ۲۱ فسٹ سنچری ڈکشنری اردو انگریزی مولف بشیر

احمد قریشی ۱۸۷ء

۵۔ ترجمے کی تاریخ DDE-MANUU فیٹ

۶۔ ترجمے کا فن اور ریوایت ڈاکٹر قمر DDE-MANNU

Net

پتہٕ مین کیژٕن ورین دوران آے وحشی سعیدنٕ فکشن پارن پٔٹھ مشتمل بعض کتابن ہنٛدی ترجمہ تہٕ بروٚنٛہہ کن۔ یتھ اندر کشیر ہنٛدٕ ن پایہ بڈٕن ترجمہ کارن ہنٛد تہٕ اکھ اہم رول چھُ یمن اندر مشتاق برقؔ سُنٛد انگریزی تہٕ رشید کانسپوری سنٛدی کأشرِ ترجمہ بطور خاص تھیکنٕ لایق چھ۔ چونکہ چھُ یہ تذکرہ کأشرِ زبأنۍ اندر لیکھنہ یوان

لہازا کروأسی وحشی سعیدس متعلق کاشرِ ترجمہ کے حوالہ کتھ۔کأشرِ
چھے اکہ سبٹھہے پرأنی زبان مگر بار بار رسم الخط تہٕ دربأری پالیسی
پروگرام حیکمتن یا سازشن تحت بدلنہٕ کنی چھُ امیک سورے قدیم ادب
گال کھالتس یتھ اِنٛدرأسہِ نِشہٕ امیک اِسلامہ برونٛٹھم تخلیقی ادب کہوٚ
علمی نظم ونثر تام گُپتھ یا معدوٗم چھُ ترجمن ہنٛز چھنہٕ کتھے۔حالانکہ بار
بار چھےلسأنی تارِیخہٕ یہِ اشارٕ دوان زِ کہِ یایہِ پھِرِ ہ چھے دارالترجمہ
قأیم کرنچہٕ کوٗششہِ تہِ سپدیمٕژ مگر بدقسمتی زِ تمہِ تہِ چھے سکہِ ہوا
سپدیمٕژ یتھ اندر بطورخاص پالی دورک ''ملندھ پانہہ'' کشتوأری
کأشرِ نثر پارک تذکرہ تہِ سپدان چھ یمیک اصل یعنے موٗلہ نسخہٕ اندہتھ
غأب چھ ییٚلہِ زنہٕ امیک سنبھألی تہِ مندارِن (چینی) ترجمہ ازتہِ
بودھن نش موجوٗد چھُ گو یا کہ چھے کأشرِن نثر پارن ہنٛز بأتے تہِ
بأتے زبأنن ہنٛز ترجمہ پتھ کالہِ تہِ سپدان روزمٕژ مگرازیُس ترجمہ
کأری سپدان چھےٚ اَتھ اندر چھ تمہِ نِسبب واریاہ آسأنی تہِ سہوٗلیژ
تھاوان یمہِ کنی واریاہ الفاظ بأتےٕ زبأنن ہٕنٛدی کأشرس لفظ گنجس منٛز
شأمل آسنہٕ کنی کأشراونس منٛز واریاہ اَسأنی سپدتھ ہکہِ مگر اَمہِ باوُجوٗد

ترجمہ اکھ سٕتھٕے کٕڈ ر عمل یُس کافی مہارت آسنک تقاضہ چھ کران تہٕ کیاز زبانٕن درمیان یُس ساختیأتی تہٕ اسلوبیأتی ہشر چھُ آسان سُہ چھُ یمہِ چیزک تقاضہ کران زِ ترجمس اندر گژھ نہ کانٛہہ ابہام یا سقم روزن تُیتھ یس اصل مُدعا مقصد پرن وألی سٕنٛدس دُنیہس دٕملس منٛز تراوِ۔ رشید کانسپوری سُنٛد ترجمہ چھُ امہِ حوالہ کافی مہارتہ سان تخلیق سپد ہمت۔ رشید کانسپوری سٕنٛز و کاوشو یمہٕ ترجمہ وحشی سعیدٕنٛن فکشن پارن یا تصنیفن بروٚنٛہہ کن آے تِمہ چھ "سُہ گرٕ کیتھ آسہِ تہٕ "کٔنز کٔنز أنہٕ" یِتھن کرو أسی یمن دوٚن ترجمن ہنٛد اکھ سرسری تفصیل وحشی سعیدنہ فکشن نگاری تہٕ ترجمہ کارسٕنٛزن کوشش ہند حوالہٕ پیش۔

ا سُہ گرٕ کیُتھ آسہ۔

دوٚیہِ کم ساڈن ژوٚن ہتن صفن پٮ۪ٹھ پھٕہلتھ یہ دیدزیب چھپأے تہٕ مأری منٛز سمبرن چھےٚ وحشی سعیدٕنٛن ترٕن ناوٲلٹن تہٕ اکونزٕہن افسانن ہنٛدس کأشرس ترجمس پٮ۪ٹھ مشتمل۔ کتاب سپٕز میزان پبلی شرز کہ اہتمامہٕ ۲۰۲۰ؠ شایع۔ یہ کتاب چھےٚ مؤلہٕ لکھأری سٕنٛدِ ونہِ

مطأبق ترجمہ کارن کأشرِ زبأنۍ ہنٛدِ ناوِ منسوٗب کرمٕژ۔ کتابہٕ ہٕنٛدس
ۍسلابس منٛز چھُ نوٗرشاہ ''گلو میوٗٹھ'' عنوانس تل کتابہِ متعلق یمہِ آیہِ
پنٕنۍ تاثرات رقم کران ز۔

''۔۔۔۔ وحشی سعید چھُ پننہِ مجنٛژ ،لگن، تجربو، احساسو تہٕ پننہِ
مخصوٗص اندازِ تحریر کہِ وأسدِ فکشن کِس دُنیہس منٛز پننۍ اکھ پرزنتھ
بناونس منٛز کامیاب سپدۍ مُتۍ۔ یہنٛزِ اکثر کہانیہ چھےٚ علامتی
آسان، یہنٛدِ پرنہٕ تلہٕ یہُنٛد اسلوٗب تہٕ یہنٛدِ طرزِ بیانچ خوٗبیہ بروٚنہہ
کُن چھےٚ یوان۔ یمن کہانٕژن اندر چھُنہ فقط زندگی ہنٛد بٔن مختلف
گوشہٕ نے ہنٛز عکأسی سپدان بلکہ چھ یمہٕ فنی اعتبارٕ تہِ زبردس اہمیتچہِ
حامل۔یہنٛزن کہانٕژن ہٕنٛدۍ موضوٗع چھ اکثر بے حد دلچسپ
آسان، یہنٛدس تاریخی پس منظرس انکار کرنٕچ تہِ کانٛہہ گُنجایش
چھنہٕ۔۔۔۔''

نوٗرشاہ چھ غالبن وحشی سعیدن لوٚکچارک ساتھی۔ یہنٛد ادبی سفر
چھُ یکوٹہ جأری۔نوٗرشاہ صأب چھ پانہ تہِ اکھ بہلہِ پایہ فکشن نگار۔
اکھ سنجیدٕ کاری تہٕ تنقیدزانن وألی یمو چھےاتھ ''گلو میوٗٹھ'' ناوپننہٕ نِس

تاثراتی ڈٕسلابس منٛز ترجمہ کارتہٕ ترجمہ کأری ہنٛدس بارس منٛز تہٕ زٕ ژٕور الفاظ لیکھی متہٕ ۔ یمہٕ پرن والین خأطر یتھٕن پیش کرنٕی مناسب معلوم سپدی ۔ تمہٕ ونان ز۔

’’ترجمہ کاری چھُ اکھ فن تہٕ ادبس اندر ہیکو نہ اَمہٕ فنٕچ اہمیت نظر اندازٕ کٔرتھ ۔ ترجمہ کرنس دوران چھ ترجمہ کارس ژھأر تہٕ تذبذبکی واریاہ مرحلہ بروٚنٛہہ کُن یوان یمہٕ خأطر دوشوٕنی زبانٕن ہنٛز تہہ دأری ہُنٛد گیان آسُن انتہأیی لازم چھُ ۔ رشید کانسپوری صأب چھ ترجمہٕ کہوٚ سرنوٚ ووگنوٚ نشہٕ أری پأٹھی زانیاب ۔ اوے چھ یہنٛدس ترجمس اندر نغمگی ہتہٕ ہتہٕ حسن تہٕ احساسکی زایقہ تہٕ مزٕ تہٕ وہرانہ یوان ۔۔۔‘‘

(سُہ گرٕکُیتھ آسہ صفحہ ۱۰)

اَتھ کتابہ ہنٛدس أخری ٹائٹل کورس چھُ ڈاکٹر عزیز حاجنی سنٛدی تاثرات تہٕ چھاپنہٕ آمتی یمن اندر موصوف مؤلہ لکھأری تہ ترجمہ کار دوشوٕنی ہنٛدی ادبی گون تہٕ صلأحیژ تھٲکان اَتھ ترجمس اکھ تژھ خوشبو قرار دوان یوسہٕ ونس تام کأشرِ زبأنی ہنٛدس دُنیہس اندر واتنے أس ۔ ڈاکٹر موصوف چھ یمہ آیہٕ رقم طراز ز۔ ’’وحشی سعید چھُ ماجہٕ

کشیرِ ہُنٛد سٕہ باگہِ بورُت گوٚبُرٕ تیمی سٕنٛدِ ناوٕ سٕتی پرتھ کأنٛسہِ کأشرس اردو زبأنۍ ہنٛدس ادبی دُنیہس منٛز عزت واتان چھُ۔ یمن چھُ خدایِن سبٹھاہ سوزمت تاہم گے نہ یمہٕ دُنیاوی لوہ لنگرس تہٕ چکہٕ چاوس منٛز نہ زیادٕ پرٕ تہٕ نہ موزٕ کھاَتھ تمہِ آیہ یتھ کُنہٕ اکثر سرمایہ دار کران چھ۔ اتھ برعکس گو یہ عشقہ مجنوٗن ادبی سوندر مالہِ ہنٛدی زلف شیرنس تہٕ سبنھانس سٕتی تیوٚت آورز شوقہ کٕہن نجدٕ ونن برابر آیہ ز اُمس مندور تہٕ محل لبنہٕ۔ دلچسپ کتھ چھے یہ ز کشیر منٛز بنیو ویہنٛد آرام دِہہ تہٕ پُرکشش ''شہنشاہ پیلس'' کاروباری آواجأہی کھوتہٕ زیادٕ ادبی تہٕ علمی محفلن ہُنٛد مرکز۔

وحشی سعید چھُ اکھ ممتاز فکشن نگار یہنٛز ڈٕو درجن علاوٕ ناولہٕ کہو افسانہٕ سمبرنہٕ چھپیمٕژ چھےٚ۔ امہ علاوہ چھ یم پتہٕ میوٚ دُونز ہوو ریو پٹھ مشہوٗر زمانہ ادبی میگزین ''نگینہ تہ مسلسل پأٹھی شایع کران۔ یہنٛدٕ ہن افسانہ سمبرنن تہٕ ناولن ہُنٛد ترجمہ چھُ انگریزی تہٕ بیٚیہ کینٛہہ زبانٕہن منٛز کرنہٕ آمت تاہم اُس کأشرِ زبأنۍ اندر یہ خوشبوے واتنے یہ زنہٕ ویوٹھہٕ پہن باسان چھُ۔

رشید کانسپوی صائبس شؤبہ شابش یموٚ یہنٛدی کیٛنہہ منتخب افسانہ
کأشرِ اُوتھ اَتھ تاریخی تہٕ قابل توجہہ کامہ دس تُل ۔ یودوے ترجمہ
کأری امہ اعتبار سبٹھاہ مشکل کأم چھے ز ترجمہ کارس گژھِ دوشونٛی
زبانٛن پٮ۪ٹھ بھرپوٗر دس رس آسانس ستی ستی تتھ ماحولس تہٕ تتھ کلچرس
پٮ۪ٹھ تہٕ نظر آسنۍ یتھ منٛز موٗلہٕ لکھأری کانٛہہ چیز تخلیق کورمت آسہِ ۔
چونکہ وحشی صاب چھ کأشرۍ تہٕ یہنٛدٮ۪ن افسانن منٛز چھے کشیرِ ہنٛدِ
ماحولُک تہٕ مِزِ ہنٛز بوٗ ٹاکارپأٹھۍ لبنہ یوان تہٕ ترجمہ کارتہِ چھُ چونکہ
کاشرے اَوِ کِنۍ آسہ نہ تٔمن موٗلہ تخلیقک مزاج تہٕ ژینن طرز
پرزناونس منٛز کانٛہہ بڑ دقت آمٕژ ۔"

اَمہِ کتابہ ہنٛدس صفحہ ۴۳۴، ۴۳۵ ہس پٮ۪ٹھ چھُ اکھ معروٗف
کأشُر أدیب جناب مشتاق برق یمن افسانن، تہٕ افسانہ نگارسنٛدی
تعریف یمہٕ آیہٕ کران ز:۔

"وحشی سعید سنٛزِ ادبی شخصیژ متعلق کیٛنہہ تہٕ وننہٕ یا قلمبند کرنہٕ
بروٚنٛہہ چھےٚ میانٮ۪ن نظرن تل جناب وحشی سعید سنٛز اکھ الگ تھلگ
تہٕ مکمل تصویر ۔ یم چھ اردوٗ زبانہ تہٕ ادبُک اکھ قابل تخلیق کار۔ سعید

صابنہٕ ادبی شخصیژ ہنٛدی واریاہ پہلوتہٕ چھِ یہنٛدٚ ن افسانن کردارن تہٕ منظر کشی ین منٛز خوب لبنہ یوان۔۔۔۔

وحشی سعیدنٛن کردارن منٛز چھےٚ تازگی، دیوانگی، خودمختاری، کشمکش تہٕ زندگی منٛز بروٚنٛٹھ پکنٕچ ووٚمید۔ یمن کردارن ہنٛز کامیابی چھےٚ یمن پتہٕ کنہٕ تھٲرِن وٲلی سنٛز تحقیق۔۔۔۔۔

یمن منٛز چھےٚ اِنسانی جذبن، تصورن تہٕ سماجی تہٕ اخلاقی سرگرمین ہنٛز خوبصورت عکاسی کرنہٕ آمٕژ۔۔۔۔ وحشی سعید چھُ اکہ خاص دلچسپی ہُنٛد پیروکار۔۔۔۔۔

پروفسر محمد زمان آزوودہ چھُ کٲشرِ زبٲنی تہٕ ادبہ کس دُنیہس منٛز اکھ ویوٚد ناویمہِ چھ اَمہ کتابہ ہنٛدٚ ن ۴۳۰ پیٹھ ۴۳۳ ہس تام ژون صفن پیٹھ مشتمل پوٚت نظر ناوٕ پننہِ نس تاثراتی تحریرس منٛز وحشی سعیدس کینٛہہ یادوابستہ کرِتھ کینٛہہ انکشاف یمہٕ آیہ کران ز

''۔۔۔۔۔۱۹۷۲ء منٛز اوس نہ دربار وخٲطر شہنشاہ پیلس ہوٹل وُنہ، وجوٗ دس منٛز آمُت۔ اما کرن نگرک مکانہِ اوس تیٚلہِ تہٕ'' نگینہ'' خٲطر نرِ دٲرتھ آسان۔۔۔ تتھ زمانس منٛز گوس بہ ءکرٕ لٹہِ

تور۔۔۔میانہِ خیالہِ چھُ یہ رسالہ سعید صأبن ۱۹۴۹ ہ منزٕ شروع کورمت۔۔۔"

۔۔۔سعید صابس چھےٚ کہانی بوزنأونی تہٕ بیس تام واتناوٕنی تگان۔ بہ اوسس اکثر یہنزٕ کہانی پرتھ یا بوزتھ دپان زأمی سنزٕ کہانی چھُ دنیا پران اردو گوأسی تھےٕ انگریزیس منزٕ تہٕ گیہ واریاہ ترجمہ۔ میأنی مأہرِ منصور صابن پھرِ کینہہ کہانیہ کنڈ زبأنی منزٕ تہٕ۔۔۔"

اَتھ کتابہ ہٕنٛدس ڈٕسلابس چھپیوٚ میون (عبدالخالق شمس سُنٛد) مضموٗن تہٕ پیش لفظکہ حثیتہ ہٕتی یمیکی کینہہ اقتباس مےٚ اَمہِ کتابہِ ہٕنٛدس ریلیز فکشنس پیٹھ پرٕی تہٕ یمہٕ بوزن والوٕ تہٕ ایوان صدارتن سٹھاہ پسند کٔری تہٕ داد دُیت یتھٕ کرہ بہ یہِ مضموٗن "سُہ گرٕ کیتھ آسہِ۔ میانہِ نظرِ منزٕ ذیلی عنوانس تل چسپان مگر اَمہ بروٗنہہ چھ یمہِ کتھ ہُنٛد اعادٕ اَوٕ موکھ تہٕ لأزم زِ سُہ گرٕ کیتھ آسہِ" چھ وحشی سعید نہ اکہ افسانک ناویمہِ نِشہِ اَمہِ کتابہِ ہُنٛد ناوننہٕ چھُ آمُت تہ اَمہِ کتابہِ ہُنٛد ترجمہ چھ انگریزی پأٹھی معروف کأشرِ أدیب مشتاق برقن کوٚرمت یُس کأشر ترجمہ ریلیز کرنہ کے دوہہ "دربارِ ادب" شہنشاہ

پیلس ہوٹلس اندر اکھ باوقار مجلسہ اندر سپُد ۔ کتابہ پٹھ لیکھنہ آمتہ ریوٗیوٚ مضموٗنکہِ یتھن شامل کرنہٕ بروٚنہہ کروٲسی گوڑٕ وحشی سعیدنٕن اردوٗ افسانن ہُنٛد رشید کانپوری صابن کاشُر ترجمہ یتھن پیش یُس امیے کتابہ منٛز مےٚ حاصل کوٚر ۔ میےٚ چھے وومید زِ یہِ ووتلاو پرن والین ذوقِ مطالعہ تہٕ ستیٚ بنن یمہ مضموٗنس اندر میانہ دعوٕکی شاہد تہِ ۔

''سُہ گرِ کیتھ آسہِ'' کتابہِ منٛز شامل ''رشید کانپوری'' سُنٛد ذریعہ ''وحشی سعیدنٕن'' کینٛژن افسانن ہُنٛد کرنہٕ آمت کاشُر ترجمہ۔

## عجیب شہرُک سفید گُر

لٲل أسا کرٕ یہٕنۍ۔۔۔؟

پرٛتھ وِزِ اوس مجنوٗنُن اَکوے جواب آسان۔۔۔

''میانوٕ أچھو وُچھِو''

یہ چھےٚ تِمَن دوہَن ہِنٛز کَتھ ییلہِ بہٕ ژُورمہِ جمأژ پران اوُسس تہٕ مےٚ أس گوڈنچہِ لٹہٕ ''لٲل مجنون'' کہأنی بوزمٕژ۔ شہرِ خاص کِس فتح کدل علاقس منٛز اوس وٕتھِ بٔٹھس پیٹھ میأنِس مألی بڑی بب سُنٛد کأشرٕ ہن اَتھِ کامہٕن تہٕ جوأہراتَن ہُنٛد شوروم۔ اَتھ شورُوٗمس پیٹھ أسی یورِ پی گرا کھ تہِ یوان گژھان۔

اکھ کأری گراوس سأنِس اَتھ شورُوٗمس پیٹھ پننہِ کامہِ باپَتھ یِوان گژھان روزان۔ میون بڑی بَب اوس حسب عادت اَمہِ شورُوٗم پیٹھ خوفتَنَس نماز پرنہِ گژھان۔ یہِ کأری گراوس اَتھ وَقتَس دوران مےٚ دلیلہٕ بوزناوان۔ یمہٕ دلیلہٕ آسہٕ مختلف جنگن تہٕ لولہٕ محبت چہِ بیترِ آسان۔ یمَو دٔلیلَو اوُسس بہٕ افسانوی دُنِیہُک موٚت بنووُمُت۔

نوٕ ری وأنسہِ منٛز اوُسس بہٕ گوڈنچہِ لٹہِ روز دار رُودمُت۔ مےٚ

اوس ۂ ہم روزٕ ۔ گرمی اُس پَنٕنس انتہاہَس پٔتھ ۔ میانٕہ بُڑی ہو

پیٖٹرن وُوٚ ن میانِس بُڑی بَبَس مےٚ متعلق۔۔۔

''بہٕ نَمَن یہِ رَ ژِھ کھَنجہٕ شکارِ منٛز ساٚلاہ کرناونہٕ۔۔۔!''

بڈی ببن دِتُس جواب۔۔۔

''یہِ چھے روز دار''

پیٖترٕ وُوتھس۔۔۔

''افطار سپدنَس تام اَنن واپس''

پیٖترَن کھولُس بہٕ شورٕ مَس نکھے گھاٹھ شکارِ۔شکاٗری روٗ زپکان۔

اَکِس جایہِ رُکییہ شکاٗری بٕٹھس پٔتھ۔مےٚ وُچھ گوڈنچہ لٹہٕ اَکِس

شاندار عمارژِ بروٚنٹھٕ کٔنہٕ سفید گُر۔یہِ اوس اَکھ تیٚتھ گُریُس نہ صرف

قدآور، خوشہٕ وُن تہٕ شانداراوس بلکہ یہِ اوس اَچھَن منٛز اَکھ تیوتھ

عکس ترٛاوان یُتھ لاٚلہٕ مجنون ہٕنٛزِن اَچھَن منٛز ترٛووُمت اوس۔

اَمہِ کِتھ ہُنٛد انداز سپدنَس لٔگی مےٚ واٚنسہٕ ہِنٛدی پییہٕ داہ ۂری۔میانٕہ

پیٖٹرن وُوٚ ن مےٚ۔۔۔

''ٹھہرسا۔۔۔!''

سہ ژاوسڑکِ پپٹھ ہِکس أ ہِکس وانَس منٛز یُس اَتھ سفید گُری

ہِنٛدِس پوٚتلِس بروٚنٛٹھ کَنہِ اوس۔ رَژھ کھَنڈ گُرِ ھتھ دژ اوسہ وانہِ منٛز

نبر۔ اَمہِ پَتہٕ گُرِ نٛی مےٚ اَتھس تھف تہٕ ژاوسڑک اَپارِ تمَن دوہَن

ہِنٛدِس أ ہِکس ناماوارریستورانَس منٛز تہٕ لوٚگ وَننہِ۔۔۔

’’پکھ ژٕ کھیاوَتھ چاوَتھ‘‘

مےٚ وُوٚنُس۔۔۔

’’چاچا!۔۔۔بہٕ چھُس روزدار‘‘

’’ژٕ چھُکھ شُر۔ ژٕ ہیکِکھ تاپہٕ سحرتہِ کھیتھ‘‘

ییٚلہ مےٚ برٛ ونٛہہ کَنہِ روغن جوش تھاونہٕ آو، مےٚ کَڈ دِلَن ووٚٹھ تہٕ

أسَس آم آب۔ یتھ پاٚٹھی لوٚگ میون رُوزَن ہنٛد دوہ تاپہٕ سحرس

چھَپہِ۔

ییلہِ بہٕ شوروم واپس وُوٚتُس تہٕ روزٕ کھولنُک وَق وُوت۔ میأنٛ

بڈی بِبن وُوٚن پَنٛنِس ملأزمس۔۔۔

’’یہ کرِناوُن افطار‘‘

مےٚ روٗدنہٕ پانَس تام تہٕ وُوٚنُم بڈی بِبس۔۔۔

14

س انتہاہَس پپٹھ۔ میأنٛ بڈی ہو

ےٚ متعلق۔۔۔

سأ لاہ کرناونہِ۔۔۔!‘‘

ن‘‘

ےٚ گھاٹھ شکار۔ شکأری روٗز پکان۔

پپٹھ۔ مےٚ وُچھ گوڈنٛچہ لٹہِ أ ہِکس

۔ یہ اوس اَکھ تیٚتھ گُریُس نہ صرف

ں بلکہ یہ اوس أچھَن منٛز اَکھ تیوتھ

شزِن أچھَن منٛز ترٛ وومُت اوس۔

ےٚ وأنسہِ ہنٛدی بیہہ داہ وٗری۔ میأنٛ

''دادا!۔۔۔مےٚ کھوٚتاپہٕ سحر''

بڑی بب روٚد رَژِھ کھَنجِہ مےٚ بُتھِ بتھِ وُچھان ، پَتہٕ لُوٚگ میأنس پیتَرس کُن خوفہٕ بُرژ نظرَ ووُچھنہ۔۔۔

''شرمہٕ کرُن سفید گُرِس سوار''

تہٕ پتہٕ لوٚگ مےٚ کُن مخاطب سپدِتھ وَننہٕ۔۔۔

''پننس پیتَرس نشہٕ آس دوٚر روزان''

سَتتھ وٕری گژھتھ توٚرمےٚ فکرِ زِ پننی بڑی ببن اوٚسس یہٕ زندگی ہِنز گوڈنچہِ حقیقژِ نشہٕ زأنی یاب کوٚرمت۔

یِیلہِ مےٚ میٹرک پاس کوٚر۔ میانوٚ یارَو تھاوٚ سفید گُرِس بروٚنٹھ کنہِ کِس ریستورانس منز میانہ پاس گژھنہٕ چہِ خوشی منز پارٹی۔ یہٕ اوٚسس پَنہٕ نِہ یارَن ستی ریستورانس منز اَژانے زِ مےٚ پییہِ بروٚنٹھ کنہِ چہِ عمارژِ پٹھ نظر۔ اَتھ بروٚنٹھ کِنیک سفید گُر اوس غأب۔ یہٕ سَپدُس زبردس حأران تہٕ کیازِ بروٚنٹھ کنہِ سڑکن پٹھ آولوٚ کہٕ اَرساتھاہ ووتلتھ۔ أکِس سفید گُرِس پٹھ اوس اَکھ دراز قد شخصاہ سوار یُس یمَن لُوکن ہِنز رہنمأیی کران اوس۔ یہٕ اوٚسس حأران سپدِتھ گرا

سفیدِ گُرِس وُچھان تۃِ گرا اُمس قدآور شخصس ۔ یہِ لۆکہِ اَرساتھ اوس تُمِس قدآور شخصس تعریفی نعرٕ وٕتی خوش آوٕے کران ۔ اَندہتھ اَسی ساٗری لوکھ خوش سپدان ۔ اَتھ راتَس آیہِ نہٕ مےٚ زُول تۃِ ۔ میانین کنن اَس گرِ گرِ تُمِس سفید گُری ہنزٕ ہینز کنن گژھان تۃِ وَنان اوس ۔۔۔

''مےٚ ژھاٗنڈِو ۔۔۔ مےٚ ژھاٗنڈِو ۔۔۔ مےٚ ژھاٗنڈِو ۔۔۔ بہِ کَتہِ چھُس ۔۔۔؟''

دُویمہِ دوہٕ وُوتُس بہٕ علی الصبح سُہ گُر ژھانڈان ژھانڈان تتھ عمارژ برونٹھ کنہِ تۃِ گوس تتھِن کھڑا ایٚتھِن تُمِس سفید گُری سُنٛد ٹھکانہٕ اوس ۔ راتھ یُس سفید گُر غاٗب اوس گومُت اَز سمکھیو سُہ گُر مےٚ تتھی عمارژِ برونٛہہ کَنہِ ۔ سفید گُر اوس غاٗب گومُت ، کتھ پاٗٹھی اوس غاٗب گومُت تۃِ کُمی اوس غاٗب کۆرمُت ، یہِ اوس اَکھ معمہ ۔

چوکس منٛز آو سٹیج بناونہٕ ۔ بلند قد شخص لۆگ سٹے جس پیٹھ بیہہِ نظرِ گژھنہِ ۔ تُمِس اوس نہٕ اَمہِ کتھِ ہُنٛد اَنداز زِ سُہ چھُ آخرِ لَٹہِ سٹے جس پیٹھ نۆن سپدان ۔ سُہ رۆد تقریر کران ، وَنان تۃِ وَنانے رۆد ۔۔۔

''مےٚ أنٛی عجأیب گرٕ پٔٹھ زٕنموٗنہٕ ۔۔۔نأدرتہٕ نایاب نموٗنہٕ۔یِم نموٗنہٕ أسی نہٕ عجأیب گرٕمنٛزٕ نیرنہٕ باپتھ تیار۔مےٚ کوٚ ریٚمن زارٕ پارٕ تہٕ بہٕ لُوٚگُس یِمن وَننہِ زِمیانٛن لۄکن چھےٚ تُہنٛز ضرورت''

لوکن ہُنٛد جم غفیراوس ووٚ ٹہٕ تٕلی تٕلی وَنان۔۔۔

''چون پرٛتھ کانٛہہ دُوٚپ چھُ سانہِ باپتھ حکم''

لوکہٕ ارساتھ یِیٚلہِ امیرا کدلہٕ کِنۍ پکان اوس، نعرن ہِنٛدِس گرٛزَس دوران ووٹہٕ ووٚٹھ کرنہٕ ستی پیِہ کینٛہہ زٕنٛی وٕنتھِ منٛز تہٕ گٔیہِ پیرٕ۔اَمہِ پتہٕ آیہِ امیرا کدلس دوشوٕیَو اندَ وٕشٕسترٕ وجألی لاگنہٕ یِتھ نہٕ کانٛہہ یژھنہٕ باوجودتہِ ویٚتھِ ہِنٛدِس آبس منٛز پیرٕ گژھ۔

قدآور شخص یِیٚلہِ شوٚ نگ تہٕ ووٚتھنگ ہیوتن نہٕ ناوٕ ے۔ساسہٕ بٔدی لوکھ رۄٗ دی أمِس شوٚنگمٕتِس شخصس أندی أندی پھیران تہٕ پتہٕ پتہٕ نیران۔تمَو منٛز اوس پرٛتھ کانٛہہ یژھان زِ سُہ دراز قد گوٚ ژھ ننٛد رِ ووٚتھُن تہٕ پیِہ اکہِ لَٹہِ گوژھ تمِن مخأطب سپدُن پوز تہِ سپُد نہٕ۔ پوشو ستی سجاونہٕ آمٕژ گاڑِ منٛز آو سُہ بلندقد تھاونہٕ تہٕ سأرسےٚ شہرس آیہِ أمی سٕنٛز میت پھِرناونہٕ۔یِیٚلہِ میت سفید گرٕس بروٚنٛٹھی کِنۍ دژایہِ تہٕ لۄکو

وُچھِی سفید گُرِس أچھَو کِنٕز کینٛہہ اُوٚش پھیرِی وَسان تہٕ پتہٕ وُچھکِ جذب تہِ سپدان۔ اَکھ سٕہ دور ووت اَندیٚلہِ فردٕ سٕنٛز اہمیت قومہٕ کھۄتہٕ زیادٕ اَس آسان۔

کینٛہہ دہلِ گُزریہِ۔ بیہِ دراس بہٕ اَکہِ پھرِ تمہِ وَتہِ ییتہِ سفید گُر اوس آسان۔ اَز اَس تتہِ اَکھ بٔڈ عمارت اِیستادٕ یوز سُہ سفید گُر اوس نہٕ۔ خبر مےٚ کیاہ سپُد۔ بہٕ گوس جنونی ہیو۔ ووٚنی اَسی مےٚ پرٛتھ جایہِ سفید گُری نظرِ گژھان۔ اَمہِ کیفیتہٕ ستی گوس بہٕ پرٛزِھیون ہیو۔ بہٕ اوٚسُس اَمہِ حالژِ منٛز نبر نیرُن یژھان یتھ بہٕ اصلی سفید گُر ژھاٚنڈتھ ہیکہٕ ہَن تہٕ سُہ تھاوٕ ہَن تتھی جایہِ یتٔھن سُہ غاٚب اوس گومُت۔ میون یقین اوس پرٛتھ ژٕہس تہٕ پرٛتھ برٛ نزِس مےٚ یہِ پرٛژھ کرٕناوان زِ مےٚ میلہِ ضرور سُہ سفید گُر تہٕ بہٕ وَنہٕ تٔمس سفید گُرِس۔۔۔

”ژٕ کَتہِ بیوٚڈھکھ ژٕوٚر۔۔۔؟ یَتھ عجیب تہٕ غریب شہرس چھےٚ چاٚنٛزِ ضرورت“

ہَچوس گُرِس زَچوز ہن۔

مےٚ چھُنہٕ اَمہِ گَتھِ ہُنٛد فقط گمانَے بلکہ پوٗرٕ پڑٕ زِ اکہِ دوہ یِیہِ سُہ سفید گُرضرور یتھ عجیب وغریب شہرس منٛز واپس تہٕ أزچہِ لَٹہِ آسہِ نہٕ تَس سفید گُرِس پٹھ کانٛہہ دراز قد شخص سوار بلکہ یِیہِ تیمہِ شہرُک مسیحا۔



## سورُے غلط سورُے ٹھیکھ

سڑکہِ پکان یُتھُے بۄ زانٛہہ آسمانَس کُن وُچھان چھُس ، میانِس ذیہنَس منٛز چھُ اکوے سوال ووتلان۔۔۔

''کیاہ یہِ صاف وشفاف نب تہٕ نَمیاہ زانٛہہ۔۔۔؟''

تِم سأری قصہٕ تہٕ چھِ میانِس ذیہنَس أندی أندی نژان یِم لُؤکو اسمان تہٕ اَسمانہٕ پیٹھِ منسوب کٔری مِتی چھِ۔ باضے چھُم باسان قصہٕ گٔژھی نہٕ حقیقت آسنی۔ دَپان ییلہِ آسمان نَمہِ سُورُے دنیاہ گژھِ فنا۔ زندگی واتہِ اَند تہٕ آدمی ذاتھ گژھِ نیست ونابود۔ آما پۄز زُہمہِ صدی چھِ پرٛانہِ روأیژ ہنٛزِ ژھایہِ روزٕ مژٕ کَتھہٕ نٔی راوان ووٗنمت زِ آسمانُک تصور چھُ غلط۔ اسمان چھُ دراصل فضا۔ پوز اسمان چھُ ٹھوس چیز مانٛنہٕ یوان۔ میأنی دوس موہنؔ وِنی بیہہِ سوے کتھ۔۔۔

''یارا!۔۔۔ بیہہِ آکھ سایِمنٕے ذہنی آولہٕ نبن منٛز ہیٛنہٕ''

''سوچان چھُس یارا، پتاہ چھُنہٕ کرنَمہِ یہِ اسمان۔۔؟''

''ہا۔ہا۔ہا۔ وُچھ سہٕ یارا۔ وِنبک تام نمیو ونہٕ، خأر جلدٕ ے نَمہِ'' سُہ روٗخصتھ کٔرِتھ دژ اس بہٕ کُنُے زُوٗن گرِ کُن۔ پوز ذیہنَس آسی

یِمَے خیالات گژھ کران یِیمہِ ساتہِ اسمان نمہِ، یہِ دُنیا گژھ فناہ۔ کاینا تکی تمام رنگ برنگی قدرتی نظارِ گژھن ختم۔ مےٚ اوس دِل کران زِ دوران دوران واتہِ ہا گرِ۔ پوز وَتہِ اوس جلوس یُس زِ ڈاے میل زِیوٗٹھ اوس تہِ میانہِ جسمکی ساٗری اَنگ اَسی خوف زدٕ سپدان۔ یمن لوٗکن ہُند مطالبہ بوزِتھ کھوژُس نہٕ بہٕ۔ پوز تہندی بتھی اَسی کھوژِ ناوان۔ تم یہِ وَنان اَسی تہِ اوس نہٕ ٹیوٹھ۔ وونی گو یِیمہِ اَنمانہٕ وَنان اَسی سہ اندازاوس کھوژوُن۔ تم اَسی نہٕ اَکھ جانور تہِ مران وُچھن یژھان۔ بہٕ تہِ ہے کانہہ مارنَس خلاف چھُس۔ پوز کُس کیاہ چھُ ونان، کیاہ چھُ کران، کیازِ چھُ کران، سماج کیاہ چھُ، سیاست کیاہ چھےٚ۔۔۔ سارنٕے چھُ تناو۔ گرِ واٗتتھ گوس بہ پننٕہ نٕن کتابن ستی آوُر۔ پوز کھوژنک یہِ نار کرِ چھُ سو کھِ سان شاہ دِوان ہینہٕ۔ یہِ چھ پھہلان۔ اَتھ منز چھِ سیدی سادٕ انسان تہِ ہینہٕ یِوان، یمَن نہٕ یتہِ خبر چھےٚ آسان زِ کیاہ سپُد۔ کتھ پاٹھی سپُد تہِ کیازِ سپُد۔ پوز یم یہِ نار زالان چھِ تم چھِ اَتھ ہرتہِ وُتُش دِنک ہونر تہِ زانان۔ تتھس ماحولس منز کتھ واتہِ کانہہ کاٗم اَند۔۔۔!

مےٚ گٔر پنٕنۍ کتاب بند۔ سو کتاب یَتھ اَندر اِنسانَن علم الاخلاق وُڈ نمُت چھُکھ۔ اما پوز یَتھ خوفہٕ برٛٲتس ماحولَس منٛز کیاہ اثر چھُ اَمہِ کتابہِ ہُنٛد کیاہ معنہِ چھُ۔ یہٕ دراس نہٕ پٔنِنس دوستس موہنٓس سمکھنہِ۔

"کرمیلہِ اَمہِ ماحولہٕ نِشہٕ نجات۔ کر دِن تَم گٔژتام انسان پننہِ علم الاخلاق آسنُک ثبوت یِہندِ ستۍ سورُے معاشرٕ اُولودٕ چھُ سپدان۔ سماجَس منٛز روزَن والین چھُ اَکھ اَکس پیٹھ اعتمادٕ ے ووتھان۔ مُلکٕکۍ سیاست دان تہٕ قونون دان گٔر سمجِن یہِ گَتھ زِ اَمہِ ستۍ پھہلہِ مُلکس منٛز انتشار۔ آخرکار ہیٚکَن نہٕ تِم تہِ اَمہِ نِشہٕ محفوظ روٚزِتھ"

"سورُے غلط۔۔۔ سورُے ٹھیکھ۔۔۔"۔۔۔ موہنٓن وُڈ ن ز یوٚٹھ ووش ترٲوِتھ۔

"غلط اَوٕ کٔنۍ زِ اَسۍ چھِ غلط وَتہِ لگٕمتۍ۔۔۔ ٹھیکھ اَمہِ کٔنۍ زِ وَق چھُ اَسہِ ٹھیکھ ہیچھٕ ناوان۔

"کیاہ چھُ ہیچھ ناوان۔۔۔؟"

"گولہِ ہُنٛد جواب چھےٚ گوٚلی۔ لورِ ہُنٛد جواب چھےٚ لوٗر۔ اَما پوٚز ز

ییٚلہِ انسان درندگی ہُنٛد پرٟدٕ بُتھِ پیٛٹھٕ تُلہِ تہٕ زانہِ زِپرٛتھ کاںٛہہ اِنسان چھُ اِنسانٕے''

''اَما کر۔۔۔؟''۔۔۔موہنؔ گرِ ترٛ اۄتھ یہِ سوال ہیٚتھ ییٚلہِ بہٕ پٔنُن گرٕ وُوتُس ،مےٚ وُچھ برس بروٚنٹھٕ گنہِ بابہٕ صأب۔

''کوٚت اۄسِو گٔمتی۔۔۔؟''

''موہنَسؔ نِش''

''کیاہ ژےٚ چھُے نا وٕنِیک تام سمجمت زِ موہنؔ چھُ موہنؔ تہٕ ژٕ چھُکھ ژٕ۔۔۔!''

بہٕ گوس زَن بُت ہیورٕ زِتھ۔پٔنَنِس بابہٕ صأبنہِ زبِو نیٚتھی الفاظ وٕنٛز اۄسم نہٕ وومید۔گوڈٕنچہِ لٹہِ سپُد مےٚ محسوس زِ آسمان نمیو۔مےٚ پییہِ موہنؔ نہِ کتھٕ تہِ ژٕتَس۔

''سورُے غلط۔۔۔سورُے ٹھیکھ۔۔۔''

نیٚتھی ہِو واقعات تہٕ الفاظ کرن اِنسانَس نیسب نابود۔



## انہأری اَچھرن ہُنٛد زُو

یہِ زأنِتھ تہٕ شیشہٕ محلس منٛز روزُن گوپٕنُن پان تیرَن تہٕ نیزَن ہُنٛد نشانہٕ بناوُن، مےٚ کوٚر تتہِ زندگی منٛز کینٛہہ حأصل کرنُک فأصلہ۔

ہنگہٕ منگہٕ سپُد سُورُے أکِس خابہٕ کِس کیفیتَس منٛز تبدیل۔ رأژ ہِنٛدِس اَنہِ گٲٹس منٛز چھُس پنٛنِس پانَس پتہٕ لاران روزان۔ اَتھ اَنہِ گٲٹس منٛز چھَم گرِ گرِ یہِ آواز کنَن گژھان۔۔۔

''یہِ سأرے مٲکھر کوٚ باپتھ۔۔۔؟''

''کیاہ مطلب۔۔۔؟''۔۔۔بہٕ گوس وٕنِتھ

''سوچ۔۔۔انجام۔۔۔''

زندگی ہِنٛدیم ژہی تہٕ ساتھ مےٚ سکونہٕ باپتھ تھأوی ٕمتی أسی، ووٕنی چھُس بہٕ پنُن پان تہِ یِمَن ساتَن منٛز سوچ تہٕ فکرن ہِنٛدٮ۪ن زندانَن منٛز قأدلبان۔ رأژ ہِنٛدِس اَنہِ گٲٹس منٛز ییٚلہِ ییٚلہِ تہِ مےٚ سرنٛی نٮ۪ندٕر پھٹان چھےٚ، میانہِ موچھِ منٛز چھُ اَکھ جزیرٕ پناہ گزین آسان تہٕ بہٕ چھُس اَتھ جزیرَس منٛز یِمَن انہأری اچھرن ہِنٛز پرٕزنَتھ کَرِنہِ کِس جستجوہَس منٛز آوُر گژھان، یُس مےٚ اَندر جذب گژھتھ تہٕ نِشہٕ موٗ رچھُ۔

## وَدِ وُن غریب

مےٚ اوس بوزمُت یُتھُے بوڈ دوہ یوان چھُ سہ چھُ پاَنس سٟتی واریاہ خوشی اَنان۔ پوز اَزی کٔس دُورَس منٛز چھِ یم بڑی دوہ ایمان دار تہٕ غریب اِنسانَن ہِندِ خاطر مشکلاتَن ہنٛز ڈالی ہتھ یِوان۔ اَکھ غریب پٔنُن خاندان پٔنٛز خاندارنی، زٕ شُری، مول تہٕ بیٚنہٕ سہ پانہٕ۔ سُہ چھُ یِمنٕے پالنہٕ باپتھ نم ژم گالان۔ خاندارنہٕ باپتھ اکھ سأڑی، شُرٕ بن دُون خاطر قمیض تہٕ نِکرٕ، مألی ہِندِ باپتھ کُرتٕی بیزار تہٕ اَکھ نوأبی طرزٕ چ ٹوپی تہٕ پَنٕنہٕ باپتھ اَکھ کُرتہٕ بیزار۔ یم ڈالہِ مٔلی ہینہٕ باپتھ جلکھِ جدل کران۔ یِمَو چیزَو ہریمانہٕ سارنٕے گربٔ ژَن باپتھ اوس تِمِس الہٕ پلہٕ اَکھ ہتھ روپیہِ درکار۔ پوز اَز آسٔس سرکأری دفترٕ منٛزٕ فقط ژتجی روپیہِ ترن واجنہِ۔ دون گأنٹَن لأنہِ منٛز روٗ زِتھ پتہٕ یێلہِ مےٚ وأری وأ ژ، بہِ دڑاس پنہٕ نوٕ خیالو منٛزٕ نبر۔ مُنش سنٛدس کژھس تَل اُسی بیٚنہٕ کینٛہہ زنی بہترین سوٹ بوٹ لأ گِتھ ودنی مُنش اوس منٛزی منٛزی تِمَن تہ پأنسہٕ دِوان۔

''ہے یہِ ہے سُے چھُ۔۔۔!''

ہَنا ژٕتھ دِتھ سَننہِ پتہٕ پچھون مےٚ اَکھ زۆن۔ سُہ اوس اَمہِ علاقُک مشہور غنڈٕ۔ ہفتہٕ وصولی تہٕ مارامأری اوس تٔمی سُند کار۔ راتھ کیُتھ اوس نہٕ کانٛہہ وَتہِ پکہٕ وُناہ تٔمی سٕنزِ چھٕرِ نشہٕ بٔچتھ ہٮ۪کان۔ یاتہِ اوس تٔمس وَتہِ پکہٕ وِنس پٔنن چندٕ خأ لی کرُن نتہٕ اوسُس پَننہِ پانہٕ نِشہِ اَتھِ چھٕلُن۔ أمی سٕنزِ اَمہِ قسمہٕ چہِ آمدنی اوس علاقُک پولیس تہٕ حصہٕ دار۔ دَپان آسی أمِس چھِ ہیورتام پِلَو۔ پَننہِ غنڈگی ہِنٛدِ فنہٕ سببہٕ اوس تٔمی واریاہ کینٛہہ پرٛ وومُت۔ اَما پوز شامَس دیسی تھرٕ تہٕ رستہٕ کبابَو یَڈ بٔرِتھ کرِکہٕ دِنہِ تہٕ لکہٕ لٔبھ کرٕنی اوس تٔمی سُند مومۆل۔ اَز اوس سُہ پانَس اَمہِ قسمکی پلو دَلوأ ِگتھ کیُتھ ہیوگومُت۔

مےٚ کور بی اے پاس تہٕ بہَن ؤری یَن ایمان دأری ہِنٛدِس دامنَس چیرِ تھف کٔرِتھ تہٕ غریبی ہٕتی کمرِ دَب کٔرِتھ کیاہ کورُم حأصل۔ ماہانہٕ ہَتھ روٗپینز نوکری۔۔۔! مےٚ اُوس جوش تہٕ ہمت ہَنا کم پہَن، نتہٕ ہکہٕ ہابتہِ یہِ فن پانہٕ نأوِتھ۔۔۔؟ ییٚلہِ اَکہِ رأژ وتہِ پکان بہٕ تٔمی رَچوس تہٕ مےٚ لوٗٹنہٕ باپتھ ماجہِ لکہٕ ژارِ، مےٚ گوخون گرم تہٕ کرٛ یوٗمَس ٹیُتھ شلکھ زِ بُتھی دَب لگان ژ جاوشرا کھ أتی ترٛ آوِتھ۔

اَمہِ واقہِ پتہٕ اوس سُہ ساًرسےٚ محلس لکہٕ ژاران۔ پوژ مےٚ کُن وُچھتھ اًسس پٔنٕی ڈلان تہٕ اوس ژوٚ رِبہان۔زاہ سپزس نہٕ میأنس ٹبرس کُن وُچھنچ ہمت۔

غنڈگی ہُند یہِ ہونراوس میانہِ باپتھ سبٕقھاہ آسان۔ پوز مأکی تہٕ بڈی ببن سُند دیتمُت ایمان دأری ہُند سبق آم بُتھِ۔ بہٕ وُتُس ایمان دأری ہِنٛدی اصول ژھانڈان ژھانڈان مفلسی ہِنٛدِس پُتھرِس پیٹھ۔ میأنی بی اے ڈگری تہٕ ایمان دأری ہندی اصول دَرییہ تہٕ تمی ہِندبن غنڈہ گردی ہِندبن اصولن بروٚنہہ کنہِ۔

''وٕلِو جناب!''۔۔۔مُنش وُوتھ بڑ نیزمی سان۔

سوٹ بوٹ لأگتھ أمی غنڈن واہرأ وِپٔنٕی مولج ژادر۔مُنش بٕر یہِ نوٹن ہنز وگنٛڈھ بوٚستی۔

''پوٚراَکھ لچھ روٚپیہ''

تمی ترٛ اَوی زبردستی مُنشَس زِ ہَتھ رُوٚپیہِ چندس۔مُنشَس پھوٚر نہٕ ژِ رہِ بلکہ کوٚرنَس گُلی گنڈِتھ شکریہ۔غنڈن ٹُل بوہرِ ہِندی پأٹھی روٚپیہِ لچھ نکھس۔مےٚ کُن دِژن نظراہ تہٕ دژ اوا سان اَسان۔

’’صاحب چھُ سبٹھاہ جان۔وِنۍ وِنۍ کوٚرُن سرکارَس نِش کدل بناوُنک بوٚڈ ٹھیکہٕ حأصل‘‘۔۔۔مُنش وُچھ حساب أمۍ سِندی تأریف کران کران۔

’’ژَ تجی روپیہٕ‘‘

دہن دہن ہِندی ژورنوٹ أسۍ تُٔمۍ ہِنزِ ایمان دأری ہُنٛد مول تہٕ بی اے ڈگری ہِنزِ سندِ ہُنٛد مول اوس ماہانہٕ ہَتھ روپیہٕ۔دہن روپَین ہِندی ژورنوٹ اَتھس منٛز رٹأنی گوغوطن زِیمن ژَ تجہَن روپین منٛز کِتھ کُنۍ ژُٔ مراوِسہٕ ہَتہٕ روپیک خرچ رٹتَس۔۔۔!



## سُہ گرٕ کیُتھ آسہِ ۔۔میانہِ نظرِ منز

اِنسأنی وجوٗ دچھُ دِلہٕ چھِن دوٗ براین اَلونت تہٕ آویزٕ۔شہہ گوتھامہِ تہٕ ژٕ نہٕ کانٛہہ تہٕ بہٕ تہِ کانٛہہ۔شَہن ہِنٛدِس أتھی کھسہٕ وَسَس چھِ غرض أسی زندگی وَنان یَتھ پٔتن اَکھ باضأبِط تہِ نمایاں روٗپ چھُ۔ یہِ روٗپ چھِ أسی ہمیشہٕ شَہہ ہیٚنہٕ ترٛ اونہٕ وِزِ پانہٕ تہِ اَچھِ آوازِ ہنٛدِس صورتَس منز بوزان تہٕ نَکھٕ تِلکِی تہِ چھِ اَتھ أری پأٹھی محسوس کٔرِتھ ہیکان۔ یہِے صداو چھُ لفظُک ڈٕسلابہٕ روٗپ اَندازٕ سپدان۔ گویا کہِ لفظس تہٕ زندگی چھُ پانہٕ وأنی اَکھ اَزلی تہٕ گہٕر رشتہٕ۔ اَوے مَاوٗن پأدِ کرن وألی زِ۔۔۔

''مےٚ دِیُت اِنسانَس چیزن ہنٛد ٚن ناوَن ہُند علم،یعنی لفظن ہِندِ علمُک گیان۔یہِ چھُ سُہ گیان یُس ڈکشنری معنہِ یو کیتہِ کور مختلف تہٕ باگہِ بورُت چھُ۔مثلن ہرگاہ أسی اَکھ لفظ ''گرٕ'' یعنی اُردو زبأنی ہُنٛد ''گھر'' تجزیہِ خأطرِ رَٹون، اَسہِ چھُ پیٹھَے بانہٕ اَمکی لغوی یعنی ڈکشنری معنہِ تَمہِ نِشہٕ بیون تہٕ وٕکھرٕ معلوم سپدان یمہٕ دراصل اَمہِ کِس حقیقت حالس ستی منسلک چھِ۔مثالے ہرگاہ أسی ڈکشنری

اَندرامِہ لفظِ کہِ معنہِ تیج تلاش کرو، اَتہِ چھِ اَتھ مختصرن ''خانہٕ، مکان تہٕ مسکن'' معنہِ نیران یعنی روزَن جاے۔ جاے یاسہٕ تعمیری کراپہٕ ییٚتہِ کانٛہہ خاندان (فیملی) رہائش کران آسہِ مگر ہرگاہ أسی امہِ لفظِ کِس اصلی دُنیہس منز ؤسِتھ أری پأٹھی نظر ترٛ اوَواسہِ چھِ اَکھ بُڈٕ جوٚری، پٕنٛز شُری تہٕ شُرٕبن ہِندی شُری ہیٚتھ أ کِس غأرمنقولہٕ کراپس اَندر مقیم لبنہٕ یِوان یِمہٕ غأرمنقولہٕ کراپس اَندر شأمل آسنہٕ باوجود منقوٗلہٕ وبٕرٕ ھنے ہیٚتھ اورٕ یور منتقل تہِ سپدان لبنہٕ چھِ یِوان۔ توَے چھِ ہمسایہٕ ژھانڈن وأرِس جواب دِوان زِ ''یہِ گرٕ چھُ کوٚت تام گومُت''۔ بظأہر چھُ گرٕ أتی آسان تہٕ گرٕ وألی چھِ منتقل سپدٕمتی آسان مگر گرٕ والین ہِنٛدِ خأطرٕ ''گرٕ'' لفظ استعمال سپدُن چھُ اَسہِ یہِ سوچنہٕ خأطرٕ مجبور کران زِ لفظ چھُ ڈکشنری معنہِ یوٚ نِشہِ تہِ پاسہٕ تہٕ بسیار معنہِ ین ہُنٛد مأ لکھ۔ اَمہِ طریقہٕ ہرگاہ أسی أری پأٹھی کتھَن سام ہیٚمَو، اَسہِ پیٚن لفظن ہندی معنہِ مترادف نِوسرٕ کھرٕ کرٕنی۔ مگر غور کرنہٕ پتہٕ چھُ ییٚتہِ معلوم سپدان زِ یہِ کأم چھِ بروٚنٛٹھے درِدَس نٕنہٕ آمٕژ بلکہ چھےٚ امہِ خأطرٕ برٛونٛٹھے اَکھ فردَن ہنٛز جماعتھ رضا کارانہٕ طور

عطائی صلاحیتو برتھ کأم کران روزان تہٕ یمن غأر منظّم یا اگر منظّم تہٕ سپدتھ ہیکن یا آسن، یمن چھِ أسی قلم کار وَنان، یمہٕ لفظن ہُند پاسہٕ اَنہار بدٕ کڈتھ زندگی ہندن تھن گُپتھ یا نمایاں پزرَن وَنہٕ چھِ کڈان، یمہٕ بصورت دیگر موجود آسنہٕ باوجود عام اِنسانن ہندِ خاطرٕ نا قابل توجہ ہوی چھِ باسان۔قلم کار چھُ یمن عام اِنسانن نش نا قابل توجُہ واقعاتن ہنز اہمیت تہٕ شدتک احساس دِنہٕ خاطرٕ تتھنے الفاظن ہُند سہارٕ نوان یمن عام انسان روزمرکہِ استعالہٕ کنی معموٗلی چھِ زانان۔اَمہٕ کتھِ ہُنٛد اندازٕ چھُ تمہٕ وِزِ اَسہِ أری پأٹھی سمجھ یِوان ییلہِ أسی وحشی سعیدنہِ افسانُک ''سُہ گرٕ کیُتھ آسہِ'' مطالعہٕ چھِ کران ۔یہِ افسانہٕ چھُ بظاہرأ کُس تتھُس واقعہ ہَس پٹھ وودِنی یُس ییہِ کُنہِ یاعالمَس اَندر گتلن اَندر سپد یومُت یاسپدان آسہِ،مگر سائنس افسانہٕ نگار سُنٛد تخلیقی ورتاو چھُ اَسہِ اَکھ تژ ھ ژینہٕ وِنی دِوان یُس اَکھ اٹل پزر چھُ،یمہٕ کنی افسانَس اَپزِ چ ہانژھ اَتھ صورتِ حالس منٛز خلاف حقیقت چھےٚ۔تہِ کیازِ حقیقتچ ترجمانی تہِ چھےٚ حقیقتھے روزان۔ لہٰذا چھُ افسانَس اَپُز یا اَپز کتھ وَنن وألی ہِندِس بیانَس پٹھ بانیے نفی

سپدان۔

أکِس زَبر قلم کارَس چھُ فطرتُک سرٚ ون مشأہدٕ آسان۔ سُہ چھُ تٔمِس وسیع شُنِس منٛزٕ ٹلِی ٹلِی گتھ کرن وأنِس پرنٛدٕ ہِند پأٹھی سماجس اَندر پٔنٕن تِیُتھ موضوع وَنہِ کڈان یُس یُٚت تھوٚد دٕکھُستھ تہِ بونہٕ سرسبز یا ہُوٚکھِس گاسَس منٛز سورٕ سورٕ کرٕنِس نہٕ وُچھنہٕ یِنہٕ وأنِس لوکٕٹس جاندار یا بٔڈ کانہِ وَنہِ کٔڈِتھ جونٹٕ چھُ ماران۔ وحشی سعید تہ چھُ تَمے سماج کہِ کارخانُک اَکھ حصہٕ یٚیمہِ اَنٛد رسُہ پنہٕ نِن افسانن ہُنٛد خام مواد حأصل چھُ کران۔ اَوَے چھُ أمِس یِمَن پھٕٹہِ جَن گنٛڈ مٕژراونُک فن معلوم۔ یہِ چھُ سماجَس اَندر بظأہر عام تہٕ معمولی واقعہٕ ہَن تہِ بَڈٕ شدت تہٕ سنجیدگی سان سنان تہٕ سٔنِتھ پتہٕ دأدِس مداوا کرنُک ظوٗن دِوان یا پانہٕ اَمیُک علاج تلاش کران۔ ''دلیل چھِ دراصل یہِ زِ'' سلسلہ وارا فسانُک نٔوم قسط چھُ اَمہِ پزٕرچ بہترین عکأسی، یَتھ اَندر أزی کِس سماجَس منٛز مند چھِ بُتھِس صلأحیژ آسنہٕ باوجود نہٕ زانَن وُول، بے کار، نااہل تہٕ بدبخت آسنٕچ لأزمی تصدیق چھِ سپدان۔ اصلی دُنیہَس اَندر چھِ تِتھی واریاہ واقعات سانِن

نظرن تل، ییٚتہِ صلاٗ حیت تہٕ ہُرٕ آسنہٕ باوجود بعض لۄکھ اِو َکنۍ تہٕ اَمہِ ورتاونہٕ نِشہٕ قاصر چھِ تہٕ کیازِ تِمن چھُ کتھ تام مرٕحلس پیٹھ حوصلہٕ افزأیی ہُنٛد حق آسنہٕ باوجود حوصلہٕ شکنی سپد مژ، یِمۍ چیزن تِمہٕ پَنہٕ نِہِن صلاٗحیژ ن ہِندِ وَرتاوٕ نِشہِ معذوٗر کٔری۔

یہٕ یِمہِ وِزِ یہِ افسانہٕ پران اُوسُس، مےٚ باسیوٚ وزِاَچھ عریأنی چھےٚ غاٗرضروری، مگر پوٗرٕ پاٗٹھۍ سَننہٕ پَتہٕ باسِیوٚ مےٚ زِپزٕی پاٗٹھۍ چھُ یہِ افسانہٕ اَکہِ تِتھ پزٕرِچ عکاسی یوٚسہٕ ییٚتہِ وارِیہَن بُرٕأییَن زنم دِنچ ذمہ وار بَنہٕ تَتہٕ ہیکہِ اَمہِ سٟتۍ سماجی بےتوزنی تہِ پاۄدٕ سپدتھ تہٕ سون افسانہٕ نگار چھُ اَکِس تِتھِس نفسیأتی داٗ دِس لفظن ہُنٛد تریاقہٕ علاج کران یُتھ ہَتھ نفسیأتی حکیم تہِ تشخیص کرنس منٛز ناکام سپدن۔ اَمہِ لحاظہٕ چھُ یہِ افسانہٕ نفسیأتی طور مغلوب (ڈپرشن) سپدیمتٮ۪ن بیمارَن خاطرٕ تہِ اَکھ بہترین کیمیا۔ تِتھٮ۪ن افسانٕن ہنٛز تخلیق کٔرتھ چھُ افسانہٕ نگار یہِ ہاوُن یژھان زِ سماج ہیکی نہٕ توٚت تام کامیأبی سٟتۍ ہمکنار سپدِتھ یوٚت تام نہٕ اَتھ اَندر لوکٕٹہِ کھوتہٕ لوکٕٹس تہٕ نَہ وُچھنہٕ یِنہٕ وأٮ۪لس ووٚقدٕرس تہِ علاج کرنہٕ یِیہِ۔ اَکہِ پلہٕ چھِ وحشی سعیدٕنی تمام

افسانہٕ اَمے آیہِ ترٛ ایہِ تھُرنہٕ آمٕتۍ۔ مثالے ''عجب زندگی غضب موت''۔۔۔یَتھ اَندرٕ کس باصلاٲحیت ماٲلس ماجہِ ہِندِس شہزادِ راجہِ زادِ ہنٛزِ زندگی محض صرف اَکہِ سماجی براٲیہِ کِنۍ تباہ چھےٚ سپدان تہٕ کیازِ تٔمِس چھُنہٕ پٔنُن من پسند باٲژ میلان تہٕ یُس میلان چھُس تٔمِس چھُنہٕ خاندانی تربیت صحیح آسان یُس پتہٕ گٔژھن اِنسانن ہُنٛد کو پاٲٹھی جانہٕ مرگ تہٕ ضایہِ سپدنک وَجہ تہٕ بنان چھُ۔

وحشی سعیدُن اسلوب چھُنہٕ کھُری لَد بیانن پٮ۪ٹھ مشتمل بلکہ چھُ صاف، سادٕ، شود نہ چھ کوٚدٕ کاٲکی تہٕ نہ وُٹھِتھ مُٹھِتھ۔مگر اَمہِ باوجود یُس فنی ابہام تہٕ تخلیقی خوبصورتی اتھ اَنٛدر موجوٗد چھےٚ سُہ چھُ اَمہِ کِس حُسنس ہٮ۪تۍ ہٮ۪تۍ پرن وٲلس طبقہٕ کِس تعدادس منٛز تہِ ہُر بٕر سپدنُک موجب بنان۔یُہنٛد اندازِ بیان چھُ فطری تہٕ معاشی۔یتھ اندر کانٛہہ ملاوَٹھ یا اکتساٲبی وَل نظرِ چھُ گژھان تہٕ یِتھٕن قلم کارَن چھ نگاہ تبدیل کرُن ناممکن آسان تہٕ نہٕ چھُ کانٛہہ اِنقلابہٕ یِتھٕن قلم کارن ہنٛدِ لِکھنُک رُوخ تبدیل کٔرِتھ ہٮ۪کان۔یُہَے وَجہ چھُ زِ یِہندٮ۪ن افسانَن ہُنٛد راٲبطِ چھُ لُکہِ کَتھ یا کُنہِ تاٲریخی واقعہٕ ہَس یا

کُنہِ مقأمی تأریخی کردارَس ءستۍ واٹنہٕ یوان۔ وُچھوے تہٕ افسانہٕ چھُ آسانےٚ لکھٕ کتھٕ ہِندی پأٹھی۔ فرق چھِ یژٕے زِ کتھ مژٕ چھُ عام اِنسانہٕ سُند پنُن اندازِ بیان آسان یێلہِ زَن افسانَس اَنٛدر قلمکار سند فن تہٕ تخلیقی لوأزمات تہِ شریک چھِ آسان، یُس اَتھ عام دلیلہٕ بجایہِ یا اَمہِ برعکس قلم پارٕ یا افسانہٕ چھُ بناوان۔ مثالے یہُندُ ے اَکھ افسانہٕ چھُ ''عجیب شہرُک سفید گُر''۔ عام انسان یا قأری ہیکہِ ''عجیب شہر'' کشیر خیال کٔرِتھ تہٕ ''سفید گُر'' کرِ تَمہِ راومتہٕ امن و سکونٕک تمثیلی یا استعارأتی الفاظ خیال یُس نمتہٕ یورِ عنقا چھُ حالانکہ ہیکَن اَتھ بیٚیہ تہِ کینٛہہ ذأتی یا اجتمأعی تأویلہٕ تہِ کرنہٕ یتھ تہٕ اَمہِ نِشہِ افسانٕک حظ تلنہٕ یتھ۔ مگر ہر گاہ أسی اَتھ أکِس تأریخی پزٕرَس ءستۍ واٹھ دِمَو یُس نوجوان پرَن وألِس طبقس خأطرٕ اَکھ خاص اطلاع آسہِ تِمہٕ کرَن اَمہِ افسانہٕ کہِ پرنہٕ پتہٕ دوگنہٕ حظ حأصل تہٕ بعض تِمہٕ لُوکھ یِمَن تِمَس گُرِس ءستۍ پَننہِ نوجوأنی دوران کانٛہہ جذبأتی وابستگی آسہِ ہے تِمہٕ ہیکَن اَمہِ افسانہٕ نِشہِ ترٛےگنہٕ حظ تہِ حأصل کٔرِتھ۔ یێلہِ تِمَن یاد پیوان آسہِ زِ ابم بی مال چھِ جایہِ اوس کنیر

ابینک ‌ِکس آنگنَس منٛز اَکھ سفید مصنوعی گُرقبلَس کُن بُتھ کٔرِتھ
نصب کٔرِتھ یُتھن تَمن یارَن ہَتی دُوہے سمکھُن اوس پیوان یا
سمکھان اَسی ۔ دپان انگریزَن ہِنٛد کشیٖر نیرنہٕ پتہٕ تہٕ اوس کُس تام
انگریز سالانہٕ کٔرٕ تام ٹٔنکہ اَمہِ گُری مجسمہِ کہِ رنگ روغنہٕ موکھ ارسال
کران یُس کمہِ تام شراب دُکان پٔتھ بٔٹن والہِ شراب برانڈک
نشانہٕ اوس ۔فسانہٕ نگار چھُ اَتھی بالمقابل اَکِس ریستورانس پٔتھ
پٔنٕنس پیترِ ہِنٛدِ ذٔری یہِ ماہ صیامس اَندر تاپہِ سحرکھیاوٕنک واقعہٕ یاد
کران ۔ اَمہِ زمانہٕ سولبہِ بٔتن وُول سُہ امن وسکونٕ تہٕ
معصومیت ژھانڈان ،تَمہِ راوَن تبلیک رُوداد بیان کران یِچ یاد
نَمتہٕ یور ‌ِکس زخمس زخمس پھکہِ نُون پیوان چھُ ۔ یہِ چھُ اَمہِ یاد کہ
ذٔری یہِ تَمہِ موٕلِلی دُردانہٕ تلاش کرنہٕ چہِ آژھ کران یمہٕ تژٕ ہَن ؤری
یَن ہِنٛدِس سکہِ سرابَس منٛز ذٔلی سکہِ ہِنٛدی پأٹھی رأسی سپدی۔
افسانہ نگار چھُ یتھی کُنی وقتی واقعہٕ ہَن ہمہ وقتی جامہٕ پأرِتھ ینہٕ والہِ
زمانہٕ خأطرِ اَکھ فکر گاہ پیش کران ۔ یتھی کیمیا ہٕ پتھ کُن تراوان یتھ
بُمہِ سِنہِ ہِندبن ٹُکران ہندی پأٹھی جُز اَستھ تہٕ کُل ووتلاوِنچ

صلاحیت آسہِ ۔ یہِ چھُ لفظن ہِندِ دریچہٕ کِنۍ اَندر تشریف نِتھ واقعہٕ ہَن اَنداز بیانُک ٹیُتھ وردن پاراوان یُس سازِ گرِ مہرینہٕ ہِندِ خاطرٕ لازمی چھُ بنان یُتھ سو دِلکش بنِتھ اَکہِ تِتھ نرمانُک باعیث بَنہِ یُس بنیادی عوامِلو نِشہِ تہِ معیاری تہٕ ماری مۆند آسہِ تہٕ اَمہِ خاطرٕ چھِ اُمِس زندگی ہِندی ذاتی تجربہٕ تہٕ سماجس اَندر سرون مشاہدٕ تھاوُن بھرپوٗر ساتھ دِوان۔ یُہَے وَجہ چھُ زِ اُمِس نِش چھِ گوناگوں موضوعہَن ہِنٛز بوٚہتات موجوٗد۔ یہِ زَن یِہنٛد بوٚ افسانو، افسانن اَنٛدر وَرتاوی مِتو کردارَو تہٕ واقعہ بیان کرنہٕ کِہ اسلوبہٕ تلہٕ تاثر میلان چھُ۔ تہٕ یہِ چھُ اَکھ فطری اَسلوب زِ انسان یِیہِ پَننہِ پوٚت کالہٕ کِہ حوالہٕ یِنہٕ کالہٕ خاطرٕ تیار کرنہٕ تہٕ یہِ چھِ اُسی اَلہٕ پلہٕ تمام اَسمانی صحیفو خاص پاٹھی آخری کتابہِ اَندر تہِ لبان زِ انسان چھُ قومَن ہِندِ عروجہٕ تہٕ زوالہٕ نِشہِ واقف گرِتھ پنُن حال تہٕ مستقبل رُت بناونہٕ خاطرٕ سنجیدٕ فکر بناونہٕ یِوان۔ افسانہٕ نگارَن تہِ چھےٚ اُتھی فلسفس تقلید گرِتھ قومَس خاطرٕ اَکھ بہترین فکرگاہ وۄتلاوِنچ کاوِش عملہ منٛز اٲنۍ مٕژ۔

یِہندٕ بن افسانَن ہِنٛدی تاریخی رابطٕ چھِ دِلس پریہِ وِنۍ تہٕ یِہنٛد

بسیار پاسل معنہٕ چھِ بار بار مطالعہٕ ہٕک ہٕس تہٕ حسٕ دِوان، یہِ تحریک تہٕ دِوان زِ یتھ تأریخی اِشارَس کُن حسٕ چھُ دِنہٕ آمُت سُہ کیاہ چھُ اصلی تہٕ حقیقت تھاوان۔

''قلوپطرہ'' افسانَس اَندر چھُ أتی تاپھ أتی شُہل تَمہِ طریقہٕ دأیراونہٕ تہٕ اَبساونہٕ آمُت زِ اَسہِ چھِ پَنٕنہِ سماجکی تَمہِ خوجہِ گرٕ تہٕ أچھَن تل یِوان یمہٕ چہ شہزادِ شہزادَن ہُنٛد ورزِنس واوَس موٗت کرنہٕ کِنیٛ بچھِنَس واتہٕ ناوِ۔ سماجَس اَندر بے روزگأری ہِندی تھَپل ہوسی یِمی سانٛہِن نوجوانَن جُفی ترأوِتھ شاہ رگہِ کھش چھُ دِیتُمت، افسانہٕ نگار چھُ تَمُیک رٛۄداد ''دند'' ناوِ کس مختصر افسانَس اَندر کران۔

وحشی سعید یہٕتِہ یتھ وحشی سماجس منٛز سعید یعنی نیک تہٕ بختاوار چھِ تَتہِ چھُ یُہند مطالعہ تہٕ واریاہ بختاوار تہٕ پاسہٕ۔ یِم چھِ اَمہِ کے استفادِ کولمبس ہِندِ سفرکہِ حوالہٕ یۄرپہٕ کِہن تِمَن تمام شرارتَن خبر ہوان تِہندِس ژٕکِس تل وأتتھ یمہِ گتھِ ہُنٛد نَنر کڈان زِ ژٕکہِ چھِ یِم لۄکھ نسلن بأغی تہٕ شرأرتی یہِ زَنہٕ ''أخر کۄت تام'' افسانَس اَندر ٹاکارٕ تہٕ غأر مبہم پأٹھی دأیراونہٕ چھُ آمُت، یَمُیک ثبوت اوترٕ اَسہِ

امریکہ ہَس منز احتجاجس دوران لوٗٹھ کرنہٕ وِزِ میُول ،یُس پانس مہذب ملک چھُ وَنان۔

یہٕ کرٕ نہٕ افسانَن پیٹھ زیادٕ کتھ اَوٕ کنٕہ تہٕ کیازِ ہرگاہ قاری یَمن پانٕے پرن، یمہٕ لبن امہٕ أندرٕ یتھی آنتھ رٕسی نقشہٕ پٕدی یمہٕ دأ نشورَن کامیأبی ہِندِس منزلس تام واتہٕ نَس زبردس مدد کرن تہٕ کیازِ یَمن افسانَن اَندر چھُ مأری منز یاد، راوَن تیُول تہٕ راوٕ نک سرٕ ون احساس،تھوٚ دووتھٕ نچ تحریک تہٕ قومی پتہٕ بجرٕرُم رُم اُ ڈرتھ یُس اَکھ گہرِ مطالعہٕ چھُ منگان۔

یہٕ کرٕ نہٕ افسانہٕ کس فنس پیٹھ کتھ مگراَکھ کتھ چھےٚ اہم،سوٚ گیہٕ یہٕ زِ یمہٕ افسانہٕ چھِ آ گرٕ اُردوزبأنی ہِندی یَمن پیٹھ مےٚ کتھ کٔر۔مگر مرحبا چھُ پٔنٕنس دوست رشید کانسپوری صأبس کرُن لأزمی یموٚ کأشرِ زبأنی ہنٛزِ مایہٕ یَمن افسانن کأشُر ترجمہٕ کوٚر۔رشید کانسپوری چھُ کأشرِ اَدبہٕ کِس دُنٛہِس اندراَکھ وِیودناو،یمہٕ درجن بَر کتابَن ہِندی مصنف، ترجمہٕ کارتہٕ ترتیب کار چھِ۔یمہٕ چھِ یتھ کتھِ پیٹھ یقین تھاوان زِ لسأنی تنظیمہٕ ہسکٕن نہٕ کأشرِ زبأنی تیٛوٚت فأیدٕ ہرگزتہٕ واتنأوِتھ یوٚ تاہ

قلم کارَن ہِندِ ذری یہِ اَتھ اَندر تخلیق ،ترجمہٕ تہٕ علومَن ہُنٛد ووٚپداو سپدِتھ ہیٚکہِ ۔لہٰزا چھُ یمَو اَمہِ خاطرِ پورٕ پاٛٹھۍ ہوٚل گونڈمُت تہٕ موجودٕ کتاب چھےٚ اَمےٚ سلسلچ بیاکھ کڑی۔ یُہُند ترجمہ چھُ یوٚت مأری موٚندتہٕ بجازِ گمانہٕ چھُ گرٛھان شاید چھِ یمہٕ افسانہٕ کأشرِ زبأنۍ ہِندی تخلیق یوسہٕ یِہنٛز کامیأبی چھِ ۔رشید کانسپوری زاے ۱۹۵۶ ؁ اندر رازٕ کنشکہٕ نِس دارالخلافہ کانسپورس اَندر۔ یمہٕ سپدی أ کِس گیزٹیڈ پُلسہٕ افسرٕ سند حیثیتہٕ ۲۰۱۳ ؁ منٛز ریٹایر۔وُنِس تام چھِ خمأری خاب،سوغات تہٕ زَلہٕ وِنۍ اَچھر ناوچہِ ترٛے شعرٕ سومبرنہٕ،فسانہ عجایب ،غبارِ خاطر تہٕ نظم چھپم نادلایان ناوِ کۍ کأشرۍ ترجمہٕ تہٕ نفسیأتی علومَن پیٹھ ''نفسیات تہٕ کینٛہہ نفسیأتی ہمارِ''، ''تعلیمی نفسیات''، ''بیان یوسفی'' تہٕ ''سیماب کشمیری'' یِہندِ اَتھِ دراٛمژ۔ ''گل تہٕ بُلبل'' ناوِشرٛن خأطرٕ یِہنٛزِ کتابہِ چھُ ساہتیہ اکادمی نوٕ دِلہٕ ہِندِ طرفہٕ ایوارڈ تہٕ مِیولمُت ۔

بنیأدی تخلیق کارٕ سُنٛد تذکرٕ تہٕ چھُ اَمہِ لحاظٕ تہِ کأفی اہم زِ تمہٕ تہِ چھِ یٔمےٚ سرزمینہٕ ہِندی سپوٚت یمَن پانس تہِ کأشرِ زبأنۍ ہُنٛد یُوت ژُک

چھُ زِیمَو کوٚ ررضا کارانہٕ طور یہ پسند زِیہنٛد ٮن قلم پارن گوڑھ کأشُر آے تہٕ بخشنہٕ یُن ۔

وحشی سعید چھِ اُردو افسانٕن ہِند حوالہٕ اَکھ مونٛمت ناو یمہٕ ۱۲ نومبر ۱۹۴۶ ہٕ منٛز نأید کدلہٕ سرینگر زاے ۔ خوشی ہٕنٛز کتھ چھےٚ یہ زِ یمہٕ چھِ پٔننہٕ اَتھہٕ ترتیب دِتی مِتِس خاکس منٛز پٔننٛز ماجہ زبان ''کأشُر'' وٕنتھ یہ ٹاکارٕ شیچھ ارسال کران زِ کأشر زبان چھےٚ یمَن نش تژھے یژھ پٔننٛز مأج قأبل قدر تہٕ انمول چھےٚ آسان ۔ پیشہٕ کنٛز چھ، یم اَکھ کامیاب تأجر تہٕ کشیر ہِندِس مشہور ''ترنبو'' خاندانَس سٟتی چھِ تعلق تھاوان ۔ وُنِس تام چھِ یہندی ۔۔۔ ''پتھر پتھر آینہ'' تہٕ ''ایک موسم کا خط'' ناوٕ کرٕ ناولٹ تہٕ ''کنوارے الفاظ کا جزیرہ''، ''خواب حقیقت''، ''سڑک جارہی ہے''، ''آسمان میری مٹھی میں''، ''ماضی اور حال'' (ترٛے جلد) ناوٕ کر افسانہٕ شایع سپدیمٕتی ۔ یہند مضامین تہٕ افسانہٕ چھِ مُلکہٕ کٮن نمایندٕ رسالن تہٕ جریدن اَندر شایع سپدان ۔ یم روٗ دی کالج دورَس منٛز ایس پی کالجِہ کہِ ''پرتاپ'' میگزینکی مدیر تہٕ ۱۹۶۸ ہٕ پیٹھٕ ۱۹۷۷ ہٕ تام تہٕ ۲۰۱۴ ہٕ پیٹھٕ وُنِس تام ''نگینہ انٹرنیشنل''

میگزینکی مدیرتہِ ۔مےٚ چھِ وُمید زِ یہِ کتاب یِیہِ پرنہٕ تہٕ لَبہِ کأشرِ ادبَس منٛز اَکھ شوبہٕ وُن ہُر بر۔



نوٹ:۔ میون یہ مضموٗن چھُ ''سُہ گرٕ کیتھ آسہٕ'' کتابہِ ہندس ڈِسلابس چھپومت۔یتھن کوٗر مےٚ یہ من وعن شامل۔(مصنف)



سند زِیہندٕ ہن قلم پارن گوڑھ کأشُر

رِ حوالہٕ اَکھ موٗنمت ناویمہٕ ۱۲نومبر
ے۔خوشی ہنٛز کتھ چھےٚ یہِ زِیمہٕ چھِ
منٛز پٔنٛنِ ماجہِ زبان ''کأشُر'' وٕنتھ یہِ
بان چھےٚ یمَن نِش ترٛشھے یڑ ھ
آسان۔پیشہٕ کنٛز چھ،یم اَکھ
ور''ترنبو''خاندانَس ستی چھِ تعلق
۔۔''پتھر پتھر آینہ''تہٕ''ایک موسم
ے الفاظ کا جزیرہ''،''خواب
''آسمان میری مٹھی میں''،''ماضی
سانہٕ شایع سپدیمتی۔یِہند مضامین
لن تہٕ جریدن اَندر شایع سپدان۔
کالجِ کہِ ''پرتاپ'' میگزینکی مدیرتہٕ
۱ پٹھ وُنِس تام ''نگینہ انٹرنیشنل''

۲۔ گٔنٛزٕ گٔنٛزٕ إٓنہ

یہ چھےٚ أمِی سے ترجمہ کارسٕنٛدِ اَتھ درأمٕژ دوٚیِم کتاب گوڈنچ اَس منتخب افسانن ہٕنٛدِس کأشرِس ترجمس پیٹھ مشتمل سمبرن مگر یہ چھے وحشی سعید نہ ''پتھر پتھر آئینہ'' کتابہِ ہُنٛد کأشُر ترجمہ۔ یہ کتاب چھےٚ موٗلہ لکھأری سٕنٛدی ذٕسی اردو زبأنی اندر مارچ ۲۰۱۴ ء منٛز شایع سپدیمٕژ تہٕ یہ چھےٚ اردوٗ علاوٕ ہندی زبأنی منٛز تہ چھپیمٕژ۔ یہ کتاب چھےٚ دوٗن حصن پیٹھ شامل أکِس حصس اندر چھُ ''پتھر پتھر آئینہ'' ناولٹ درج تہٕ دوٚیِمس حصس منٛز چھ ''ایک موسم کا خط'' ناولٹ شامل کرنہِ آمت۔ گویا کہ یہِ چھےٚ کتاب ۱۴۰ اصفن پیٹھ مشتمل دوٗن ناولٹن ہٕنٛز سمبرن مگر ترجمہ کار چھُ پننہِ نِس ترجمس دوران ''گٔنٛزٕ گٔنٛزٕ إٓنہٕ'' ناوٕ سُمبرنہِ اندر سٕتن ''ناولٹن'' ہنٛدس ترجمس پیٹھ اکھ ضخیم سمبرن اَلہ پلہٕ ژورہتھ شیٹھ صفہ واجنی مأری منٛز کتاب پیش کران۔ یوٚسہٕ میزان پبلی شرز کہِ اہتمامہ ۲۰۲۰ ء بازرس پیٹھ آمژ چھےٚ۔ اَتھ سمبرنہِ اندر چھ وحشی سعیدنٕ ناولٹن ہنٛدی

۱۔ گٔنٛزٕ گٔنٛزٕ إٓنہ ۲۔ دراگ ۳۔ اکہِ موسمک خط ۴۔ جأیز ناجأیز ۵۔ دہشت لول

۶ عجب زندگی غضب موت تہ ۷ فطرت، محبت ندامت۔

نٲوی ناولٹن ہنٛدی ستھ کأشرِ مأری مندی ترجمہ یمن متعلق کأشرِ زبأنۍ

ہُنٛد بہلہ پایہِ أدیب شفیع شوق یمہِ أیہ رقمطراز چھُ زِ۔

''۔۔۔رشید کانپوری چھُ مبارکک مستحق زِ تٔمی کوٚر ممتاز اردوٗ

فکشن نگار وحشی سعید سندٕن اکونزاہ افسانن کأشُر ترجمہٕ تہ اَمہِ

کامیابی پتہٕ تسندٕن ناولٹن تہِ۔ رشید کانپوری سنٛدی ترجمہ پٔرتھ چھُ

یقین سپدان ز وحشی سعید چھُ نہ اردوٗہس منٛز لیکھتھ تہِ کأشرٕن کیت

وۄپر بلکہ تہند ترجمان۔ زبان چھےٚ تیوٗت کامیاب تہٕ کومل وسیلہ زیہِ

ہیکہِ فنکارانہ ورتاوٕ ستۍ کُنہِ تہِ سمأجی، ثقافتی، اخلاقی تہٕ روٗحأنی

موضوٗعس زوٗ دِتھ تہ فردن ہنٛز تہٕ سماجٕچ نمایندگی کٔرتھ۔ رشید کانپوری

چھُ کأشرس پٹھ تیوٗت قدرت تھاوان یوٗتاہ اردوٗہس پٹھ چھُس۔

اَوٕ کنۍ چھُ سُہ آسانی سان اَکہِ لسأنی وسیلہٕ پٹھ بییس لسأنی وسیلس

پوٚرِ پوٚرِ کأم ہیوٚان۔۔۔۔وحشی سعید سنٛدی یم فکشنل تخلیق۔ گٔنۍ گٔنۍ

أنہ (پتھر پتھر آینہ) دراگ (قحط)۔۔۔۔ پٔرتھ چھُ اکھ اہم قابل

توجہہ مسلہِ بروٚنہہ کُن یوان زِ یم تخلیق چھا کأشرس منٛز ترجمہ کرنہٕ

آمتی کنہٕ اردوٗ ہس منز سوچتھ کأشرس منز کرنہٕ آمتی ۔ دراصل چھُ تخلیقی ادب مقامی تہٕ علاقایی لسأنی صورت حال ترأوِتھ ادبی صنفن ہندس ریوایتس ستی رشتہ تھوان۔تکیازِ شاعر آسہِ یا فکشن نگار سُہ چھُ پنٕنہِ من پسند ادبی صنف کہٕن پیشورن تہٕ ہم عصرن ستی تخلیقی تعلق اختیار کٔرتھ لکھان نہ زِ تنہا روزتھ۔۔۔

زندگی ہنز ترجمانی ہندس مقصدس ییٚلہِ اولیت آسہِ لسأنی وسیلس چھےٚ اضافی اہمیت۔۔۔۲۰۱۴ یا تمہِ برونٛہہ لکھنہ آمت ناول چھُ از تہِ تتھے پأٹھی کأشرٕن ہُنٛد حال درشاوان ییتھ پأٹھی تمہِ برونٛہہ یا از چھُ (شاید روزِ کأشرٕن ہنٛد لوٚگ لون برونٛٹھ کُن تہِ) کشیر ہنٛد سورے تاریخ چھُ یمنے ہولناک طوفانن تہٕ بربادین ہنٛد تاریخ۔اَز اگر وحشی سعید درشاونہ آو یگاہ درشاوس ییہِ کُنہِ زبأنی منز ییہِ کانٛہہ یُس کأشرٕن لکن ہنٛد ژکھ آسہِ۔۔۔''

شوقؔ چھُ اتھ تاثراتی لیکھس منز غایبس وُنتھ حاضر سُنٛدی خاصہ تہٕ خأصیژ چکاوان تہٕ تہنٛد موادتہٕ موضوٗع چکارس کھالان۔ یہوے چھُ بڑٕن سکالرن ہُنٛد خاصہ تہِ آسان زِ تم چھ حأضرس غایبہِ سُنٛد جامہٕ

وٲلِتھ خا کہٕ تھٕران تِتھی یمن رنگ بٔرنی ذہین لوٗکن آسانی سپد شوٗق چھُ یہوے وطیر ازماوِتھ ترجمہ کار ہنٛز خصوٗصیژ تہٕ پننہٕ قلمکہ زور نمایان کران ونان ز

''رشید کانسپوری چھُ کأشرس منٛز سعید وحشی سُنٛد فکشن منتقل کٔرتھ نہ صرف کأشرس فکشنل نثرس مالدار کران بلکہ کأشرٕن ہٕنٛدِ دردناک ہاوک باوک بنان۔ باوتھ چھےٚ بنیادی مقصد۔۔۔۔رشید کانسپوری سُنٛد ترجمہ روزِ کأشرٕن پرن والین تہٕ طالب علمن مختلف کأشرِ سماجکِو پزرزانہٕ نس منٛز مددگار تہٕ أتھی ہٕتی دِیہِ ینہٕ والین فکشن نگارن اصل زندگی متعلق لیکھنک ترغیب۔۔۔''

اَمہ کتابہِ ہٕنٛد ریلیز فکشنہِ خأطرِ تہِ اوس مےٚ تبصرہ پرنہٕ موکھ ونہٕ آمت یمہٕ موکھ مےٚ اَمہِ کتابہ ہُنٛد مطالعہ ہک شرف حأصل سپُد یتھ دوران مےٚ شوق صاب نٕن مولہٕ لبن الفاظن ہٕتی اتفاقن یتہِ محسوٗس کوٚرزِ کأشرِ زبأنی ہنٛد دامن چھُ واقعی اکہِ یا بیٚیہِ بہانہٕ وسیع سپدان۔ کأشرادب چھ ارتقاءٕ پراوان تہ نوہِ نوہِ صنفہ چھےٚ امہِ کس ڈٕکس مرنہ یوان۔ اَمہِ کتابہِ بروٗنٹھ اوسےنہ کأشرِ زبأنی اندر کأنٛسہِ

ادٕبن ناولبٹ لیکھنک سٕز کۄ رمُت شاید ما آسہِ ہے نہ اور کن ظۄنےٚ گرٕ ھان یا ما آسن فکشن نگار یہ سوچان زِ موبایل ینہٕ پتہٕ بنیے یہ شارٹ ٹایپ ا( مختصر قسمٕکی ) بٲوژول زیاد موثر اَوِ گَنٕز تہِ زِلۆکن چھَنہ زٕ ٹھی افسانہ پرٕنکی تہِ کیرن وۄنی بدس حتیٰ کہ آومنی افسانہٕ تہِ دۄن ترٕ ن جملن تام ژھوکان ژھوکان ناولٹ لیکھنچ تہٕ فرصت کتہِ اِیہِ مگر مے چھُ خدشہ باسان زِ ییٚلہِ قمیض ژھوٹان ژھوٹان نالہٕ ہوٹےٚ یوت بچہِ خبر یہ امیک پتھ کن ژریومت ''پٲن'' مابنہ ادٕ بچہِ پھاسہِ ہُنٛد باعث ۔ برابر چھےٚ یہٲے حالت وۄنی افسانس گٔمژ تہٕ یتھس صورت حالس اندر چھُ ناولٹ اکھ اعتدال یُس واقعی یتھ بے فرصت تہٕ تیز رفتار زمانس منٛز ناولہِ ہٕنٛز جاے رٕ ٹتھ ہیکہِ تہٕ کاشرِ زبٲنی اندر امیک یہ شوبہ دار دٔسلابہ چھُ واقعی خوش آیند یمہٕ خاطر رشید کانسپوری صابس مبارک شوٗبہِ یموٚ یہِ صنف یوسہ نہٕ کاشرِ زبٲنی اندر آسےٚ ترجمہ کہ درواز دٲخل گٔر تہٕ پزر چھُ ای زِ رشیٖد کانسپوری سُنٛد ناو روزِ لازمن امہ خاطر کاشرس لسانی تاریخس اندر بحیثیت اکھ دٔسلابہ کار درج۔

''کأشرزبأنی منز ناولٹ تہٕ ترجمہ کأری''

وحشی سعید چھُ اکھ اردوٗ فکشن نگار یہنٛد تعلق چھُ مگر کشیرِ سٟتۍ لہاذا چھُ یہنٛد دِل کأشرِی پأٹھی دُب دُب کران تہٕ یم چھ اردوٗ زبأنی اندر تہٕ اَمہِ کأشرِ دُب دبک روداد تہٕ فکشن کِس اسلوب وانداز س منز ترجماوان۔ لہاذا ایٚلہِ یہِ معلوم سپُد زیم چھ یمے بُتلہِ ہٕنٛدِ کرب و آزارک روداد بیان کران امیک یمیے بُتلہِ ہٕنٛز زبأنی اندر امیک ترجمہ تہٕ اوس انتھأئی اہم یمہِ خأطر وحشی سعید پانہ تہٕ آرزومند اوس۔ یہنٛزن یمن مقامی کرب پارن اوس اَمہِ بروٚنہہ ریاست تہٕ ملکہ چہن بأتے زبانن اندر تہٕ ترجمہٕ سپد یمت غالبن آسہِ ہے سو تہٕ وحشی سعیدٕنی اورزو تہٕ کیاز اَمہِ سٟتۍ اوس امہ دادبک اُے وأے تہٕ وجوٗہات اندی پکس تام تہٕ واتان مگر کأشرس اندر امیک ڈسلابہ اوس نہ کأشرِ زبأنی ہنٛد لأنی بجر کہِ ازلہٕ سعادت تہٕ ہرگزتہٕ ناممکن یمیک سٟز دوشوٚنی موٗلہ لکھأری تہٕ قلمکارن ہنٛدس جذبس زبأنی تہٕ قومی ژٕکس منز اوس تہٕ یمن میچ اَتھ اندر سرخرویی تہٕ اَسہِ سپد زبأنی یہٕ نو وصنف فکشن عنایت۔ خأر روٗنی یٚلہِ یہ امہِ نوٕ جانرک ڈسلابہ سَپُد مےٚ چھُے یہ کتھ

یتھن موضوٗع کہ تسلسلہ حوالہٕ مناسبہٕ خیال سپدان زأسی وچھ ہاوزِ
''ناولٹ'' گوکیاہ۔

اختصارس کأم ہیتھ ہیکو أسی ژھوٹۍ پأٹھی تتھ فکشن پارس ناولٹ
ونتھ یُس مقدار حوالہ رومانس پیٹھ مبنی عام ناولہٕ نِشہ نصفا یا زیادے
پہن تہٕ عام افسانہٕ نشہ دوسرِ یا ترٛے زیادے پہن آسہِ۔ مگراَمیچ تکنیک
چھے افسانہ نِشہِ واریاہ مگر ناولہِ نِشہ کم کاسہٕ مختلف۔ یہ چھُ ژکہ
اطالوی زبأنۍ ہنٛد ''نوولا'' (Novella) نِشہ ماخوذ ییتہ اگرچہ یہِ
رومانسہٕ خأطرے تہِ مخصوٗص چھُ مگراَمیچ تکنیک چھےاردوٗ انگریزی تہٕ
جرمن نِشہِ ہنا ڈٔلتھ۔ انگریزی زبأنۍ اندر چھ یہ
ناولٹ''Novelette'' تہٕ اردوٗ تہٕ کأشرس اندر تہِ آوامیے ناوٕ۔
اگرچہ اتھ أسی ناولچہ تہِ ونتھ ہیکو تتھے کن ییتھ کنہٕ أسی ''دیگ'' لفظٕ
کس ژھوٹس (تصغیرس) دیگچہ ونو مگر چونکہ چھُ وۄنی کأشر بروٹھ مہٕ
نِشہِ زیادٕ انگریزی خوانٛد۔ أمس چھے نہ وۄنی انگریزی الفاظن ہنٛدس
بولنس اندر سوٚتھانتھ یوان یمہِ کِنی أمی ''مجسٹریٹ'' لفظس
''مجاسریٹھ'' یا ایکسی ڈنٹ لفظس ''اکسیڈنڈ'' ونیاو۔ لہاذا چھ أسی

بعض ڈخیل لفظ فارسی تہٕ اردو نِشہ انگریزی زبأنؠ ہنٛدی زیادٕ مقبول لبان یمہِ کنؠ أسی ناولچہِ تہِ ناولٹ تہِ بوٗلتھ ہکو۔

ناولٹہ کس تیکنکس متعلق چھُ اردوٗ دُنیہکؠ ڈاکٹر عبادت بریلوی سُنٛد اکھ تفصیلی مقالہٕ تہٕ وٮ۪نؠ مشہوٗر ریُس لاہورٕ پیٹھ چھپن وألس ''نقوٗش'' ناوٕکس رسالس اندر ۱۹۵۵ء شایع سپُد تہٕ اردوٗ زبأنؠ اندر چھُ امیک ڈٕسلابہٕ کار مولوی نذیر احمد وننہٕ یوان۔ یم ''ایامیٰ'' ناوی ناولٹہٕ ستؠ اردوٗ زبأنؠ اندر اپٕچ شروعات کٔر۔ یمنٕہ رائے گذارن ہنٛد مطابق چھہ ناولٹ ''سستہ فکشن'' "Cheap fiction" وننہ آمت۔ بعضو چھُ اَمہِ لفظٕ بدلہٕ اتھ غیر معیاری فکشن وٮ۪نمت مگر بعضو چھہ یہِ وننتھ امہ فکشن صنفہِ ہُنٛز پاسدأری تہِ رچھمٕژ زِ یہ چھُ لوکس پیٹھ ڈٕرتھ تہ لول چھُ بہترین سماجہ خأطرانتھأیی اہم۔

وحشی سعید چھ اردوٗ ناولٹ کہ تیکنیکہ نِشہِ پوٗرپأٹھی زانیاب لہٰذا چھ اتھ اندر تمہِ تمام لوازمات موجوٗدیمہِ اردوٗ ناولٹہ خأطر لسأنی ماہرو مقرر کٔری تہ کأشرس اندر اردوٗ کیٚ ترجمہ ڈٕسلابہ سپدن چھُ اندازٕ کرناوان زِ غالبن سپدِ کأشرس اندر تہِ اردوٗ کیٚ طرزِ ناولٹک تقلید۔

تاہم ہسکو نہ اَتھ اندر کُنہِ طریقک ترمیم سپد تھ تقلید سپد نک امکان تہِ مستردکٔرتھ وحشی سعیدنس ناولٹس اندر مذکورہ پختگی تہِ مأری منز رچھُ غالبن یمہ سببہٕ تہِ سپد یمت زیم روٗ دی وِزِ وزِ مختلف رسالن، جریدن تہِ روزنامن اندر چھپان تہٕ بار بار چھےٚ یمن اندر مأری منز راتچ کوٗششہِ سپدِ نکی اشارِ میلان۔ چھیکرس چھ مطالعہ کرن والین ۂنز بیانہ مطابق یہندی ناوتام تبدیل کرنہٕ آمژ گویا کہ چھُنہ کرالہٕ سٔندی پأٹھی یمن شکلہٕ بدلاوان بدلاوان فنکارانہ حُسن عطا کرنس منز تخلیق کارن کانٛہہ وایہِ بوٚ رمت تہِ یہ چھے میانہِ خیالہ بہترین تخلیق کارسنٛز اکھ مُستحسن کوٗشش۔ یتھ نہ مند چھن پزٕ بلکہ پزٕ اَتھ کاوایی پیٹھ شابش تہٕ حوصلہ افزایی کرٕنی۔ وحشی سعیدٕنی اکھ خوٗبی چھےٚ یتہِ زِ یم چھِ ناوتہِ معنہِ خیز عطا کران زنتہِ چھ یم فکشن پارن اندر ممکنہ طور وۄتلن والین سوالن ہندی بروٚنٛٹھے جواب دِتھ آسان۔ یا زنتہِ چھ یم کُنہِ قلمپارک ''اَرتھ'' آسان مثالیے عجب زندگی غضب موت۔ یتھ اندر زندگی واقعی عجیب تہٕ نٕرل آیہ گذارنہ آیہِ تہٕ موت تہِ غضبک عطا سپُد تہ یہ چھُ وحشی سعیدنے امتیاز۔ امہ پتہ چھنہ یہ وطیرہ صرف دۄن ترٚن

فن پارن منزٕ ے یوت ورتاونہٕ آمت بلکہ چھُ ساریٔ نے اندرامیے آئیٚ معنہ ساؤی عنوان موجوٗ دیُس یتھ پزرس ڈکھ چھُ کران زوحشی سعیٖد چھُ اکھ مادرزاد تخلیق کارتہٕ یہ فن چھُ أمس پانہٕ سے ستی تھنہٕ پیومت۔

# وحشی سعید بحیثیت ناولٹ نگار

اردوٗ ۔عرفان رشید
کأشر ترجمہٕ ۔رشید کانسپوری

جموں وکشمیرس چھ پننہِ ادبی آمایہِ موکھہٕ برصغیرس منٛز پنن اکھ بوٚن مقام حأصل ۔ یتہِ یم بترأ ژ شیخ العالمؒ تہٕ للہ دیدٕ زنم دِتہ تتیِ کوٚر دوٗیمہِ اندٕ کلہن ، ارنہِ مال تہٕ ابھینو گپت ہُیو دأ نشوروتہٕ قلمکارو پننوٚ ادبی کاوشوٕ ستیٚ ادبی دنیا مالا مال جموں وکشمیرس منٛز کوٚر ادیبو ترٛن زبانن فارسی ، کاشرس تہٕ اردوس منٛز ادب تحریر۔ اردو ادبچن واریاہن صنفن دِتہ یمیٚ علاقن وُسعَار۔ خاص پأٹھی کوٚر ریتہٕ کیوٚ ادیبوٚ فکشن نُیوٚ ممکناتوٕ ستیٚ مالامال۔ یتھہِ پأٹھی اردو افسانن تہٕ ناولہِ یتکیٚ قلمکار پانس کُن متوجہ کرٕتیتھے پأٹھی ہأو ناولٹ ہنہٕ نوصنفہِ منٛز تہِ یتہٕ کیوٚ قلمکارو پننۍ جوہر۔ وحشی سعید ساحل تہِ چھ أکس فکشن نگارٕ سندِ حیثیتہٕ اردو ادبس منٛز متعارف سپدی متیٚ ۔ تمو چھ ناول تہٕ افسانن ستیٚ ستیٚ کینٛہہ رتیٚ ناولٹ تہِ لیکھی متیٚ ۔ یہندٕ ن ناولٹن ہنٛز سومبرن چھ ''ماضی اور حال'' ۲۰۱۵ ءِ منٛز شایع سپز مٕژ ۔ یتھ منٛز پانٛژھ ناولٹ شامل چھ۔

حالانکہ تمو چھ اتھ منٛز تمے لِکھ شامل کری متی یمہٕ تمو جوأنی ہندس دورس منٛز لیکھی متی چھ۔ اماپوٚز وحشی سعیدن چھ پننہِ پتھ کالکی لِکھ از کالس ستی رلاونچ کامیاب کوشش کرٕمژ۔ یمن ناولٹن منٛز شأمل اکھ ناولٹ ''قحط'' اوٚ کطرف ترأوتھ چھُ باقی ژورن ناولٹن ہند ناو بدلأوتھ اکھ نوٚ وحسن پأدٕ آمت کرنہٕ۔ یچ وضاحت تمو (گوڈٕ کتھِ) پیش لفظس منٛز کرٕمژ چھ۔ امہِ ہریمانہٕ چھ یہنٛدٕ ناولٹ ''پتھر پتھر آینہ'' تہٕ ''ایک موسم کا خط'' تہِ بازر پہمژ۔ پزر چھُ یہ زِ یتہِ چھ نبضر ستے اکھ دوٚپ ژتس پوٚان۔ یتھ منٛز ونہٕ چھ آمت زِ یتھٕ پأٹھی اکھ ہاپرٕ پننس بہٕ شورٕ بچس لوِی لوِی ماری موٚند بناوان چھ تتھے پأٹھی پزٕ أکس شأعرس پننہِ شاعری گرٕ گرِ شیرٕ پأرکرنی یُتھ شعر مأری موٚند بنہِ۔ امہِ ستی چھ اندازٕ سپدان زِ یہِ دوٚپ چھُنہٕ شاعری یا ادبس تامے محدود بلکہ ہکو زندگی ہندس پرتھ کنہِ شعبس منٛز ورتأوتھ۔ وحشی سعیدن تہِ چھ پننہِ زندگی ہُنٛد پتھ کال سبزأوِتھ از کالکس تنوظرس منٛز پیش کرنچ اکھ بہترین کوشش کرٕمژ۔

''عجب زندگی غضب موت'' چھ وحشی سعیدن اکھ بہترین ناولٹ

یمہٕک بنیأدی موضوع حسن تہٕ عشق چھ۔ دلیل چھ تمو رومانی انمانہٕ سادگی ہندس بیان کِس ٹیکنیکس اندر پیش کرِ مژ۔ امہِ ناولٹک موضوع چھ دراصل دۄن حصن منز بأگرنہٕ آمت یعنے ''عجب زندگی'' تہٕ دۄیم حصہٕ ''غضب موت''۔امہِ دلیلہِ ہندس چھ امہِ کس مرکزی کردار ''جبارس'' پیٹھ وۄتھان۔یُس زندگی ہندی أخری دۄہ جیلس منز گذاران چھ۔اتھی منز چھ فلیش بیک ٹیکنیک مدد ناول نگار جبارس پننہِ زندگی ہندس پتھ کالس منز گوتھ دوان۔یتھہٕ پأٹھی چھ فأضل قلمکار مرکزی کردار کہِ ذریعہِ دلیل اَند واتناوان۔جبار چھ پننہِ لوکہ پانچ زندگی تہٕ پننہٕ ستی بأج ''گلہ بوٗ'' ژھتس بأوتھ پنن عالی شان گرِ یتھ منز نۆکر چاکر تہٕ زمیندأری تہٕ گلابوس ستی صبحس شامس گندن دژ وکن تہٕ پتہٕ جوان سپدن۔یہِ سورٕے اوس تمی سنز زندگی ہُند شغل۔ہنگہٕ منگہ چھ ''یوسف'' ناوِ غنڈٕ سندِ دسی تہنز زندگی وبال بنان۔گلابو تہٕ پتہٕ شہرچ کور ''نسرین''، تمی سنز زندگی منز دأخل سپدن تہِ چھُنہٕ تمی سندِ باپتھ بڑِ مصیبت کھوتہٕ کم۔یلہِ جبارس یمہِ کتھ ہند پے چھ لگان زِ یوسفن چھ گلابوٗہَس طلاق دِتمت۔یُس نہ

ژاۓ لتھ تمہِ پنٕنۍ زندگی ختم چھ کرٕمژ ۔ نارونارسپدتھ چھُ سُہ اۓ خر یوسفس قتل کران تہٕ قتلہٕ کس الزامس منٛز چھ تمِس پھٲنسہِ کھالنک حکم دنہٕ یوان تہٕ دلیلہِ چھ ناولٹ نگارن ہیرِ کنہِ ذکرآمت کرنہٕ ناو دِتھ یہِ مأری مندِ انمانہٕ پیش کوٚرمت ۔

ناولٹک موضوع چھنہٕ دل مُہتھ ہِنہٕ وول اماپوٚز وحشی سعیدن یمہِ اندازٕ یہِ ورتومت چھ سُہ چھ دلس تھپھ دنہٕ وول تہٕ منفرد۔ کنہِ کنہِ چھ پرن والس باسان زِ سُہ چھنہٕ ناولٹ بلکہ چھ کمہِ تام فلمہِ ہند کستام سین پران (مکالمہٕ پیش کرنٕی) Dialogue Delvery تہٕ چھ تمہِ اندازٕ میلان زِ پرن وول چھُنہٕ بلکل تہِ پٔتۍ یوان بلکہ چھ تمۍ سند تجسس برقرار روزان۔ امہِ کہِ فلمی اندازک تہٕ مکالمہٕ نگأری ہند اندازٕ ہکو بوٚ نہٕ کنہِ دنہِ آمتہِ اقتباسہٕ تلہٕ کرِتھ۔

”تراو جبار۔ یوسف چھُ کمین ۔مَہ کرامَس ءستۍ بتھی لاگے۔ ژٕ ہ زانہٕ ہن نہٕ ییہ“۔۔۔گلابو کھوژ۔

”گلابو! چون مطلب چھالکھ بوزتھ ژلہٕ بہٕ بزدلن ہندی پأٹھی۔ نَہ گلابو بہٕ چھُس نہٕ بزدل۔

جبار دراوزنڈ ومنز نبر ۔ یوسف تہٕ اوس تمس نکھہ ووتمت ۔ جبارن

لأے کر بکھ ۔

''زبأنؠ تہٕ لاگم نتہٕ ۔۔۔''

یوسفنہٕ أچھ آسہٕ شرارتہٕ سٍتؠ ووزلیمژ ۔

''کمینہٕ سانہٕ گاچ کورچھُ ہنہٕ ورغلاوان ۔ کیا زنہٕ ۔۔۔! چانٮ۪ن

رگن منز چھناؤ سہ پایہٕ سُنٛد خون دوران''۔

امہٕ اقتباسہٕ سٍتؠ ہیکو اندازٕ لگأوِتھ زِ وحشی سعیدس چھ منظر نگأری،

مکالمہٕ نگأری تہٕ کردار نگاری پیٹھ سیٹھاہ رت دسترس حأصل ۔ تمو

چھ سیوٚ دساد پلاٹ تہٕ عام فہم لفظن ہند مأری موٚ ندورتاوکوٚ رمت ۔

یتام امہٕ ناولکہٕ پأغامک تولق چھ امہٕ حوالہٕ چھ وحشی سعید پرن

وألس وونن یژھان زِ انسانس پزِ ہمیشہٕ اکھ صحی وتھ ژارنی تکیا زِ یتھ

پأٹھی جبارن گرٕکی وُبألی دوہ دور کرنہٕ باپتھ دلس منز غلط یعنے ژوٚر

کرنک ارادٕ کوٚ رتہٕ امہٕ اکہٕ غلطی موکھ سپد تمی سنٛز زندگی ہُنٛد انٛد اکہٕ

غضب ناک موتہٕ سٍتؠ ۔ دویم اہم کتھ چھ یتہٕ زِ تمو چھ زنانہٕ ہُنٛد

نفسیات تہٕ ٹاکارٕ پأٹھی ننہٕ روومُت ۔ یہنٛد مدعا خاندر یا ازدوأجی

زندگی چھُنہٕ آسان بلکہ چھ تِمن عیش عشرت غرض آسان۔ ناولٹ نگارن چھ اتھ منز شہرچہ کورِ ہنز تصویر کشی کرٕمژ یمی سنز زندگی شہرکس آزاد فضہس منز گذرے مژ آس تہٕ یمس بڈی بڈی خاب آسی۔ یُمس ہشہٕ ہہرِ سندِ کھوتہٕ پننس رائنس ستی غرض چھ آسان اماپوٚز حقیقی طور چھنہٕ یہٕ شہری کورِنے تام محدود بلکہ چھ گامہٕ کورِ تہٕ اتھ مرضس منز ہنہٕ آمژ۔ دویمہٕ پاسہٕ چھ یہٕ دلیل تتھ سماجس تہ ٹانہٕ ژٹان یُمی تتھی سخت اصول بناوی متی چھِ۔ یتھ منز کتہٕ تام جبارتہٕ گلابو سند لول تہٕ فوت سپُد۔

''جائز ناجائز'' تہٕ چھُ ناولٹ۔ یتھ منز رومانیت تہٕ انقلابچہ فکر ہند مأری موٚند امتزاج میلان چھُ۔ اکہِ انڈ چھ یہٕ اکھ عام رومانی دلیلاہ تہٕ دوٚیمہٕ پاسہٕ اکھ احتجأجی فکر، انقلأبی ذہن، جوش تہٕ جذبہٕ دلیلہٕ ہندی نوی نوی ممکنات بدکڈان۔ دلیلہِ ہُنڈ پلاٹ چھ صاف تہٕ سادِ۔ تہٕ اتھ منز تہِ چھ بیانیہٕ ٹیکنیک ورتاوتھ دلیل پرکشش بناونہٕ آمژ۔ یتھ کنی چھ امیک قصہٕ اکہِ بڈِ گرِکس کٹس ''انورخان'' سندِ ستی شروع سپدان یمس اندر آزأدی ہند جذبہٕ پھبان اوس۔ یُس

پرتھ ساتہٕ ونان روزان اوس زِ ''آزآدی چھ انسانہٕ سند بنیآدی حق''۔اماپوٚ زگرِکبن ہندس ڈٕ پس پیٹھ رقیہ ہس ہٕستی پڑھلی کرنہٕ پتہٕ آوتمس حکومتس خلاف بغاوت کرنس خلاف پھہہ کھالنک حکم دنہٕ۔ اماپوٚ زخاندرٕ بروٚنہہ تھآورقیہ تمی پننہِ جوآنی ہندبن جذبن پیٹھ قوبونہ پرآوتھ بہِ زُوٕ۔ ۆں کوٚررقیہ ہندبو گرٕ کبو تمی سُند شُر پننِس نوکرس جمالس حوالہٕ تہٕ ہٕستی دِتی ہس یہِ گوناہ ژھایہِ تھاونہٕ باپتھ پانژھ لچھ روپیہِ تہِ۔جمالس اوس بشیرناوی گوڈے اکھ نیچو۔تہٕ  ۆن تھووکھ یمس شرس ''افضل'' ناو۔ ۆن روُدنہٕ جمال سُہ جمال بلکہ لوٚگ ''جمال سیٹھ'' ناوِماننہٕ تہٕ زاننہٕ ینہٕ۔افضل اُوس ۆن فوجس منٛز کیپٹن بنیمت۔اتھی دوران چھ اکھِ دوہ چھٹی پیٹھ یوان دۆ نوے باے بشیر تہٕ افضل چھ سیٹھ رحمت اللہ سنٛزِ پارٹی منٛز گژھان۔یوسہ پارٹی تمی پننہِ کورِ روخسانہٕ سندس زادہ ہس پیٹھ تھآومژآس۔بشیراوس گوڈے رخسانہٕ سنٛزِ مایہِ وۆلمت پوٚز روخسانن اوس تمِس یہِ وِنتھ ناوتلمت زِ تمی سندلوکٹ بوُے تہِ چھ تمس پسند کران۔بشیرس دژ خونن گربکھ۔تمی اُوس ماجہٕ نش بوزمت زِ افضل چھنہٕ تمن پنُن نیچو بلکہ

چھ کہند تام ناجایز اولادیُس تمن بِتھس آئ مرنہٕ۔ یہوے شرارتھ برقرار تھاۓوِتھ کرِ تمی ماجہٕ ستی ژۆ ے تہٕ کڈِنووُن افضل ہمیشہٕ باپتھ گرٕ منٛزٕ۔ جمال اُوس یہ کتھ بأنہٕ بأنہ زانان زِ سُہ یہ کینٛژھاہ تہٕ از چھ تہٕ چھ سُہ افضلنہٕ وجہ پانٛژھ لچھ روپیہِ میلنہٕ ستی۔ یموٚ ستی تمی یوتاہ بۄڈ ڈکارٕ بار کھڑا کوٚر۔ یہِ صدمہٕ واتنہٕ کنی رود افضل کینٛژن دوہن وو کھلی پکان۔ اکہِ دوہ پیوٚ أکس پارِنبرٕ پتھرٕ۔ تتہِ ٹُل سُہ ناصرناوی أکی نفرن تھوٚ دتہٕ ژوٗنٛژن پاراندر۔ ناصرس وۄن پننی پیرصأبن ''ناصرٕ ژہ کتہِ چھکھ۔۔۔؟''

''پیرصأب!۔۔۔ نیٛرِ کنہِ چھا کھ نفر بہٕ ہوش پیمت۔ مےٚ ژون سُہ اندر۔''

''سبٹھاہ جان کوٚرتھ۔ ییلہِ سُہ ٹھیکھ گژھہِ پتہٕ انی زہن میےٚ نِش۔ میےٚ چھ تس ستی کتھ کرٕنی۔ تمی سند تھاۓو زِ رتی پأٹھی خیال''۔

پیرن وۄن ولہٕ متری۔۔۔۔

''شاید آسہِ سُے۔۔۔!''

''بہٕ کتہِ چھُس۔۔۔؟''

''ژ ہ چھکھ شاہ کمال سندِس سایَس تل تہٕ چھکھ محفوظ''۔

''شاہ کمال صأب۔۔۔ناو چھم بوزمت۔ دپان خدا دوس انسان اچھ۔تم کتہٕ چھ؟''

''تم چھ پانہٕ تہٕ ژیہٕ سمکھُن یژھان''۔

''اسلام علیکم۔۔۔!پیر صأب،بہٕ چھُس افضل''۔

''افضل کمال ون''۔

''میٛے تۆرنہٕ فکرِ۔۔۔!یہ گوناہ گار۔۔۔''

''ژ ہ چھکھ میٛے پتہٕ یمہٕ تحشک وأرث۔''

یتھ پأٹھی بیوٹھ سُہ پیر صأبنہٕ مرنہٕ پتہٕ تمہٕ سندِ وصیت مطابق گدِ پیٹھ تہٕ بنیاو پیر صأب۔اکہِ دؤہ وچھ تمۍ پیر خأنس منز تہٕ پروژھنس زِ أسی ہسکو اآزأدی ہنز تحریک منز حصہٕ نتھ۔امہٕ حوالہٕ ییٛلہٕ پیر صأبن اجازت دِتس۔ ہوشس منز یتھ دہت تمی نأصرس ناد زِبستی وألی انیوکھ ناد دتھ تہٕ أسی بناوو تحریک آزادی ہنز اکھ نوٕی جماتھ۔یتھ پأٹھی چلوو تمی ناصرس ستی رلتھ اکھ منظّم تحریک تہٕ کوٚرن پننس مألس انور خانن اڈلیوٚک خاب پورتہٕ کوٚرن پنن ملک آزاد۔

دراصل چھ وحشی سعید امہٕ ناولٕہ ذریعہ پننس سماجس تام یہِ شیچھ واتناوٕنی یژھان زِ زیوٗن چھنہٕ کانٛہہ ظأ لم ،ژور، مجرم، گأتی ، زناہ کرن وول حتیٰ کہ حرامک تہِ آسان بلکہ یمہٕ سأری انعام چھ تمس سماج دوان ۔ رت تہٕ ناکارٕ آسنٛچ سند چھ تمس یہوٗے سماج دوان ۔ یتھ چیزس سماج حقیر تہٕ ناکارٕ نظرِ وچھان چھ، تتھی چیزس ییٚلہِ لوکھ کنہِ کامہِ موکھٕ مٹھِ مٹھِ دوان چھ تہٕ یہوے سماج چھ تمس واپس دنیایی غرض وغایتہٕ باپتھ نالہٕ متہٕ رٹان ۔ تہٕ ہیرکنٛک اقتباس یتھ منٛز پیر صأب دلہٕ منٛزی سونچان چھ زِ ۔۔۔ پیر صأبن وٛن دلہٕ منٛزی ۔’’شایدآسہِ سُے‘‘۔

’’شایدآسہِ سُے‘‘ ترٛین لفظن گرنٛز روٚس معنہِ گُپتھ ۔ ہرگاہ أسی یمن ترٛین لفظن وٛژھنے کرو شاید سپدن کینٛہہ معنہِ آشکار۔ پیر صأبنہِ دلٕچ آواز چھ یمہٕ کتھٕ نٛزاوان زِ رب چھ انسانہٕ سندِ دلک خلوص وچھان اَتہِ چھُنہٕ حسب ونسب کھنڈ ہارتہِ نوان ۔ اتہِ چھ نیک نیتی تہٕ خلوصس مول ۔ اوَے آسہِ شاید پیر صابس اندرٕ آواز آمٕژ زِ یہوے چھ خدایہِ سندسُہ نیک بندٕ یُس بروٛنہہ کن لوکن ہنٛز خدمتھ کرِ ۔ تہٕ پننہِ

جوش تہٕ جذبہٕ سٟتؠ لوکن ہندینہٕ کال گاشراو۔ اوتتام یمہٕ بوے، نیچوتہٕ خاندارونٛس کھوژان اٗسؠ تکیا زِ تٔمس سٟتؠ اوس حرام لفظ جُرِ وِتھ۔ یمہٕ موکھہٕ تٔمس سأری ذٔلیل تہٕ نفرژ عاٗنکہٕ وچھان اٗسؠ۔ افضلس اندر اُوس اکھ پوٚز انسان تہٕ خلوصہٕ بوٚرت یار ژھایہٕ۔ یمس نہٕ سماجن تتام قدر کٔر یتام نہٕ تٔمؠ تمہٕ کارنامہٕ انجام دِتؠ یمہٕ موکھہٕ سماجس مانٛن پیوٚ زِ ہرگاہ حسب ونسل کھوتہٕ تھوٚد کانٛہہ چیز چھُسہٕ چھُ انسان، انسانیت تہٕ محبت۔

فطرت، محبت، ندامت چھُ وحشی سعید سند بہترین ناولٹ۔ یتھ منٛز تموٚ اٗکس انسانہٕ سٕنٛزِ ترٛیہٕ بنیأدی خصلژٕ سبٹھاہ فنکارانہٕ انمانہٕ پیش چھِ کٔرِمژٕ۔ دلیلہِ ہنٛد مرکزی کردار چھُ ''امین'' یُس کیٛرک کاربار کران کران ''امین سیٹھ'' بنیاو۔ امے کردارٕ کہِ حوالہٕ چھُ دلیل بروٛنٛہہ پکان۔ یہٕ کردار بنیاد بنٲوِتھ چھُ ناولٹ نگارن انسانہٕ سٕنٛزِ ترٛیہٕ خصلژٕ مختلف اندازٕ پیش کٔرِمژٕ۔ ہرگاہ اٗسؠ ناولٹ کِس موضوعس کُن ظوٗن دمو۔ تہٕ موضوع تلِے چھُ اندازٕ سپدان زِ فطرت، محبت، ندامت چھُ پزی پاٹھؠ انسانہٕ سٕنٛزن بنیأدی خصلژن منٛز شأمل۔

س گاشراو۔اوتام یمہٕ بوے، نیچوتہٕ
س ستی اوس حرام لفظ جُرِ وِتھ۔یمہٕ
عائنکہِ وچھان آسی۔افضلس اندر
رت یارژھایہِ۔یمس نہٕ ساجن
انجام دتی یمہِ موکھ ساجس مانُن پیوٚ
تھہ چیز چھ سُہ چھ انسان، انسانیت

شی سعید سند بہترین ناولٹ۔یتھ
ی خصلژ سبٹھاہ فنکارانہٕ انمانہٕ پیش
دار چھُ ''امین'' یُس کپرک کاربار
۔ امے کردارٕ کہِ حوالہٕ چھ دلیل
ھ چھ ناولٹ نگارن انسانہٕ سنٛزٕ تریہِ
ہرگاہ أسی ناولٹ کس موضوعس کن
ہ اندازٕ سپدان زِ فطرت، محبت،
ژن بنیأدی خصلژن منز شأمل۔



فطرت چھ انسانہٕ سند تتھ اکھ چیز یُس خدایہِ سندِ طرفہٕ عطا چھ سپدان۔ یتھٕ پأٹھی دلیلہِ منز امین سیٹھ امیر تہٕ سیٹھ بنہٕ باپتھ أکس گامس منز کپرٕ فیکٹری قائیم چھ کران تہٕ غریبن خون ژٕہان۔ امین سیٹھس اُوس گوڈے اکھ ناکارٕ عادتھ گوٚمت۔ تمس اوس دوہے دوہے گانہٕ وانن، پارٕکن، یارن دوستن ستی ڈانس کلبن منز گژھن تہٕ دوہے دوہے نوٚن نوٚن کورٚن تہٕ بہترین چیزن ستی پان پأراون شغل بنیمت بیا کھ اہم خصلتھ چھ ''محبت''۔ یعنے اتھ دلیلہِ منز چھ امین پننہِ گرواجنہِ تہٕ ترٚن شرٚن زبردس ٹاٹھنیار کران۔ أمی سنٛزٕ خاندارنی تہٕ لوکٹ کور چھ أکس حأدثس منز مران تہٕ تمی سند بوٚڈ ہوٚ نیچوا اقبال تہٕ کور گلنار چھ حادثس منز بچان۔ یتھٕ کنی چھ امین لولک پجاری بنان۔ أخرس پیٹھ ییٚلہِ تمس امہ کتھ ہند پے چھ لگان زِ گلنار چھ تمی سنٛز کور۔ یس گأژ زأنتھ اکہ لٹہِ تمی تس ستی غلط کرنک ارادٕ کوٚرمت اُوس تہٕ اقبال چھ تمی سند زیوٹھ نیچوٚ یُس تمی سندِس کارخانس منز أکس مومولی ملأزمہٕ سندِ حیثیتہٕ کام چھ کران۔ تمی سندس دلس منز چھ مأئی سند لول تہٕ شفقت ووٚتلان۔ تہٕ تمس چھ احساس سپدان زِ تمی چھ

زندگی ہندس بہلہ پایہِ رشتس غلط نظرو وچھتھ اکھ بارٕ گوناہ
کۆرمت۔ یُس نہٕ ژٕ ل پُرونہٕ ییہِ۔ یتھٕ پأٹھی چھ سُہ دلیلہ ہندس
أخرس پیٹھ توبہٕ نیت کرتھ سوروے گرٕ بار شرٔن ہندِ ناوٕ کرِتھ أکس
چیرٹی ہسپتالس منز بیمارن ہنز خذمتھ کرنس اندر پنن پان آیہِ تن
تھاوان تہٕ اتھی دوران چھ أکس گامس منز دستہٕ کسیان بیمأری کلہٕ
کڈان۔ یتھ منز امین بیمارن تیمارداری کران پانہٕ اتھ بیمارِ منز ہینہٕ چھ
یوان تہٕ أخرس پیٹھ چھ ''ندامت'' تھز ر پراوان۔ تہٕ تمی سندی نیچوی
تہٕ کورِ کۆرٕ أخرتمی سنز حالت وچھتھ تمس سورے معاف تہٕ امینس
المیہ مرنس پیٹھ چھ دلیل اند واتان۔

ذکر کرنہٕ آمژ ناولٹ چھ وحشی سعیدنی اکھ طویل ناولٹ۔ یُس
۶۵ صفن پیٹھ واش کڈتھ چھ۔ ساد پلاٹ تہٕ بیان کرٕنک چھ
خوبصورت ورتاو۔ مکالمن منز چھ فلمی انداز تہٕ منظر کشی تھدِ پایہِ۔
زبان تہٕ بیان کہ حوالہٕ تہِ چھ اکھ کامیاب ناولٹ۔ کلہم پأٹھی ونوأسی
زِ وحشی سعیدن چھ اکہِ کردار کہ ذریعہٕ سماجی حقیقت نگأری ہنز تھد
انمانہٕ عکأسی کرٕمژ۔ تہٕ ستی پننس پرن والین سمجھاونٕچ کوشش

کرِمژٕ زِنا کارٕ گی ہند انجام چھُنا کارِے آسان تہٕ رژٕ رک رُتے ۔

''وحشت محبت'' چھ اکھ خوبصورت ناولٹ۔ یتھ منٛز ناولٹ نگارن اُکس زنانہٕ ہند نفسیات بیان چھ کوٚرمت۔ زِ کتھہٕ پأٹھی چھ ''رانی'' اصلی ناو صنوبر اُکس سیود ساد لڑکس ''اصغرس'' یُس گامہٕ پیٹھ شہر تعلیم حأصل کرنہٕ باپتھ آمت چھ آسان اما پوٚز شہرچ ووسہٕ دروسہ تہٕ صنوبر ہنٛز چالبأزی وچھتھ چھ تمۍ پیٹھ دیوانہٕ سپدان۔ حتیٰ کہ یمہٕ خاب تمۍ سندی غریب مألی ماجہٕ وچھمتی اُسی تمہٕ سأری سپدی پھلہٕ پھلہٕ۔ وحشی سعیدن چھ یہ ہاوِنچ کوشش کرِمژ زِ کتھہٕ پأٹھی بنوو اُکی موصوم کٔڑ پنٕن مقصد مُشراوِتھ (یتھ موصوف ''وحشت محبت'' ناو چھ کران) لولہٕ کس مزس پننٕز زندگی جہنم۔ رانی یمہٕ گوڈٕ اصغر پننس ابرٕس لولہٕ زالس وۄل تہٕ پننٕز موج مرنہٕ پتے اُکس نُوس عاشقس ہٕتی خاندر کوٚر یتہٕ یٔیلہٕ تمۍ سند خاوند مران چھ سو چھ واپس پننس پرأنس ''محبت'' اصغرس نشہٕ یوان۔ اصغرس چھ تس یڈٕ منٛز بھبن وول شر ہیتھ پانہٕ ناوان۔ یتھہٕ پأٹھی چھ رانی روپین ہنٛزِ لالچہ منٛزٕ یتھ اصغرٕنس یارس ہٕتی جسمأنی تعلقات وسوار کرنس منٛز آوری سپدان

۔ییٚلہِ تمۍ سہٕ دھوکھ دِتھ اُکس ہوٹل مائلکس حوالہٕ کرِ یتہٕ تمۍ سندس عصمتس دجہٕ آیہِ کڈنہٕ۔ اِد سپد تمس احساس زِ تمہِ دہت سبٹھاہ زٔلتس انسانس ''اصغرس'' دھوکھ۔ تتہٕ ژٔلتھ بنے یہٕ بییہِ اُکس مردتہٕ پتہٕ فٹ پاتھس پیٹھ شونگتھ بچھ وٕنبن رأ ژہنٛز شوب۔ یتھٕ پاٗٹھی کوٚر تمۍ سُنٛد نفسیاتی حرص تہٕ لالچہٕ تمۍ سند حسین موکھ مسخ۔ اُخر دِتُن افسوس کران کران ہسپتالس منٛز زُو۔ تہٕ اصغر چھ پننس گامس منٛز پننس براندس نِش گیران گیران وأنتھ زُو دوان۔

دراصل چھ وحشی سعیدن یتھ ناولٹس منٛز دوٚن کتھن کن اشارٕ کوٚر مت اکھ گژھہ زندگی ہند کانٛہہ مقصد تہٕ نصب العین آسن۔ دویم گژھہ انسانس پننین جذباتن تہٕ احساساتن پیٹھ قوبو آسن۔ ہرگاہ تمس کانٛہہ تہِ خوبصورت چیز پانس کن مائل پھرِ تتہٕ گژھہ تمۍ سند مقصد تہٕ نصب العین درکار ییُن۔ یتام ''وحشت محبتک'' تعلق چھ۔ یہِ چھ اکھ مرکب یتھ موصوفن رلأ وِتھ اکھ نوٚ ومعنہٕ دِتمت چھ۔ یہِ چھ وحشت محبتے۔ یتھ اصغر گرِ گرِ پاناوان چھ۔ یہِ زأنتھ تہِ زِ تمۍ سنٛز معشوقہٕ رانی ہند کردار چھنہٕ صحی۔ پوٚ زِ تمہِ پتہٕ تہِ تس ستۍ رشتہٕ قأیم

تھاون ، یہوے چھ اۄن لول تہٕ وحشت مُحبتٕچ علامتھ۔ پیش چھ اکھ مثال

''اصغر ییٚلہِ نٕنبد رِوۄتھ۔ تمۍ سندیارتہٕ صنوبرآسۍ نہٕ اتہِ۔ تمۍ ژھأنڈ صنوبر بییس کٕٹھس منٛز۔ سوٗ آس نہٕ تتہِ تہِ۔ سُہ اوس نبر کن دارِ کنۍ وچھان زِ دۄ نوے وچھن اکھ أکس اتھس منٛز اتھ ترأوتھ مکانس کن یوان۔ تتھٕ وأتتھ کوٚر تمۍ سندۍ یارن صنوبر وُٹھن اکھ بھرپور روخصتی پیوٹھ۔ تہٕ دراو۔

''او۔ ژٕ ہ وۄتھکھ نٕنبد رِ۔ ۄ ں کٕبتھ چھ طبعیت''۔

''ٹھیکھ چھ۔ ژٕ ہ کتہِ آسکھ؟''۔

''سُہ چون یار چھنا، تمۍ سےٚتۍ آسس نبر تام چکرس دراٚمژ۔ سوچم ییٚتس کالس کرکھ ژٕ تہِ آرام۔ چون یار چھ جان کوٚٹ۔ امیر مأ لۍ سند آسِتھ چھس نہٕ گھمنڈ۔''

''کتھ روزا یارٕ تامتھے محدود کِنہ تمۍ سندِس تہٕ چأنس رشتس منٛز سپُد ہر برتہِ''اصغرن وۄننس اسونہِ سوٗنچہ۔

''مےٚ چھنہٕ امہِ قسمک مذاق بلکل تہِ پسند۔ ہرگاہ ژٕ ہ مےٚ پٔتھ

شک کرکھ ہہٕ کرٕ چانٔس یارس ستیٖ خاندر تہٕ ژلہٕ ژیے نِشہٕ واریاہ دور''۔

''اصغر رود معصومیت سان تمۍ سندِس بتھس وچھان

وحشی سعید چھ امہِ ناولٹ ذریعہٕ پرن والین باخبر کرن یژھان زِ یتھہٕ پأٹھۍ أکس کامیاب مردس پتہٕ کنہِ أکس زنانہٕ ہنداتھہٕ چھ آسان۔ یتھے پأٹھۍ چھ أکس ناکام مردس تہٕ أکس شأطر تہٕ چالباز زنانہِ ہنداتھہٕ پتہٕ کنہِ آسان۔ یمۍ زندٕ مثال ناولٹک مرکزی کردار اصغر چھ۔ یُس پننس مألس ماجہٕ ہندۍ خاب پُزراونس دوران أکس چالباز تہٕ چالاک کورِ پتہٕ پتہٕ دوران چھ۔ یمہِ ستیٖ تمۍ سندۍ سأری خاب چکناچور چھ سپدان۔ زندگی چھس کلہٕ دود تلان۔ تہٕ أخر چھ زندگیہِ نِشہٕ پتیٖ یتھ پننس گامس منٛز یتہِ نہٕ تمس نہٕ پتہٕ کانٛہہ تہٕ نہٕ بتھِ کانٛہہ آسان چھ تتیٖ پننس براندس پیٹھ أخری شاہ ہسوان۔ یتھہٕ پأٹھۍ چھ کہأنی اصغرنس المیہ مرنس پیٹھ اندواتان۔

اتھ دلیلہِ منٛز چھ وحشی سعیدن زأنتھ مأنتھ پننہِ سماجہٕ کین تمن نوجوانن ٹأنہٕ ژٕڈ متیٖ یمہٕ پننہِ زندگی اندر پننہِ مقصد تہٕ نصب العین

نشہٕ غأفل چھ۔ تمہٕ چھ تمن کنہِ ونہِ یتھ کتھِ کن ظوِن پھِران زِ زندگی منٛز چھ کینٛہہ فند باز تہٕ چالباز کورنٛژان روزان تہٕ سُے چھ کامیاب سپدان یَس نہٕ کھورڈلان بلکہ چھ تمن دکہٕ دِتھ پتھ کن ترأوِتھ پانہٕ برونٛہہ کن پکان۔ یتھ پننہِ مقصدکس بالہٕ تھنٛگس پیٹھ واتہِ۔

''قحط'' چھ تہند بیا کھ ناولٹ۔ یتھ منٛز جاگیردارانہٕ نظامک ظلم جبر تہٕ استحصال ہاونہٕ چھُ آمت۔ اکہِ اند چھ انسانہٕ سنٛز لالچ، مکاری، دھوکھ بأزی تہٕ مادٕ پرستی ووُرن آمت تلنہٕ۔ دویمہٕ پاسہٕ چھ دلیلہِ اندر جاوید تہٕ انورنی لولہٕ دیلل اکہِ نوِ اندازٕ پیش کرِتھ دیلل نیُو امکاناتوٕ ستی گاشراونہٕ آمُت۔ دلیلہِ اندر یتھ کتھ کن زیادٕ ظوِن یا فوکس یا دلیلہِ ہُنٛد کُن تیار چھ آمت کرنہٕ۔ سُہ چھ امانت تہٕ دیانتداری۔ وحشی سعید سند بو ہیرِ کنہِ ذکر آمت کرنہٕ ناولٹوتلہٕ چھ یہِ اندازٕ سپدان زِ تمن چھ اردو فلشنکس شعریاتس پیٹھ خاص دسترس۔ زبان تہٕ بیانس اندر چھ اکہِ خاص قسمک میچھر تہٕ دلکشی۔ اسلوب تہٕ ڈکشنک امتزاج چھ تمن پننین ہم عصرن منٛز سرس تھاوان۔ مکالمہٕ نگاری چھ دل مہتھ نوان تہٕ کنہِ کنہِ چھ قأری یَس مشتھے گرٛھان زِ سُہ



ـتی خاندر تہٕ ژلہٕ ژیے نِشہٕ وارِیاہ

ـندِس بتھس وچھان

ـعہٕ پرن والین باخبر کرن یژھان زِ

ـں پتہٕ کنہِ أکس زنانہٕ ہنداتھٕ چھ

ـکام مردس تہٕ أکس شأطر تہٕ چالباز

ـمچ زندٕ مثال ناولٹک مرکزی کردار

ـاجہٕ ہندی خاب پٔزراونس دوران

ـپتہٕ دوران چھ۔ یمہِ ستی تمی سندی

ـں۔ زندگی چھس کلہٕ دودتلان۔ تہٕ

ـں گامس منٛز یتہِ نہٕ تمس نہٕ پتہٕ کانٛہہ

ـپننس براندس پیٹھ أخری شاہ

ـرنس المیہ مرنس پیٹھ اندواتان۔

ـن زأنتھ مأنتھ پننہِ ساجہِ کبن تمن

ـرگی اندر پننہِ مقصد تہٕ نصب العین

چھ ناولٹ پران بلکہ چھ تمس باسان زِنتہٕ سُہ کنہٕ فلمہٕ ہند کانْہہ سین وچھان چھ۔ اماپوٗز مثبت پہلووَن ستیٚ ستیٚ چھ کنہٕ کنہٕ منفی پہلو تہٕ نظرِ گژھان۔ خاصکر ہرگاہ أسی تہندٮ۪ن ناولٹن ہٕنٛز ٮ۪ن افسانن ستیٚ مقابلہ کرو۔ یتہٕ پیٚیہ یہٕ کتھ اسہِ مانٛنۍ زِ یہنٛدٮ۪ن ناولٹٮ۪ن ہند کینواس چھ یہندٮ۪ن افسانن ہندِ کینواسہٕ کھوتہٕ محدود۔ یتہٕ یہندٮ۪ن ناولٹٮ۪ن اندر رومانیتک غلبہٕ چھ تتی چھ یہنٛز افسانوی بترأژ موضوعاتن ہندی مختلف رنگ۔ یہندٮ۪ن ناولٹٮ۪ن اندر چھنہٕ موضوعاتن ہنٛز کثرت تہٕ کنہٕ کنہٕ چھ ضمنی موضوعات اہندٮ۪ن ناولٹٮ۪ن ہند رنگ ژھوکراوان۔ تہٕ یتام یہندِ آخری ناولٹ ''قحط'' تعلق چھ اتھ اندر چھ قأری سندذہٕن امہٕ کتھِ باپتھ تیار سپدان زِ امیک سورے کٔن ہیترِ چھ قحطس پٮ۪ٹھ پھہلتھ اماپوٗز آخرس پٮ۪ٹھ چھ قحط سرسری پأٹھی ہاونہٕ آمت تہٕ انورتہٕ جاویدنۍ لولہٕ دلیل چھ ''قحط'' لفظس پٮ۪ٹھ تھزر پراوان۔

بہرحال پرٛتھ ووٚتہٕ پأنٛسس چھ زٕموکھ آسان۔ یتام وحشی سعیدنٮ۪ن یمن ناولٹن ہندِ منفی پہلووِن ہُنٛد تعلق چھ، اتھ کتھِ منٛز چھنہ کانْہہ شک زِ یہندٮ۪ن منفی پہلووِن پٮ۪ٹھ چھ مثبت پہلو تھزر پراوان تہٕ یُس چیز یمن ناولٹن ہمیشہٕ زندٕ تھاوِ سوٚہ چھ یہنٛز زبان تہٕ مکالمہٕ۔

## ”نگینہ انٹرنیشنل“

وحشی سعید چھُ اکھ پرگوتہٕ بسیار نویس فکشن نگار۔ یمن چھے زبانٕۍ پٔٹھ دٔر تھچھ۔ پرٛتھ غار اردوٗ علاقس اندر چھے اردوٗ زبانٕۍ ہنٛدس لیکھن بولن وٲلس ورتاوس اندر کانٛہہ نتہٕ کانٛہہ چیز ضرور تیوٗتھ آسان یُس امیک مقامی لہجہٕ آسنک کھین نے تہٕ کم ازکم اشارے چھُ دوان۔ مگر وحشی سعیدٕنۍ نوشتہ پرٛتھ چھُنہ کُنہِ جایہِ یِتھ وطیرٕ ظاہر گژھان۔ مےٚ چھ پننہٕ نٮ۪ن بعض تحریرن اندر یمہِ واقعہٕک تذکرٕ کورمت زِ یونیورسٹی اندر ایم اے اردوٗ کرن واجنہِ اَکہِ کورِ ووٚن دویمہِ ویسہِ خاندر چہِ کتھ یٔنَس متعلق زِ ”مجھ کو ہے نا باتیں آتیں ہیں۔“ کأشرس ادبی وأنگس اندر چھ اکثر تھی اردو دان زیز بحث روزان مگر وحشی سعیدس أندی أنٛدی چھُ روزِ ازلہ پٔٹھے اکھ تیتھ اردوٗ ووستادن ہُنٛد تارک زار رودمت یمہٕ پننہِ زندگی اندر اردوٗ کیے حوالہٕ زاننہٕ آے یا زاننہٕ یِوان چھ یمن اندر یہند ہو ووستاد حامدی کشمیری، شکیل الرحمٰن، تہٕ عبدالقادر سروری مرحومس ہریمانہٕ مرحوم حکیم منظور، مظفر ایرج، عمر مجید، نورشاہ، تہٕ ڈاکٹر اشرف آثاری

ہیوِ شخصیات بطورِ خاص تھیکنۍ لایق چھِ ۔ اَمہِ علاوٕ رۄٚ دۍ یم کاروبار
تہٕ ادبی سرگرمین ہُنٛد حوالہ تہٕ اردوٗ دان حلقس اندر یوان گژھان ۔
کُنی نہٕ بلکہ عیال ہیٚتھ ۔ اَمہِ چیزن تہٕ کر یہندس اردوٗ زبانۍ ورتاوس
پیٹھ غیر معیأری یا بلا جواز مقامیتکۍ اثرات زأیل یمہٕ ستیٚ اتھ اندر
وسعت تہٕ شوٗذ ریأڈ گوٚیس یہندِٮ۪ن افسانن ہنٛد مزید ماری منز رک
وجہہ بنیاو۔ اگرچہِ موضوٗع اکثر مقامی واقعاتہٕ نےٚ ہٕنٛدِ کارخانہٕ
حأصل چھ سپدان روزان۔ ووں گو یہندِٮ۪ن موضوعن اندر چھنہ
صرف مقامی واقعاتے یأتیٚ بلکہ چھ یم کردار تتھے کن جایہِ پتہٕ جایہِ
بدلان روزان یتھ کنہ یم پانہ جایہِ پتہ جایہِ سفر کرنس دوران مختلف
قسمکۍ واقعات تہٕ جذبات مشاہد تہٕ محسوٗس چھ کران۔ امیے
ووستادانہ وانگہک فأیدٕ تُلتھ یُس مجموٗعی خدمت پننہٕ نوٚ افسانو ایزاد
یموار دوٗ زبانۍ معیاری قلم پارٕ دِنس، اردو ادیب وَنہٕ کڈنس تہٕ حوصلہ
افزأیی کرنہٕ کس سمتس منز انجام دِژ تتھ ہکو أسی یہندِ ادبی دأیرِکس
مجموٗعی اصطلاحس اندر ''نگینہٕ'' وٕنتھ ۔ یُس أسی ''نگینہ انٹرنیشنل'' ناوٕ
اکہ مقبول عام اردو ادبی جریدٕ کہ حیثیتہٕ زانان چھن۔ اَمہِ جریدک

ڈسلابہ شمار چھُ ۱۹۶۸/۱۹۶۷عیسوی اندر کڈنہٕ آمت یُس وریاہو
ناقابل ترک وجوٗہاتو ِکنۍ منٛزِ کینٛژَس کالس بند تہِ روٗد یچ ذکرأسی
بُتھ جاوید انورس ہتۍ وحشی سعیدنس گفتگوکس ترجمس منٛز مصنف
سندے زبأنۍ بوزو۔ مگر اَمہِ پتہٕ روٗد یہ تسلسلہ سان بیٚہِ اجراِ سپدان
یتھ اندر ر سنہٕ ۲۰۱۸ ءیمو امیک گولڈن جبلی نمبر تہِ کوٚڈ یعنے اوت تام
اوس یہِ رسالہ دویمین الفاظن اندر پنژاہ ورشہِ وأنسہِ ووتمت تہِ أنتھ
رسۍ شمار أسۍ اوٗت تام امہ جریدٕکۍ اجرا سپد یمتۍ یمہٕ پننہٕ نوٕ معیاری
قلمپارو ہر یمانہ دیدٕ زیب چھپایہِ مأرۍ منٛد ترتیبہٕ تہٕ نرٕبوٕ عنوانو ِکنۍ
واقعی اردوٗ دنیا کہِ کُنہِ تہِ باگہِ برٕ تہِ مأرۍ مند تہٕ تھیکنہ ینہ والہ جریدٕ
نِشہ سرموتہِ قلم چھنہ۔ یہ کتھ چھے موضوٗع مطابقٕ زجموں وکشمیرس
اندر چھ ہتھ پیٹھی اردوٗ رسالہ جریدٕ نیران یمن اندر ادارو علاوٕ بعض تم
تہِ چھ یم فرد یا ادبی شخصیات کڈان چھِ۔ وریاہ ہفتہ وار، بعض پچھ
وار، ماہنامہ دوٗ ریتۍ شماہی تہٕ سالنامہ تہِ چھ۔ واریاہ چھ روزنامہ تہِ۔
وریاہ پھُٹ تہِ واریاہ روٗدۍ خرگوشہِ تہٕ بعض کچھو رفتار تہِ پنن سفر
جأری تھأوِتھ۔ وریاہ چھ اردوٗ زبأنۍ اندر تہٕ بعض چھ کأشرۍ تہٕ کینٛہہ

چھ انگریزی تہٕ بعض چھ فارسی زبأنۍ اندر تہِ۔ کینٛہہ چھ بین اللسانی زبانن اندر تہِ چھپان مگر نگینہ چھ یمو تمامو برعکس پننۍ اکھ ؤکھرٕ انفرادیت ہیتھ اردوٗ زبأنۍ اندر نہ صرف پٔنن آسُن باسہٕ ناوان بلکہ چھُ پننہٕ معیاری مواد کنہِ نہ صرف کٔشیر اندر بلکہ ملک تہٕ ملکہ نبر تہِ پننہِ معیار تہٕ مقدارک ڈنڈ وٕر دوان۔ یمہٕ بروٚنہہ زٲسی کروٲمہٕ رسالکہ علاقک اکھ خاکہٕ ینہٕ واجنو چھٹیو ذریعہ معلوٗم أسی کروٲمہٕ رسالکہ باگہِ برتہٕ ادارایہکن ممبرن ہُنٛد اکھ سرسری تعارف۔ شخصی نہِ بلکہِ ادأراتی تعارف یتھ اَسہِ کشیر اندر اردوٗ دنیاکین یمن سکالرن ہنٛزن صلأحیژن اندازکرنس منٛز مدد میلہِ تہٕ ذٕسلابہ سے چھ دستیاب جون ۲۰۲۱ء یعنے پتی مہ رہتکہِ ''نگینہ انٹرنیشنل'' نمبرکہٕ مطالعہ تلہِ معلوٗم سپد ان زٲمہٕ شمارک چیف ایڈیٹر یعنے مدیر اعلیٰ چھُ سابقہ نمبرن ہنٛدی پٲٹھی پانہٕ ادارک سربراہ وحشی سعید ے۔ییٚلہِ زنہٕ مینیجنگ ایڈیٹر تہٕ ایڈیٹر ترتیب واریہندی زٕبأے ظہوٗ ترنبو تہٕ مجید ترنبو چھ تہٕ پزٕ رچھُ ای زنگینہ چھُ یہندے ذریعہ بارسس تہِ آمت تہٕ ٲمہٕ خأطر چھ بارنٛہن پتی مین زاید از نصف صدی دوران واریہہ

کیثھہ کرن تہٕ ذرن پیومت یہ زنہٕ وحشی سعیدس نِش اَسی اکثر کتھ باتھ دوران بوزان چھہ۔ اَمہ ''نگینہ'' کہ قیامہٕ خأطر یُس حوصلہ افزأیی بارنہٕ والدینو پننہ زندگی اندر کٔر تمہِ کس اعترافس منز چھُ ادارٕ ''نگینہ انٹرنیشنل'' عنوانس پیٹھ کنہ زأوِ لبن لفظن اندر ''بیادِ والدین سارہ ترنبو ومحمد عبداللہ ترنبو (مرحومین)'' رقم کران تہٕ یہ چھ تمیے اسلاف نوازی ہنٛد جذبک نموٗنہٕ یُس خاندانس اندر پتہٕ پیٹھے چلون چھُ۔ یتھ نہ کانٛہہ وَڈیا جورے چھُ۔ اَمہِ پتہٕ چھ اَمہِ رسالک ایڈیٹوریل بورڈ اَتھ اندر چھ صف اولک کأشرِ بُتلہِ ہُنٛدی اردوٗ فکشن نگار نوٗر شاہ، مطفر ایزِ ج تہٕ ڈاکٹر اشرف آثاری یمہٕ اکہ سبٹھاہ زیٹھِ زمانہ پیٹھ اتھ بورڈس ستی وابستہ چھہِ۔ کشیر اندر پرٛتھن تہٕ پھبَن پھولن والین روزنامن، رسالن تہٕ جریدن ہنٛدس مقابلس منز چھُ اردوٗ زبأنٛی ہٕنٛد ادبی تہٕ لسأنی ووتھ واشرکہ حوالہٕ نگینک اکھ اہم رول لبنہٕ یوان یہ زن آسہِ نگینکی شمارٕ مطالعہ کرنہ پتہٕ أری پأٹھی چھ ذیہنس منز یوان زیمہِ شمارن چھِنہ اردوٗ زبأنٛی ہنٛد فروغک کانٛہے تہٕ ممکنہِ قدم تُلنٛی نِشہٕ نکھ موران تہٕ یمن تمام رسالن اندر چھ ادبی تہٕ علمی

بحث ومباحثہ کتھ باتھ ہر یمانہٕ فن ادبکی تمام جانر شامل روزان بامیے غزل اُسی تن، نظم یا نظمن ہنٛد کانٛہہ تہِ قسم اُسی تن حمد ونعت یا نثر اُسی تن تہٕ نثرس اندر تہِ فکشن پارٕ اُسی تن یا یمن تمام چیزن پیٹھ تبصرہ یا تنقید یا تحقیقی مواد اُسی تن۔ حتیٰ کہ چھِ امہ رسالکو کینٛہہ خاص نمبر تام شایع کرنہٕ آمٕتی یمن اندر اگست ستمبر۲۰۱۴ ہک دوماہی نگینہ نمبر، اکتوبر نومبر۲۰۱۴ ہنٛدی دوماہی نگینہ نمبر۔ جنوری تامیی ۲۰۱۵ ہنٛد انٹرنیشنل ادب نمبر، اگست ستمبر۲۰۱۷ سالنامہ نمبر، جنوری تا اگست ۲۰۱۸ ہنٛد گولڈ جبلی نمبر تہ ستمبر تا دسمبر ۲۰۱۸ ہندر سالکو ونس تام وریاہن اردوٗ ادیبن پیٹھ گوشہِ تہِ اجرا کری متی۔ یتھ اندر گوشہِ عمر مجید، گوشہ مظفر ایرٓچ، گوشہ حامدی کشمیری، گوشہ حکیم منظور بیترِ بیتر۔ اردوٗ ادب پارن تہٕ مذکورہ شخصیاتن ہنٛز زندگی۔ فن تہ شخصیتس پیٹھ لیکھہ آمتین بہترین نوشتن پیٹھ مشتمل معیاری تہٕ تھیکنٕ لایق گوشہ چھ۔ اُمی رسالن کٔر سماجیاتکہ حوالہِ تہِ وریاہ کاٗم۔ مےٚ لٔگی یمن اندر کینٛہہ تِتھی اڈ تہِ یمن نہ کانٛہہ خاص، سرکاری، سماجی، سیاسی یا لسانٔی فرد یا ادارچ سرپرستی چھےٚ یُس اَمہِ خاطر نگینہ کس ادارس اڈ فیس دِیہِ

ہیے لہاذا اچھُ یمن ہنز بلافیس شمارن اندر شامل سپدن اِی ونان زِ
وحشی سعیدنس ادارتس تل چھپن وول یہ شمار چھُنہ علمی ادبی تہٕ لسأنی
رسالہٕ یوت بلکہ سماجی فلاح تہٕ اصلاح تہِ کأم کران ۔ یمہ کنۍ حیثیت
مجموٗعی کأشرس سماجس تہ سماجس اندر پلن واجنہ کأشرِ زبأنۍ تہ نبے
شوٗنکی فایدووت ۔اردوٗ زبأنۍ گیاوأسی تھے ۔

## ''نگینہ'' انٹرنیشنل تہٕ اردوٗ زبان

ڈوگرہ مہاراجہ گلاب سنگھ پتٕھ یعنے بیع نامہ اَمرتسر پتٕھ رنبیر سنگھ نِس زمانس تام یعنے ۱۸۵۷ء تام روزمغلَن ہٕنٛد ذٔریعہ رائج کرنہٕ آمژ فارسی سرکأری زبان۔ واریاہ غیر مسلم ادیب، شاعر، صحأفی داۂ ییتھی اَسی تہٕ تِتھی تہٕ روٗ دِی فارسی زبأنے ورتاوان تہٕ اتھی منٛز لکھان ۔نجی دستاویزات یمہٕ گرن اندر ہور برٕ نکاح، باہمی معاہدہ حتیٰ کہ بڈی بڈی سرکأری معاہدہ تہٕ اعلان تام اَسی اَتھی زبأنی اندر سپدان تہٕ لکھنہ یوان۔ یوٚت تام کأشرِ زبأنی ہنٛدی تہٕ آنتھ رستی الفاظ فارسی الفاظوٕ ستی یا عوامکہ بولن وَلہٕ مبدل سپدی۔ رنبیر سنگھ روٗ دامہٕ لحاظ زبردس حساس تہٕ سنجید۔ تمی ییتہٕ ریاستس خأطر آنتھ رستی قونوٗن بارسس أنی اَدٕ یوسہٕ تہٕ تمن منٛز نوعیت شاہی یا دربأری مقاصدو تہٕ تقاضو خأطر تمس جان باسیے تتہٕ أنی تمی ییہٕ مملکتہ کِبن تمام خطن ہٕنٛدی وبدوان اَکس جایہٕ بلأ وِتھ تہٕ کٔرِن تمام خطن ہٕنٛدِ بہتر رأبط خأطر اردوٗ زبان رائج تہٕ دژن یہأے سرکأری زبان قرار۔ وریاہن تاریخی دستاویزن تہٕ کتابن کرنأوِن اردوٗ ترجمہ۔ اَمہٕ پتہٕ آو ۱۸۶۷ء

اکھ اخبار کأشرِٕن یعنے اتھ ڈوگرن ماتحت کاشرِس ریاستس منٛز روزن والین ہنٛد ذریعہ بارسس یتھ "بدیابلاس" ناواوس۔ یہ اوس اردوٗ تہٕ ہندی دون زبانن اندر شایع سپدان۔

پرتاپ سنگھن ییلہِ یہ زبان أری پأٹھی تمام خطن ہنٛز مقبوٗل رأبط زبأنۍ ہنٛد حیثتہ پھبان لٔب تموٚ گر یہ سکوٗلن اندر فارسی بجایہ ذریعہ تعلیم رأیج ییٚلہِ امہ زبأنۍ پوٚرٕ ریاست پنہٕ نِس لپیٹس منٛز أنۍ أتی کولالہ ملک راج صرافن ۱۹۲۴ء اندر مہاراجہ رنبیر سنگھ نہ ناوٕ "رنبیر" ناوک اردوٗ اخبار جأری یَتھ ریاستہ کیٚو سکالرو تہ لکھاریو جان قلمی تعاون دُیت یوٚسہٕ بصورت دیگر تہنٛز اکھ مجبوٗری تہِ أس تہِ اَمہِ ستۍ آیہ اخبارس اندر اکھ ہمہ رنگی ہش بارسس تہ اگرچہ سرکارس خلاف کأنٛسہٕ لکھنک کانٛہہ جرتھیٚ اوس نہ تاہم روٗدی علمی ادبی تہٕ سماجی معاملاتو علاوہ دربارشأہی ہنٛدی تعریف اَتھ اندر یسلہٕ پأٹھی شایع سپدان۔ یتھ پتٕھ مہاراجہ پرتاپ سنگھن لیکھن والین انعام واکرامن ہُنٛد سلسلہ تہِ شروع کوٚر تہٕ أمی چیزن دیت امیے اخبار کہ حوالہ اردوٗ کس زمینس یُتھ سگ زاَمہِ پتہٕ یم تہ کینٛہہ لیکھن یوٚژھ سُہ لوٚگ اتھ اردوٗ

پٲٹھی لیکھنہٕ۔ فارسی زبٲنۍ درآے گوڈٕ رسہٕ رسہٕ تہٕ پتہٕ اند ہتھے مؤل۔ اَمہِ پتہٕ ہیتنۍ ''رتن'' (۱۹۳۴ ء) چاند (۱۹۳۶ ء) پریم (۱۹۴۳ ء) تہٕ اردو زبٲنۍ اندر ترے نوی اخبار شایع سپدٕنی۔ ۱۹۴۷ ء گیہ ڈوگرن چھُٹی مگر اردو زبٲنۍ آسی اتھۍ سرنی مؤل دِتی متو زیہ رؤز دل و دماغہ سے منز پھبان تہٕ جہار لبان۔ یوٚت تام کشیر اندر انڈین نیشنل کانگریس زاو تہٕ یمو دُیت پننہِ پارٹی ہٕنٛد خفیہِ پارٹی ترجمان کہ حثیتہِ ''خدمت'' ناوِ کس اخبارس زنم۔ امہ پتہِ لوٚگ ''آینہ'' تہِ چھپنہِ۔ ۱۹۵۶ ء کوٚر خواجہ ثنا اللہ بٹ صابن ''افتاب'' ناوک روز نامہ جٲری تہِ امہ پتہٕ گو اردو اخبارن ہٕنٛد شایع سپدنک اکھ لامتناہی سلسلہ شروٗع یم کشیر اندر اردو عمارژ ہندس أکس أکس کوٗنس تہٕ أکس أکس سیرٕ گنہ ڈکھ کرنک پوٗرٕ بندو بست کوٚر۔ تاریخی نُسخن ہُنٛد مطالعہ تلہٕ چھُ ننان زِ ۱۸۷۲ ء پیٹھ چھُ ۱۹۲۴ ء تام ۱ بد یابلاس ۲ دھرم درپن (۱۸۷۳) ۳ ڈوگرہ گیزٹ (۱۹۱۱) ۴ مراسلہ کشمیر (۱۸۷۲) ۵ اخبار عام (۱۹۸۱ ء) ۶ کوشر پراگاش (۱۸۹۸ ء) ۷ پنجہ

فولاد (محمد الدین فوق ۱۹۱۱) ۸ کشمیری گیزٹ (۱۹۰۱ء)
۹ کشمیر مخزن (۱۹۰۵) ۱۰ گلشن کشمیر (۱۹۰۱) ۱۱
کشمیر درپن (۱۸۹۸ء) ۱۲ کشمیر میگزین ۱۹۰۶ء ۱۳
سفیر ۱۹۱۴ ۱۴ صبح کشمیر ۱۹۱۴ تہ ۱۵ کشمیر ۱۹۲۴
ناوکی پنداہ اردُۄ اخبار نیران۔ یِمہ اخبارٲسی نیران۔ یِمہ اخبارٲسی
نہ موجود ریاستہ پؠٹھ نیران بلکہ ٲسی لاہوٗرتہٕ امرتسر پؠٹھ نیران یِمہٕ
مہاراجس زیرِنگین علاقہٕ ٲسی۔ مگر یِمن اخبارن اندر اوس نہ سرکارس
خلاف کُنہِ تہٕ قسمک اقتباس لیکھنک تام اجازت تہٕ یہ پابندی روز
شِٹھہٕ پٲٹھی ۱۹۳۲ء تام۔ لہٰذا ٲسی زیادٕ پٮ۪ہن ادبی علمی تہٕ نیم لسانی
معاملاتےٚ یِمن ہٕنٛدی زینت بنان۔ یۄت تام ۱۹۴۸ء تام یعنے
ڈوگرن چھُٹی سپدنس تام ۱۴۸ اخبار کشیٖر ہٕنٛد ریاستٕکی زانہٕ ٲسی یوان
اَدِ یتہِ پؠٹھ چھپتھ یہن تہٕ تتہِ پؠٹھ۔ وچھان وچھان گو اردُۄ خاطر
کٔشیٖر اندر اکھ ٹیُتھ ماحول پاؠدِ ز کاشُرِ زبان تہِ ادبٕچ تاریخ تام آیہِ
مشہوٗر کاشرس شاعر، ادیب تہ ادبی تہٕ لسانی مورخ عبدالاحد آزاد
نہ ذریعہ اردُۄ زبانٕ منٛزٕ ے لیکھنہٕ تہٕ یِمہِ آیہِ ٲسی یہ تذکرہ کشمیری

زبان اور شاعری۔کاشرِ زبأنۍ ہُنٛد ووتھ واشرک ذٕسلابہ قرار دِتھ ہیکون۔ أسی ہیکوٚنہٕ یہِ پزر ہرگاہ تہِ کھٕٹتھ زموجودِ کأشرِ تحریک ذٕسلابہ چھُ اردوٗ چہِ بنیاذ پیٹھ کرنہٕ آمُت حتیٰ کہ چھُ ووٗنی یہوے رسم الخط سون الہِ پلہِ اکھ ساسہٕ وُہر مشترکہ رسم الخط۔ بہرحال کتھ چھے چلان وحشی سعیدنس مد پر اعلیٰ سنٛدِس ادارتس منٛز چھپن والہ ''نگینہٕ'' ہنٛز ییتھ ضمنس منٛز اَسہِ صرف کینٛہہ زٕ ترٛےوٕری پتھ پیہ یہ گرٛژھن ییلہِ اَمہِ رسالک گولڈن جُبلی نمبر شایع سپد تھ شہنشاہ پیلس کِس دربارا دبس منٛز ریلیز سَپُد۔اَمہِ نمبرِ کِس اداراییہِ ہس اندر چھُ نگینان اِدارِ اتھ شمارس اندر یمہِ آیہِ رقمطراز ز۔

''نگینک یہِ ضخیم شمارٕ چھُ گولڈن جبلی نمبر۔اَسہِ چھے بےانتہا خوشی ز نگینہ چھُ پننہِ اشاعتکۍ پنژاہ وٕری پوٗرٕ کران۔ ادبی تاریخس اندر چھ نصف صدی ہٕنٛد زمانہٕ واریاہ بوٚڈ زمانہ آسان۔ یمن پنژٕہن ورین اندر آےتعدادِ رستی اِنقلاب۔ پرتھ دورس منٛز روز نگینہ ہنٛز یہأے کوٚشش زِصحت منٛد ادبی اقدارچ پاسداری سپد تہٕ اردوٗ زبأنۍ تہٕ ادبٕچ سپدِ بےلوٗث خدمت۔ آسہِ چھُ اطمنان زِ یمن

پنژٕہن ورین رٕو داَسہِ اردوٗ کہن قداوار قلمکارن ہُنٛد تعاون حاصل تہٕ ''نگینن'' ہُرِ رووآنتھ رسہ نےٚ قلمکارن ہُنٛد حوصلہ۔ یتھ اندر مقامی یا بیرٕونی (قلمکارن ہُنٛد) کانٛہہ شرطہ اوس نہٕ تہٕ یہِ سلسلہ چھُ وُنِس تام جاری۔ نگینہ چہ دوبارٕ چھپایہِ پتہٕ گرٕی اَسہِ کینٛہہ یادگار ضخیم تہٕ معیاری نمبر شایع۔ یہنٛدٕن عام وخواصن اندر قبوٗل عام تہٕ پسند یدگی ہُنٛد اندازٕ اَسہِ تمن قابل قدر خطوٗطن ہُنٛد ستی سپدان چھُ یمہٕ سأنٛی حوصلہ بڑاوان چھ۔ أسی تہِ چھ توہہِ یقین دوان زِ یوسہ قندیل پنژاہ ؤری برونٛہہ روشن أس کرنہٕ آمٕژ سُہ روزِ روشن تہٕ وریاہ زمانس روزفروزان ''نگینہ گولڈن جبلی نمبر ۵'' یہ گولڈن جبلی نمبر چھُ پنژٕ اہم جلدک أکم تہٕ دوٕیم شمارٕ تہٕ اتھ اندر چھ پتیمبن شمارن متعلق پرن والین ہنٛدٕن تاثراتن پیٹھ مشتمل اکھِ پلہٕ شہِ تاجی خط شأمل یمہٕ ملک تہٕ ملکہ نبر روزن والیو عظیم قلمکاروسابقہ نگینن ہٕنٛدِ معیارکس ضمنس منٛز تمو نگینہ کس مدیر اعلیٰ سٕنٛد ناوسوزی مُتی چھ تہٕ یتھ کنہ چھُ نگینہ ہک ادارٕ روایتی طرز ترسیلس ستی ستی امچہن دلچسپین اندر ہر بر کرنک تہِ اہتمام چھ کران۔ اتھ شمارس اندر چھ ملک تہٕ ملکہ نبر

روزن والین بہلہ پایہِ اردؤ شاعرن ،ادیبن تہِ سکالرن ہنٛدی نظم و نثر معیاری مضموٗن ،تبصرہ،تنقید،افسانہ،ترجمہ،تاثرات تہٕ تاثراتی مقالہ تہِ شأمل کرنہٕ آمٕتی تہِ یم چھ أخری تہٕ دٕسلابہ ٹائٹل ورقو ورأے ژؤن ہتن شِونزہن صفن پٹھ پھٔہلتھ ۔ییمک مطالعہ یمہِ پزرک اندازِ چھ کرناوان زادارچھٕنہٕ معیارس خلاف کانٛہہ تہِ سمجھوتہٕ کرنچہِ پوز شینہِ منٛز بوٚن وَسان بلکہ چھ اندازن ادارَے تمہِ آیہِ اصلاح کاری کأم ہوٚان زِ پرن وألی چھنہٕ کُنہ تہِ جایہِ اتھ اندر کانٛہہ تیتھ فنی سقم یا مقامی لہٕجٕ أڈرن محسوس کران یُس پرن والین یہ ونہٕ نس مجبوٗر کرِ زِ یہ چھُ اردؤ دُنیا کہ عالمی معیارِ نشہ کُنہ تہِ حیثتہ ؤسی پایہِ ۔اگرأسی مکتو باتن ہنٛز روشنی منٛز نگینہ شش ماہی رسالہ کس اَتھ گولڈن جبلی نمبرس متعلق معلوم کرن یژھو۔أسی چھ مقامی کیوٚ اردؤ دُنیہکی بہلہ پایہِ ادیب اتھ متعلق یمہِ آیہِ رقمطرازلبان ز

''۔۔۔۔نگینہ کس گولڈن جبلی نمبرس متعلق چھس کینٛہہ وٕنٕن یژھان یُس نہ صرف ناوِ کُے نگینہ چھُ بلکہ چھ کامہَ کنٛہ تہِ نگینہ۔ ییتھ چھُ نگینک پرتھ کانٛہہ شمارٕ ضخیم تہٕ خاص نمبر چہِ شکلہِ منٛز یوان مگر

گولڈن جبلی نمبرن ترٲوِی یم تمام شمارٕ پتھ۔۔۔۔ گولڈن جبلی نمبر چھُ اکھ تاریخی تہٕ ادبی دستاویز۔۔۔۔''

استوتی اگروال

دنیاہس اندر چھ وارِیاہ چیز تمہ یمہٕ شوقہ کس بنیادس پپٹھ انجام آغاز یا اہتمام چھ لبان۔ یہ چھُ چیززک حسن تہٕ مأری منٛز رٕ ے چھُ تمہِ کس مالِک یا خالقہٕ سٕنٛدِ شوقک تہ زوقک اندازٕ چھ کرناوان۔ نگینچ ظٲہری ترئین کاری تہِ چھے ادارکہ اعلیٰ ترین شوقچ تہٕ ذوق جمالٕچ شہادت پیش کران۔ اَتھ اندر یُس مواد چھاپنہ یوان چھُ تمیک معیار گیاوٲسی تھےٕ۔ اچ چھپٲے۔ تصویرن ہٕنٛز ژٲرتہٕ تہنٛز دلکش پیش کش ترتیب وتشکیل تہِ چھے دِلس تہٕ أچھن پرِ یہ وٕنی آسان یمہِ خٲطر بار بار مکتوباتن اندر ادارس شاباش تہِ مرحبا کرنہ چھُ یوان اگر أسی أری پٲٹھی غور کرو شوقس چھُنہ عالمس اندر کانٛہہ قٲمتھے مقرر سپد یمت نہِ ہیکہ کانٛہہ کٲرِی تھےٕ نہ چھُ زاہ یہِ وچھنہ آمُت زشاعری یا ادبن دیت ادیبس یا شاعرس تتھ کنہ مؤل تہٕ نفع۔ یتھ گنہٕ دکاندارس، یا پٲرِس یا کانٛہہ کارکسب کرن وٲلس میلان چھُ مگرامہ

باوجوٗد چھ لۆکھ چھاپان تہٕ مفت بأگران ز کانٛژھا پرِ نا۔ کشیر اندر چھے یہ نٕہج زیادے پٕہن عام لبنہٕ یوان تہٕ یمن حالاتن اندر چھُ یہ وحشی سعیدؔ تہٕ یہنٛد نگینہ کہِ ادارُکے شوق زیم چھ اُکس بارٕ ژمس کتابہٕ یا نگینہ رسالہ چھاپان تہٕ یمن اندر نوٚین تہٕ نو خیز ادیبن ، شاعرن تہٕ سکالرن ہنٛز صلاحیژ چکارس کھالان ۔ مےٚ وُچھ پانہٕ اُکہِ دۄہہ وحشی سعیدیم الفاظ دۄہراوان ز ''یہ نظم چھےٚ کمی تام سوز مٕژ ۔ یہِ وُچھی تون ییتھ ماگژھ کینٛہہ بچارس چھپہِ ہیس ۔۔۔'' حالانکہ سۄ اُس تیژ ابتر زتتھ ہکہٕ ہن نہٕ بڈٕی ووستاد تہِ کینٛہہ کٔرتھ مگر وحشی سعیدس اوس اتھ رم جذبہ یمہِ کنٛ تمِس امیک پھیران اوس اوِ کنہ نہٕ ز اَمہ نِشہٕ اوس کانٛہہ فأید بلکہ اوٚکنہ ز ہر گاہ کانٛسہِ حوصلہ افزأیی سپدِ خبر پگاہ مابنہِ سُہ امیے حوصلہ افزایی کنہ جان شاعر یا جان ادیب ۔ یہوے اوس سُہ جذبہٕ ییمہِ وحشی سعید ہیوٗ مصروٗف کاروبأری شخٕژ نگینہ اجرا کرنٛو وتہٕ اُکس اِنسانس تہِ پزٕ یتھٕ ن لۆکن ہٕنٛدس اَمہِ قسمہٕ کس جذبس سلأمی دِنی ۔ حالانکہ ییلہِ اُسی نگینکی اولہٕ پٹھکی شمارٕ اِد یُس وسُے دستیاب سپدان چھ وچھان چھ یہ چھ اَمہ میگزینک سُہ لأنی بجر

یُس صرف خلوٗص ہٕ والہِ نےٚ میلان چھُ زِ اَتھ چھ گوڈ نکہِ دوہہ پٕٹھے بہلہ پایٕکۍ لکھاری باگہِ آمٕتۍ ۔ نہٕ صرف ناو دار أدیبو پٔنٕن قلمی یوگدان آیہِ تن تھوومت بلکہ چھُ تمو وحشی سعیدٕنٕن صلاحیژن پننٕن ماہرانہ صلاحیژن ہنٛد پیوند گرِتھ یہ یوٚت معیاری تہٕ اَمہِ پایک تھیکن لایق ادبی، علمی، لسانی تہٕ سماجی خدمژن ہُنٛد کیمیا نبوومُت ۔

مےٚ سپُد وحشی سعید نہ حوالہٕ ''نگینہ'' رسالہٕ کس بعض تبصرن ہُنٛد مطالعہ ہک شرف حاصل ۔ مےٚ گٔر یتٕھن نگینہ کٕہن بعض خصوٗصی نمبرن پٕٹھ کرنہٕ آمتٕن تبصرن ہٕنٛدٕن کینژن اقتباسن ہُنٛد کأشر ترجمہ پیش کرنٕچ ضروٗرت محسوٗس یمہِ کنۍ مےٚ یمہٕ پیرٕ ژارِ ہٕنٛدی ترجمہ یتھ کتابہ شامل گٔری یُتھ پرن والٮ۪ن ''نگینہ'' رسالچہ اہمیژ تہٕ امچہِ نوٕیژ ہُنٛد اندازٕ سپدِ ۔ مثالے رسالہٕ نگینہ ششماہی جولایی ۔ دسمبر ۲۰۲۰ ء کِس صفحہ ۴۴ ہس پٕٹھ چھپیٚمٕتہِ اَمہِ پتمہِ شمارک تبصرہ یُس غالبن ادب نمبر چھُ اوسمت ۔ یہ تبصرہ چھُ سہیل سالم صأبن ''نگینہ ادب نمبر ایک نظر میں'' عنوانہ تحریر کوٚرمت ۔ سُہ چھ لیکھان ز

''بقولِ سہیل انجم ''ہندوستانس اندر چھےٚ ادبی رسالن ہنٛز اکھ

بھرپوٗر تاریخ موجوٗد۔ یێتہٕ چھِنہٕ صحافتہٕ کِس ڈٕ سلابہ سےٚتی اخبارن اندر ادبی نگارت شایع سپدٕنی ہێتی مُتی۔ ازچھُ صورتحال یہِ زِ ملکک کانٛہہ قابل ذکر شہر چھُنہٕ تیُتھ یێتہ پێٹھ نہ رسالہ شایع سپدان آسن'' (اردو دنیا اپریل ۲۰۱۴ ص ۱۱) ''یمن اندر چھُ سہ ماہی ''نگینہ'' تہٕ اکھ ادبی رسالہٕ یُس وحشی سعید نہٕ نگرانی منٛز کشیر پێٹھ شایع چھُ سپدان۔ اردوٗ چێن ادبی ہیتن خاطر سہ ماہی نگینہ تعارفس آویزٕ۔ یہ رسالہ سپد ۱۹۶۸ ء سرینگر کہ مشہور مقامہ کرن نگر پێٹھ جاری تہٕ وقتچہ پابندی سان روٗد دِتھٕ ادبٕچ خدمت کران۔ اگر چہ نامساعد حالاتو کِنہٕ کینژس کالس تعطلک شکار تہٕ روٗد۔ اما پتہ گوٚ بییہٕ شایع۔ سہ ماہی نگینن دژ نہ صرف کینژن تحریکن تہٕ رجحانن ہنٛدٮ۪ن اہم أدیٖبن شاعرن ہنٛدین لیکھٕ نٕ یٲژ پننٮ۪ن اوراقن پێٹھ اہتمامہ سان جاے بلکہ کٔرِن نٔوی قلمکار تہٕ متعارف۔ سہ ماہی نگینس چھُ یہ اعزاز تہٕ حٲصل زٲمی کٔری ادبہ کێن اکابرن ہنٛدی شایان شان خاص نمبر شایع۔۔۔

۔۔۔وہمہ صدی ہنٛدس ژورمس دٔہلس منٛز آیہِ افسانہ نگارن

ہنٛز اکھ تۄشہٕ جماعت ووٚبرتھ برونٛہہ کُن یمو افسانن ہُنٛد یہ دور افسانوی تاریخک سونہرۍ دور بنوو۔ سعادت حسن منٹو ہیوۍ افسانہ نگارن گرۍ اتھۍ دورس منٛز افسانہ لیکھٕنۍ شروٗع۔۔۔۔

۔۔۔۔یۄت تام جموں و کشمیر کہ ادبی داستانک تعلق چھُ یتیکۍ شاعرتہٕ روٗدۍ اردوٗ ادبچہٕ اَتھ مقبول ترین صنف ''غزلٕچ'' آبیاری پننہٕ جگر کہ خوٗنہٕ ستی کران یمن اندر رفیق راز، عرش صہبائی، نذیر آزاد، شفق سوپوری، رخسانہ جبین، پرتپال سنگھ بیتاب، پروین راجہ، علی شیدا، اشرف عادل، پرویز مانوس، سلیم ساغر تہٕ عارض ارشاد بیترِ قابِل ذکر چھ۔۔۔۔

۔۔۔۔رسالہٕ کس فلیپ (کورس) پیٹھ چھے مظفر ایرج تہٕ وحشی سعیدٕنۍ (مشترکہ) تصویرتہٕ موجوٗد۔ چھپاے تہٕ کاغذ چھ عمدہ ترٛین ورتاونہ آمٕتۍ۔۱۲۴ صفن پیٹھ چھ تہ نگینہ (مظفر ایرج نمبر) یُس الفجر پبلیشرز (والو) شایع کوٚرمت چھُ۔۔۔'' (ص ۴۴ تا ۴۶ نگینہ المذکور)

اُکس تجزیاتی مطالعہٕس اندر چھُ توصیف احمد ڈار ناوک کأشر

بُتلہِ ہُنٛد اکھ اردو سکالر نگینس متعلق ونان زِ

''یمہ رسالک پرٛتھ نوٚ وشُمار چھُ سأبقہٕ شمارٕ مقابلہٕ نِشہٕ معیاری تخلیقاتو نوأ زِتھ آسان۔ ءستی ہکو نہٕ نگینہٕ کٕبن ممبرن ہنٛدی ترتیب و تنظیم انتخاب تہٕ مضموٗن تہٕ لاگہ روس محنت تہٕ مشقت تہٕ کُنہِ صورتس منٛز مشرأوِتھ۔ یہ چھُ یمنے نگینہ کٕبن ممبرن ہنٛز ےسخن فہمی ہنٛد نتیجہ زامہ کس پرٛتھ شُمارس اندر چھ تمہ شودی تخلیقات شأمل روزان یمہ بصری ادبی تقاض پوٗرٕ وُتران آسَن۔ ملک تہٕ بیرون ملک کٕبن صفِ اولہِ کٕبن قلمکارن ہنٛد ٕن لِکھن ہنٛز اشاعت چھےٚ امہ رسالٕچ اہمیت رسایل و جرایدن ہنٛدس دُنیہس منٛز دوگنہٕ کران۔۔۔''

نگینہ جنوری۔جون ۲۰۲۰ چمار ۱ جلد ۵۶۔ نگینہ انٹرنیشنل۔ایک قربانی مطالعہ اے امیے شمارک دویم مضموٗن چھُ اَمہ پتہٕ ''نگینہ انٹرنیشنل سالنامہ۔تعارفی مقالہ'' ناوٕ جوان سال قلمکار زبیر قریشی سُنٛد چھپومت۔یتھ اندر زبیر قریشی رقمطراز چھُ ز

''۔۔۔یتھ کتھِ اندر چھَیی نہٕ زٕ رایہِ زِیٚیلہِ تہٕ برصغیرس اندر اردوٗ ادبچہِ تأریخہ ہنٛز کتھ سپدِ سو کتھ روز جموں وکشمیر کہ ناوٕ ورأے

اڈلچی۔ تہِ ییٚلہِ ییٚلہِ تہ جموں وکشمیرس اندر اردوٗ حوالہ کتھ سَپد کتھ روز ''نگینہ انٹرنیشنل'' ورائے نامکمل۔ اردوٗ دنیاہس اندر چھ نگینہ انٹر نیشنلن پننہِ حیثیت صلاۓ حیژن ہنٛد شیشتھر بیہہ نو ومت۔

۔۔۔۔نگینہ انٹرنیشنلس چھُ یہ اعزاز حاۓصل زِ أمی چھُ جموں و کشمیر پیٹھ بین الاقوامی سطحس تام تمام اردو پرن وأل تہٕ ادبس ستی دلچسپی تھاون والین ستی ستی لکھارٕن ہنٛز تسبیح دانہ دانہ سمبرتھ جموں و کشمیرک ناو روشن کوٚرمت۔۔۔۔'' زبیر قریشی المذکور ۸ے۔

نگینہ انٹرنیشنلکی بیشتر شمارٕ پرنہٕ پتہٕ گیے مےٚ اتھ اندر بعض تیتی بڈی اردوٗ قلمکارتہٕ پٕنن مضموٗن یا قلمپارٕ اتھ اندر سوزتھ ادار یہ ہس بروٗنہہ کنہ سرخم نظر یمن نہ بظاہر تہ بصورت دگیر بڈی ناو آسنہٕ کنٕز امہ چیزٕچ کاثہہ ضرور تھےٕ اُس مگر أمی چیزن پھیورمیون ظوٚن یتھ حقیقتس کُن زسأئٕز اکثر ادیب چھِنہ وُنہِ سنگرمال (کأشرِ) اخبارک ناو تہِ شاید زاناۓنی نوشتہ سوزن گیاوپتہٕ۔ وریاہ کأشرِ اخبار سئڈی اند پیٹھے گال کھالتس یا بامیےٚ پراگاش اوس یا ادچمن یا اِدکونگہ پوش۔

نگینہ رسالہ ییتہِ اردوٗ ادبہ کیٚن معیاری تخلیقاتن ہنٛد گنجینہ چھ تتہِ

چھُ یہ جموں وکشمیرس اندر تہٕ امہ نبر تہٕ بہترین ادبی صحافتک اکھ تھیکنہ ینہ وول جریدٕ یُس ہرگاہ امیے آیہ معیارٕ تہٕ تسلسلہٕ سان شایع سپدان روٗد یہ کرِ جموں وکشمیرس اندر ادبی تاریخہ تہٕ ادبچن ہنٛز سونہری تاریخہ ہُنٛد اکھ زیادٕ دیدزیب سوہنری باب رقم تہٕ امکی ممبر روزن اَکس زیٹھس زمانس جموں وکشمیرس منٛز اردوٗ ادبکہ پھہلاوٕ خاطر تاریخس اندر محسن ہُنٛدِ حثیتہ درج تہٕ کیاز ِ امہِ رسالکی نوشتہ چھنہٕ معیاری تہٕ تاریخی نوعیتہ کی یٗتی بلکہ بے باک تہٕ ۔ یتھ سلسلس منٛز جموں وکشمیرکس اَکس مشہوٗر اردوٗ ادیب ''ہنس راج ابرول'' یُس ادبی دنیہس اندر عرش صہبایی ناوٕ زانہٕ چھ یوان اَمی سنٛز بےبأکی یمہ آیہِ پرن والین خاطر چشم کشا چھے بنان زِ

''گوشہ حامدی کشمیری چھ واریاہ جان۔ اَمہِ ستی اَس میانہِ یمہِ نظریچ تصدیق سپدان ز اکھ اصل فنکار چھُ اصل انسان تہٕ آسان۔ موصوف اَسی زندگی اندر تعمیری نظریہ تھاوان تہٕ ادبس اندر گرٛ چھیے نہ یہنٛز کمی پوٗر۔ مےٚ چھ تہندس ذاتس ستی واریاہ توقعات۔ میون خیال اوس سٹیٹ ایواڈن ہنٛز یوسہٕ پنٛزی بأ گرن

سپدان چھے۔توہی ترأ ووِتھ پٔتھ ضرور روشنی یِوٚتے نہ اردٕو چہِ ترقی خأطریوسہ ریاستی کمیٹی بناونہٕ آمژ چھےٚ تتھ اندر چھا اکھ صاحب تِتھی تہٕ یُس یِوٚت تام تھدس سرکأری عہدس پٮ۪ٹھ روٗ دتم روٗ دی رشوت خوٗری برٛاو دوان ووٗنی چھ سبکدوشی پتہٕ متعلقہ اردٕو کمیٹی ہنٛدی رکن ژارنہٕ آمتی۔۔۔۔

نگینہ انٹرنیشنل ادب نمبر معہ گوشہ مظفر ایرج ۱۳۷ ۲۴ جنوری ۲۰۲۰ء۔

''نگینہ'' رسالٕچ تشہیر تہٕ علاقہ:۔

وحشی سعیدُن اردٕو ادبس خأطریُس لول ''نگینہ'' رسالہ کس روٗپس منٛز اَسی وچھان چھِ تمیک پھٔہلاو چھُ کأفی وسیع۔ملک تہٕ ملکہ نٮ۪بر تام یمیک اندازٕ أسی تموخطو ذریعہ تہِ کٔرِتھ ہیٚکو یمہٕ ٹیلی فون۔موبایل فون تہٕ سوشل نیٹ ورک کس یتھ پُپس منٛز تہِ پرنس منٛز یوان چھ۔یتھن کرو أسی کیٛنٛہہ خط (ترجمہ) یتیس یا بعض خطن ہنٛدٮ۪ن اقتباسن ہنٛدی ترجمہ پیش یمہِ ستی نگینس ستی اَمہِ کِنہ پرن والین ہنٛز دلچسپی تہٕ اَمہِ رسالکہ پھٔہلاوک انداز کرنہ یتھ ہیٚکہ

مثلنَ۔

(ترجمہ): محترم جناب وحشی سعید صاحب۔

اسلام علیکم۔

یتھن حالاتن اندرتہِ چھُ رسالک سفرخوب سے خوب ترس کُن روان دوان۔ یہ چھُ توہہ ہوبن اردوٗ کِن مجاہدن ہندیے خاطر ممکن ورنہٕ چھ بڈٕ بڈٕ بونر ووٗدٕ نی کرمژٕ ۔۔۔۔

جناب مظفر ایرج صاحب۔نوٗرشاہ صاحب، جناب محمد ظہور ترنبو اشرف آثاری تہٕ تمام مخلصن ہنٛدِس خدمتس منٛز چھے درجہ بدرجہٕ سلام

عرض۔ احقر

عالم

بنارسی

(نگینہ رسالہ۔سالنامہ معہ گوشہ حکیم مرحوم ۱۰۸)

سلام وآداب

۔۔۔۔یہ افسانہ زانٛی زبوٗ کاشرِبن باپن خاطر میون اکھ تحفہ۔

افسانہ چھُس تہندس خدمتس منز ارسال کران۔۔۔۔خدا بوزن

توہہ روزیو عافیتہ سان

نیازمند

بشیر مالیرکوٹلوی

( نگینہ المذ کور )

سلام رحمت۔

ادب نمبر معہ گوشہ مظفر ایرج سپُد دستیاب۔شاعرنوازی خاطر چھ
یہند قدم قابل قدر۔گوشہ مظفر ایرِ ج چھ مختصر آسنہٕ باوجود شاعرٕ سنٛز
بھرپوٗر نمایندگی کران۔۔۔۔میانہ طرفہ چھے نگینہ کہن معاونن
ہنٛدس خدمتس منز سلام عرض۔خیراندیش کمترین

( نگینہ رسالہ المذ کور ۱۰۸)

ضرورصفی

حیدرآباد

محترمی

السلام علیکم



ید صاحب۔

الک سفر خوب سے خوب تر سُن کُن
ردٕ کہن مجاہدن ہندِ یے خاطر ممکن

۔۔۔۔

۔نوٗر شاہ صاحب، جناب محمد ظہور
ن ہنٛدِس خدمتس منز چھے درجہ

احقر

عالم

شہ حکیم مرحوم ۱۰۸)

شرٕن باین خاطر میون اکھ تحفہ۔

نگینک ادب نمبر سپد معہ گوشہ موصوٗل۔ شکریہ۔ گوشہ مظفر ایرج چھُ سبٹھاہ زبر۔ یہ شمار چھُ حق عقیدتس مصداق۔ مبارکباد کرو قبوٗل۔ مضموٗن چھ پُر مغز تہِ معیاری۔ تمام افسانہ چھ عصری حثیت تہِ عصری آگہی ہٕندی ترجمان۔ منظومات تہِ چھ معیاری۔۔۔۔

ڈاکٹر اشرف آثاری سنٛدی تبصرہ تہِ چھ زبر۔۔۔

نیاز مند

آفاق فاخری

یوپی

(نگینہ رسالہ سالنامہ معہ گوشہ حکم منظور مرحوم)

برادرم۔۔۔۔اسلام علیکم۔

۔۔۔۔تہند ارسال کوٚرمت خوبصورت تحفہ سپد موصوٗل۔ کرم فرمایی ہنٛد شکریہ۔ نگینہ کس یتھ شمارس اندر چھو توہہ ادبکی بہترین قلمکار سمبراوی مٕتی۔ تمام تخلیقاتہ کرہم خوش۔ یتھ شاندار نمبر کڈنس پیٹھ کری تو میانہِ طرفہ مبارکباد قبوٗل۔۔۔۔

مخلص

طلعہ تابش

پرتاپ گڑھ

محترم وحشی سعید صاحب

مدیر نگینہ

اسلام علیکم

۔۔۔۔اَز میول ماہنامہ شاعرک شمارہ تہٕ أتی میج نگینہ کہ اشاعتچ

آگاہی۔ انٹرنیشنل ادب نمبر کہٕن اتھ اندراجاتن ہٕنٛدی ۔کنہٕ گیم اَمہِ

اہم دستاویز کہ حصٕلچ خاہش پأدٕ۔۔۔۔

سلامتی خاطر دُعا

وسلام

اشعر اقبال

دُینہٕ جہلم

محترم سعید صاحب

۔۔۔۔نگینک تازٕ شمار میٕول۔سخ خوشی سپز۔معمٕولہ مطابق چھُ یہ

شمارٕ تہِ دیدہ فریب تہٕ مواد کہٕ تعلقہ تہِ چھُ سنجید تہٕ



موصوٗل۔شکریہ۔گوشہ مظفر ایرج

رِتس مصداق۔مبارکباد کرو قبوٗل۔

۔ تمام افسانہ چھ عصری حثیت تہِ

رمات تہِ چھ معیاری۔۔۔۔

رہ تہِ چھ زبر۔۔۔

نیازمند

آفاق فاخری

یوپی

کم منظور مرحوم)

خوبصورت تحفہ سپد موصوٗل۔کرم

شمارس اندر چھو تو ہہ ادبکی بہترین

م خوش۔یتھ شاندار نمبر کڈنس پیٹھ

۔۔۔

مخلص

معیاری۔۔۔۔کینژ ن دوہن خاطر چھُس اؤ ری درائٕث نگینہ روزِ
مے ٕستی ۔۔۔۔

پروین (امریکہ)

۔۔۔۔

۔۔۔۔

۔۔۔۔راتکہ پوسٹہ ذریعہ میؤل نگینک تازِ شُمار۔شکریہِ تمہِ
عنایتہِ خٲطر یؤسہ تصویر تتھ منٛز توہہِ لٲجمٕژ آسو۔۔۔۔

۔۔۔شکریہ

(بحوالہ ڈاکٹر کاینات۔پی ایچ ڈی مقالہ)

سونان اطہر ویر۔مدیر تخلیق لاہور

یمہٕ چھ آنتھ رستی مضموٗن یمہٕ اَسہِ نگیٖنہ کہ مطالعہ معلوٗم سپد ی یمہٕ
بعض کینٛہہ تیتۍ طویل تہِ چھ زِ فرصتہ ورأے چھُنہ تہٕند پرن تہِ تیوٗت
ممکن مگر کمال چھُ یہ زِ وحشی سعیدن چھنہٕ یمہٕ ''نگینس'' اندر شامِلے
یأتی کٔری مُتۍ بلکہ چھ یتہِ معلوٗم سپد ان زِ وحشی سعید چھ یمن مکتوباتن
فرداً فرداً جواب تہِ ارسال کران۔تتھے کن یتھ کنہٕ یمہٕ کُنہِ کالہِ

بعض وجوہا تو سبٕہٕ جواب وٚنتس پٔتھ نہٕ دِنہٕ کٔنہِ پتہٕ وارٕ وارِ واپس کال چھ کران تہٕ یہ چھُ وحشی سعید نہ زندگی ہُنٛد بیا کھ پہلو۔ یتھ پٔتھ مزید تحقیق تہِ کاٗم ہیٚکہِ کرنہٕ۔ یتھ یورکن سکالرن ہُنٛد وٚنس تام کمے پہن ظون چھ گومت۔ ییٚلہِ زنہِ وُنس تام لیکھنہ آمتو تحقیقی مقالاتو تہِ شایدے کانٛسہِ اورکُن ظوٗن گومت آسہِ۔

☆☆☆

## وحشی سعید ہم عصرن ہٕنٛزِ نظرِ منٛز

''وحشی سعید چھُ یمہِ دورکہن تمن ممتاز فکشن نگارن اندر ؤنٛزرنہ یوان یمن نِش زندگی ہٕنٛدؠن تمام موضوعن پیٹھ مشاہدچ ؤرتھھ چھےٚ تہٕ زبان و بیانکہ رٕژرلبنہٕ چھ یوان۔ وحشی سعیدن بنأوِ پنٕہٕنؠن افسانن اندر أکس تتھ اسلوٗبہِ کِس اثرس تل پٔنٕنی پہچان یُس پرن وألس تخیلس ہٕتی پۆرِ پأٹھی وأٹتھ تھاونس منٛز کامیاب چھُ۔۔۔۔وحشی سعید چھ پنٕہٕنؠن شب و روزکس أِلس منٛز تیٖتی متحرک (Viorant)لبنہ یوان تہِ سوچِ تھےٚ چھ زبردس حیرت سپدان پنٕہٕنؠن سماجی تہٕ کاروبأری اوبرو باوجوٗ دچھُنہ یہٕنٛد قلم زٕنٛہے رکان۔۔۔'' لمحے لمحے (آداریہ ۴) حبیب سوٗز مدیر لمحے لمحے۔

وحشی سعیدن افسانوی سفر چھُ أکس زٕٹھس مُدتس پیٹھ وحاطٕ کرتھ یم چھ مروجہ اندازس منٛز کأتی افسانہ لیکھِ متی ۔۔۔۔مےٚ چھُنہ یہ ونہٕ نس منٛز تامُل زِ یم افسانہ چھ تخلیقی آگر وزناونس تہٕ حیرت و نشاطس ہٕتی موٗت کرناونچ کہربأنی کشش تھاوان۔یم نکہٕ نکہٕ افسانہ

چھِ تم یم تخلیقیتہٕ کِنۍ اسرار ورموز ونشہ قاریس وٕ کھرکڑتھ فتہٕ نس طلسمی دُنیہس منٛز نوان۔ ظاہری طور چھُ یہِ مقصدیت یا خاری حقیقتہٕ نِشہٕ انحراف نظر یوان مگر ہرگاہ غور سان وچھنہٕ ایِیہ یمہٕ افسانہٕ چھ پننہٕ نِس تخلیق کارسٕندِ نظریاتی موقف، سماجی کشپ وفراز، حسن عشق، حسن ورومان سیاسی چنگیزیت، فرد راوُن، خابن ہنٛد چوٗ رسپدن تہٕ محرومی تہِ اوز ردگی ہنٛدِ بن رمز وسہارٕ کراہین۔۔۔۔''

پروفسر حامدی کشمیری لیکھے لیکھے ۵۳

''وحشی سعید نہ لیکھنہ کہ انداز تلہٕ چھُ واضح زِ تم چھ اکھ تجربہ وأل لکھأری۔ یہنٛدِ پلاچ تھٔرِن چھےٚ وریاہ ٕ ریوسہ پرن وألس اکھر تام پانس ستی چیٖرِ چھےٚ رٹان۔ یہنٛدی موضوٗع چھ روایتس نکھ تہٕ یہنٛدی موضوٗعات چھ زیاد پہٕن شہرچہن کوچہِ گلین ہٕنٛدس دُنیہس ستی تعلق تھاوان مگر یہنٛدِ فنٛکی کمالن چھ اَتھ زُو دِیتمت۔ یہنٛزن دلیلن اندر چھ مابعد طبعیاتی رویہِ تہِ موجود تہٕ کُنہٕ کُنہٕ چھ تصوفک ذایقہ تہٕ محسوٗس سپدان۔ یہنٛدس کلامس اندر اَڈرتھ علامت نگاری تہِ چھ۔ یہنٛدِ فنٛکی نٛز حصہ یمن پیٹھ قلم آزمأیی کرنی سبٹھے کم اہل قلمن تگان چھُ۔

علامت نگاری ہوس مشکل فنس پیٹھ اَتھ ترا ون تہٕ چھنہ پر ٚتھ کانٛسہِ
ہنٛد اتھہٕ کتھ ۔ وحشی سعید چھ افسانہ گرنک فن زانان بلکہ چھ اردوٗ
زبانِ پیٹھ تہٕ عبوٗر تھاوان ۔ یہنٛدی مکالمہ چھنہ جاندارٕے یٲتی بلکہ
چھ پرن والین ہنٛدس ذیہنس منٛز تہٕ وسن وألی ۔ یہنٛد ٚن جملن ہنٛز
تھٕرن تہٕ ترتیب تہٕ چھےٚ وٕکھرٕ انداز چ لبنہٕ یوان یوسہٕ یہنٛد فنی
ریاضچ دلیل چھےٚ ۔

رشید امجد پاکستان لملے لمحے ۵۴

''۔۔۔۔مےٚ چھُ یاد ۔۔۔۔غالباً ترٛہہ پنٛژترٛہہ وٕری برونٛہہ
سپُد وحشی سعیدن اکھ مختصر افسانوی مجموعہ شایع تہٕ مےٚ اوس کشمیر
یونیورسٹی ہنٛدس میگزین بازیافتس'' منٛز تتھ پیٹھ تبصرہ لیوکھمت ۔ مگر
امہ پتہٕ گو وحشی سعید نہٕ تخلیقتک جھیل ڈل اللہ سمتس منٛز پکتھ وریاہ
دوٗر نیرتھ ۔ مگر کشیرِ ہنٛزن ادبی محفلن منٛز ییٚلہِ تہٕ وادی ہنٛد ٚن
افسانہ نگارن ہنٛز ذکر آس سپدان نورشاہ۔۔۔۔مخمور بدخشی لیس
ستی ستی اوس لازماً وحشی سعیدن ناو تہٕ لازمی طور ہیٛنہ یوان ۔ امیک
سبب اوس ای شاید ز وحشی سعید نہٕ مذکرہ افسانہ سمبر نہ اندر اوس کینٛہہ

نتہِ کینْہہ ضرٛ رتیتھ آسان یُس یمن ادبی محفلن اندر زندٕ اوس تھاوتھ ۔۔۔۔اکو ہمہ صدی ہنٛدس گوڈنہِ کس ڈٕہلس سَپُد چھیکرس یہ انکشاف زٕ وحشی سعیدٕنی تخلیقی آگرٕ آسی نہ ہوکھی متی بلکہ آسی پننہِ بہاو چھِن نوٚبن وتن ہُنٛد انتظار کران۔۔۔۔

پننہِ ذاتی زندگی منٛز چھ وحشی سعید اکھ شریف النفس تہٕ وضع دار انسان انسانی قدرن ہنٛد احترام چھُ یہنٛدس شخصیتس تہٕ فنس تقدس بخشان ۔۔۔۔وحشی سعیدس چھُ یمہِ کتھ ہُنٛد احساس زِ معاشرس اندر پھیلیمٕژ بدعنوانیہ، بے ایمانی تہٕ ضمیر فروشی ہرگاہ عام چھ تہٕ امیکی مؤل چھ اخلاقیاتہٕ نِشہِ چھٕلِتھ سماجی تہٕ معاشی نظامس اندر پیومت۔۔۔۔

پروفیسر قدوس جاوید۔لمحے لمحے ٦٣٠٦٢ء

''وحشی سعید چھ ادب تہٕ بزنس خلط ملط کرن نامناسب زانان ییٚلہِ ادٕنچ کأم کرن تمہِ وزِ چھنہٕ بزِنس کران تہٕ ییٚلہِ بزنس کرن ادبس کن چھِنہ وچھان تہِ ۔۔۔۔وحشی ناوک چھُنہ یمن پیٹھ کانْہہ اثر تہِ کیاز ِیہ چھُنہٕ مألی ماجہِ یا بڈٕ بو بزرگو دیت مت۔وحشی بنہ نُچ حتی

الامکان کوشش تہِ رؤدی وأنٛسہِ کران مگر اَتھ اندر گۓ بُرٕ پأٹھی ناکام۔ چونکہ چھنہ منفی چیز کوشش کٔرتھ تہِ پانہِ راوانہ یوان تہ کیاز زِیم چہ مزأجکۍ حصہ آسان بلکہ ہکو یمن ''فطرت'' تہِ ونتھ۔۔۔۔مگر یتہِ چھ پزر زِ روزمرہ کس تخاطبس دوران چھُنہ یمن کانٛہہ ''وحشی ناوِ کتھ کران سأری چھ ''سعید صأب'' ونان۔۔۔۔یہنٛدِ تعلقہ سپدس بہٕ منعقد سپدن والین دؤن پروگرامن اندر شریک۔ دؤشوٕنی پروگرامن اندروؤن بار بارڈ ایس پیٹھ موجوٗ دلوکو ای زِ ''خبریم کیاز چھ وحشی لکھان یِیلہِ زنہ وحشی واجی کانٛہہ کتھے یمن اندر لبنہٕ چھنہِ یوانی نہ چھُ یمن نش خوفٕ محسوٗس سپدان۔۔۔۔ یہ خاموشی، بردباری، سنجیدگی، متانت، ٹھہراو، پھیلاو، رچاویم یہنٛدہِن رتہِن صفتن اندر چھ چھامے وحشیکۍ دین''۔۔۔۔مےٚ باسان یہ ''لفظ'' چھُ یہنٛد ''لکی'' ''luky'' لفظ۔۔۔۔'' (ظہیر انصاری۔مدیر ماہنامہ تحریر نب ممبی ۔لمحے لمحے ۲۷۶ؐ

وحشی سعیدٕنی افسانہ تہِ چھ علامتی اندازس منٛز عہد حاضر کہٕ حالات و واقعات تہٕ موضوعاتو نشہ متاثر۔۔۔۔ علامتی ریوایژن

ہستی تعلق تھاونہٕ باوجوٗد چھ اَسہِ سخ متاثر کران۔ پُز کتھ ہرگاہ ونو یہنٛدٕ ن افسانن اندر چھُ ینہِ والہ زمانکی پرزلوٗنی امکانات نظرِ یوان۔۔۔۔

تاریخی واقعاتن ہنٛدس پَسِ منظرس منٛز لیکھنہٕ آمٕتی وحشی سعیدنی افسانہ چھ اردوٗ خاطر مولل سرمایہِ یہنٛز قدرو منزلت سپدٕنی پزِ ۔۔۔وحشی سعیدٕنی افسانہ چھ بیان کران ز افسانہ نگارسنٛز نظر چھ کتھ تام پتھ تہٕ نشانہ چھُ (مگر) دو یمہ اثد یمہ نیہ دورٕ کی چھ یم علامتی ریواینکی قابل تعریف ترجمان یہنٛدٕ ن افسانن اندر چھے ملکی غیر ملکی تہِ قومی حالاتن ہنٛز بھرپوٗر عکاسی۔ شان بھارتی۔لمحے لمحے ۷۶ے

''وحشی سعیدن پوٗرناو چھ محمد سعید ترنبو۔ۂ سلابس آسی تم شاعری تہِ کران تہٕ تخلص اوسکھ ''وحشی'' اختیار کوٚرمت تمہِ وِزِ آسی یم ''وحشی سعید ساحل'' لیکھان۔ وحشی سعیدنن آباو اجدادن ہنٛد سلسلہ چھُ مرحوم حاجی عظیم الدین ترنبو ہس ہستی رلان یم افغانستان کہ بدخشان صوبہ پتھ ہجرت کٔرِتھ غالبن پٹھان دورس منٛز کشیر آسی آمٕتی۔ پیشہَ کنٛی آسی تاجر تہِ یمن اوس شال دُ شالہ (کِننک) بوٚڈ

کاروبار۔۔۔۔وحشی سعیدنس فنس پٹھ چھ واریہو معتبر ادبی جریدو خصوصی گوشہٕ شایع کٔری مٕتی ۔۔۔۔ وحشی سعیدنس فنس پٹھ چھ مضامین لیکھنک سلسلہ تہٕ جاری۔۔۔۔اَمہِ علاوٕ چھ بھوپال چہ برکت اللہ یونیورسٹی اندر وحشی سعیدنس فنس تہٕ شخصیتس پٹھ تہِ پی ایچ ڈی سپدان۔۔۔۔'' (ڈاکٹر اشرف آثاری۔ لمحے لمحے ۷۶۔ ۸۳)

''وحشی سعیدنہ فکشن نگاری ہنٛد اکھ کمال یاوٕنی تو خصوٗصیت چھےٚ یہاےٚ زِ تم یمہِ عہدچ کتھ چھ کران تہٕ یمہٕ شہرچ ، یمہِ گلی تہٕ یمہِ مقامکو حالات کاغذ ورقس پٹھ ووتلاوان چھ تم چھ مکالمہ تہ منظر کشی ہنٛد اعتبارٕ اتھی مستحکم آسان زِ پرن وول چھُ تتھی شہرس تہٕ تتھی زمانس اندر واتان۔۔۔۔ عالم بنارسی۔ ل ل ۸۹)

''۔۔۔۔وحشی سعیدٕنی افسانہ پرن چھ پھِری پھِری یہ احساس سپدان زِ یمن نِش چھ واریاہ موضوعات ۔ بیٚیہ یتہٕ اکہِ انٛد نوبر تہٕ تنوع چھُ تتہِ چھ افسانہ کس مداوس تہ زباٗنی پٹھ تہِ یمن تھپھ ۔ یوٗ تے نہ بلکہ چھ یہنٛد ہن افسانن ہنٛدی عنوان تہِ پانٛس اندر افسانہ چی ہش

معنویت تھاوان۔۔۔۔‘‘ سلیم انصاری جبلپوری ل ل ۸۸ ہ

۸۹ہ۔

’’۔۔۔۔وحشی سعید چھ ہمعصر اردؤ افسانس ستی پۆر پاۓٹھ جڑتھ۔یمہِ ناوجودزیم روٗ دی اۓکس زِیٹھس زمانس تصنیف وتالیف مطالعہ تہٕ چھاپنہٕ کہ حوالہ لاتعلق تہِ تہٕ گژھن دہلبن پٹھ محیط اکہ زیٹھ وقفہ پتہٕ سپدی بیٚیہِ اردؤ افسانس اندر شامل۔دپان پرٕتھ دٕہ لہ پتہٕ چھ تخلیق سپدن والہ ادبٕچ نٔہج تبدیل سپدان مگر امہ باوجود ہیٚوت یموبیٚیہِ حوصلہ تہٕ اعتماد سان لیکھن تہٕ سپدی یہنٛدی زبان و بیانے متاثرتہٕ نہٕ انداز واسلوبہٕ بلکہ آو گوڈنکہ کھوتہٕ زیادٕے موثر اندازس منز پاۓ راۓ وِتھ بروٚنہہ کُن‘‘ ڈاکٹر اشرف آثاری ۸۹ ل ل۔

’’۔۔۔۔وحشی سعید وو بریے اردؤ افسانوی ادبس پٹھ تمہِ آیہِ تہٕ تمہِ آیہِ پرزلیے زجموں وکشمیرک افسانوی ادبی منظرلوٚگ بیٚیہِ ہٕہَن پرزلہ وُن لگنہِ یہ کتھ چھے اَوٕ موکھٕ اکھ ؤکھر مقام تھاوان زیمہِ قسمٕچ زبان تہٕ اسلوب ورتاو یموپنہٕ نٕبن افسانن اندر کوٚر مت چھُ سُہ چھُ

شوٗدفلکشنک اسلوٗب۔۔۔۔'' (سیفی سرونجی ''مدیر انتساب سونج)

ل ل ۸۹ؔ

''یوٚت تام فکرو خیالک تعلق چھُ وحشی سعیدنٛن نگارشاتن ہنٛکہ ذہنی ارتقاہچ نشاندہی کرنہٕ یتھ۔تم چھ وقتچہٕ گردشہِ ستیٚ زندگی ہنٛدس سوچہِ سدرس منٛز واریاہ بروٗنہہ درامتیٚ۔۔۔۔مجموعی طور ہرگاہ وچھنہٕ ایِیہِ وحشی سعیدس نٔش چھُ اکھ حساس دل تہٕ تخلیقی دماغ۔أمس چھُ غریبن،مزدورن تہٕ سماجہِ کنٛن کم پایہِ طبقن ستیٚ محبت تہٕ تہنٛز کسمپرسی چھ پننٛین افسانن اندر عکساوان۔۔۔۔'' دیپک بدلی۔۔لمحے لمحے ص ۹۰ؔ

''وحشی سعیدس چھُ یہِ اعتراف تہٕ تم چھ ونان زبہٕ چھُس تتیک روزن وول یتہِ سرسبز وأدیہ چھےٚ۔صاف شفاف بےشمار آبہٕ سر چھ۔رنگوٗنی پوشن ہنٛدی أنتھ رٕستی باغ چھِ۔میٹھ آبکی گربزٕوٗنی آبشار چھِ۔ساسہِ واد چرند تہٕ پرنٛد چھ۔گوٚن واجنہِ پوشہِ لنجہِ۔وڑو پراون وألی کوتر چھ تتیکی لوٗکھ چھِ دوہلہِ ژأنگی زالان تہٕ راتس سریہِ ووہ پداوان۔موتس چھ زندگی تہٕ زندگی چھ موتک درجہ دوان سُہ شہریس

تھد بۄ کوہ وۄلتھ چھُ اکھ پہاڑی کوہ ماران ناوٕ مشہور۔ اتھ شہرس منٛز اوس مسخرٕ شیٚخ چلی تہٕ روزان۔ سُہ اوس دوہی دوہس شہرٕ کہ اَکہِ کوٗنہٕ پیٹھ دوٚیمس کوٗنس تام چکر لگاوان۔ شرٕبن، بڈٕن جوانن زنانن اوس سوہنری خواب ہٕنان۔ سکہِ ہٕنٛدی محل بناوان، شہرٕ کی ساڈِ لۄکھ آسی أمی سنٛز کتھ پڑھ کران تُیتھ زنتہِ فرمان۔ أمس مسخر سنٛزن کتھن منٛز آسی پٔنن تا بہ ون ینہ وول کال ژھانڈان۔۔۔۔خداہشہِ عظیم ہستی چھُ سبٹھاہ فیاضی سان یمن (وحشی سعیدس) افسانہ لیکھنک سٔنہٕ کتھ تہن منٛز ولنس، گاش رفتارکس سفرس منٛز پکناونکہِ ہُنرٕ نفسیات، مذہب لاشعوٗر تہٕ دوٚیمہِ جہژ روشناس کرناونک اکھ تبتھ ہُنرٕ بخشمت یہ زنہٕ یمہِ بروٗنہہ عرض کرنہٕ آو۔۔۔۔'' کرشن کمار طور (ل۔ل ۹۳۔۹۴

''وحشی سعید چھ جنت نشین جموں وکشمیرٕ کی تم صاحب طرز فکشن نگار یہنٛدی افسانہ چھ وسیع ترین کینٛواسس ستیٚ جموں وکشمیر چہِ پۆرٕ تأریخ خاص پأٹھی ۸۰ ءپتہ سپدن والین حالاتن تہٕ تمن ہنٛد اسباب یمہ تارتخلین ورقن اندر درج چھ تمہِ کین مشاہدن تہٕ تجربن ستیٚ

منسلک رٔ زتھ بیانک اکھ ٹیُتھ اسلوٗب ورتاوان یمہٕ پرن وأل
سنٛدس ذیہنس پیٹھ وٕ کھرٕ اثرات مرتب چھ کران۔۹۰ نمتکہِ ڈٔہلہِ
پتہٕ سپز یہنٛزٕ بأتے مصروفیتہٕ ادبی سرگرمین پیٹھ اَمہِ آیہِ غأب ز
یہند تخلیقی سفر روٗد جاری مگر چھپنہ خأطر ہیکی نہ یم رسالن تہٕ جریدن
پنٕنٕ تخلیقاتےٕ ارسال کٔرتھ۔۔۔'' جاوید انور (گرد پوش) بحوالہ
لمحے لمحے ۱۰۳

''وحشی سعیدٔنی یہ تابنا کی چھےٚ اِو موکھ پنٕنٕ اکھ وٕ کھرٕ مقام تھاوان
زیمو یمہِ قسمچہِ زبأنی ہُنٛد ورتاو پنہٕ نٮ۪ن افسانن اندر کوٚرسہٕ چھُ شودی
پأٹھی فکشنک اسلوٗب تہٕ مختصر افسانن خأطر سٮ۪ٹھے موزوٗن۔۔۔۔
مکالمہ۔منظر، کردار، واقعہ پرٛتھ جایہِ چھُ وحشی سعیدن اختصارک
خیال تھووِمت یوسہٕ یہنٛدٮ۪ن افسانن ۂنٛزِ کامیأبی ۂنٛز بٔڈ تہٕ اہم
خصوٗصیت چھے۔۔۔'' عثمان جوہری ''سڑک جارہی ہے''
گرد پوش بحوالہ ل ل ۱۱۰

''۔۔۔یوٚت تام منظرنگاری ہُنٛد تعلق چھُ وحشی سعیدن چھُ تتھ
طول دِنہٕ نِشہِ گریز کرمت تہٕ کم کھوتہٕ کم لفظن اندر چھکھ ماحولٕچ

خاکہ کشی کٔرمژ۔ البتہٕ چھکھ کردارنگاری پٹھ واریاہ زوردیت مت
تہِ چونکہ اُس یہ پوٚرٕ دلیل نفسیاتی کھٔرس پٹھو وونہٕ آمژیمہِ کنٕ یمن
کردارنگاری پٹھ زیادَے پہن زور دُین چھُ پیومُت تہ یہ کأم چھےٚ
یمو مرکز کمرازکس حالس منٛز ؤستھ امچہِ فطری عملہ تہٕ عملہِ ہنٛد دواچہِ
آگہی حأصل پراوتھ سبٹھاہ مشکلن بڑ کامیابی سان اَنجام چھے
دژمژ۔ ناولہِ اندر چھے مکالمن تہِ زبردس اہمیت آسان۔ وحشی
سعیدن چھے مکالمن ہنٛز صحت تہٕ ضرورتک تہِ خیال تھوٚ ومت۔
ناولٹس اندر یمہ مکالمہ موقعہ محل کہ اعتبار لیکھنہ آمتی چھ تم چھ چُست تہِ
تہٕ درست تہِ۔۔۔۔'' رئیس الدین رئیس پتھر پتھر آینہ'' کے
کامیاب ناولٹ نگار۔ وحشی سعید'' وحشی سعیدنہِ یمہ ناول'' پتھر پتھر
آینہ'' ہُچ اکھ بُڈ خصوصیت چھٕیہ زِ اَمِچ زبان چھے وریاہ صاف تہٕ
سُتھرٕ تہ اندازِ بیان چھُ واریاہ زبر پران پران چھُنہ قاری بور یتہٕ نِشہ
بچأنی یوٚت بلکہ نہ یوٚت تام ناول موکلہ تسنٛز (پرنُٕچ) دلچسپی چھے
ہُرانی روزان یہ چھ اکہ زبر ناولہٕ ہٕنٛز بُڈ خصوٗصیت آسان یوٚسہٕ پرن
وألس گنڈتھ چھے تھاوان تہٕ وحشی سعید چھ اَتھ اندر واریاہ زیادہ

کامیاب ''سیفی سرونجی۔ لمحے لمحے ۱۳۶

''۔۔۔چونکہ وحشی سعید ییٚلہِ کُنہ خیالس ،کُنہِ قابل ذکر حادثس ،کُنہِ تاریخی منظرس ،کنہ غیر معموٗلی نوعیتہِ کس واقعہٕ ہس پنٕنہِ حساس سوچن منٛز تھاٲوتھ افسانہ کس روٗپس منٛز تراون چھُ وبٕڑھان اتی چھ یہنٛز بیانہ چہ رَگہ رَگہ منٛز (تجسک )جسیجارک رَتھ بھرنہ یوان یمہِ کس بنیادس پٮٹھ افسانس ستی پرن واٲلی سُنٛد تعلق پرٕتھ گُزرن واجنہ سٔطرِ سٔطرِ دوٗ رسپدان ۔۔۔'' شارق عدیل المذکور ۱۰۰۔۱۰۱

''۔۔۔وحشی سعیدن افسانن ہٕنٛز اکھ خوبی یوٚسہٕ مےٚ لبنہ آیہِ سو چھےٚ یہنٛدٕ ن جملن ہنٛز تھٕرن تہٕ معنہ ساوٕر۔ یمن نِش چھُنہ افسانن ہنٛد اختصار موضوع کہ عدم پھہلاوٕ کِنۍ بلکہ جملن ہٕنٛزِ کشایہِ ، استعارن ہٕنٛدِ ورتاوٕ تہٕ کردارن درمیان مکالمو نِشہٕ کُنہِ حدس تام پرہیز کہ وجہہ کِنۍ۔ مےٚ چھُ باسان زِ یہ چھےٚ اکھ بڈٕ خوٗبی یوٚسہٕ کم افسانہ نگارن باگہِ یوان چھےٚ ۔۔۔وحشی سعیدس نِش چھ افسانن اندر بعض جملہ بیحد معنہ ساٲوی آسان ۔۔۔مثلن

ملکھ چھ بے حِس آسان ،عملہ ہنٛدس دأیرس منٛز قید حُکمکی غلام۔ یمہ کنہِ مورٕژ روزنا صدی ین یتھے کن ووٕدن۔ی اَمہ آیہِ ہیکن پیٚہ تہٕ وریاہ جملہ پیش کرنہ۔یتھ مگر طوالتہٕ کنہِ چھُس گریز کران۔۔۔۔‘‘

سلیم انصاری جبل پور۔وحشی سعید کے افسانوں میں زندگی کی تلاش

۔بحوالہ لمحے لمحے ۱۶۴۔۱۶۰

’’وحشی سعید چھ سانہِ دورٕ کی فکشن نگاریمن نِش افسانہٕ پنٕنہٕ تمام جلوہ سامانیہ ہیتھ موجوٗد چھُ۔افسانہ چھُ اثباتِ حیاتک سارو ے کھوتہ زیادٕ موثر لسأنی وسیلہ۔۔۔۔زندگی تہٕ موتس درمیان چھُ صرف اکہ افسانہٕ کُے یوٚت فأصلہٕ۔۔۔۔وحشی سعید چھ یتھی افسانہ نگاریم نہ صرف دلیلہٕ لیکھأنی یوت چھ بلکہ چھ لیکھنک شعوٗر تہٕ تھاوان۔۔۔۔

موجوٗدٕ دورس منٛز یوٗسہ سادٕ بیانیہ نِشہٕ ہیوٚر رکھستھ ضرورتہٕ مطأبق پیکر تراشی ،علامتی تہٕ استعاراتی اسلوٗب وضع کرنہ آوتھ تیٚمہ حد درجہ قبوٗلیت تہٕ وحشی سعیدن بنأوا میے اسلوٗبہٕ کس اثرس تل پٔنٛنہٕ پرزنتھ۔ وحشی سعیدن پکناو ذہنی طور پسماندہ پرن والین تہٕ ئلی نقادن ہنٛدِ آہ

واہ نِشہِ بے نیاز سپدتھ فلشبیچ ریوایت بروٗنٹھ۔ ژھوٗژ اشتہاریت۔ رومانہ زوٗی تہٕ فارمولا زدہ کہاٗنٮ۪ن نِشہِ تھوٗوکھ نہ دورٕک واسط تہ۔۔۔۔‘‘(عرفان عاٗرف پوٗنچھ۔ نے امکانات اورنئ راہوں کے مسافر ل ل ١٦٦)

’’۔۔۔۔ یمہٕ چھ افسانہٕ پہچان، خودسری، گمراٗ ہی ’’کنوارے الفاظہ کا جزیرہ‘‘۔ یمن منٛز سرنہِ علامتی رنٛگن ہٕنٛز جھلک چھےٚ۔ یمَن سارِنے افسانن اندر چھےٚ بڈٕ پیچیدگی تہٕ ابہام۔۔۔۔ لہاذا ہٮ۪کو اَسۍ وحشی سعیدٮ۪ن افسانن ہٕنٛد تجزیاتی مطالعہ پتہٕ یہ وٕنتھ زیمن اندر چھے مثبت علامتی ریوٲیژ قایم تہٕ داٗیم یمہِ کِنۍ یتھ دورس اندر تہٕ یہنٛدس ادبی حثیتس پیٹھ کانٛہہ سوالیہ نشانے لگاوِتھ ہٮ۪کو نہٕ۔۔۔۔‘‘ (علی منیر ہزاری باغ جھارکھنڈ ’’لمحے لمحے‘‘ صفہ ١٧٠ ۔١٨٠)

’’جموں وکشمیر کس افسانوی ادبس منٛز چھُ وحشی سعید اکھ تِیتھ معتبر تہٕ موقرناوِیُس کینٛہہ ادبی خصوصیژ وَکِنۍ انفرادیت تہٕ مقبوٗلیتک حاٗمل چھُ۔ اردوٗ ادبس اندر چھےٚ وحشی سعیدنۍ حیثیت اَکس ناول نوٗیسی تہٕ افسانہ نگارسٕنٛز۔ فنی تہٕ فکری آہنگ، چشت تہٕ درست مکالمہ،

زبان و نیا نک شود افسانوی انداز، مانوٗس علامژن، استعارن تہٕ رمزواشارن ہٕنٛدِ برمحل ورتاوس ستۍ ستۍ فلسفیانہ کتھن ہُنٛد فنکارانہ اظہار تہٕ سارِوے بڈٕ خوٗبی یہ زافسانس اندرافسانوی اختصار سان انجام دنک تہٕ یہ برقرار تھاونک توفیق چھ وحشی سعیدس حأصل۔ کُنہِ شک وشبیہہ ورأے چھ یم تمام اختصاصی پہلو یہنٛد ٚن افسانن اندر بدرجہ اتم موجوٗد۔(ڈاکٹر مشتاق احمد وانی وحشی سعید کی تخلیقی بصیرت ل ل ۱۸۷)

وحشی سعیدٕنی افسانہٕ پٔرتھ چھُ وٕلی وٕلی یہ احساس گژھان زیمن چھےٚ زبان و بیانس پیٹھ اکھ زبرقدرت۔ یہنٛد ٚن افسانن اندر چھے سٔرنہِ مشاہدچہِ جھلکیہ میلان۔ یہنٛد ٚن افسانن ہنٛدی کردار چھ دوہ دِش چہ زندگی ہٕنٛزِ تصویر پیش کران۔ یہنٛد ٚن افسانن اندر چھُ کُنہ کُنہ جنسک غلبہ تہٕ نظرِ گژھان (نوٗر شاہ ’’جموں و کشمیر۲۰۱ ص ۱۴ تا ۱۵ بحوالہ لمحے لمحے ۱۸۷)

وحشی سعید چھُ پننہِ مجٕنزٕ لگن، تحریر احساسو تہٕ پننہِ مخصوص انداز تحریر کہ وأسد فکشن کس دُنیہس منٛز پننی اکھ پرزنتھ بناونس منٛز

کامیاب سپدیٚتھ۔ یہنٛزاکثر کہاٚنیہ چھےٚ علامتی آسان۔یہنٛدِ پرنہ تلہٕ یہنٛد اسلوب تہٕ یہنٛدِ طرزِ بیانچہٕ خوبیہ بروٚنہہ کن چھے یوان۔ یمن کہاٚنین اندر چھ۔نہ فقط زندگی ہندین مختلف گوشہٕ نے ہنٛز ٹاکارٕ عکاسی سپدان بلکہ چھ یمہٕ فنی اعتبارٕ تہٕ زبردس اہمیت چھہٕ حاٚمل۔ یہنٛزن کہانین ہنٛدی موضوٗع چھ اکثر بے حد دلچسپ آسان۔ یہنٛدس تاریخی پس منظرس انکار کرنٕچ کانٛہہ گُنجایش چھنہٕ۔۔۔۔‘‘(نورشاہ سٕہ گرٕکیتھ آسہٕ ترجمہ رشیدکانسپوری ۱۰)

سعید صاب چھُ تخلیق کار تہٕ اٚمس چھُ کہانیہ وونہٕ نک ٹیٚتھ بتر قدرتن دیتمت زٕ اٚمس روٗز کہاٚنی ستی ستی۔ اَدٕ کُنہٕ درایہ کہاٚنی بروٚنہہ تہٕ کُنہٕ دراوسعید صاٚب بروٚنہہ پہن اما سعید صاب روٗد کہاٚنی تہٕ کہاٚنی روٗز سعیدصابس ماٚنٛز تو ژھایہٕ ہنٛدی پاٚٹھی گہیے دوچھنٛز تہ گہیے کھوٗرٕ۔ گہیے پتہٕ تہ گہے بروٚنہہ بروٚنہہ اما ژھیتہٕ گیہ نہ زانٛہہ۔ محمد زمان آزردہ۔پوت نظرسٕہ گرٕکیتھ آسہٕ ۴۲۰۔۴۲۱

وحشی سعید چھُ افسانس منٛز conflict تہٕ امیک Resolution تہٕ بروٚنٹھ کن آنہٕ نس منٛز کامیاب رودمت چاہیے

یم انٹرنل کانفلکٹ یا ایکسٹرنل کان فِلکٹ اٰسۍ تن۔۔۔۔'' (مشتاق برق۔میانہ خیالہ سُہ گرٕ کیتھ آسہ) وحشی سعید چھُ ماجہ کشیرِ ہُنٛد سُہ باگہ بورت گوہر تیمۍ سنٛدِ ناوٕ ستۍ پرتھ کاٰنسہِ کاٰشرس اردوٗ زباٰنۍ ہنٛدس ادبی دُنیہس منٛز عزت واتان چھُ۔یمن چھُ خدا ین سبٹھاہ سوزمت تاہم گے نہ یمہِ دنیاوی لوہ لنگرس تہٕ چکہِ چاوس منٛز نہ زیادٕ یرٕ تہٕ نہ موٗرُکھ نکھ۔۔۔۔وحشی سعید چھ اکھ ممتاز فکشن نگار یہنٛز ڈوڈ درجن علاوہ ناولہ کیٛو افسانہ سمبرنہٕ چھپیمٕژ چھےٚ اَمہِ علاوٕ چھ یم پتۍ میو دونٛزہو ؤریو پیٹھ مشہوٗر زمانہ ادبی میگزینن ''نگینہ'' تہِ مسلسل پاٰٹھۍ شایع کران۔یہنٛدین واریاہن افسانہ سمبرنن تہِ ناولن ہنٛد ترجمہ چھُ انگریزی تہٕ بییہ، کینٛہہ زبانن منٛز کرنہ آمت۔۔۔۔'' ڈاکٹر عزیز حاجنی'' سُہ گرٕ کیتھ آسہِ'' فلپ کور)

وحشی سعیدن دِتۍ اردوٗ دُنیاہس جان افسانہٕ۔یم گذریے علامتکہ وَنہٕ منٛزی سلامتی سان۔ دلیل اُنِکھ تلہِ پیٹھ تہٕ۔۔۔۔وحشی سعیدنین افسانن اندر چھُ سورٕے کینٛہہ یس ضرورت چھےٚ یمہٕ محسوٗس کرنٛچ۔۔۔۔

وحشی سعیدنس تحریرس اندر چھُنہ جھیل ڈلکی پأٹھی ٹھہراو بلکہ چھے
کُنہِ کوہ تھنگہِ پٹھ وسن واجنہِ ندِ ہنز روأنی۔ امہ روانی کنز چھُنہ کُنہِ
یہ محسوٗس سپدان ز وحشی سعیدن چھےٚ سخٹھا مشقتہِ تہِ کسہِ ٔستی یمن
تحریرن اندرروانی آنہ نچ کوشش کٔرمژ۔ مشقت تہِ کسہِ ٔستی چھ شعر
تھٲ‌رِ نہ یوان یا افسانہِ دوٗشوے چھ پٹُن مأری منز رراوِ ران۔ اما وحشی
سعیدٕنن تحریرن اندریُس حسن چھُ سُہ چھُ فطری۔ میک آیہِ ٔستی
چھُنہ۔ یہ زنہِ بعض افسانہ نگارن نش آسان چھُ۔۔۔(احمد عثمان
مالیگاوں۔وحشی سعید۔۔اپنے افسانوں کی کہکشاں لمحے لمحے
۲۰۸)

''۔۔۔ یہندٕن افسانن ہٕنٛدِ مطالعہ پتہِ چھُ صاف پأٹھی
محسوٗس سپدان زیمو چھُ پننٕن افسانن اندر براہ راست واسط
تھوومت مگر یمن اندر چھُنہ تژھ علامژ ز افسانہِ ینہِ چیتان تہِ پرن
وأ لس اِیِیہ نہ کہین تہِ سمجھ۔۔۔یہندٕن علامژ انٛدر چھے رمزیت تہِ
اتمأیت ،اشارِ کنایِہ یمہِ ذریعہِ پرن وول افسانہِ کس ژُکس تل
واتان چھُ۔۔۔پرن وأ لس چھَنہِ کُنہِ کانٛہہ کمی محسوٗس سپدان یہ

چھے یہنز فنکاری۔۔۔۔'' (محمد قسیم اختر۔ وحشی سعید۔ ''خواب حقیقت'' لمحے لمحے ۶۱۰۔۶۲۱

''۔۔۔۔وحشی سعیدٔنی افسانہ چھ عہدِ حاضرس منز علامتی ریوایتکی مستحکم ترجمان لبنہٕ یوان۔ یمو یمہِ افسانوی اسلوٗبہٕ پٔنٛز اندی پٔکِکی حالات تہِ ملکی، قومی تہٕ بین الملکی حالاتن ہُنٛد آنہ ہوومت چھُ۔ کم ازکم چھَنہ جموں وکشمیرچین افسانوی ریوایژن اندر یُتھ اسلوب مےٚ نظر گومت۔۔۔۔'' میکش امروہی جزل سکریٹری انڈین کلچرل سوسایٹی نئی دہلی فلپ کور افسانوی مجموعہ خواب حقیقت۔

''۔۔۔۔اَمہ طرزَکی افسانہ نگار چھ اردوٗ ادبس اندر سیٹھاہ کم آمٕتی تہٕ ازکل شاذونادرٕ ے افسانن اندر جستجٕٔ آزک یہِ برتاو یُس افسانن ہند معیار بلند سے بلندتر کرٕ مےٚ چھُ باسان زیہٕ چھُ دور حاضرکین افسانہ نگارن اندر یمن ہوٚن سیٹھے کم فنکارن ہنٛد یے اَتھچ کأم۔ (ڈاکٹر بختیار نواز نایب صدر ہندوستانی کلچر وارانسی فلیپ کور کنوارے الفاظ کا جریدہ۔

یہندٚن افسانن ہنٛدی موضوٗع چھ بین الاقوامی مسلن تام

پھٲہلتھ جموں کشمیرٕکس افسانوی ادبی تارِیخس تہٕ دور حاضرس منٛز لیکھنہ ینہٕ والین افسانن ہنٛدی موضوع ہے مطالعہ کرنہ ین تمن اندر چھُنہ تیٚژ وسعت لبنہ یوان ییٚژ وحشی سعیدنین موضوعن اندر چھے۔ امہ اعتبار چھ وحشی سعید پننین ہم کالن اندر قابل تحسین تہِ تہٕ قابل تقلید تہِ۔۔۔۔" ڈاکٹر بختیار نواز فلیپ کور اندرم وٕتھرٕ سرٛک جارہی ہے"۔

دلیلُت (کہانی پن) تہٕ تخلیقی نثر چھ وحشی سعیدنین افسانن ہنٛز نمایاں خصوٗصیژ۔ زبان و بیانس پیٹھ چھکھ کمالُچ تھپھ۔ کہٲنی ہنٛد پلاٹ چھ تِمہِ آیہِ چاٲوتھ وونان زِ پرن وٲلس چھُنہٕ ہور یور کن توجُہے گژھان۔ اختصار تہٕ انہماک چھُ یہنٛدن افسانن ہنٛز بیاکھ اہم خصوٗصیت یمہٕ کِنہِ تجسس تہٕ تسلسل برابر قایم روزان تہٕ تشنگی چھے باقی روزان۔ یوٚت تام افسانہٕ اختتام پرٲوتھ پرن وول وٗڈُھ چھ کھوٚان۔ جناب وحشی سعیدن مشاہدہ چھُ وسیع تہِ زندگی ہنٛدی تجربات چھ واریاہ سرٕنی تہٕ دلچسپ زندگی ہنٛدین گوناگوں تجربن تہٕ مشاہدن فلسفیانہ اندازٕ افسانوی رنگ دِنس منٛز چھُ یمن کمال

حاصل۔ انسانی نفسیاتچ کماحقہٕ واقفیت آسنٕچ پے تہٕ چھے یہنٛدٮ۪ن
افسانن اندر جایہ جایہ بروٚنہہ کن یوان۔ ناول آسن یا افسانہٕ وحشی
سعید چھ یہ فن زبر پاٹھی زانان زکو سہ کتھ کاژا چھےٚ وٚنُن تہٕ کر چھُ
شروک کڈن۔ نہ چھ زیادے ونان نہ چھا کھ لفظ (تہٕ) کم کران۔
یہوے چھُ یہنٛدِ فنک کمال۔۔۔۔‘‘اصغر ویلوری چِنے نئے خیالوں
کا فسوں گر۔۔۔۔وحشی سعید لمحے لمحے ۲۲۱

’’۔۔۔۔وحشی سعیدنی اُڈرن چھے جنت نظیر خط کشمیرچہ مردم خیز
مہژ منٛز ٹلنہٕ آمٕژ ۔موصوف چھ چٹہ گٕرخوبرو، خوش مزاج، خوش اطوار
خوش گُفتار، خوش رفتار، روادار، غمگسار، غمخوار، رحم دار، وضع دار،
امن وآشتی ہنٛدی پرستار یچھتی تہٕ انسان دوستی ہنٛدی طلبگار سٕتیٚ چھے
پرکشش تہٕ قابل قدر شخصیت بناونہٕ آمٕژ ۔۔۔۔

وحشی سعید چھا زکراکھ باشعور تہٕ کُہنہٕ مشق ناول نگار۔ یہنٛد کمال و
جمال چھُ ای زیمو چھ پننٮ۪ن دوشوٕنی ناولن (پتھر پتھر آینہ، تہٕ ’’ایک
موسم کا خط)‘‘منٛز سا یکوسس Phychosis موضوع بنومت
۔۔۔۔سایکی ہنٛدس سنہ رس ؤستھ چھ کٔنہٕ یہنٛدِ ’’شخصیتچہ اسرار یٕژ



ادبی تاریخس تہٕ دورِ حاضرس منٛز
وضوع ہے مطالعہ کرنہ ین تمن اندر
وحشی سعیدٮ۪ن موضوعن اندر چھے۔
م کالن اندر قابلِ تحسین تہٕ قابل
نواز فلیپ کور اندرم ؤتھر سڑک

نثر چھ وحشی سعیدٮ۪ن افسانن ہنٛز
پٹھ چھکھ کماچ تھپھ۔ کہانی ہنٛد
پرن وٲلس چھُنہٕ ہور یور کن توجہ
چھُ یہنٛدن افسانن ہنٛز بیاکھ اہم
برابر قایم روزان تہٕ تشنگی چھے باقی
تام پرٲوتھ پرن وول وۄٹھ چھ
مشاہدہ چھُ وسیع تہٕ زندگی ہنٛدی
زندگی ہنٛدٮ۪ن گوناگوں تجربن تہٕ
رنگ دنس منٛز چھُ یمن کمال

نِشہِ پرِدِ ثُلتھ یموامچہِ گُپتھ حقیقژ آشکار تہٕ واشگافکرمژ چھے۔تمہ تلہٕ چھُ ثابت سپد ان ز وحشی سعید چھُنہ اکھ ناول نگارٕ ے یوت بلکہ اکھ ماہر مشاق تہٕ ماہر نفسیات تہِ۔۔۔۔''(ڈاکٹر مجیب شہزر باشعور ادیب وحشی سعیدل ل ۲۲۶)

''۔۔۔۔رشید کانسپوری چھُ مبارکک مستحق زئمی کوٚر ممتاز اردو فکشن نگار وحشی سعید سندٕن اکونزٕہن افسانن کأشُر ترجمہ تہٕ اَمہِ کامیابی پتہٕ یہندٕن ناولن تہِ۔رشید کانسپوری سندی ترجمہ پرتھ چھُ یقین سپد ان ز وحشی سعید چھُنہ اردوٕہس منزٕ لیکھتھ تہِ کاشرٕن کُیت دوٕ پر بلکہ تہند ترجمان۔۔۔۔وحشی سعید سندی فکشنل تخلیق۔ گئز گئز أنہٕ (پتھر پتھر آئیہ)۔۔۔۔پرتھ چھا اکھا اہم قابل توجہہ مسلہ بروٚنہہ کن یوان زیم تخلیق چھا کاشرس منزٕ سوچتھ اردوٗہس منزٕ ترجمہ کرنہٕ آمٕتی کِنہٕ اردوٗ ہس منز سوچتھ کأشرس منز ترجمہ کرنہ آمٕتی۔۔۔۔رشید کانسپوری چھُ کأشرس منزٕ سعید وحشی سنٛد فکشن منتقل کٔرِتھ نہ صرف فکشنل نثرس مالدار بناوان بلکہ کأشرٕن ہنٛد دردناک حالک باوکھ بنان۔۔۔۔''(شفیع شوق ''گئز گئز أنہ'')۵ ۶ ۷۔

''۔۔۔۔مےٚ اوس کشمیر یونیورسٹی منٛز ایم اے کوٚرمت۔۔۔۔

ظہوٗر صابن اُس ایم کام ڈگری پراومژ تہٕ مجید صأب تہِ اُسی تھز قانونی ڈگری حأصل سپدنس منٛز کامیاب سپدیمتی۔البتہ تمن آونہٕ پٔنُن خاندانی تجارت براہ۔تمہٕ سپدی وکالتہ کس پیشس ستی آئوٚری تہٕ ازکل چھ لندنس منٛز أکس کامیاب تہٕ قابل وکیل سنٛدِ حیثیتہ مانہٕ تہٕ زانہٕ یوان۔بہٕ تہٕ ظہور صأب سپدی والدمحترم سنٛدِ رحمتِ حق سپدنہ پتہِ ہوٹل شہنشاہ چہِ زمہ دأری یہ سنبھالنس منٛز آئوٚری۔

ظہوٗر صاب نس بارس منٛز وبٕہ وٕنن زِ تِم چھ ادب دوست تہِ ادب نواز۔وارِیاہ شعر چھ تمن یاد۔میٖرتہٕ غالبٓ سنٛدٕ ن شعرن ستی چھ رسول میرنی تہٕ حبہ خوتوٗنہ ہنٛدی شعر تہِ گنگراوان روزان۔محفلن تہٕ مجلسن اندر چھ تمنے شعرن ہنٛد ڈکھ زبردس داد حأصل کران(وحشی سعید''سُہ گرٕ کٕیتھ آسہِ۔۴۳۷)

یوٚت تام وحشی سعیدنہ تخلیقی عمرِ ہُنٛد سوال چھُ یمو چھے۱۹۶۲ ء منٛزٕ ے کہأنیہ لیکھنہ شروع کرمژ۔اَمہِ پتہٕ یینہ والین دٔہن ورین اُسی یہنٛدی لیکھہِ اردوٗکین معروٗف ادبی رسالن اندر باقاعدگی سان

شایع سپد نہ لِگی مُتی ۔۔۔۔۔ وحشی سعیدس چھے انسانی رشتن پیٹھ سرٛ نی نظر۔ یہنٛزِ چھے وارِیاہ تژٕ ھ کہانیہ یمن اندر انسانی نفسیاتکۍ ؤکھر پاس نمایاں کرنہٕ آمتی چھِ(''ڈاکٹر خالد اشرف ''وحشی سعید انسانی درد و کرب کارواںی ۔ آخر کب تک ےٕ،اا'')

وحشی سعیدن چھُ پنٕہٕ نٮ۪ن کہانٮ۪ن منٛز کانٛہہ نہ کانٛہہ تیتھ پہلو ضرور تر وومت یمہٕ ستی کہانی منٛز تجسس وۄتلان چھُ تہٕ پرن وول چھُ پرنہٕ پتہٕ جادونگری ہٕنٛدٮ۪ن کوچہِ پھرٮ۪ن اندر راوان ۔ اَتی چھ ونان ز کہانی ہُنٛد اندگرٛ ھھے نہ یمہِ آیہ آسن ۔ وحشی سعیدٕنی انفرادیت چھے یہاے زِ سُہ چھُ اشارو کنایٮ۪ن منٛز کہانی درمیان تہِ تِتھی جملہ پیش کران یمہِ ذریعہ یہنٛدِ دردمند دِلکۍ پہلو بروٚنٛہہ کن یوان چھ۔ یہنٛزٕن کہانٮ۪ن ہٕنٛدِس بارس منٛز چھُ درجن واد قلمکارو لیوکھمت تہٕ یم چھکھ یمہِ عہدٕ کۍ اہم فکشن نگار قرار دِتی مُتی ۔

وحشی سعیدن شمار چھُ موجوٗدکال کیٚن قدآور افسانہ نگارن منٛز سپدان ۔ یہنٛد مطالعہ چھ نہایت وسیع تہٕ نظر باریک منترقی تہٕ مغربی ادبس پیٹھ چھے یہنٛز نظر دۄیمٮ۪ن لفظن منٛز ہیٚکو وٮ۪نتھ ز وحشی سعید چھ

روشن دماغ ۔کُھلہ ذہن تہٕ آزاد خیال افسانہ نگار۔۔۔۔

وحشی سعید سنٛدِ ن افسانن منٛز چھ سیاسی ،سماجی ،ثقافتی ،تہذیبی تہٕ اقتصادی پس منظرک عمل دخل نظر گژھان ۔۔۔۔(''روضہ تبسم۔ تحقیقی مقالہ سراے ایم فل ۸۹ ۹۰)

وحشی سعید چھ اکہ تِتھ حیثیتکی مألک یِم پننہٕ ادبی کارناموکنہٕ برصغیر ہندو پاکس اندر مشہور و معروٗف چھ۔بجن بجن کانفرنس تہٕ مشاعرن اندر یہنٛز شمولیت ہیٚکہِ نہٕ یہنٛز شمولیت نظر انداز کرنہٕ یِتھ ۔ وحشی سعید چھ پانہٕ تہِ پننہٕ نس ادبی مرکز (ہوٹل شہنشاہ پیلس) اندر واریہن مشاعرن تحقیقی تہذیبی ادبی تہٕ علمی محفلہٕ منعقد کران روزان ۔یمن اندر برصغیرٕ کی مشہور و معروٗف عألم تہ ادیٖب شرکت چھ کران۔ یہوے وجہہ چھ ز وحشی سعید چھ اردوٗ اَدبہ چین عظیم شخصیژن قریب ۔یہند شمار چھ کشیٖر ہنٛدِ ن کینٛژن ژارنہ آمتین اہم فنکارن اندر سپدان ۔

برصغیرکین یمن فنکارن تہٕ قلمکارن ہنٛد ملاقات وحشی سعیٖدس سٟتی سپدان چھُ تہنٛز دلی خواہش آسان زتم کرہن وحشی سعیدس سٟتی

بیہِ ملاقات تہِ کیاز اکھ استقبالی مسکراہٹ چھے ہمیشہ وحشی سعیدنن
وُٹھن پیٹھ   نظر گژھان (ڈاکٹر کاینات ''وحشی سعید ایک مطالعہ
(تحقیقی مطالعہ) ۶۳۔۶۲)

''۔۔۔بحیثیت افسانہ نگار کیا چھُ وحشی سعیدن مقام تہٕ معیار
امہ سوالک جواب چھاوٕ موکھ ژھانڈن ضروری تہِ کیازِ وحشی سعیدن
افسانہ چھُنہ صرف پننہِ لسانی تھرِ نہِ ،فکری نظمہ تہِ فکری تہٕ جمالیاتی
درولبتہٕ کہ حوالے یوت بلکہ چھُ جموں وکشمیر بلکہ دویمین ادبہ کین
مرکزن پیٹھ لیکھنہ ینہٕ والین افسانن ہُنٛد نِشہِ تہِ مختلف (پروفیسر
جاوید قدوسی۔وحشی سعید ایک منفرد فکشن نگار ۲۶)

کشیرِ منز اردو افسانہ تہٕ وحشی سعیدنہ افسانک پھٲہلاو

کاشُر بُتلہِ ہندٕ ہن اردو افسانہ نگارن ہٕنْدی ناو چھِ وُنہٕ تہٕ اونگجہِ
ٹینڈِ نے پٹھ ِ گنزراوٕنی سُمب تہٕ امیک ٔ سلابہ کار چھُ مشہور
کاشُر مورخ تہٕ پانژھ درجن زیادے کتابن ہند مصنف منشی محمد فوق
ونتہٕ یوان۔ فوقس ہتی ہتی چھ بیشتر لسأنی مورخ پریم ناتھ در،
سومناتھ زتشی ، پریم ناتھ پردیسی، تیرتھ کاشمیری، پشکرناتھ۔
قدرت اللہ شہاب تہٕ ٹھاکر پُنچھی سٔندی ناو تہٕ کاشرِ بُتلہِ ہندٕ ہن اردو
فکشن نگارن اندر گنزران۔ یِیلہِ زنہٕ پروفیسر حامدی کشمیری۔
وریندر پٹواری، آنند لہر۔ دیپک بدکی شمس الدین شمیم، شبنم قیوم،
امین ہنجارا، خالد حسین، دیپک کنول، غلام نبی شاہد، ترنم ریاض،
اختر محی الدین، نوٗر شاہ، تہٕ وحشی سعید تہٕ امیے کاروانکو حصہ چھِ۔
یِتھ نفرانفراشأمل سپدتھ مزید باگہِ برژرنصیبہٕ چھُ سپدان تہٕ اَپارِ
یپور چھُ لیکھن والین اردو فکشن نگاری اندر کأشرٕ ہن ہند رول تمیے
آیہٕ تارِیخس اندر داغونس منز کأشُر سرہمالہ تھنگس برابر کران۔ یتھ کنہ
سنسکرت دورس منز کاہن تہٕ فارسی دورس منز غنی کاشمیری سٔنڈِ ذریعہ

26

سکراہٹ چھے ہمیشہ وحشی سعیدن ہن
ر کاینات ''وحشی سعید ایک مطالعہ

ر کیا چھُ وحشی سعیدن مقام تہٕ معیار
انڈن ضروری تہٕ کیاز وحشی سعیدن
رنہٕ، فکری نظمہ تہٕ فکری تہٕ جمالیاتی
جموں وکشمیر بلکہ دویمین ادبہ کین
سانن ہٕنْد نِشہٕ تہٕ مختلف (پروفیسر
فرد فکشن نگار ۲۶)

پتھ کن تہٕ سپدان رۄد۔

کشیرِ اندر چھےٚ افسانٕچ وٲنس وریاہ کم۔ بہ چھُس نہ کٲشرِ افسانچ کتھ کران۔ یچ وٲنس وۄنی نصف تادۄن ہتھ ؤری چھے بلکہ چھُس کٲشر بُتلہِ ہنٛدٕن اردو افسانن یا افسانہ نگارن ہنٛز کتھ کران تہٕ ہرگاہ محمد الدین فوقٕ اَسی اردۄ فکشن لیکھن وول کٲشر دٕسلا بہ کار مانون تَمہِ پتہٕ تہِ چھے اچھ وٲنس کاشرِ ہ افسانہٕ نِشہ دہ گنہٕ معلوم سپدان تہٕ یھوے زمانہ چھُ الہ پلہٕ چراغ حسین حسرت سُنٛد ناو شامل کرنہ پتہٕ تہِ کم وبیش روزان یُس ۱۹۰۴ ء پروٚنژہِ تولد سپد تھ صرف ۵۰ یا ۵۱ ؤری کڈتھ ۲۶ جون ۱۹۵۵ ء یمہ عالمہ گذریاو۔ ییٚلہِ زنہ فوٗق سندی وٲلد ہردشوسوپر پیٹھ جاکے سیالکوٹ منتقل سپدی ییٚتہ فوق ۲۵ فروری ۱۸۷۷ ء تولد سپدی تہ ۱۴ ستمبر ۱۹۴۵ لاہور یمہِ عالمہ گٔذریے۔ دوٚشوے اَسی شاعر، ادیب صحافی تہٕ افسانہ نگار۔ حسرتن افسانہٕ مجموعہ سپد ۱۹۴۸ ء ''کیلے کا چھلکا'' ناوی لاہور پیٹھ شایع۔ پریم ناتھ در تہ پریم ناتھ پردیسی سنٛدی افسانہ چھ وطنی لوٗکی ترجمان۔ پردیسی چھ پانہ ونان ز ۱۹۳۲ ء پیٹھ ۱۹۳۸ ء تام یہ کینژھا میے لیوٚکھتھ پیٹھ

چھُس نہٕ بہٕ فخر کران تہٕ کیازِ توٚت تام اوس نہٕ میٚے یہٕ احساسے زِ أکس افسانہ نگار سنٛدِ حٲثیتہ کومہٕ فرض چھ مےٚ پننہِ وطن عزیز کہ حوالہ۔۔۔۔ مےٚ سپُد محسوٗس زہرگاہ بہٕ ونہِ تہِ اَمہِ نظریہِ ہک ساتھ دمہٕ نہٕ تیٚلہ چھےٚ میانٛی افسانہ نگاری بے کار۔ تہٕ خدا زانان ینہ وول مورخ کلہ ناوکرِ مےٚ یاد۔۔۔"یتھِن چھے یہ کتھ اہم زیہِ چھُ سُہ زمانہٕ ییٚلہِ "کویٹ کشمیر" (کشمیر چھوڑ دو) تحریک ڈوگرہ شاہی خلاف شروٗع آس سپد یمژ اَمہِ پتہٕ یوسہٕ افسانہ نگاری آسی یہنٛدٕ ئسی سپدان وچھان چھ تتھ اندر چھے کشیر، کشیر ہُنٛد محنت کش، ؤسی پایہِ طبقہ تہٕ یمن پیٹھ سپدن والہِ ظلم وجبرٕ چ داستان نٕز پاٹھی لبنہٕ یوان۔ یہ آس وقتچ ضرورت تہِ۔ تہِ کیاز صاف تہٕ شودہو الفاظو نِشہ اوس حقیقت افسانوی رنگس منٛز پیش کرن وقتچ اکھ اہم ضرورت تہٕ تقاضہ تہٕ نوٚن لیکھن اوس سیٚد سیوٚد خودکشی۔اَوِکنہٕ تہِ ز اخبار آسی سرکارٕی یا اَدِ سرکٲری سنسرکس نشانس پیٹھ تہٕ امہ وِزِ ہکہ ہیے کٲم تہِ تِتھےَ قسمچہ علامت نگاری ہتی سپدتھ۔ یہنٛد گوڈنیک افسانوی مجموعہ اوس "شام وسحر" تہٕ دویم "دُنیا ہماری"

پردیسی سٔنزی یم الفاظ چھ تہند نظریہ ہکی ترجمان یمن اندر سۍ مبہم پأٹھی ونان چھُ زِ

''کشیر ہُند پرٛتھ کانٛہہ باشندہ چھُ بذات خودۍ اکھ افسانہ یمس کُن وُنس تام کانٛسہِ توجہے دیت نہٕ یتیک سارۍ ے کھوتہ بوٚڈ مسلہ چھُ غلأمی، افلاس شخصی راج۔۔۔''

پردیسی سُنز تریم افسانہ مجموعہ چھُ بہتے چراغ۔ پریم ناتھ درسٔنزی ترے مجموعہ چھ افسانکی خاص مشہور یمن اندر''بے تال لمحے''۔ بیلی انکھیں تہٕ'' کاغذ کا واسدیو ترتیب وار ۲۰۱۶، ۱۹۶۰ تہٕ ۱۹۴۹ ء اندر شایع سپدی دوشوٕنی افسانہ نگار پریم ناتھ پردیسی تہٕ درسٔنزی ژسلابہ افسانہٕ پرٛتھ چھُ اری پأٹھی یمہِ کتھِ ہُند اندازِ سپدان زیمن لکھارٛن کوتاہ چھ پننہِ وطنک تہٕ وطن دارن ہٕنزِ دادیک آزارللون اوسمت۔ اَمہِ وقتہٕ پپٹھ رود کأشرِ سرزمینہ ہُند اردوٗ افسانہ غیر محسوٗس پأٹھی ادبی زمینس اندر پننی موٗل سنہِ راوان تہٕ ارتقایی مرحلہ طے کران یپارِ تہٕ اَپارِ۔ تہِ یتھ ضمنس منز بعض کأشری سکالر اردوٗ زبأنی ہنٛدے حوالہ زاننہٕ تہٕ ماننہٕ آے یمن اندر وحشی سعیدن ہم عصر یہنٛز ذکر ہیر سپز

بطور خاص اردو ادبس چھ زانۍ یوان ماسوای زٕ ترٛے اختر محی الدین، غُلام نبی شاہد تہٕ حامدی کشمیری۔ حامدی کشمیری چھ دوٚشوٕنی زبانن اندر لِکھان تہ دوٚشوٕنی زبانن اندر ہِشی شہرت آسنس ستۍ ستۍ چھکھ دوٚشوٕنی زبانن تہِ ادبی صنفن پیٹھ ہِشی نظر تہٕ دست رس۔ اردوٕ زبانٕ اندر چھے یہنٛز ''وادی کے پھول''''برف میں آگ'' تہٕ ''سراب'' ترٛے شعر افسانہ سمبرنہٕ وُنس تام شایع سپدیمژٕ۔ غلام نبی شاہد تہٕ اختر محی الدین آے ادیاتہِ کلی یا اَدِ کینژھاہ ہِشی قُدرت ہیتھ اردوٕ زبانٕ لرِلوٚر کأشرس کُن تہِ تہٕ بأتیٕ تمام مذکوران چھ اردوٕ پأٹھی لِکھان تہٕ یمو چھے اردوٕ زبانٕ اندر لِکھنہٕ کِہ حوالہ پنٕنی پرزنتھ بناومٕژ۔ اَمہِ بروٚنٛہہ زأسی کرو وحشی سعید تہٕ تہند ٚن ہم عصرن متعلق زٕ ژور کتھ أسی وچھو گوٚڈٕ اپار مہِ کشیرِ اندر کأشرٚن وبد وانن ہُنٛدِ ذریعہ بارسس ینہٕ والہ فکشنک حال۔ یہ کتھ چھے تأریخی شہادتو ستۍ ثابت زِ رأ ومژ قدیم کشیر چھے وۄنی چین غیر منقسم روس پاکستان تہٕ ہندوستانس تل چھلہِ چھلہِ تہٕ پھلہِ پھلہِ بأگرتھ مگر کأشرِ زبانٕ ہُنٛد دایرٕ رود صرف یپار تہٕ ایلرٕ یوت حالانکہٕ اگر چہٕ اپارِ امیک

پھٔہلاو وار یہہ محدٗ د داریس اندر ژمیاو تہٕ ۔یپار شباب کس تھنگس
پتھ ووت تاہم چھے اردٗ زبان دویمہٕ طرفہ الہ پلہٕ ڈوڈ ہتھ ؤری
بروٗنٹھمہ کشیرِ اندراکہِ رأبط زبأنی ہنٛد حثیتہ ووتلان تہٕ ووتھ واشر
لبان موجود مقام پراونس منٛز سرخروسپدیمژ تہٕ اپارٕ چھُ مادری زبان
کأشرِ برعکس اردٗ سےٕ زیادٕ پلالہٕ سپدان تہٕ اپأرم دبد وان چھ کأشر
بجایہِ اردوسےٕ اندر پنُن ادب تخلیق کران۔اتھ ضمنس منٛز چھے اکھ
دلچسپ کتھ مےٚ تجربس منٛز آمٕژ زِ اکہ دویہ کوٚرمےٚ اکھ فیس بک پیج
امیک ناو''کشمیری ادبی گروپ''ؤچھتھ یہ زانتھ لایک Like زیم
آسن کأشرِ زبأنی ہنٛز آبیاری کران۔سبٹھاہ مشکلی سان کوٚرمےٚ
اَمہِ پیجہ کس ایڈمن سنٛد نمبر حأصل تہٕ گرِم چٹینگ شروٗع۔یتھ
دوران مےٚ پتاہ لٔج زِ مذکوٚر ایڈمن چھُ پاکستأنی کأشر مگر وۄنی چھُنہ
تتہِ روزانی بلکہ چھُ بدل کتھ تام ملکس اندر مقیم لہاذا سوزمےٚ تٔمی
اَمہِ گروپہٕ کس اصل فرد سُنٛد نمبر یُس پانہٕ اپار روزان اوس تہٕ اصلہ
اوس یہوے یہ گروپ چلاون وول تہِ۔مےٚ گرِ تمس ستی چیٹنگ
شروع مگر مےٚ سپز یہ وچھتھ مایوٗسی زِ سُہ اوسےٕ نہٕ کأشرِ زبان زانان

بلکہ اوس تَمہِ کشیرٕ ہنٛد اردوٗ ادیٖب ۔ مےٚ کوٚر تمس سخ جتن زمےٚ ونتہٕ کأنٛسہِ کأشرس ادیٖبس متعلق یُس کأشِری پأٹھی لکھان آسہِ ہے تمی کوٚ روق تہٕ مہلت حأصل کرنہٕ باوجوٗد تہِ تتھس کأنٛسہِ أدیٖبہ سٕنٛدِ آسنکے میون وہم ختم تہٕ مے گو یقین زِ اَپارِ چھ کأشِری ادیٖب تَمے زانہہ یِوان یمہِ اردوٗ زبأنۍ اندر کشیر ہندی اپارمِن کأشرِن ادیٖبن اندر اردوٗ زبأنۍ اندر فکشن لیوٚکھ یمن اندر چھ اکھ ناوداد فکشن نگار محموٗد ہاشمی یہنٛز گوڈنچ افسانہ سمبرن ''شہنایاں بجتی رہی'' ناٗوی دِلہِ پیٹھ شایع سپدنہ پتہٕ پسماندہ اپاریے چھپے یہِ۔ محمود ہاشمی چھ میر پور پاکستانی کشیرٕ ہنٛدی روزن وألی یم اگست ۱۹۲۰ تولد سپدی ۔ یمہِ چھ اردوٗ زبأنۍ اندر تنقید، ڈراما، مضموٗن تہٕ افسانہ لیکھنکہ حوالہ اپارٕ یپور مشہوٗر ییم چھ صحافی تہِ محمد الیاس سُنٛدی ترٕ ے افسانوی مجموعہ ''لوح ازل پر لکھی کہانیاں'' مور پنکھ پر لکھی انکھیں'' تہٕ ''صدیوں پر محیط سفر'' ناٗوی شایع سپدی ۔ بھمبھرٕ کس بیس أکس کأشرس ادیٖب غلام الثقلین نقوی سٕنٛدی شیے افسانوی مجموٗعہ آے ''بند گلی'' ''شفق کے سایے'' ''لمحے کی دیوار'' ''نغمہ اور آگ'' ''دھوپ کا سایہ'' تہٕ

''سرگوشی'' ناوٕ بازر۔ بییس أکس کأشرِس ادیٖب محمد صغیر قمر سُنٛد اردو مجموعہ آو ''خونی لکیر'' ناوٕ بازر۔ اپاریے آو بیگم ثریا خورشید سُنٛد ''املتاس کے پیڑ'' ناوٕ افسانوی مجموعہ اردہن اردٕ افسانن پیٹھ مشتمل ویری ناگ پبلیشرز میر پور کہ اہتمامہ شایع کرنہٕ۔ یتھے آے نجمہ محمود، منیرہ شمیم علوی، عقیلہ کاظمی، تہٕ کہکشان ملک ناوٕ کاشرِ ہن خاتون افسانہ نگارن ہندی اردو افسانہٕ تہٕ اپاریے بازرس منٛزِ

أتھی لرلوٚ ررٕ دیپارِ تہٕ کأشرِ ہن ادیٖبن ہنٛدِ قلمہ اردٕ افسانن ہُنٛد ہلم تہٕ ہُر بٕر تہ باگہِ برژر پراوان۔ یتھ اندر بعض ناواتۍ مشہوٗ رسپدٕی زتم چھ وٕژنی اردو فکشنہ کیبے حوالہٕ زانہٕ تہ پرزناونہٕ یوان یمن اندر وحشی سعیدن ناو تہٕ تھیکن لایق چھُ تہٕ پننہ فکشن پارن ہنٛد حوالہ تھیکنہ چھ یوان یہ زن وُنس تام یمہِ دستاویز کہ مطالعہ تلہٕ تہ پرن والین انداز آسہِ سپدیمت۔ ہرگاہ تمن یمہ بروٚنہہ یہنٛزن تفیفن ہُنٛد پوٚر پأٹھی علم آسہِ ہیے نہ سپدیمت یموپٹن قلم صرف افسانوی فکشنہ خأطر وقف چھُ کورمت اگر چہ یمن متعلق یتہِ معلوٗم چھ سپدان زیمہٕ چھ

س کأشرس ادیب محمد صغیر قمر سُنٛد

ر۔اپاریےآو بیگم سریا خورشید سُنٛد

ی مجموعہ اردہن اردؤ افسانن پیٹھ

ر پور کہ اہتمامہ شایع کرنہٕ۔یتھے

عقیلہ کاظمی، تہٕ کہکشان ملک نأوی

ندی اردوافسانہٕ تہِ اپاریے بازرس

ن ادیبن ہنٛدِ قلمہ اردؤ افسانن ہُنٛد

یتھ اندر بعض ناوأتی مشہوٗ رسپدٕی

زانہٕ تہ پرزناونہٕ یوان یمن اندر

ٹھ تہٕ پننہ فکشن پارن ہنٛد حوالہ تھیکنہ

ستاویز کہ مطالعہ تلہٕ تہ پرن والین

یمہ بروٚنٛہہ یہٕنزن تفیفن ہُنٛد پوٚر

پُن قلم صرف افسانوی فکشنہ خأطر

لق یتہِ معلوٗم چھ سپدان زیمہٕ چھ



وٕحشی سعید ''ساحل'' ناوٕ دسلابس شأعری تہ کران أسی مُتۍ ۔ییٚلہِ زنہٕ

یہنٛدین افسانن ہنٛز زبان تہٕ جملہ ژأریہنٛدس مزاجن شاعرآسنس

پیٹھ دلالت چھ کران۔اَمہِ بروٚنٛہہ زأسی کرووحشی سعید نہ افسانہ کس

پھہلاوس،علامتس تہِ کہانی ہنٛدس موضوٗع تہٕ کردارن پیٹھ کتھ أسی

کروگوڈ افسانس متعلق کتھ جوراٮ۪تھ وحشی سعیدن افسانہ سمجنہٕ نس

منٛز مزید مدد میلہِ۔ییٚلہِ شُری ہنا بالغ سپدٕنی چھُ ہوٚان تُٔمن چھ گرٕکی

زٕٹھی نأنی بڈی بب پِترٕ پوٚپھ یا ماس پانس ستی رٕٹِتھ دلیلہٕ ونان۔

ہہہ تہٕ گگرِ سنٛز دلیل،ہٕسس تہٕ ہرٕ سنٛز دلیل،موٚنہ کسرِ ہنٛز دلیل

بیترِ بیترٕ ۔مگر یہ چھُ ونن وألی سنٛزِ صلاحیژ پیٹھ منحصر زِتُٔمس کمہ آیہِ تگہِ

دلیل وُٕنٛز۔سُہ کرناویا شُرس ہہہ سندِ طاقتک اندازٕ تہِ تہٕ گگر سٕنٛدِ

لوکٹ أستھ تہِ ہہہ سُنٛد زال ژٕنٛج صلاحیت تہِ تمیے آیہِ یمہِ آیہِ تُٔمی

زنتہِ پانہٕ وچھمت آسہ یا بوزمت آسہِ۔کُنہ سُہ والہ زڈ نکھٕ۔یتہِ چھُ

ممکن زسُہ وَنہِ واقعات ترتیب وارتہٕ مزہ دار آیہِ زٕشُر ونیس باربار۔

پتہٕ؟ پتہٕ؟ یتہِ چھُ ممکن زٕشُر گژھِ بورتہٕ ژلہِ أمی سٕنٛدِ کاپہِ نبر۔افسانہٕ

تہِ مأنی تون یژھے دلیلا مگر اتھ دلیلہِ تہِ افسانس چھےٚ کینٛہہ نمایان

فرقہٕ مثالہِ یہ زیہ دلیل کمہ آیہِ اِیہِ وونہ تہٕ تھوٚ رنہٕ ۔ اَتھ اندر ایتیا پلاٹ تہٕ کردار مطلوبہ آیہِ عکسا ونہ۔ اتھ اندر کمہ آیہِ چھُ نقط نظر اَڈرنہٕ آمُت ۔ اَتھ اندر کمہ پیرایچ مکالمہٕ نگاری چھے امیک اسلوب یعنے ونہ نک انداز چھامٲری موٚثر تہٕ دلکش۔ دلیلہِ ہُنْد آغاز چھا کہربایی لیس گوڈنکہ جُملہ پٔٹھے پرن وٲلس رزکرِ تہٕ اختتام چھا تَمہِ آیہِ یُتھ پرنہٕ پتہٕ افسانس پٹھ ووتلن وول تاثر قاریس کینژن لحن خٲطر سوچنس منز آوُ رکرِ ۔ وُچھوے تہٕ یم چھ الکہِ پلہِ اَٹھ شرط یم وۄنی افسانہٕ خٲطر جدید لسٲنی ماہر وشرط نہ بلکہ مٲری منز رخٲطر زبر قرار دِتی سلہ اَسی نہ یم اۍتی ۔ پلاٹ اوس کردار اَسی تہِ وحدت تاثر اوس مگر وۄنی چھ تِتھی افسانہ تہِ لیکھنہٕ یوان یا ونو یہ زغٲر شعوری طور چھ تِتھی افسانہ لیکھنک رواج شروٗع سپد یمت ییتہ وحدت تاثر بجایہِ پرن وول کثرت تاثرس اندر تہِ ہنہٕ چھ یوان۔ مےٚ چھَنہ پے ز لسٲنی ماہر چھا یمن افسانہ مانہ نس اعمادٕ کنہ نہٕ مگر نہچ چھے بہرحال شروع گمژ تہِ یمن تمام چیزن پٹھ ہرگاہ اَسی نظر ترا وو صرف کینْہہ دوہہ بروٚنٹھ اوس نہٕ یہِ ممکنے نہ اوس یہ جان عمل خیال کرنہ یوان۔

أسی کروصرف بُتھِ افسانس پٔٹھ کتھ کرنک جواز بناونہٕ خاطرٕ یتھن یمن چیزن ہنٛد اکھ سرسری تاثر مثلن ''پلاٹ''

پلاٹ چھُ افسانہ خاطرٕ انتہایی اہم۔ اَمہِ سٟتؠ چھُ افسانہ تمیے آیہِ کھسان یتھ کٔنہِ کُلؠ گوڈس بُتھ شاخ لنگ تہٕ لنجہِ چھےٚ یوان یعنے واقعات بیان کرنہٕ خاطرٕ چھُ یہ اکہ ترتیچ کأم دوان یُس افسانہ نگارس ڈٕچھنؠ کھوری راونہٕ نِشہٕ بچاوان چھُ تہٕ تسنٛز نظر چھے مرکزی یا معیاری خیالہ سے پٔٹھ رٕٹتھ روزان تہٕ ہرگاہ سُہ اور یور مجبوٗرن یا غیر ضروری طور گرٛھن یِژھ سُہ چھُنہ اصلہ نِشہٕ چھٕٹہِ گژھان بعض پلاٹ چھ سادٕ تہِ آسان تہٕ بعضے چھ یم وردار تہٕ تہہ درتہہ ؤٹھتھ یا گیتھ آسان۔ گویا کہ چھُ پلاٹ نقشس پٔٹھ تمن پنسل پھیدن ہنٛدی پأٹھی یمہٕ رلاونہ سٟتؠ اکھ تصویر یا خاکہ تشکیل چھُ بنان تہِ ہرگاہ یمن پھیرٕن غلط واٹھ لگہ تصویر چھ نقصہ لد بنان لہاذا چھُ کہانی کارس خاطرٕ ضروری ز دلیلہ ہٕنٛد تسلسل دیہ نہ ہرگز تہ پھٕٹنہ تہِ کیاز مسلسل کہانی چھے پرن وألی سنٛدس ذہنس پٔٹھ تمہِ کہأنی نِشہٕ زیادٕ سرنٛی چھاپ تراوان یوسہ ربط نِشہٕ ڈلتھ آسہِ۔

کردار:۔ پرٕتھ کانٛہہ کہانی چھے کردارن ہنٛدٕ بن تھمن پیٹھ ووٗدنی آسان یمہٕ اَفسانہ نگار سٕنٛدِس بیانس منٛز حرکات وسکنا تو تہنٛدٕ بو خیالو تہٕ نظریو ذریعہ وجوٗد چھ لبان۔ یم کردار چھ تمے آسان یمہٕ اَسہٕ أنٛدی پکی چھلہ چھانگر یاوأنتھ چھ۔ کُنہِ ہٕکہ یہ کردار میٲنی ذات تہٕ اَستھ۔ یتہٕ چھُ پلاٹ کی پأٹھی دلیلہ ہُنٛد اکھ اہم جُز۔ ناولہِ اندر رچھُ یہ کردار پاسہٕ انہار تھاوان تہٕ اکثر چھُ یہ واریہن روپن منٛز بروٗنہہ کُن یوان۔ مگر افسانہ چھ چونکہ ناولہ نِشہ وریاہ مختصر لہٰذا اچھنہ ییتہٕ أمی سٕنٛدی تیتی پہلو دأ یراونہ ہٕکان ییتھ بلکہ چھُ کُنہ أکس نمایاں پہلوٕ سے للہِ کھوٗل کرنہ یوان۔ یم کردار چھ ربوٗ دِتہ ہٕکان أستھ یُس أنٛد پیٹھ اندس تام تمیے آیہِ چھ روزان یہ چھُ انسانی فطرتہٕ برعکس آسان۔ جاندار تہٕ شاندار چھُ سے کردار زانہٕ یوان یُس ارتقایی عملہ مطابق پکہ۔ حالاتن ستی تبدیل تہِ سپدان روزِ۔ بہترین کردار چھُ سے یُس بشری تقاضو مطابق آسہٕ رٕژر تہٕ آسنس تہٕ خأمیہ تہِ۔ فکشن نگارس خاطر چھ لازمی زِ سُہ آسہٕ انسانی نفسیاتہٕ نِشہِ تہِ باخبر ییتھ سُہ تسنٛد کردار تھٕرِنس منٛز فطرتہ کیو اصوٗلو مطابق قلم چلاوِ۔

تِتھۍ افسانہ چھ زیادٕ کامیاب آسان نقط نظر۔

کانٛہہ تہٕ اکھ غیر نقلی ادیٖب چھُنہ پننہِ ذاتی نقط نظر ورأے زنم پراوان۔ کانٛہہ چھُ دنیا بدلاونکۍ خاب وچھان تہٕ کانٛہہ بہترین سماج بناوٕنکۍ۔ کانٛہہ چھُ پننہٕ نوٚ تحریرو ذریعہ امن آشتی ہٕنٛد پیغام دُین یژھان تہٕ کانٛہہ اخلاقی قدرن ہنٛز پاسدأری کران۔ بعض لوٗکن چھ سماجس اندر نابرابری، ژھل بازی، ظلم تہ اِستحصال لیکھنس پیٚٹھ مجبور کران تہِ کانٛہہ چھ قومی کارس لول بران۔ یوٚتے لیکھن وول حساس، آسہِ مشاہد کاینات سرون آسبس علمی بصیرت آسبس، قومی ژکھ تہِ انسأنی کرب وردک گیأنی آسہِ تیوٚتے آسہِ تسندس نوشتس اندر باگہِ برژر معیارتہِ موضوٗع تہِ جان۔ بعض چالاک لکھأری چھ مصلحتن تِتھۍ چیز گُپتھ یا پننٕس فن پارس تل دورِأ ڈرتھ تھاوان مگر چالاک قاری چھُ اتھ أری پأٹھۍ سمجھان۔

مکالمہ:۔ کردارن درمیان سپدن واجنہِ کتھِ باتھِ چھ مکالمہ ونان ۔مکالمہ نگاری چھے افسانچہ دلکشی خأطر تتھے یتھ طوٚس اندر زُو چھُ یا انسانس اندر صحت تہِ روح چھُ۔ أمہِ خأطر چھ لأزم ز فکشن نگار آسہِ

پانۂ کلا کار۔ تِمس آسہِ یمہِ چیزک احساس زٕ سٕہ کرناوِ بادشاہ سٕنْدِ کردار کہ ذریعہ تِمہٕ کتھ یمہِ اکھ دانا راز پننٕس دورس اندر پننہٕ نٕن متعلقن ہٕتی عام پأٹھی کرتھ ہیکہِ تہٕ واتلس اَتھِ یاتھ کردارٕ نشہِ کر تڑھے گتھ یُتھ پرن وأ لس یہ شک ووتلہِ نہ زِ بہ ہیکہ نہٕ واتل زبان اَسِتھ بشرطیکہ افسانہ تُیتھ تقاضہ آسہِ نہ کران یعنے تمن آسہِ کانٕہہ جان اِنسان کردار کہ تقاضہ مطابق ئلِر واتُل ہاوُن۔ یمے مکالمہ چھ کردارسٕنْد ہٕن جذباتن تہِ احساسن ہُنْد اندازٕ تہ کرناوان اَمہِ پتہِ چھُ افسانک آغاز تہِ انجام تتھ متعلق آوٕ سلا بہ سے وننہِ۔

اسلوٗب بیان:۔اسلوٗب چھ پرٛتھ ادیٖبس تہٕ پرٛتھ صنفہ پنن پنُن۔غزلہ ہنْد اسلوٗب چھُ شأعرس پتہٕ شاعرس تہِ تبدیل سپدان یا چھ بعضے تِمہِ کانٕسہِ ہنْدی تقلید آسان یِتھے کن چھ نثر پارن تہِ فکشنس تہِ پنُن اسلوٗب۔ بعضے چھُ یِتہٕ کانٕسہ ہُنْد تقلیٖد یا ووزم آسان۔ مگر یہ چھُ بہر حال طے زِ بہترین اسلوٗب چھ سُے یتھ اندر الفاظ تقاضو مطابق آسن یعنے صنفہِ ہنْد تقاضہ مطابق، کردار کہِ تقاضہ مطابق تہِ پرن والین ہٕنْد اجتماعی تقاضہ مطابق۔لفظ آسن کم کھوتہ کم

ورتاونہٕ آمٕتۍ تہٕ غیرضروری جُملہ آسن ترک کرنہٕ اأمتۍ ۔تہِ کیاز ِبعضے ہکہٕ اکھ لفظ تہِ پرن وأ لس اندرے مزگی یا بدمزگی ووتلأ وتھ تہٕ سأرسے فکشن پارس اندر بےمزگی پأدِ کٔرِ تہ امکہٕ وٕسی پایہ آسنک تاثر ووتلاوتھ۔ تتھے کن یتھ کنہ کُنہِ فلمہِ اندر اکھ معموٗلی واقعہ کُنہِ خاص سپنک سأری سےٚ فلمہ فلاپ چھ کران مگر وحشی سعید چھ یموتمام چیزو زأنی یاب۔ تمس چھ افسانہٕ تھٕرنک طوفانک ہُنر بدس۔ سُہ چھُ افسانکہ موجوٗدِ ٹکنیکہ نِشہٕ تہِ وأقف تہٕ امکہ رِوایتی فنک تہِ گیانی۔ یم چیزن یہنٛد افسانہٕ اردوٗ دُنیہس اندر فکشن کِہن ماہرن نِش اکھ شاہکار چھُ زاننہٕ یوان۔ وحشی سعیدس چھ سرٛون مطالعہ کاینات ۔سُہ چھُ ملکہ ملک پھیورمت، تمس چھ اردوٗ زبأنی ہٕنٛد مزاج وَنہِ تمس چھ بُتلہِ پٹھ سپدن وألی واقعات نظرِ تل تمس چھے اندی پکی سپدن والین واقعاتن، حادثاتن تہِ وأری داتن پٹھ گہر نظر لہاذا چھُ یہنٛدِ فکشنکی موضوٗع ،متن، اسلوٗب تہٕ کردار تہِ دلس تھپھ کران تہٕ أری پأٹھی سماجس اندر، عالمس انٛدر، انسانی وجوٗدس اندر برسرِ تصودم طاقتن ہٕنٛدِ کشمکشکی عوامل ذیہنس منٛز اَنان۔ یہنٛدِ ن افسانن اندر

یوسہٕ کأشرِ تیز آنٛچ پھٕہن دگ اٰڈرتھ چھے سو چھے مقامی پرن والٮ۪ن تَمہِ نِشہٕ زیادے پہن وأنٛج کوٚران یہ زن اتھ غیر مقامی قاری حض تلان آسہِ یعنے یہنٛد افسانک مواد چھُ تِتھی بُتلہِ پٮ۪ٹھ اَسہِ اندی پٔکِھ چھکراٰوتھ یمہِ نِشہ یمہِ استفادٕ کٔرتھ پننہٕ نہ ہُنرٕ باوتھ کٔرتھ پرن والٮ۪ن ہنٛدی دل و دماغ متاثر کران چھ۔ یمہٕ افسانہ ہرگاہ أسی ہیرِ ذکرکرنہٕ آمتہِ فنی اعتبارٕ زیرِ تجزیہ اَنَو یمہٕ چھ پننہِ کہأنی کاری، پلاٹ، اسلوٗب، زبأنی ہنٛدِ ورتاوٕ یعنے الفاظن ہنٛز ژٲرکرنہٕ تہٕ جُملہ تھٔرنہ ہنٛد حوالہ سٮ۪ٹھاہ نفیس فن پارٕ۔ یمن اندر یوسہ مکالمہ نگاری چھے سو چھے فطری تہٕ نفسیاتی اعتبارٕ فکشن نگارسٕنٛدِ مہارتک بہترین پے دوان۔

یہنٛدٮ۪ن افسانن اندر چھےٚ واقعاتن ہنٛز مأری منٛز ترتیب یوسہ یمن اندر مزید دلکشی چھے پأدٕ کران۔ تاریخی واقعاتن پٮ۪ٹھ مشتمل افسانن اندر ییٚلہِ کُنہِ قومچہِ تبأہی، یا کُنہِ کردارٕ ذریعہِ تہنٛدٮ۪ن عادتن ہُنٛد عکسہ ہاونہٕ چھُ یوان یم چھ سٮ۪ٹھاہ فنکارانہ طرٖیقس اندر تاریخ تہٕ تاریخی واقعات تہنٛدٮ۪ن عادتن ہُنٛد اٰنہِ رنگی تہنٛدی حلیہ تہٕ خاکہ پیش کران تہٕ

یتھ گنہِ یُس تاثر پرن وألی سٔندس ذیہنس اندر نقش چھُ سپدان سُہ چھ یہنٛد تمہ فکشن کس تقاضس ہم آہنگ بنان یُس پس پردٕ یہنٛد اصل مقصد چھ آسان۔ گویا کہ یُس وطیرٕ ہ یمہ افسانکہ ذریعہ پچھ عادات تہٕ رسومات ہٹاونہ خأطر قلمس نِش تقاضہ چھ کران یمہٕ چھ اَفسانہ کس اختتامس پیٹھ ضرٗورتھ اندر کامیاب سپدان۔ یمہ چھ انسانی نفسیات کس ژٔکس تل ؤسِتھ تتھ اندر پلن وأ لس نوسٗرس لفظن ہنٛد مرحم کرنک جودأری پأٹھی ورتاوس منٛز اَنان تہٕ یہ چھُ یہنٛد فنک اکھ خاص امتیاز۔ میانہ خیالہ چھُ یہنٛد افسانہ قومی رِژرک، اخلاقی ووتھ واشرک، انسانی کرب و ابتلا، بشری کمزوری، انسانی عادتن، سماجی رسوماتن ہنٛدِ خلبلی ہتی ووتلن والین نوسٗرن ہنٛدی موضوٗع مطلوبہ اندازس منٛز پیش کران تہِ یم چھ زبر پأٹھی یم عکساونس منٛز پنہٕ نس منفرد اسلوٗبس تہٕ مہارتس عملہ منٛز انان۔ یہنٛدی موضوٗع چھ بعضے ماضی چھِن ماری منٛزن یادن ہنٛد راون تیلیک احساس دوان دوان تہِ پٕنُن مقصد تہِ افسانک مرکزی موضوٗع سٕتھاہ دلکش پیرایس منٛز ظأہر کران۔ یہنٛدٕن واریاہن افسانن اندر چھُے موضوٗعن ہُنٛز

آفاقیت ییٚلہِ زنہ واریاہن اندرٹا کاڑ مقامیت تہِ لبنہ چھے یوان۔ یہنٛدٕن علامژن تہِ اِستعارن اندر چھےٚ تژھ مقامیت یمہٕ غالبن اردوٗ دنیا کٮ۪ن پرن والٮ۪ن خاطرانزآئنی آسن مثالیے "عجیب شہرک سفید گُر" یہ ہکہ اردوٗکس قارٔیس خاطر اکھ پرٛژھ تہِ آسِتھ مگر کأشرٕن چھے سو جاے وُنِس تام تہِ ونٕے۔ تاہم چھے یہنٛدٕن بعض افسانن تہٕ افسانہ کٮ۪ن عنوانن اندر اکھ واضح آفاقیت تہٕ آفأقی پزرچہِ علامژ تہِ استعارٕ موجوٗد۔ یتھٕن کروٲسی یہنٛدٕن بعض افسانن تہِ تمہ کس موضوع یا عنوانن پٮ۪ٹھ پننہِ مقدوٗر مطابق کتھ مثالیے۔

جموٗد کا جنازہ:۔ جموٗد وَنو ٲسی رہتھ یا ربوٗدٕ گرٛچھنس۔ کانٛہہ چیز جمنس، حرکتِ کار بند گرٛچھنس۔ پتہٕ ییٚلہِ ٲسی یہ وَنَو زامیک جنازٕ دراو یہ چھُنہٕ زومعنہِ تہٕ دوٚشوٕ معنہ یوٚچھُس نہٕ کُنے مقصد زجموٗد موکلیاو تہٕ حرکت کارسپز شروٗع بلکہِ ہکو ٲسی یتہِ امیک معنہِ نِتھ ز جموٗدس دوران یُس نقصان سَپُد تمیک ماتم کرن تہِ۔ اَمہِ معنہ یہِ یُس مقصد افسانہ نگارس اتھ یہ عنوان دِتھ حأصل کرن مقصوٗد اوس سُہ چھُ وریاہ زیاد اَہم مگر یہ چھُ اَمہِ عنوانک ظأہری معنہِ یُس

ۂسلابہ سے پرنہٕ وِزِ ذیہنس منٛز اِییہٕ ژکہ چھُ امیک رُوپ بدلیٕ۔ جمۄ دچھُ ژکہ امیک اکھ مرکزی کردار یُس بہنہٕ بِو چھ چھُ تہٕ یمس فٹ پاتھس پیٹھ بہنہٕ حأصل چھے سپدان۔ اَمہِ افسانک لفظ لفظ تہٕ جُملہ جُملہ چھُ معنہ سۆو۔ ذومعنہِ، مثالیے "جمالن کۆر جذبہ قتلٕ" یا جُمۄدک پھرن تر پچہِ کرنٛج زدو جہد چھےٚ سبٹھہاے دلفریب آسان"۔ أری پأٹھی چھُ باسان زوحشی سعید چھُ اَفسانس اندر آزاد نظم لکھان۔ اَمہِ افسانک اسلوٗب چھ بظاہر ساد تہٕ سلیس مگر اَمِچ کہأنی چھے وردار تہٕ تہہ بہ تہہ ؤٹتھ یمہٕ مژراونس ذیہنی بلوغیت لأزمی چھُ مثالیے۔

"شبنمن اوس أمس سخ دوکھ واتنومت تہٕ دوکھواوس سُہ ربۆدٕ کورمت۔ تمس اوس نہ کأم کرنس ووندے یوان۔ سُہ اوس دنیا کہ کارو بارٕ نِشہٕ بیزار سپد یومت۔ تمس اوس پۆر عالم بے حسی ہُنٛد تصویر لگنہِ لوگمت ییتہِ نہ رشتہٕ نےٚ مۆل تہٕ نہ انسأنیتہ کُے ژونگ دزان چھُ۔ جمودن أس یہنٛز زندگی منٛز زہرچ کأم کُرمژ۔ بہ چھس پننس دوستہ سنٛز یہ حالت وچھتھ دلس پیٹھ اتھ تھاوتھ رٔ ہتھ گومت۔

اکثر چھُس ونان، زکڈ بو جمودک جناز۔ زندگی نشہ کوٚت تام روزو یتھے کنۍ ژلان سٕہ روٗ دمےٚ خاموشی سان مدے گنڈتھ وچھان تہٕ پتہٕ لوٚتی پأٹھۍ جواب دوان ز جمود چھُ میانہِ زندگی ہُنٛد روگ بنیومت۔ وۆنی نیرامہِ جمودک جناز میانہِ زندگی ہٕنٛدس جنازٕ سےٚ ستی''

(سڑک جارہی ہے صفحہ ۱۲)

افسانہ نگاریم عام سپدن والۍ نِکۍ نِکۍ واقعات اتھ افسانس منٛز سبٕھاہ مأری مندس اسلوٗبس تہٕ انداز بیانس منٛز پیش چھُ کران بظاہر چھِ تم سپدٕنی اکھ فطری تہٕ قدرتی کتھ مگر یمن پیٹھ غور کرنہٕ پتہٕ چھُ أری پأٹھۍ یہ ذیہنس منٛز یوان زِ ژکہِ چھِ یمے معموٗلی واقعات بڈٕن حأدثن ہنٛدی اسباب تتھے کن یتھ کنہِ چنٛدٕ ژورٕ سنٛدی زیٹھۍ نم ریزر ریزٕ چھپأوِتھ بڈس سیٹھہِ سُنٛد بٔڈہ نِک وجہ بنتھ ہیکہِ۔ یہنٛدٕن افسانن اندریم انسانی عادتن ہٕنٛدِ انبر ہیٚلۍ ژأرتھ یچھ رسومات بد تہٕ لاچٕ ہوِی موضوٗع افسانہ بناونکۍ ول ازمانہٕ آمٕتی چھِ تم چھِ افسانہ نگارس پننس فنس منٛز ممتاز تہٕ منفرد بناوان۔ ''سڑک جارہی ہے چھِ یہنٛز افسانہٕ سمبرن اتھ اندر چھُ اکھ افسانہ ''جب وہ نغمہ چھیڑتی ہے''

ژٕسلابہ سےٚ چھ افسانک عنوان ''وہ'' لفظ ٮ۪تۍ شروٗع سپدتھ کاٗنسہِ متعلق اِشارِ دِتھ توجہ مٔلۍ ہوٚان پتہٕ چھُ ''نغمہ چھیڑنا'' یمہِ آیہِ بوزن وأنۍلس متأثر کران ز ''سُہ'' لفظ رٔلتھ چھُ یہِ عنوان مزید توجہ لمتھ نِوان زُکس تام چھُ زنتہِ ستارس پٮ۪ٹھ پنہٕ نوٚ مأری زیٚچھوتہٕ نازک صاف شفاف ماٗژِ نموستارس تارن زیرزیر کرنس منٛز وچھن والین ہنٛز أچھ جادِ ٮ۪تۍ مسحور یا محصوٗر کران وۄنی ییٚلہِ سُہ نغمہ تہِ اتھ چھیڑ خانی ٮ۪تۍ رلاوِتہٕ پتہٕ آسن امیٚکۍ تعریف تہِ بوزیٚ مٔتۍ یہ عنوان چھُ وارے دلکش بنان تہٕ یہ چھُ وحشی سعیدن اکھ مستقل فن باسان یُس پرن وأنۍلس ژٕسلابہ سے عنوان پرنہ وِزِ گردنہِ اندر پرنہٕ خأطر پٹہٕ نالی چھُ تراوان یتھ پٮ۪ٹھ سکالر ''وحشی سعیدٕنۍ عنوان'' ناوِ مزید تحقیق کرتھ ہیٚکن۔ اَمہِ پتہٕ چھےاَمہ افسانٕچ کہانی بظاہر اکھ معموٗلی جُزٕ ہن یہ زن افسانس ناولہِ نِشہِ ژٕکھرٕ چھِ کران زاتھ اندر چھُ وحدت تاثر آسان یہ چھ زندگی ہُنٛد یا کاٗنسہِ کردار سٕنٛدِ اکہ گوشٕچ روداد آسان۔ اَمہِ افسانٕچ مرکزی کردار چھے شالنی'' اَتھ افسانس اندر عنوانکہِ پٹہ پتہ دویم تھپھ پرن وأنۍلس پھٕرنہ کس دامنس امیک گوڈنہِ کُے جُملہ۔

28

...ٕ جناز۔ زندگی نشہ کوٚت تام روزو
...ں سان مدے گنڈتھ وچھان تہ پتہٕ
...ُ میانہِ زندگی ہُنٛد روگ بنیومت۔
...دگی ہٕنٛدس جنازٕ سے ٮ۪تۍ''

(سڑک جارہی ہے صفحہ ۱۲)

...ر نِکۍ نِکۍ واقعات اتھ افسانس منٛز
...نداز بیانس منٛز پیش چھُ کران بظاہر
...ھ مگر یمن پٮ۪ٹھ غور کرنہٕ پتہٕ چھُ أری
...لہِ چھ یمَے معموٗلی واقعات بڈٕ ہن
...ھ کنہِ چتہٕ ژورٕ سنٛدی زٮ۪ٹھی نم ریزر
...ژہ نِک وجہہ بنتھ ہیٚکہِ۔ یہنٛدٕ ہن
...ر انبر ہیٚلۍ ژأرتھ یچھ رسومات بدتہٕ
...ر ول ازمانہٕ آمٕتۍ چھ تم چھ افسانہ
...رِد بناوان۔ ''سڑک جارہی ہے چھ
...ھ افسانہ ''جب وہ نغمہ چھیڑتی ہے''

’’ کچھ چیزیں یاد رکھنے کے قابل ہوتی ہیں‘‘ تہٕ فورن چھ پرن وألس ظوٗن اوری ژکنژ گژھان ز’’یم کوٗم چیز‘‘ چھ یم یاد تھاونٕ لایق چھ آسان گویا کہ چھ افسانہ نگارس کہانی ونہ نک کھرأیی انداز بیان تہٕ بدس۔

اَمہ پتہٕ چھے تریم لأن دویم پیرا۔ اَتہِ چھ کہانی کار نوٗسرہ اتھ تھپہِ دربرٕ بخشان یہِ ونتھ ز’’رنیو کا دیوی ہنٛز سوشاندار پارٹی ہکہٕ نہ سدھیر زٕنہے، مشرأوِتھ۔۔۔‘‘ گویا کہ اوت تام أس یہِ تھپھ اکیے اَتھِ۔ وۄنی ترأونس دوٚیو اتھو۔ وۄنی چھُس یژھ کأم ز یہنس مٔتہِ ز وۄنی چھُس رنیو کا دیوی ہُند تعارف تہِ ژھانڈن تہٕ سدھیرن پَے پتاہ تہِ۔ سوالہٕ چھُنہٕ پأدٕ سپدان ز پرن وول کیا روز دوشونی ہُند اول وانگن معلوٗم کرنہٕ روٗس پتھ یمہِ موکھ تمس خأطرا فسانہ سورے پرن لأزمی بنیومت چھُ۔ افسانہ پرتھ چھُ باسان زاَمہ افسانک اکھا اکھ جُملہ چھُ تَمہِ ریلہِ ہنٛد انجنکی پأٹھی یس ریلہِ منٛزلس کُن پکناونس منٛز برابر پٔننی کأم کران چھُ تہٕ پرن وألس چھے أخرس پیٚٹھ یہ لاکم اندازٕ کرناوان ز کہأنی چھے ژ کہِ أکس تمس لڑکی ہنٛز یوسہٕ دولت بے

انتھاحأصل کرنٕچہِ لالچہٕ منٛز کنگال چھے سپدان۔ کأشرِ زبأنۍ اندر چھے واراہ لُکہ دلیلہ اَمہِ آیہِ موجود مگر موجوٗدِ دلیلہِ ہنٛد اندازِ بیان چھُ تَمہِ آیہِ تھٕرِنہٕ آمُت زِ اکھ انسان چھُ سوالن ہٕنٛدی أنہٕ أچھن پیٹھ تھأوتھ زنتہِ کُنہِ خوابہ شہرس منٛز سفر کران تہٕ موڑ طے کران کران چھ تسنٛدٕن سوالن ہنٛز ٹیلی تہِ جوابوٕستی مبدل سپدان۔ اَمہِ کہأنی ہنٛد ارتھ چھُ یہِ زِ ''لأچ چھے سورِ ے راوراوان''۔ کہانی اندریم نِکی بڑی لوازمات کردارن ہنٛز زندگی ہنٛد حوالہ کہانی کار بیان کران چھ۔ تم تہِ چھ فنی لوازماتو مأری مندی بناونہٕ آمٕتی۔ تہٕ افسانہ بناونس منٛز چھ کہانی کار تٕمس مأہر ڈرایور سٕنٛدی پأٹھی بروٚنٛہہ کُن یوان یُس نکٕبن نکٕبن ڈارک (تاریک) موڑن پیٹھ تہِ مہارتہٕ سان گأڈی احتیاط تہٕ حفاظتہ سان پھرنک بل بٕتر تہٕ ہُنر چھُ تھاوان۔ ژتھ کُنہٕ زسوارٕن ووٚتلہِ نہِ دل و دماغس اندر کانٛہہ خدشَے۔ میانہِ خیالہ چھُ وحشی سعیدس پیٹھ کأم کرن والٕین ہنٛد خأطرا کھ تیوٚت بورت نیوٚ رزِ أکس أکس افسانس پیٹھ ہیکہ اکھ وٕکھرِ دفتر قایم کرنہٕ یتھ۔ یِمن افسانن ہنٛز نفسیأتی تجربہ ''Psycho analysis'' کرنہٕ خأطر چھے

زبردست مہارت درکار۔ یمن افسانن تہٕ فن پارن اندر چھے تژھ

توژھ زیمن اندر ؤستھ ہیکہٕ انسان برابر تمیے آیہِ لعل و جواہرات

حأصل کرِتھ یتھ کنہ سونہ کانہِ منٛز تمیکو انجینر حأصل کران چھ۔ شرط

چھُ غوط دِنہٕ وألس آسہِ پانس تژھ وُسعت۔

اَمہِ افسانک عنوان ''جب ونغمہ چھیڑتی ہے'' چھ عالم حسن وعشق

۔ مأری منزرک اکھ خیالی جنت یمہِ خأطر کأنہہ تہِ مرنہٕ خأطر بہانہ

ژھانڈِ۔ کأنہہ تہِ مرنہٕ خأطر پریشان گژھ۔ مگر امیک انجام چھُ

نیولےٚ جھنم یُس نفرتس منٛز انسانس صرف أکس آبہ گلس منٛز پھٹنہٕ

موکھ مجبوٗر کرِ تہِ کیاز اَتھ جایہِ واتتھ چھُ عنوانس اکھ ٹیُتھ پھل بدس

یوان یُس کأنسہِ تہِ لولہٕ وألس دِلس سوالن ہنٛدس گرِمتی وأنس منٛز

مرنہ خأطر مجبوٗر کرِ۔

یہ چھا موج۔۔۔۔

نہَ۔ یہ چھَنہ موج۔۔۔۔ یہ چھَنہ زنانہٕ۔۔۔۔ یہ چھے دولت

ژھانڈان۔ دولتس پوزا کران۔ اکھ بےحِس مورتی سدھیر روٗ د

تمس سمجھاوان، سُہ ہیچی نہ سمجھتھ۔ تمس گیہ شالنی ہتی نفرت۔ مگر شُر

اکہ پھرِ و چھنک تمنا اوُسس ضرور تمہِ دوہہ گوسہٕ ہسپتال

شالنی دُیت شُرِس زنم۔ مگر سہٕ زاو موتےٚ

شالنی ہیچ نہ روپے وٹتھ۔ فلیٹ ہیچ نہ حأصل کرتھ۔ سہٕ ہیچ نہ ممبے، کلکتہ، دلہِ گژھتھ۔

سدھیر رؠ دسونچان

اما شالنی کُس نغمہ ٹُلہِ وؠنی۔

(اردؠ پیٹھ ترجمہ از۔۔۔۔

''سڑک جارہی ہے۔ وحشی سعید'' ۱۳ا۔تا۱۹ا

وحشی سعیدن انداز بیان چھُ سونتہٕ واوِ کہ اثرِ یؠت دلکش زیم چھ سنگلاخ موضوعن تہِ شالمأر پھولراوان۔ یم چھ انسانس پانس اندر پچھ رسوماتن منٛز بیخ کنی ہٕنٛد ٕن تمن گونن ہُنٛد بے پتاہ تہِ اشارٕ دوان یمن انسانس پانہٕ سے اندر گُپتھ تہٕ تسندس ضمیرس أڈرتھ چھ مگر اورکن چھُس نہ پانس ظونےٕ گژھان۔ گویا کہ چھ وحشی سعیدأ کس کہانی کارسنٛدس روپس منٛز دوٚشونی سماج تہِ فردسنٛد خأطر فلاح تہٕ اصطلاحُچ دلکش کأم سرانجام دوان۔ یمو چھ عالمی تہذیب وتمدنکی بعض

نفسیاتی پہلوتہٕ اجاگر گرٕی مٕتی ۔ یہنٛدٕن افسانن اندر چھ پرن والین طالب علمن ہنٛد خاطرتہٕ مواد موجوٗد تہٕ گرِ بہتھ وانسہ واتی متین معزز شہرین خاطرتہٕ ۔ تاریض دانن ہٕنٛد خاطرتہٕ تہٕ اصلاح کار سٕنٛدِ خاطرتہٕ ۔ جوان عاشقہِ سٕنٛدِ خاطرتہٕ تہٕ تجارت پیشہ فردن ہٕنٛد خاطرتہٕ ۔ بدکأری ہنٛدی ول اَزماون والین خاطرتہٕ تہٕ گھریلو زندگی گذارن والین وفادار لوٗکن ہُنٛدِ خاطرتہٕ ۔ کرایہِ دارن ہٕنٛدِ خاطرتہٕ تہٕ کوٹھ دارن ہٕنٛدِ خاطرتہٕ تہٕ پرٛتھ میدانس اندر یم نیے شوٗنکی پأٹھی پننہِ نفسیأتی مہارتکہ نٛشترکی کمال ہاوٗنس منٛز سرخرو تہٕ سپدان لیس اردوٗ ادبس اندر أکس زٛیٹھس زمانس اندر اکھ شوبدار ہربر روزِتہٕ وۆنی ترجمہ کأری ہنٛد وساطتہٕ کأشرِ زبأنی اندر تہٕ ۔

## وحشی سعید گفتگو کہ آنہٕ منٛزی

وحشی سعیدس چھ وریا ہواد ہبو تہٕ ادبی شخصیاتو کُنہِ کُنہ انٹرویو تہٕ کٔری مٔتی ۔ یمہٕ مختلف عنوانو مختلف کتابن رسالن تہٕ جریدن اندر شأمل تہِ سپدیمتی چھ۔ یتھن کٔروأسی یہنٛدٕ ن کینٛہہ چیدٕ چید سوال و جوابن ہنٛد کأشر ترجمہ پیش یُتھ مصنف سٔنٛزِ پننہ نیے زیوِ بعض معاملاتن پیٹھ روشنی پیے یہِ گوڈنیتھ کروأسی جناب انور آفاقی سُنٛد مصنفس ہٕتی اکھ گفتگو شامل یُس ''دوبدوٗ'' ناوِ چھپیومت چھُ۔

مختصر تعارف:

وحشی سعید صابس ہٕتی سپُد میون ملاقات ۲۰ نومبر ۲۰۱۷ ءییلہِ یہ ڈاکٹر منصور خوشترس ہٕتی أکس ادبی سیمنارس منٛز شرکت کرنہِ موکھ گومت اوسس ۔ وحشی سعید چھُ اکھ ممتاز فکشن نگار یہنٛدٕ ن واریہن افسانن تہٕ ناولن ہٕنٛز چھے سمبرنہٕ شایع سپد یمٕژ ۔ وُنس تام چھکھ ترے ہتھ تہِ زیادَے افسانہٕ لیکھی مٔتی ۔ سعید صأب چھ اکھ مخلص انسان یم ۱۶ نومبر ۱۹۴۶ء سرینگر کشیر اندر تولد سپٔدی ۔ یم چھ ترے یوانٛدٕ ربڈی ہوِی برادر ۔ افسانہٕ نگار أسنس ہٕتی ہٕتی چھ اکھ کامیاب تاجر تہِ ۔

سرینگرِ چھ ڈل دٔہس پپٹھ شہنشاہ پیلس ناو یہٕند اکھ شاندار تہٕ خوبصورت ہوٹل۔

سوال:۔توٚہی دٕنی تو اَسہِ ادبی زندگی ہنٛدی احوال وکوایف یتھ اندر تہٕند لوکچارٕ چ ،خاندانی پس منظر،تعلم تہِ تاریخ پیدایش بیترِ چیزن ہنٛز تفصیل آسہِ۔

مےٚ کھوجہِ کشیرِ ہنٛدس اَکس معزز خاندانس اندر۱۶نومبر۱۹۴۶ء اَچھ میانہ خاندانک سلسلہ چھُ مرحوٗم عظیم الدین ترونبس ستیٚ رلان یم افغانستان کہ صوبہ بدخشان پپٹھ پٹھان دورس منٛز ہجرت کٔرتھ کشیرِ اَسی آمٕتیٚ۔تم اَسی تجارتس ستیٚ وابستہ۔تجارتک سلسلہ گونسل درنسل سانہِ روزی روٹی ہُنٛد ذریعہ بٔنتھ یتھ ستیٚ اَسی ازتہِ منسلک چھِ۔ زندگی ہٕنٛدِ پرٛتھ شعبہ تہٕ پرٛتھ بہانٛچ ترجیح چھےٚ بدلان روزان۔ ترنبو خاندانکی لوٗکھ تہِ روٗدی یمن ترجیعاتن ہنٛدی حصہ بنان۔ یہ بدلاورٔدی اپناوان تجارتکی طورطریقہ تہٕ روٗدی بدلان مگر تجارتہٕ کس اکہ پیشہ کس پس منظرس منٛز تہِ روٗدی ترنبوخاندان تعلیمہ ہنٛد نوٗرٕ منور سپدان۔امیک اوس یتہِ اکھ وجہہ زسٕانی والدین اَسی

یمہِ اصوٗلکی پابندز گوڈٕ پٕرِ ولیکھو تَمہِ پتہٕ ترٲ ووتجارتس منٛز اَتھٕ ۔لہاذا لگی أسی ترشوے بأے بہٕ محمد سعید ترنبوظہوٗ راحمد تہٕ عبدالمجید ترنبو پنٛنہِ اعلیٰ تعلیم حأصل کرنہٕ پتہٕ پننہٕ نس والد محترم سنٛدس تجارتس منٛز تمن اَتھ بٹاونہِ ۔مےٚ اوس کشمیر یونیورسٹی منٛز ایم اے کورمت یتہِ میلیہ مےٚ پننس تعلیمی دورس منٛز پروفیسر عبدالقادر سروری، پروفیسر شکیل الرحمان تہٕ پروفیسر حامدی کشمیری سنٛز رہبری۔ظہور احمدن چھُ ایم کام کوٚرمت یێلہِ زنہ عبدالمجید قانونٕچ تھٕز ڈگری حأصل کرنس منٛز کامیاب اوس سپدیمت مگر تم ہیٚکی نہ پننہٕ نس خاندانی تجارتس منٛز ٹِکتھ۔تمہٕ رلیے وکالت پیشس ستیٚ ۔تہٕ از کل چھ لندنس اندر أکس کامیاب ایڈوکیٹ سٕنٛدِ حثیتہ زانہٕ تہٕ مانہٕ یوان تہٕ بہ تہٕ ظہور صأب چھ والد محترم سٕنٛدِ وفاتہٕ پتہٕ ہوٹل شہنشاہ پیلس چہِ ذمہ وأریہِ سمبھالنس منٛز مصروٗف۔

س۔وحشی صأب توہہ کٔرو گوڈٕ شاعری منٛز طبع ازمأیی کنہ افسانہ لیکھو؟

ج۔گوڈٕ کٔر شاعری مگر یہِ نیپہِ نہٕ مےٚ سنجیدگی سان۔میانہ فکر ہنٛد

ترسیلک ذریعہ چھُ افسانے۔

س۔ توہہِ کرکوُروافسانہ نگاری ہُنٛد ڈٕسلابہٕ

ج۔میون افسانہ نگارس بنن تہٕ چھُنہ دلچسپ واقعہ نِشہٕ کینٛہہ کم۔
میٔون اکھ کلاس فیلو دوست یم سنٛد والد صآب افسانہ لکھان اوس
،اوس مےٚ افسانہ بوزناوان۔مےٚ چھےلوکچار پیٹھے بہ فطرت زیوٗسہٕ
تہٕ نامکمل عمل مےٚ خوش آسہِ کران بہٕ چھُس سُہ حآصل کرنس پیٹھ
ہوٚل گنڈان۔مےٚ آو خیال زیٚیلہِ میأنس دوستہ سنٛدی وآلد افسانہ
لیکھتھ ہیکن۔بہ کیاُزہیکہ نہٕ؟ بس اَمہ پتہٕ گونڈم افسانہ لیکھنہ خآطر
ہوٚل تہٕ شوراہ ورشہِ وانٛسہِ منٛز لیچھم ناول تہٕ۔وآنٛس ہُرنس ستی ستی
لب أمی ذوقہ مطابق پننٛ تکمیل۔

سوال:۔دسلابس کمن رسالن منٛز چھپےٚ تہندی افسانہ؟

ج۔ڈٕسلابس آسی میأنی افسانہٕ روزنامہ افتاب کس ادب نامس
منٛز شایع سپدان۔آفتابس منٛز میأنی شمولیت چھےٚ اکھ تاریخی حیثیت
تھاوان۔ میانہِ کہانیہ روزِ ایس پی کالجہٕ کس معروٗف رسالہ
''پرتابس'' اندر شایع سپدان۔کالج زمانس منٛز اوسس بہ پرتاپ

(میگزینک) مدیر۔

س۔ توہہ کمہ افسانہِ ذریعہ میجو شہرت سُہ کتھ رسالس اندر سپُد شایع؟

ج۔ ۱۹۷۰ ء سپُد ممبیہ پیٹھ شایع سپدن وألس ''شاعر'' نأوی مقبول عام جریدس منز ''جموٗ دکا جنازہ'' شایع اتی میلی مے واریاہ خط کیٚنہہ تعریفی تہ بعض تنقیدی یمہِ ہِتی مےٚ حوصلہ افزأیی سپز۔ اتھ دورس منز اوٚسے نہ کانہہ رسالہِ یتھ اندر تہ میأنی افسانہ شایع سپدی۔ اتھ دورس منز اوس میانس ناوس ہِتی ''وحشی سعید'' ناوس ہِتی ''ساحل'' تہِ رلأوتھ۔

س۔ وُنس تام کأژ کتابہ چھےٚ تہنز شایع سپدیمژ

ج۔ وُنس تام چھےٚ میانہِ پنداہ کتابہ شایع سپدیمژ یمن اندر ستھ افسانہ سمبرنہٕ چھےٚ تہٕ أٹھ ناولہٕ تہِ ناولٹ یہنز تفصیل یتھ کنہ چھےٚ (تمہ باضابطہ ترٛے کتابہ چھےٚ۔ مترجم مولف)

۱ سڑک جارہی ہے، ۲ کنوارے الفاظ کا جزیرہ ۳ خواب حقیقت ۴ ماضی اور حال (افسانوی مجموعہ) ۵

ماضی اور حال ۲ (ناولٹ مجموعہ) ۶ ماضی اور حال ۳ (افسانوی مجموعہ)

۷ آسمان میری مٹھی میں ۸ ارسطو کی والبستی ۹ آخر کب تک ۱۰ شیشے کا سمندر

نوٹ:۔ وحشی سعیدن چھ ۲۰۰۴ تہ ۲۰۱۶ اکآے کتاب گنز رٔژ ییٚلہ زنہ

ناول تہٕ ناولٹ۔

(۱)۔ پتھر پتھر آئینہ، ۲ ایک موسم کا خط ۳ قحط ۴ خوف اور محبت ۵ عجب زندگی غضب موت ۶ جایز ناجایز ۷ فطرت، محبت، ندامت ۸ وحشت

س۔ تہندٕن افسانن چھاپیہٕ کُنہٕ زبأنی اندر تہ ترجمہ سپدیمت؟

ج۔ وُنس تام چھُ میانٕن ژون کتابن ہُنٛد ہندی۔ انگریزی تہٕ کأشر ترجمہ سپدیمت۔

نوٹ:۔ وؤنی چھے کأشرِ ترجمہ چہ زِ کتابہٕ اکھ ''سُہ گرٕ کیتھ آسہ'' اتھ اندر چھ وریاہن کتابن اندر شامل اکونزہن افسانن تہٕ ترٕن

ناوِلٹن ہنٛد کاشُر ترجمہ ییٚلہِ زنہٕ دویم کتاب ( گٔنز گٔنز آنہ ) ناوستن

ناوِلٹن ہُنٛد ترجمہ چھےاتھ اندر چھ ہیرِ درج ۱ ۲ ۴ ۵ ۶ تہٕ ۷

نمبر شارکین ناوِلٹن ہُنٛد کأشُر ترجمہ یعنے ستھ ناولٹہ کتابہٕ چھے أکی

سے ناولٹہ سمبرنہٕ اندر کأشُراونہ آمتۍ (مترجم مولف)

س۔تہٕنز ماجہ زبان کوسہ چھے؟

ج۔میأنۍ ماجہ زبان چھے کأشُرِ ییٚلہ زنہٕ میانہ فکرِ ہنٛد ترسیلچ زبان اردوٗ چھےٚ۔اردوٗ چھے میأنۍ جنون۔مےٚ چھُ اردوٗ زبأنۍ ستۍ عشق۔

س۔تہٕنزٚن ادبی خدمژن پیٹھ کومواداروچھ وٚنس تام توہہ اپوارڈ یااسنادعطاگری متۍ۔

ج۔وٚنس چھ مےٚ تقریبن پنداہ ایوارڈ دنہ آمتۍ یمہٕ یتھ کنہ چھ

۱۔ اردوٗ فاونڈیشن ایوارڈ۔مہاراسٹر

۲۔ محسن اردوٗ ایوارڈ،تحریک ادب، بنارس

۳۔ اِنٹی لیکچوٗل پیس ایوارڈ۔اتر پردیش

۴۔ تریاق ادبی ایوارڈ۔ممبے

۵۔ آینہ اردوٗ ایوارڈ جھانسی

۶۔ نواب سید علی والا جاہ ایوارڈ۔

۷۔ عمر مجید فاونڈیشن ایوارڈ۔

۸۔ پریس ایسوسی ایشن ایوارڈ جموں وکشمیر

۹۔ بخشی میموریل ایوارڈ جموں وکشمیر

۱۰۔ حکیم منظور فاونڈیشن ایوارڈ چراغ فاونڈیشن کشمیر

۱۱۔ گاشن رضا ویلفیر سوسایٹی ایوارڈ علیگڑھ

۱۲۔ بزم فروغ ادب ایوارڈ۔ اتر پردیش

۱۳۔ صرفِ زر لٹریری ایوارڈ۔ اتر پردیش

۱۴۔ دی انرکام فورم ایوارڈ ممبے

۱۵۔ شیخ العالم ایجوکشنل سوسایٹی ایوارڈ

اَمہ ہر بہانہ چھے مےٚ نارتھ ویسٹ لندن یونیورسٹی اردوٗ زبان تہ ادبس پیٹھ ڈاکٹرٕچ اعزازی ڈگری تہِ تفویض کٔرمژ۔

س۔ ڈٔسلابس ٲسی تہنٛدی افسانہ چھپتھے شایع سپدان روزان تمہِ پتہِ گوتوہی منظر نامہ پیٹھ غیر حاضر۔ پتہ آو واریاہ وہری ییہِ ادبی دُنیہس اندر امیک وجہ؟

جواب:۔ ییٚلہ سأئنی والدٕ اَسہِ ترٲ وتھ گیہ أسی أسی دھوکھس منٛز مےٚ باسیوو زنتہٕ آس بہٕ چھکر نہٕ۔ اَمہ پتہٕ گییے ۲۰۰۷ ہٕ سأئنی والدِ محترم تہِ خدایس حوالہٕ ۔ بہ اوسس گرِ بڈٕ دہیوٗ ۔مےٚ ہُرے یہِ گھریلو ذمہ واریہ۔ والدینن ہنٛزِ جدأیی تہ گھریلو ذمہ وأریوکورہس یُتھ گیر زبہ گوس تخلیقی ادبہ نِشہ دور۔ اَمہ پتہ آے میأنی دوست مظفرایرج سرکأری نوکری نِشہ ریٹایر سپد تھ واپس سرینگر۔ تموہنٛز نِو سرٕ شہنشاہ ہوٹلہِ کس خوابہ برتس ماحولس اندر میون اندرم شوٗنگمت افسانہ نگار، نندروزناوِنچ کوٗشش کٔرنی ۔ یتھ اندرتم کامیاب تہِ لبنہ آے۔ اَو پتہ سپد اچانک اکھ واقعہ رونما۔ شہنشاہ پیلس کس دربار ادبس منٛز أس کأشر زبأنی اندر لکھنہ آمتہ شعر مجموعٕچ رسم رونمایی سپدان۔ صاحب کتاب أسی مے زأنی ۔ بتہ رودس کینژس کالس اتھ ادبی محفلہ اندر بہتھ ییٚلہِ بہٕ نیرنہ لوٚگس نورشہن دِژمےٚ یہ کتاب پرنہٕ خأطر۔ یہنٛز یہ کتاب أس ''جموں وکشمیر کے افسانہ نگار'' نأوی کینٛہہ کال بروٛنہہ منظر عامس پیٹھ آمٕژ ۔ اتھ اندر اوس میون تہِ تذکرہ ۔ اَتھ اندر اوس میانہٕ لیکھن ہُنٛد تعریف تہِ کرنہ آمتی تمو اوس پنہٕ نہٕ

الفاظن اندر یمہ اندازِ لیوکھمت ۔

''وحشی سعیدن کوٚر ادبہ کس دُنیہس خیر آباد کرِتھ دولت دُنیا اختیار۔ مگر اردو دُنیہس چھُ وُنہِ تہٕ یہنٛز واپسی ہُند انتظار'' یہ تحریر اُس میانہِ خاطرا اکھ چلینج تہٕ میأنی اندرم افسانہ نگارن اوس یہ پوٚر پأٹھی کاپہِ روٹمت ۔ مےٚ روٚٹ قلم کاکہ تہٕ لوٚگس بییہِ پنہٕنین افسانن ہنٛد دُنیا آباد کرنہ۔

س۔ ادبی دنیا نشہِ غیر حاضری پتہٕ ییلہِ توٚہۍ واپس آوو توٚہہ اندر لَج اُکس نٔوس وحشی سعیدٕنی جھلک نظرِ ینہ یہ کتھ سپُد؟

ج۔ ادبی دنیا نشہِ میانہ زیچھ غیر حاضری دوران اوس میانین تجربن اندر ہریر سپدیومت۔ اَمہِ طویل غیر حاضری ہنٛز اَسہِ وریاہ یاد واریاہ کہانییہ میأنس ہلمس اندر رچھتھ یمہ وارِ وارِ تحریرن اندر ووبرنہِ لجہِ تہٕ مےٚ اوس سوچتھ سمجھتھ علامتی طرزٕ چ نٔو وَتھ اختیار کٔرمٕژ ۔

س۔ توٚہہ چھونہ وُنس تام اکھ تہٕ ڈراما لیوکھمت امِک وجہ کیا چھُ؟

ج۔ مےٚ چھُنہٕ ونس تام ڈرامہ ہس کن توجہے دیت مت نہ کرٕم
زانٛہہ سنجیدٕ کوشش۔

س۔ توہندٕن افسانن اندر طنزک وجہہ؟

ج۔ میانہِ طبیعتک واریاہ جاۍ حساس آسُن

س۔ تہندس شخصیتس تہٕ فنس پٹھ کوموادؤ کھو جریدو تہٕ ماہنامو
چھ گوشہِ لیکھیٚمٕتی۔

ج۔ میانس ادبی سفرس دوران چھ ملکہ کھو مختلف جریدو گوشہِ تحریر
کٔرِمٕتی۔ یہ چھ میأنی ادبی زندگی سمبرنس منٛز واریاہس حدس تام
کامیاب سپدیمٕتی۔ یمہِ جریدٕ چھ یتھ کنٕہ
''شاعر ممبے'' ''بیسوی صدی نٔو دِل''۔ ''عالمی انتساب''۔
''مفاہیم'' ''لمحے لمحے بدایون'' تحریک ادب بنارس۔ تریاق ممبے''
تحریرِ نو'' امہ ہریمانہ چھ ''نگینہ انٹرنیشنل'' (رسالس) اندر تہٕ میانس
علمی تہٕ ادبی سفرس متعلق مختلف قلمکارن ہٕنٛدی مضموٗن شایع سپدان
روزان تہٕ یمہ چھ میون ادبی تہٕ علمی شعور سمجھس منٛز مدد کران۔ مقامی
اخبارن خاص پأٹھی چھ ''کشمیر عظمیٰ'' اڈان تہٕ تعمیل ارشادس اندر تہٕ

مضموٗن شایع سپدان روزان۔

س۔ دپان توٗ ہندس فنس تہٕ زندگی پٮ۪ٹھ تہِ چھ طالب علموا ایم فل تہٕ پی ایچ ڈی ڈگری حاصل کرمٕژ۔ تہٕنز تفصیل دِٕنِو وا۔

ج۔ وُنس تام چھ میانس فنس پٮ۪ٹھ دویو طالب علموٗ ''ایم فل'' تہٕ دویو پی ایچ ڈی کوٗرمت یہٕندی ناو تہٕ موضوٗع یمہٕ آیہ چھ

۱۔ وحشی سعید کی فسانہ نگاری ''سڑک جارہی ہے'' کے حوالہ سے

روضیہ تبسم (ایم فل)

۲۔ وحشی سعید کے افسانوں کا تنقیدی جایزہ

اویس احمد (ایم فل)

۳۔ وحشی سعید ایک مطالعہ

ڈاکٹر شیخ کاینات (پی ایچ ڈی)

۴۔ وحشی سعید حیات اور تخلیقات معاصرس کے ساتھ تقابلی جایزہ

ڈاکٹر جگ موہن سنگھ (پی ایچ ڈی)

س۔ فکشن رایٹرس گلڈس متعلق دِٕنِو تو۔

ج۔ پوزے بوز ومیانہ زندگی منز چھ فکشن رایٹرس گلڈ بڈ اہمیتک حامل۔ بہٕ چھُس امیک سرپرست۔ جموں وکشمیر پٹھ لداخ تام چھ فکشن نگاراتھ تنظیمہ ستی جڑتھ یہ چھے سرکاری سطحس پٹھ تسلیم کرنہٕ آمژ تنظیم۔ اَتھ چھ باقاعدہ پاٹھی پنُن دفتر ینہِ پرتھ ہفتہ فکشنس ستی تعلق تھاون واجنہِ محفلہ اراستہ چھے سپدان۔ بہٕ چھُس مانان زفکشنہ کہ فروغ کہ حوالہ چھے اتھ تنظیمہ وار یاہ ذمہ واریہ تہِ۔ یہ چھے پننہِ ذمہ واریہ سمبھالنکہ حوالہ بھرپوٗر کوششہٕ کران۔ خوش قسمتی ستی چھ اتھ تنظیمہ فکشن نگارن ہنز تعاون تہِ حاصل

دوبدو۔۔۔۔انور آفاقی ۱۳۸ تا ۱۴۴

ب۔ اَمہ پتہ کرو أسی وۄنی دویمہ گفتگو (انٹرویؤ کی) اقتباس یتن صرف کأشر ترجمہ کرتھ پیش یُس پی ایچ ڈی مقالہ لکھنس دوران ڈاکٹر شیخ کایناتن پنہ نس تحقیقی مقالس اندر درج چھ کورمت۔ تاہم کرہ بہٕ تمہٕ سوالہ یمہ منز ترک (Drop) یمہٕ، یمہِ بروٗنہہ آمتی آسن پانہ کُنہ تذکرہ آمت آسہ۔ مثلن

س۔ توہہ چھُوا شاعری ستی پننہِ ادبی سفرک ؤسلابہ



ندگی پٹھ تہِ چھ طالب علمو ایم فل تہ
ہنز تفصیل ؤنی وا۔
ں پٹھ دویو طالب علمو ''ایم فل'' تہ
ناو تہ موضوٗع یمہٕ آیہ چھ
ڑک جارہی ہے'' کے حوالہ سے
روضیہ تبسم (ایم فل)
افسانوں کا تنقیدی جایزہ
اویس احمد (ایم فل)
ڈاکٹر شیخ کاینات (پی ایچ ڈی)
لیقات معاصرس کے ساتھ تقابلی
اکٹر جگ موہن سنگھ (پی ایچ ڈی)
تعلق ؤنی تو۔

کوٚرمت۔؟

ج۔ شاعری تہٕ اَسم کٔرمژ۔مگر سنجیدگی سان نہٕ۔ پسندیدہ صنف چھم فکشن نگاری۔

س۔ توہنٛد اولین افسانہ کتہِ تہٕ کتھ رسالس منٛز سپد اوشایع تہٕ کر؟

ج۔ گوڈٕ مقامی اخبارن تہٕ رسالن اندر پتہٕ کالج میگزینس اندر پتہٕ ''شاعر'' ناوکس رسالس منٛز تمہٕ پتہٕ نگینس منٛز۔

س۔ توٚہنٛز کہانی ہنٛدی موضوٗع کیا چھ آسان؟

ج۔ موضوٗعات ہیکن مختلف نوعیتٕکی آسِتھ، یُس چیز کہانی لیکھنس پٔٹھ متاثر کران چھے قلم چھُس تلان۔موضوع خاطر چھُنہ کانٛہہ قید۔

س۔ توہہ چھوا کأشرِ پأٹھی تہِ افسانہ لیکھی مُتی؟۔تمہ چھا شایع سپدیمٕژ؟

ج۔ نہ۔مےٚ چھُنہ کأشرِ پأٹھی لیوکھمت۔

س۔ کیا ہمکال افسانہ چھا کامیاب کہانی تھٕران؟

ج۔ ہمکال اردوٗ افسانہ چھُ پرن والین ہٕنٛز دلچسپی ہنٛد باعث

بنان۔ بہ چھُس زیادٕ پہن علاقی آیچہ کہانی لیکھان یُس مےٚ پسند چھُ۔

س۔ کأشرٕن دعوتن اندر چھُ واز ٕ وانس پٔنُن اکھ ؤکھر ٕ ذایقہٕ۔ اَمہ مخصوص کھٮ۪نک رواج ہیٚکہٕ نا ملک تہٕ ملکہٕ نبر سپد تھ؟

ج۔ بہ چھُس عالمس پھٔورمت۔ واز ٕ وان چھُنہ بیٚیہٕ کُنہِ میلان۔ خبر سانہٕ پرانہٕ کیٚتہِ آسی یمہٕ ہیچھ مُتۍ زدسترخوانس پیٚٹھ یکہ وٹہٕ کھیٚنہٕ ستۍ چھ دشمن تہِ یار بنان۔

س۔ تہٕندی مرغوب غذا، پھل تہٕ مشرٔب کیا چھ؟

ج۔ کأشری کھٮ۪ن ژٔوٹھۍ سنگترہ، دچھ یہ سالم حالانکہ از چھُس پرہیزٕ ے کران۔

س۔ تۄہی کمہ قسمٕکۍ پۄشاک چھو پسند کران

ج۔ دفترس منٛز کوٹ پتلون گرِ قمیض پاجامہٕ بیتر۔

س۔ تۄہی کومہ موسم، رنگ، خوشبو تہ جایہِ چھو پسند کران؟

ج۔ کشیرِ ہنٛدٕن موسمن اندر چھُ پٔنُن اکھ حُسن مأری منز رتہٕ دلکشی۔ وَنٛدس چھُس اکثر دِلہِ گژھان

س۔ ہندوستانس اندر چھووا توہیٚ اردوٗ کہ ینہ والہِ کالہِ نِشہِ مطمٔن ؟

ج۔ اردوٗ زبانٕی ہنٛز مٹھاس تہٕ شیرینی ہکہٕ اَمہ کٔبن دشمنن تہٕ اَچھن منٛز جاے کٔرتھ۔ مگر سیاستدان چھ اَتھ پتہٕ لگیٚمٕتۍ۔

س۔ اردوٗ چھےٚ وۄنۍ حد زبان یوٚسہ پوٗرٕ ملکس اندر بولنہٕ تہٕ زاننہٕ چھےٚ یوان مگر اَتھ چھُ ہندی ناو دِنہٕ یوان۔ییٚلہِ زنہ ہندی علمن ہنٛد رُوح اردوٗ زبانےٚ چھےٚ کأشرٕن ہنٛد کیا سوچ چھ اَتھ متعلق؟

ج۔ ییتہٕ تہٕ چھےٚ سوٗے گنٛد سیاست کارفرمالبنہ یوان۔

س۔ توٚہہ یُس پننہ وانٛسہِ دوران دین تہٕ دُنیا کموٗوو۔توہیٚ چھووا مطمٔن ؟

ج۔ انسانی دماغس منٛز کتہِ چھ اطمنان ناوک چیز اہ! واریاہ کینٛہہ اوسس یژھان کرُن۔زندے روٗدس انشاء اللہ کرِ نرِ زنگہ وٕٹھِ بیہتھ روزنہ کھوتہٕ چھ کینٛہہ کرنےٚ بہتر۔

(انتخاب از وحشی سعید ایک مطالعہ۔ڈاکٹر شیخ کاینات ۲۵۴ تا ۲۵۶)

ج۔ یتھ کنہ زنہٕ ہیر تذکرہ سپُد زبدایون یو پی پتھ آوا کہِ کتابی سلسلہ ''لمحے لمحے'' ناوِک اکھ ضخیم نمبر ''وحشی سعید نہ'' ناوِ جون ۲۰۱۵ ء شایع کرنہٕ۔ اَمہِ نمبرٕ چ چھپٲے کاغذتہٕ مواد چھ سیٹھاہ تھد معیارک یۄت زہرگاہ ان پرس تہِ اَتھ پتھ نظر پیے یہِ سُہ کرِ یہِ کتاب کم از کم کینژنے لمحن صحیح پنہٕ نس لمحس اندر رٹنہٕ خاطرجتن، تابحال ییٚلہِ امیکی مضمون مطالعہ کران چھ یہ چھے وحشی سعیدنس بارس منٛز اکھ تھیکن لایق کارنامہ معلوم سپدان۔ اتھ نمبرس اندر چھ جاوید انوٓر سُنٛد وحشی سعیدس ستی اکھ گفتگو درج یُس أسی کأشر ترجمہ کرتھ یتھن پیش کرو۔ مگر اتھ اندر اَنو أسی تمِے یاتی سوال یہنٛد نہ ہیرِ تذکر سَپُد۔

جاوید انور

ج۔ا۔ وحشی سعید صاحب اکھ زمانہ اوس ز ۱۹۶۷ ء پتھ ۱۹۸۳ ء آسہٕ تُہنٛزٕ ادبی سرگرمیہ مثالیماننہٕ یوان۔ تُہہِ کُرِ وتھ دورس منٛز افسانہٕ تہِ تخلیق تہٕ نگینہ ناوک وقار وول جریدٕ تہِ اوس تہندس ادارتس منٛز نیران۔ پتہٕ کیا وجہہ سپُد ز ادبی سرگرمیہ ہنٛژن وارٕ وارٕ کم سپد نہِ۔

وحشی سعید

و۔س۔ جاوید انور! مےٛ اوس بچپنہٕ پٹھے کہانیہِ بوزنہٕ تہٕ بوزناون سےٚٹھاہ زبر باسان۔کم وأنسہِ منٛزے اوس اردوٗ ناولہٕ ژیر رأژ تام پرنہِ میون پسندیدٕ شوق۔ اَمہِ زمانہٕ اَسی ابن صفی سٕنٛدی جاسوٗسی ناولہٕ شایع سپدان۔تہٕ بہٕ اوسس یمن ناولن بےتابی سان پیاران روزان۔ابن صفی سنٛدٕن ناولن ہُنٛد پلاٹ تہٕ انداز بیان اوس لاجواب۔بہ روٗدس یمو ناولوٕ کنٛی اردوٗ زبأنی قریب سپدان۔تہٕ لوٚگس جنون کس حدس تام اردوٗ زبأنی ستی محبت کرنہِ۔۱۹۶۷ ءٕ پیٹھ ۱۹۸۳ ءٕ تام روٗدس اکھ ادبی جریدٕ نگینہ تہٕ شایع کڈان،اَمہِ جریدکہ توسلہٕ آونوٕن معیاری لیکھن والیٚن ہُنٛد اکھ جان تعداد بروٗنہہ کُن۔ نگینس ستی ستی روٗد میون ادبی سفر تہٕ پکان۔نوٕن رجحانن زیراثر تہ آس بہٕ رِوایتی افسانو نیرتھ علاقی افسانن ہٕنٛدِس دُنیہس اندر۔ زندگی ہٕنٛدی نِکی نِکی واقعات لگی مےٛ پیٹھ سرٕنی اثرات مرتب کرنہِ۔ تہٕ تمے واقعات لگی افسانہ بننہِ۔نگینس ستی وابستہ دور چھُس بہ زندگی ہُنٛد انمول دور خیال کران۔یہٕ اُس میأنی خوش بختی زیمہ زمانکی مایہِ نازتہٕ صف اوٗلکی ادیب مکالمہ نگار،افسانہ نگار نقاد تہٕ شاعر گئے اتھ

ہِتۍ رلان تہٕ نگینہ گو جموں و کشمیر کس ادبی تارٖخس اندر یمہ وختک سأرِوے کھوٚتہٕ معیاری جریدہ بُنتھ۔ مگر وۄنی اتھ قسمتھ وٚنی تو یابیہٕ کینٛہہ زمیأنی کاروبأری آوبر روٗ دی تمہِ آیہِ زاتھ زمانس اوس مےٚ اکثر شہر نمبر کیا ملکہ نمبر روزن پیوان۔ رسالٕچ اشاعت چھے وقتچہٕ پابندی ہُنٛد تقاضہ کران تہٕ وچھتچ پابندی اۄس نہ میانس اتھس منٛز سُلہ ژٕیری کڈی مے کینٛہہ شمارٕ مگر لیٹ لطیفی ہُنٛد تاثر چھُنہ اہل ادبن ہنٛز نظرِ منٛز جان آسان۔ یتہِ سپُد وارٕ وارٕ آویرک یہ عالم ز دۄیمبن واریہن اہم کامبن خأطرتہٕ سپُد وق کڈن تقریبن ناممکن یمن اندر نگینہ جاری تھاون تہِ اکھ اہم کأم اۄس یُس ہیتھے وقتچہ پابندی ہنٛد تقاضہ اوس کران۔ تہٕ یہ اوس میانہِ خأطر ناممکن لہاز اپیم مجبوری کنٛز نگینٛچ اشاعت روٗکنٛز۔

جاوید انور:۔ معتبر ذرایعہ طرفہ سپُد علم زتوہہ آسیو پنہٕ نین اجدادن ہٕنٛدِ تعلقہ تہِ اکھ ناول لیکھنٕی شروٗع کٔرمٕژ۔ کر تام چھُ اَمہِ ناولہِ ہُنٛد منظرِ عامس پیٹھ ینک اِمکان۔

و۔س۔ یہ چھا اکھ دلچسپ واقعہ۔ اکہ دۄہہ وۄن مےٚ پنٕنی أکی

عزیز دوست مظفرایرجن زتوہی لیکھی تو اکھ تیتھ ناول یُس یادگار تہٕ تاریخی آسہِ ہے۔واریہس کالس رودس بہٕ اَمہِ ناولہ ہٕنٛدِس پلاٹس متعلق سونچان۔ـ ے اوس نہ کینٛہہ یوانی۔اکہٕ دوہہ سپد یہٕ زمیے آیہ اکھ کتاب اتھ ییتھ اندر میانٮ۪ن آبا واجدادن ہُنٛد تذکرٕ اوس سُہ اوس بلکل ناولہٕ کس اسلوبس منٛز تہٕ مے آو ناولک پلاٹ اَتھِ تہٕ مےٚ کوٚر دۄ راراد زِمیانہ ناوک پسِ منظر آسن میأنٮ۪ اجداد۔ناول لیکھنی چھم شرٛوٗع کٔرمٕژ مگر وریہہ کینٛہہ چھُ لیکھن بأقےٕ۔بہٕ چھُ سنجیدگی سان اورکن ظوٚن دِتھ۔ہرگاہ خدایس منظور اوس ولی لےٕ ایسہِ یہٕ مکمل سپد تھ منظر عامس پیٹھ۔

ج۔ا۔ کالج دورس منٛز آسِو توہی ذاتی مصرفہٕ ستی رسالہ کڈان۔از چھ الحمدللہ توہہ نش تمام وسایل موجوٗد۔أسی ہکوا امید تھاوتھ زنگینہ یا کانٛہہ دویم رسالہ سپدِ تہنٛدس ادارتس منٛز شایع۔

وحشی سعید۔ توہنٛد جریدٕ "تحریک ادب" وُچھنہ بروٗنٛہہ أس میأنٮ۪ یہٕ خواہش زنگینہ کرن دوبار شایع مگر "تحریک ادب" ییلہِ دسلابس میانٮ۪ن اتھن منٛز آو تمیے وِزِ سپُد مےٚ محسوس ز عالمی اردوٗ

ادب تہٕ ملکی اردوٗ ادب خاص پأٹھی جموں وکشمیر کس اردوٗ ادبس پیٹھ نظر تھأوتھ یوسہ شکل نگینٕچ میانس ذیہنس منٛز آس تحریک ادب چھ بلکل تُتھے۔ تو ہند رسالہ چھ پانے سون فرض قرض خیال کٔرِتھ ادا کران۔ پرٛتھ شمارس اندر چھ تریہہ پیٹھ ژتجہہ فیصد تام یتیک ادب شایع سپدان۔ اَمہِ رسالک معیارتہٕ چھُ تتھے یُتھ زنہ بہ تصور کران اوسس۔ یتھ کنہِ نگینہ کس زمانس منٛز اردوٗ ہکی دویم رسالہ نگینہ نِشہ متاثر سپدتھ اچھ پیروی أسی کران تہٕ جموں وکشمیر کہ اردوٗ ادبٕچ اشاعت پننہِ رسالہ خأطر ناگزیر خیال أسی کران از چھ ''تحریک ادبہِ'' نِشہِ بعض رسالہ تتھے کن متاثر سپدان۔ تہ جموں وکشمیر کس ادبس پیٹھ چھ خاص توجہہ دوان۔ بعضو چھ غالبن تحریک ادبہ نِشے متاثر سپدتھ جموں وکشمیر نمبر تام شایع کٔری مُتی۔ لہازا یوٚت تام توہی تحریک ادب جأری تھأوتھ چھوتوٚت تام چھُ ٹھیک۔ ییٚلہِ توہی تحریک ادب بند کٔرِو یا کُنہِ وجہہ کنیٚ جأری تھاوتھ ہٮ۪کو نہٕ تیٚلہ ہٮ۪کہِ بہ دویمہٕ رسالہٕ کہِ اشاعتہ کس بارس منٛز سوچتھ۔

جاوید انور:۔ جموں وکشمیر کے اردوٗ افسانہ نگارنأوی پننہِ کتابہِ

اندر چھ نورشاہ ونان زیمو (یعنے وحشی سعیدن) چھُ افسانوی ادبہ
نِشہِ رشتے ژۆ ٹمت یچہِ دلیلہِ پأٹھی تمو یہ لیوکھ زِ پتی میو پنژہ ہو وربو
پٹھ چھَنہِ یہنز کانٛہہ تخلیقہِ بۆ وُنہہ کن آمژ نہ آے کُنہِ ادبی محفلہ
منزِ ے وُچھنہِ۔ مےٚ نِش چھنہ کانٛہہ نۆ تخلیق شایع نہ سپدٕنی اتھ
ضمنس منز کانٛہہ دلیلے زِ تخلیق کار چھُنہ کینٛہہ لیکھأنی۔توہند کیا خیال
چھ؟۔

وحشی سعید:۔ نۆرشاہ صابن چھُ یہ صحیح لیوکھمت زمےٚ ژۆ ٹ
افسانوی دنیاِ نشہِ رشتہِ۔یہِ چھُس واریہس حدس تام پانہِ پنُن پان
امیک ذمہ وارخیال کران۔مگر یہ چھُنہ صحیح زمےٚ چھُ بلکل ہےِ ادب
ترک کوٚرمت۔رشتہِ ژٹن تہِ ادب بلکل ترک کرن۔تراون چھ ز
ۆکھرِ چیز یمن چھُنہ پانہ وأنی کانٛہہ تعلق۔دوشوٕنی ہندی معنہِ تہِ نو
عیژ چھےٚ الگ۔گرژ گرژ افسانوی موضوع چھ میانس ذیہنس منز
گردش کران روزان۔مےٚ چھ کینٛہہ اَتھ زمانس اندر لیکھی متی تہِ
اڈ لیکی شڈ لیکی۔ناولہِ پٹھ تہِ گرِم کأم اما با قاعدگی سان ہیوکس نہ
توجہہ اورکن گرِتھ۔وچھو یہ چھُس نہ افسانہ برائے افسانہ لیکھنک ز

ۆنِہے تہِ قائِل رودمت تہٕ نہِ ہلکہ پھُلکہ موضوعن پیٹھ لیکھنک یتھ کنہ زنہٕ واریاہ افسانہ نگار کران چھ۔ میانہ خیالہ چھے افسانہ نگاری جگرک خون منگان تہ پڑھ کرِ یو بہ چھُس پنہٕ نین افسانن پیٹھ پننہِ جگرک خون خرچاوان۔ سبٹھاہ سنجیدگی تہٕ وختک صرف چھُ یہِ تقاضہ کران۔ اکھ اکھ جُملہ لیکھنہ وزِ چھُ افسانک وقار تہٕ معیار ذٔہنس منز تھاون پیوان۔ یتھ اندر پوٚرِ پاٹھی ادبی حاضر ذہنی درکار چھےٚ۔ وقت درکار چھُ تہٕ یتھ کنہ مےٚ وون زوق اوسے نہ مےٚ نِش مگر ادبی ذہن اوس یتھے یمن دوہن تہٕ لگاتار یقینی طور پننی کأم کران۔ اَدِ تحریری طور زن ہیوک نہ ورقس کھستھ۔ مگر دلہِ کس أکس طرفس آسی یم تحریر کس وجوٗدس منز۔ تحریک ادبس منز چھِ چھپان کینْہہ چھ ہندی ترجمہ سپدتھ تہِ چھپان۔ کینْژن افسانن ہُنْد ترجمہ چھ گجرأتی زبأنی اندر تہِ سپد ان افسانن ہندی ترجمہ تہِ ناول تہِ سپدی شایع۔۔۔۔

جاوید انور۔ نور شاہن چھُ یتہِ لیوکھمت زو حشی سعید ہیکو ن نہ نظر انداز کٔرِتھ تہِ کیٛاز یہنٛزن کہانین ہُنْد تعداد چھ الہ پلہ ہتھ تام و وتمت بہ چھُس توہہ نِش یہِ زانن یژھان زکیا ہتھ تام کہانی لیکھنہ ستی چھا

افسانہ نگاراتھ لایق بنان زِ سُہ ہیکہِ نہ نظرانداز کرنہٕ یتھ ۔ توہیٚ کیا چھواتھ بارس منز ونان؟

وحشی سعید:۔ مےٚ چھےٚ ہتھ زیاد کہانیہٕ لیچھمٕژ یہ چھُنہ کانٛہہ خاص وجہ ۔ اہم کتھ چھےٚ یہ زِ اگر میانین افسانن اندر کانٛہہ نٔو کتھ نوِ طریقہ پیش سپدیمٕژ چھےٚ بہ ہیکہِ نہ نظرانداز کرنہٕ یتھ تہ بعضے چھ أندی أنڈی سپدن وألی واقعات تارٛیخکی حصہ بنان۔ بہ کمہِ اندازٕ چھُس یمہ حالات پننین علامتی افسانن اندر قلمبند کرنس منز کامیاب سپدیمت ۔ سُہ چھےٚ وچھن واجنہٕ کتھ ۔ قدر رِہنٛد تعین کرنک دارومدار تہِ گژھِ یمنے بنیادن پیٹھ آسُن ۔

جاوید انور:۔ توہہ یتھ دورس منز افسانہ تحریر کرِ وسُہ اوس تہنٛدِ یاونک زمانہٕ مگر تمن اندر چھ رومانوی فضا بجایہ سخ سنجید پزر بیان کرنہٕ آمٕتی یہنٛد مشاہدخأطرا کھوأنٛس بکار چھےٚ امیک سبب کیا چھُ؟

وحشی سعید:۔ یقیناً اوس سُہ یاونک زمانہٕ مگر جاوید انور! پرٛتھ کانٛہہ تخلیق کار گژھِ رومانیتس اندر قأدتہِ چھُنہ ضروری۔ پوٗرعالمہ کس ادبس اندر چھےٚ پژھ واریاہ مثالہٕ موجوٗد ۔ بہٕ تہٕ چھُس پنُن پان

تموٕ ے منٛز زانان۔ میون ذہن اوس نہ ذٕہنٕ ۂسلا بہ پیٹھے گریبان ژٕٹتھ پرٕدٕ پتی کنی پزروَنہِ کڈنہٕ تہٕ اصل حقیقت پننہِ بے حجاب صوٗ رژ منٛز وُچھنہ روٗس مطمٔن سپدان۔اَمہِ کے اثر چھُ میانٮ۪ن افسانن اندر۔

جاوید انور:۔ تہنٛدٮ۪ن افسانن پیٹھ چھُ بلراج مینا، انور سجاد تہٕ سریندر پرکاش سُنٛد اثر آسان۔اَتھ بارس منٛز کیاہ ؤنو توٚہی؟

وحشی سعید:۔ توٚہہ اندی یٔکی چھ تتھی حالات و واقعات رونما سپدان یمہِ توٚہہ پیٹھ سرٕ ٔنی اثرات ترآ ٔوِتھ چھ گژھان۔ کیٛنہہ واقعات چھ دِلہِ کٮ۪ن تہہ خانن نذر سپدان۔علاقی افسانن ہُنٛد بوٚ ڈ رٕژر چھُ یہوے زِ یمن اندر آسہِ رومانیت تہٕ أتی چھ یم زندگی ہنٛدٮ۪ن تجربن ہنٛدس بیانس منٛز نیرُ ل تہٕ ؤکھر اسلوٗب اختیار کران تہِ سنجیدٕ پزرن شانہ بشانہ چھ پننہِ موجودگی ہُنٛد احساس تہِ دوان۔ بہٕ چھُس ذاتی طور شب خون تہٕ شاعر یم ۱۹۸۳ ٕ تام سبٹھاہ باوقار جریدٕماننہٕ أسی یوان یمن اندر چھپن والیوٕ علاقی افسانو نِشہ متاثر سپد یمت۔۔۔۔بہترین علاقی افسانہ لیکھن والیوٕ چھُس بہٕ متاثر کوٚرمت تہٕ مےٚ چھ یمن نِشہِ استفادٕ کٔرِتھ پننٮ۪ن مختلف اسلوبس منٛز



سکہ نہ نظرانداز کرنہ یتھِ ۔توٚہی کیا

یاد کہانیہ لیچھمٕژ یہ چھُنہ کانٛہہ خاص
یانٮ۪ن افسانن اندر کانٛہہ ٔو کتھ نوِ
نہ نظرانداز کرنہٕ یتھ تہ بعضے چھ
تارٟخکی حصہ بنان۔ بہ کمہِ اندازٕ
ستی افسانن اندر قلمبند کرنس منٛز
ن واجنی کتھ۔قدرِ ہنٛد تعین کرنک
آسُن۔

س منٛز افسانہ تحریر کٔرِ وسُہ اوس تہنٛدِ
نوی فضا بجایہ سخ سنجید پزر بیان
أنس بکار چھےٚ امیک سبب کیا چھُ؟
یاونک زمانہٕ مگر جاوید انور! پرٕ تھ
درقأ دتہِ چھُنہ ضروری۔پوٚ ر عالمہ
ہ مثالہِ موجوٗد۔ یتہٕ چھُس پنُن پان

اظہار بیانٔچ کوشش کرٕمژ۔

جاوید انور:۔ توہٕندی زیادٕ افسانہ چھ علاقی پیرائیکۍ توہی چھوا افسانکۍ دوٚیم اظہارٕ طریقہ علاقی اظہارٕنشہ کم تر خیال کران

وحشی سعید:۔ نہ تیتھ چھُنہ کینٛہہ۔ سُہ کُنہ تہٕ فارمس منٛزٕ آسی تن پرن بوزن وألی گژھن اَمہ نِشہِ متاثر سپدٕنی ۔زبرافسانہ چھُنہ کُنہ تہٕ فارمہ منٛز کمتر آسان۔ یوٚت تام میون تعلق چھُ مےٚ چھ ذاتی طور یہوے اسلوٗب پسند۔ اَتھ اندر چھُنہٕ کُنہٕ دویمہِ اسلوٗبہٕ نِشہٕ کمتر یا برتر آسنک کانٛہہ سوالےٚ کُنہٕ پأدٕ سپدان

جاویدانور:۔ توہہِ یتھ دورس اندرافسانہ نگاری کرِ وسُہ دور چھُ کشیرِ اندر ترقی پسند ادب یعنی افرادن ہُنٛد ین مسایلن ہُنٛد براہ راست تہٕ نعربازی ہنٛد دوٚر۔توہٕندی افسانہ کیاز سپدی نہ اَمہِ ادبی فضانِشہِ متأثر؟

وحشی سعید:۔ ترقی پسند ادبٕچ سارٕوے بڑ خأمی آس یہ زِ سُہ اوس نعربأزی ہُنٛد دور۔لہازا گوسُہ وقتی ادب روزتھ۔سوٚ آس اکھ تحریک مگر ادب چھُ ادب آسان،تحریک نہ لہاذا روٗ دی میأنی افسانہ

ترقی پسند ادبہٕ نِشہٕ دوٗر۔

جاوید انور:۔ مےٚ چھُ پٔنُن خیال زِ یُس تہٕ حساس تہٕ پوٚز تخلیق کار آسہِ سُہ کوتاہ تہٕ زندگی ہنٛدٕن آویرن تہٕ ضرورژن اندر رومت آسی تن سُہ چھنہ اندی پکھٕ ادبی ماحولہ نِشہِ بے فأض روزان۔ ہر گاہ توٚہہ اَتھ اتفاق چھُ توٚہی کیا چھوأ زِ کہ افسانوی ادبکہ تعلقہ ونان؟

وحشی سعید:۔ بہٕ چھُس اَتھ کتھہ ستی بلکل اتفاق کران زِ پوٚز تخلیق کار چھُنہ آویرو باوجود تہٕ پنہِ اونٛد پکہِ نِشہِ بے بہرہ روزتھ ہیٚکان۔ یتھ پزرس تہٕ ہیٚکو نہ انکار کٔرِتھ زِ بعضے چھ تخلیق کار جموٗدک شکار سپدان تہٕ اندی پکھٕ ماحول تہِ پورِ عالمس اندریم اہم واقعات آسن یا یمن اہم حالات تہٕ واقعاتن تسند تخلیقی ذہن قبوٗل چھ کران، اظہار بیانہٕ خأطر مجبور چھ کران۔ تمن چھنہ فوری یا واریہس کالس اظہار کٔرِتھ ہیٚکان مگر یُس تخلیق کارامہ جموٗدٕ نیران چھُ خاص پأٹھی افسانن ہنٛدس میدانس منٛز سُہ چھُ أکس بہترین افسانہ نگار سٕنٛدِ حثیتہ ووبرِتھ یوان۔۔۔۔‘‘

جاوید انور۔ لمحے لمحے۔۲۳۴۔۲۴۰

کتاب تحریر کرنس دوران کوٚر کتابہِ ہنٛد حوالہ رشید کانسپوری صائبن میانیے خواہشہ پٹھ اوٚ کنٛز اکھ سوالنامہ وحشی سعید صابس پیش تہِ کیاز اوت تام آسہِ نہ اَسہِ بعض تمہِ کتابہِ دستیاب سپدیمژٕ یمن ہنٛدی گفتگو (انٹرویو) ہیرِ آسہِ کأشراوتھ شأمل کٔری۔ یمن وحشی سعیدن جواب دُیت یتھٕ کروأسی وۄنی امہ سوالنامہ أندرٕ صرف تمے یأتی سوال کأشراوتھ پیش یمن اندر نہ ہیرِ آمتین سوالن ہنٛد حوالہ کانٛہہ تکرار آسہ۔

## کتابیات


۱۔ ''سڑک جارہی ہے''۔ وحشی سعید:
تحریک ادب۔اردو آشیانہ ۱۶۷ آفاق خان کا احاطہ
منداودینہ بازار وآرانسی اتر پردیش جون ۲۰۱۴ء

۲۔ ''ماضی اور حال(۱)''۔ وحشی سعید
(ناولٹ نمبر) تحریک ادب مذکور۔جاوید انور ۲۰۱۵ء

۳۔ ''ماضی اورال(۲)''۔ وحشی سعید
(افسانہ نمبر) تحریک ادب مذکور ۲۰۱۵ء

۴۔ ''ماضی اور حال (۳)''۔ وحشی سعید
(افسانہ نمبر) تحریک ادب مذکور ۲۰۱۶ء

۵۔ کنوارے الفاظ کا جزیرہ۔ وحشی سعید
(افسانہ) تحریک ادب مذکور ستمبر ۲۰۱۳ء

۶۔ ''آخر کب تک'' وحشی سعید
افسانہ میزان پبلی شرز اینڈ ڈسٹری بیوٹرز
بالمقابل فایر سروسز ہیڈ کوارٹر، بٹہ مالو سرینگر ۲۰۱۹ء

۷۔ وحشی سعید جاوید انور
اپنی ہئیت وحشتوں کے آئینے میں
تحریک ادب مذکورالصدر بشرح ۱۔ ۲۰۱۶ء

۸۔ وحشی سعید کی افسانہ نگاری روضہ تبسم
(تحقیقی مقالہ) نگینہ پبلی کیشنز ہوٹل شہنشاہ پیلس بلیوارڈ
سرینگر ۲۰۱۷ء




ۆر کتابہِ ہنٛد حوالہ رشید کانسپوری
کھ سوالنامہ وحشی سعید صابس پیش
ض تِمہٕ کتابہِ دستیاب سپدیمٕژ یمن
کأشراوتھ شأمل کٔری۔ یمن وحشی
أسی وۆنی امہ سوالنامہ أنٛدرٕ صرف
اندرنہ ہیرِ آمتین سوالن ہنٛد حوالہ

۹۔ وحشی سعید ایک مطالعہ۔ ڈاکٹر شیخ کاینات
تحقیقی مقالہ میزان پبلیشرز المذکور الصدر نمبر شمار ۲۔ ۲۰۲۰ء
۱۰۔ ''لمحے لمحے'' شہ ماہی ادبی جریدہ بدایون یوپی
مدیر۔ حسیب سوز۔ جون 2015ء
۱۱۔ 'سُہ گر کُیتھ آسہ''۔ رشید کانسپوری
(کاشُر افسانوی ترجمہ) میزان پبلیشرز الذکور نمبر شمار ۶۔ ۲۰۲۰ء
۱۲۔ کُنڈ کُنڈ اَنہ
(ناولٹن ہند کاشر روٗپ) رشید کانسپوری
میزان پبلیشرز المذکور ۲۰۲۰ء
۱۳۔ ''نگینہ انٹرنیشنل'' جلد ۱ شمار ۴ مارچ۔ میی ۲۰۱۶ء
۱۴۔ ''نگینہ انٹرنیشنل'' جلد ۵۱ شمارہ ۲۰ جنوری۔ دسمبر ۲۰۲۰ء
۱۵۔ ''نگینہ انٹرنیشنل'' جلد ۵۲ شمارہ ۱ جنوری۔ جون ۲۰۲۰ء
۱۶۔ ''نگینہ انٹرنیشنل'' جلد ۵۳ شمارہ ۱ جنوری۔ جون ۲۰۲۱ء
۱۷۔ ''نگینہ انٹرنیشنل'' جلد ۵۲ شمارہ ۲ جولایی۔ دسمبر ۲۰۲۰ء
۱۸۔ نگینہ گولڈن جبلی نمبر جلد ۵۰ شمارہ ۱، ۲ جنوری۔ اگست 2018ء
۱۹۔ شیشے کا سمندر وحشی سعید
افسانہ، ناولٹ میزان پبلی شرز المذکور نمبر شمار ۶ ۔۲۰۲۰ء

